فسئلوا اهل الذکر ان کنتم لا تعلمون

درین زمان میمنت توامان بعون الله الخالق الارواح و فالق الاصباح جلد ثانی

4 JAN 2006

26873

# معراج صلاح منهاج فلاح

در

4 JAN 2006

## مکاسب و معاملات

بزبان کشمیری

مترجمه جناب معلی القاب عالم عامل و فاضل کامل حامی دین نبوی و ناصر
ملت مرتضوی فخر الحاج جناب السید محمد الموسوی الصفوی مدظلهم العالی

در مطبع مفید عام لاهور زیور طبع پوشید

بزیر نگرانی ذرهٔ حقیر کربلائی علی محمد غفر علی بخش فی سنه ۱۳۳۲ھ

Acc. No.
26873

1

# سنت زرمکا

بسم اللہ الرحمن الرحیم

الحمد للہ رب العالمین والصلوٰۃ والسلام علی محمد وعترتہ الطاہرین اما بعد پس یہ چھ کتاب
تجارات از معاملات منہاج صلاح تہ معراج فلاح بیت منز چھ اک مقدمہ تہ نو باب مقدمہ چھ در
کسب معاش تت منز چھ ترٛ فصل فصل اول چھ در احکام کسب معاش چھ واجب یم وزہ پنن تہ پننہ واجب النفقہ
عیالک گذران سپننہ کسبہ سوا کانہ وتاہ آسنہ بیہ تہ باپت سنت چھ یہ کسب یلہ کرزہ معاش عیالی
فراخ سپننہ باپت بیہ محتاجن صدقہ دنہ باپت بیہ چھ مباح یہ کسب یلہ کرزہ غنی آست تہ ضرورتہ آست تہ
بیہ چھ کسب مکروہ سہ چھ یلہ سی کار آسہ زہ تمہ نشہ اجتناب کرن چھ بہتر مثل صرافی تہ کفن فروشی تہ طعام
فروشی تہ بندہ فروشی تہ کار ذبح حیوانات تہ سُنر کار بیہ حجامت ہش شرط کرتھ مزدور بیہ وارنہ کار
ہہ شرط کرتھ مزدور بیہ وُدُور کارتہ زربلوہ تلن ہہ بیہ مزدور قرآن تعلیم کرہ ننح تہ لکھنح بیہ تجارت ناہ زہ
تت منز آسہ وریاس پھیرن بیہ آختہ کرن حیوان بیہ معاملہ کرن ظالمن تہ کمینن خسیسن تہ فریاین
تہ کردن سیت بیہ معاملہ کرن تس عیبہ والس سیت زہ بہتر آسس یا جذام بیہ معاملہ کرن باکتابی مثل
یہود تہ نصاری بیہ مجوس بیہ تجارت کرن ولی طفل بمال طفل بیہ لستندس مالس زہ حرامہ نشہ آسنہ
پرہیز کران بیہ املاک کنن مگر یلہ تت طلس بیہ ملکاہ یاک تمہ خستہ جان بیہ ... دورای چھ سپنن جانہ
مذکور حرام کسبن ہمہ تہ بیان فصل دویم سنت چھ زھاون معاش حلال تت منز چھ پتھ ساہ
فضیلت تہ بڈ ثواب منقول چھ از حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم زہ فرمودن الکاد علی عیالہ

كالمجاهد في سبيل الله یعنے پس اکاورنج تلان چھ پننہ عیالہ باپت تس اکس ہیچھ زہ جہاد کران
چھ خدایہ سنز ہ وتہ بیہ چھ از حضرت امیر المومنین علیہ السلام منقول زہ فرمودن إن الله يحب المحترف
الأمين یعنے خدا چھ دوست تھاوان تس صاحب حرفتس زہ امین آسہ تیہی کنہ فرمودن تجارت کرو برکت
دیو خدایتعالی تہ بوزم از رسولخدا صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم روزی چھ دہ جزو نو جزو چھ تجارتس منز اک جزو چھ بین
کاربن منز تیہ کنہ فرمودن زہ خدایتعالی چھ دوست تھاوان بغربت گرہن روزی ژھاڈان منقول چھ از حضرت
صادق علیہ السلام زہ فرمودمت چھس بس چھ مردس یہی گناہ زہ ضایع تھاوہ عیالس پننس فرمود حضرت رسولن
صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم ملعون ملعون من ضيع من يعول یعنی ملعون چھ یس ضایع تھاو عیال پنن
بیہ چھ از حضرت کاظم علیہ السلام منقول زہ فرمودن اعمل لدنياك كأنك تعيش أبدا واعمل لآخرتك
كأنك تموت غدا یعنی کار کر پننہ دنیا باپت زن ہمیشہ زندہ آسک کار کر پننہ آخرتہ باپت زن مرک پگاہ بیہ
فرمود حضرت رسولن صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم زہ اللهم بارك لأمتي في بكورها یعنے بار خدایا برکت دہ امتس میانہ
دراول روز ہلیہ کاماہ آسہ کنیہ صبحی پنہ تمہ باپت گژھ دستی تور مذکور چھ در مکاسب زہ زان زہ خدا کرنہ تائید ژہ
روزی ژھاڈن چھ ہرگاہ بیہ کنہ وتہ گذران آسنہ ادب واجبات تہ اقرب قربات بیہ افضل طاعات تہ عبادات
تکیاہ زہ کانہ عبادت تہ طاعت چھنہ سپدان تہ سوا تت پٹ چھ سوری موقوف پیدی تس روزی پیدا چھ خدایہ کیاہ
فرمودمت چھس تہ تت پٹ چھس قسم یاد کرمت تیہ کیاہ در قرآن فرمودن وفي السماء رزقكم وما توعدون
در آسمان چھ روزی تہند تہ یہ وعدہ دنہ یوان چھ فورب السماء والأرض إنه لحق مثل ما أنكم
تنطقون قسم بہ پروردگار آسمان تہ زمین زہ دنساد آیت تہ روزیہ تہ موعود یہ منز ہر آئینہ حق تہ راست تت ملست
زہ کتہ چھو کران یعنی تیہ کنہ شکاہ چھنو نہ کتہ کرنس منز شکاہ چھنہ امور مذکورہ حق آسنس منز اما اسہ چھس اہر کرمت
روزی ژھاڈنس میانہ روی ہندہ طورہ نہ حرصہ تہ جد وجہد کہ طورہ بلکہ حرص تہ جد وجہد س منز چھس اہتمام
پور کرمت آخرت ژھاڈنس تہ عبادت کرنس منز زہ محبت چھ باخدا امر چھس کرمت تحصیل معاش کرنس
میانہ روی ہندہ طورہ کینژہ مصلحتہ اول نظم امر دنیاہ اعانت کرنہ باپت لہک اکس دوم شکستہ نفس سپنہ
باپتہ تہ خداس لہہ وتہ عبادت کرنہ باپت بیہ یہ وراے چھ عمدہ چھ تت منز حلال حرامہ نشہ پرزہ نلون تہ

نشه ژلن یدی ئی ن کوتاه چه زه حرام چه په سهل چه هم سپینان ته ژر اتهه یوان کوتاه چه زه حلال چه په مشقت هم سپینان
ته کمتر اتهه یوان ته شبهه چه نه بن پس عمده امتحان الهی چه در تحصیل معاش ته غالب هلاک چه زه مردم
چهس هلاک کرمت از زمان حضرت آدم ونکمت تا ان یمی نکه زه معیشته بابت کرک اختیار سلطنت یا حکومت
یا ریاسات دیگر وتیوته کرک فجور ته زنگه زنگه کرک گناه یت تان شهاد اسباب کفر تا الحاد ته خلل در دین ته شرع
ته فتنه ته فساد یی کن پین ون ته سپنه یت یت ته کنه مخفی چه نه هوشمندس پټ بلکه از اخبار چه ظاهر سپنان زه
کسب حرام چه بدتر چیزاه ته آمت چه زه کسب حرام چه ظاهر سپنان در فوریت ته نسل یعنی حرام لقمه چه کهنه
یوان ته شر چه از لقمه های حرام هم سپنان زه اک قسم چه یه حرامزادگی منزه بیه یی زه گوشت بدن بلکه کل چه
زه از حرام ته لقمه حرام آسه هم گومت بننه زه جهنم سوا آسه بیاک جاے تس بهشت چه طیب ارنه تت گر طیب
غالب فتنه ها ته فساد ها زه در زمین چه سپنان مار نه منزه جان ته جهنه ته لوټه گر جهنه منزه سے مال ته ناموس ته اسیر گرشنه
منزه عیال ته اطفال ته خراب چینه منزه شهرها سوری چه حقوق نکه لوکن هندوته تحصیل کرنه نکه اموال ته غیر حلال
یته آمت چه در آیات ته اخبار بلکه تجربه چه آمت ته مشاهده چه گومت ته ظاهر چه نه حقوق ناس یه بدیو منزه لر گن
چه کران هم در دنیا ته هم در عقبی اما حقوق خدا تعالی مثل نماز ته روزه پس ته تشدده چهنه نگیا زه خدا چه کریم ته ارحم
من کل رحیم اما حق الناس پس عدالت حکومت الهی چه مانع بخشش ته غالبا پس پزه زه پورا اهتمام سپنه پزه نکو
منزه حلال ته حرام بیه ساری شرائط ته احکام ته مراعات کره نس منز ژلنه سیت از حرام پورپاشه در حدیث چه نه آمت ونت
از ائمه علیهم السلام زه بهنه بازرس منزه سه زه زانه خرید وفروخت ته تاجر چه فاجر فاجر چه جهنمس منز نگرسه تاجر
زه حق رته ته حق دیه ته فرمودمت چهک زه اول پزه زه فقه تجارت رن یاد ته اده کرن تجارت ته البته اول کرد
فقه تجارت تحصیل ته پته کرد تجارت بخدا قسم رباس چه یت ام منز حرکتاه یر خفی حرکت کرنه خوتیر لوح ری سخت صاف
کنه یټ ته فرمودمت چهک زه اک درهم ربا چه بدتر ستنه مرتبه زنا کرنه خته ماجه سیت ته بنه سیت ته پپه سیت ته
ماسه سیت مجلس اندر تهدید ته تخویف چه از ائمه اشاه آمت توت زه بید چه بابس منز حرام کهنکس ته حرام تحصیل
کره نکس ته بحق الناس مشغول ذمه سپنس منز ته پابندی نکرنس ته مراعات نکرنس ته تت منز نکن هه چه بیه چه
ونان و کسبهاے خوب ته کسبهاے بدتت کتاب منزران زه تجارت چه کسباه شاه جان ته مضمون روایت

حضرت امیر المؤمنین علیہ السلام نقل کرتہ چھہ وَنان زِ آمُت چھُہ زِ تجارت چھہ عقل زیادہ کران تہ ترک تجارت چھہ عقل
برطرف کران بیہ احیاے زمین تہ گُل وُون تہ چھہ گُبساہ جان تکیاہ زِ آمُت چھہ زِ تت منز چھہ اجر تہ ثواب یہ
میوہ وُہند و منز کھیوان چھہ ثواب صدقہ دِنُک چھس زراعت کرُن تہ چھہ گباہ جان شاہ خوب تہ امر چھہ تمہ بابت
آمُت تہ درخصوص فلاحان تہ بزرگران چھہ آمت زِ بت تہند آسن مثالِ شب چہاردہ در روز قیامت چار دا
رُٹن تہ رچھن تہ چھہ جان تیہ کنہ چھہ جان تحصیل عقار یعنی املاک گرہ ہت زمینہ ہشہ تہ گل ہہ تہ جان چھہ تم اقتص
منز تھلوون تکیاہ زِ آمُت زمین چھہ برکت تہ مذموم چھہ عقار کُنن تکیاہ زِ آمُت چھہ زِ مِل تہند چھہ برطرف
گژھان تہ برکت چھہ البتہ منز نیران مگر سہ مِل ویتہ عقار و دیگر سہ ہم ساری زِ وُن زِ جان چھہ واجب کفائی
تہ چھہ تکیاہ زِ نظام معاش چھہ ہمو ی سیت خصوصاً تجارت تہ زراعت تہ گُل وُون تیہ کنہ چھہ باقی ہنرہ
حرفہ زِ نظم دنیا تہ آخرت چھہ سپنان ہمو سیت تہ واجب کفائی چھہ تم مثل وسل کار تہ چھانہ کار تہ شُر کار تہ
پہل کار تہ وُب کار تہ نویسندگی تہ یہ ہیوو رای چھہ اکثر ہمو منز کسب تہ پیشہ پیغمبرن ہند آسمت تہ اغلب چھہ
یمو منز یہ وُہمن پیغمبرن نشہ آمت تہ مجمل چھہ پی زِ ییس چیز زِ زندگانی سپنہ تہ سو ابہم یا مشکل آسہ
یا پی زِ شرع تہ امر آخرت آسہ موقوف تت پٹھ یا تمہ سو آسہ واجب کفائی چھہ سہ ییدی زن مثل وُوور
کار آسہ تمو کار منز زِ مکروہ چھہ شرعاً تہ ظاہر چھہ پی زِ کراہیت تہنز زلہ مضطر آسنہ وزِ تمن کِن تہ معین گرنہ
وزِ کار کرہ نس تہنز تہ آست ہرگاہ کرہ نہ ضرور سپنہ فساد عباد یا عسر تہ حرج عسر تہ حرج در دین نہ آست
اما کسبہاے حرام پس تم چھہ پانژ نوع اوّل چھہ تم چیز کُنن زِ ذاتی چھہ نجس مثل شراب تہ نبیذ بیہ فقاع تہ
مسکر تہ کوچہ ہوان تہ خوک یا عارضی چھہ نجس تم چیز ہہ زِ روان چھہ تہ قابل تطہیر چھنہ مثل گلاب تہ دوشاب
روان تہ یہ تمن ہہ چھہ زِ نجس چھہ گوُمت تکیاہ زِ یہند پاک گژھن چھنہ ممکن شرعاً مگر بلیہ در آب کثیر یا جاری
مستہلک سپنن تہ سپنک ہو ایا قُر یا کم مثلاً تیہ چھہ فتواے حجۃ الاسلام دام ظلہ العالی زِ جایز چھہ متنجسات
کسب کرن ہرگاہ منفعتاہ عقلائی آس بیہ چھہ جایز کُنن تم متنجسات زِ ممکن چھہ تمن نفع تلن تت کارس منز زِ
طہارت چھنہ شرط تت منز متنجس دوشاب ہہ حیوانس دِنہ بابت بیہ متنجس روغن کُنُن ہہ صابن کرنہ بابت بیہ یہ
تت ہہ چھہ تہ جایز چھہ ناپاک گوُمت روغن کُنن ژانگس ژالنہ بابت زیر آسمان نہ زیر سقف مانعاہ چھنہ کُنُنس

طاہر بول تہ سرگین منفعت آسِت جایز چھہ کنن ناپاک گوشت چھیز یلی قابل تطہیر آسہ شرط آسِت یلی زہ غیر کرہ زہ
نجس چھہ تہ جایز چھہ کنن شکار ہون یا عدای سگ شکاری کنن چھنہ معلوم زہ جایز چھہ دویم چھہ کاراہ کرن
زہ حرام چھہ حرام آسنہ مقصود تمک پتل گرن ہتہ کنن ہتہ بخشن ہہ بیہ شکلہ تہ چلیپا زہ کافر چھہ یمن پرستش
کران حرام چھیہ تیار کرن تہ رچھن یمی قبیلہ چھہ آلات لہو تہ لعب مثل نقارہ تہ سرنا بیہ دف تہ ساز بیہ ستار
تہ طنبور بیہ یمن ہہ چھہ تمو چیزو منزہ زہ نفع چھہ لبان تمو بوجہ حرام تہ تہندس بھینس آسنہ قیمت ہرگاہ تمکس
پہتمس قیمت آسہ کنہ تہ ہنہ بیہ پھٹرنہ باپت ہرگاہ اطمینان آسہ پھٹرنہ نیک ظاہراً چھنہ بانغاہ تہ کنس
ہنس احوط تے چھہ زہ گڈہ بیہ پھٹرنہ تہ ادہ کنہ بلکہ یمیہ احتیاط نشہ تلن نہ اتھہ مثل آلات لہو تہ لعب چھہ
آلات قمار تہ نرد تہ شطرنج تہ یہ یمن ہہ چھہ یمنی ہر چھہ ریہ سند تہ سُنند بانہ گرن خصوصاً یلہ مراد آسہ تم استعمال
کرن حرام چھہ معاملہ کرن تہ چیزو زہ تمہ سپنہ بر حرام یاری کنن ہتہ بخشن ہہ تہ کرایہ دن ہہ چیزاہ سلاح منزہ
دشمن دنیکن تمنی ہہ چھہ یت منز راہ زن تہ ہہ تہند یت منز چھنہ تفاوت در سلاح شمشیرہ تہ نیزس تہ تت
چیزس منز زہ ماران تہ زخم دوان چھہ بیہ تت چیزس منز زہ آسہ از قبیل زرہ تہ سپر تہ خود زہ محافظت چھہ
کران او ہرگاہ در جنگ گاہ دنوی جماعت آسن مسلمان مانع چھنہ یمن دنون جماعتن دنس زرہ تہ سپر تہ یمن ہہ
چھہ زہ محافظت چھہ کران کنہ پاٹھہ وتہ بنگ یا بیہ کنہ پاٹھہ اما دیکنہ شمشیر تہ نیزہ یہ تمن ہہ چھہ نہ کنہ پاٹھہ تہ بیہ کنہ
پاٹھہ ہرگاہ سلاح کنہ دنیکن دشمن یاوی زہ تم کرن جنگ بین دشمن دنیکن سیت تہ دفع شر کرن مسلمان نشہ تہ
اصلا چھکنہ جنگ مسلمان سیت تہ تہند ضرر واتنہ مسلمان مانع چھنہ بیہ چھہ حرام توطیہ یعنی ٹھہراون بائع
خریداری زہ حاضر سپنہ کنہ وزہ تہ دپہ بہ ہمیہ یتیس یہ یت خریدار یہ تت طلس زہ بائع یژہ حرام چھہ
یہ کرن بائعس تس ترمیس تہ تیہ پاٹھہ چھہ حرام خریدارس توطیہ کران یعنی غیر بائعس دپہ یلی زہ سہ دپہ خریدارس
بہ کنی تیسی یت بائع گول کھیہ بیہ چھہ حرام کرایہ دنہ جایہ تہ نادہ تہ چارپا حرام کارہ باپت مثلاً گرنہ باپت
قمارخانہ یا شرابخانہ یا شراب بیں جایہ نہ باپت بیہ یہ یمن ہہ چھہ بیہ چھہ حرام کنن دچھہ یا میوزیا حشر ہہ
بیہ یہ یمن ہہ چھہ یمنی زہ شراب چھہ کران یا مسکر ہرگاہ کنزک تہ کرنہ باپت ہرگاہ کنکنہ تہ باپت اما یقین چھس
زہ شراب کرہ نس معلوم چھنہ زہ یت صورتس منز چھہ حرام کنن تم اما احتیاط سپننہ ترک اما ہرگاہ زانان آسننہ

زہ شراب کرن تتہ ضرر چھینہ تہ کننس یتہ ہش چھہ جاعتاہ زہ ولان چھہ ابریشمی لباس پابند شرع نہ آسہ کمن
تہ یوان چھہ تم تہ ل ہوان چھیتی ہرگاہ کنن وول زانہ پانس ولن کتہ چھہ ہوان کنکنہ یتہ تان بنس ہرگاہ
یانیہ تہ زانہ بلکہ راسے گرتھس زہ زنانن کتہ چھہ ہوان مانعاہ چھنہ کننس یتہ پاٹھ چھہ حال تمن چیزن ہند
زہ فواحش تہ زناگارن ہندہ زینتہ باپتہ آسہ یتہ پاٹھ چھہ تہندہ کارک آلات یا تمین ہندہ کارک فاسقو تہ
ظالمو منزہ خلاصہ چھیلی زہ ییر چیراہ زہ تمہ معاملہ کرن آسہ بر حرام اعانت حرام چھہ معاملہ کرن تمہ یکینہ
یا بخشنہ یا بیہ کنہ ہرگاہ زانہ زہ گناہ تہ اعانت چھہ ہرگاہ تہ زانہ بیاہ چھنہ معاملہ کرہ نس تمہ اما در مقام شبہ
زہ بلکہ سپنہ تہ گمان آسس احوط تہ اولی چھہ اجتناب بلکہ بمحض احتمال تہ ہرگاہ ترک کرہ شاید اکہ وجہا آسہ
بہتر تکیاہ زہ مراتب تقوی چھہ متفاوت تہ دردین چھہ سمجھ تہ یتہ تان گناہ آسن تہ اعانت بر گناہ
آسن ثابت آسنہ مواخذہ تہ عقاباہ چھینہ تریم چھیلی زہ حرام چھہ معاملہ کرن بحشرات ارض مثل ہزار پایہ تہ
مار تہ عقرب بیہ یمین ہہ چھہ تمو چیزو منزہ زہ تتہ نفعاہ چھکنہ زہ عاقلن نشہ آسہ صحیح معاملہ کرن تمو تہ ل تہ
تہند معوضہ مالاہ رٹن یا تمن عوض حقاہ رٹن بلکہ تمو معاملہ کرہ نس چھہ بے عقلی گنزران اما ہرگاہ نفعا گنزرن
لایق آسک تہ زنگہ زہ معاملہ تمو کرہ نس آسن نہ سفاہت گنزران مانعاہ چھنہ تہ جایز چھہ ل ہن مثل فیل تہ
بیاک حیواناہ زہ ل ہوان چھہ تس دالہ باپتہ ہرگاہ قابل تذکیہ آسہ بیہ تمہ نفعو باپت زہ تمہ دالکن نفع ہیہ
آسن یمی قبیلہ زہ نفع تلان آسن تس منزہ اڈجہ یا تسندس [illegible] ونس حرام گوشت گاڈ ہش زہ روغن تہند چھہ ناوز
باپتہ یا تر اگو باپتہ ژہاڈان تہ جایز چھنہ کنن تہ ل ہن خرس تہ بوزنیہ تہ یم حیوان یمن ہہ چھہ لہو تہ لعبہ
باپتہ ممنوع چھہ تہ شرعا مانع چھنہ کننس سباع تہ درندہ تہ گربہ دالہ باپتہ تہ گگر ٹنہ باپتہ تہ تہو نفعو
باپتہ مانعاہ چھنہ تتہ اما نماز زانزہ گرتہ دالس منز تسندس زہ ماز تہند چھنہ حلال سواے خز
تہ سنجاب اما ولتہ زانزہ اوی نزہ پاک چھہ ہرگاہ ذبح کرہ نس تیر سند پاٹھ ژورم چھہ سباہ زہ حرام چھہ بذات
تمی منزہ چھہ قمار تہ زار زان زہ ییس گنڈناہ زہ شرط آسہ تتہ منز کنیہ تمی کن آسہ تتہ منز زینن تہ ہارن تہ ساری
چھہ قمار تہ زار تہ حرام سواے تیر اندازی تہ شمشیر بازی تہ شتر دوانی تہ اسپ دوانی فیل تہ الاغ چھہ ملحق
تمن ہین سارن منز چھنہ گرو بندی حرام میوہ وراسے ییس گنڈن آسہ گرو بندی چھہ حرام یتہ گنڈنس منز زینن تہ

در قمار

بارُن آسه قمار ته زار یہ چہ حرام یم اک زار س گنده ته زون یہ تمه عوض نیه حرام چه ته البته حرام کسبو نیزه

چھه بیه ربا بوزت تمکه اَوَر ہمک حال تهدیدات شدیدس منز بیه چه تہ ئی زه تخویفات بالغه چہ شاه آت

تت منز ازانجمله چُهه زه بیت شہرس منز ربا کھن ته بَن سُہ شہر سپنه خراب ته ویران توی چه اس و چیان زه

در ربا

یم شہر ویران گرتهان ته ویران گیبت چه یه ویرانی تهنز چه شایع سپننه رباتن منز یه تیه چه در مکاسب

کلاماه طولانی رباه حرام آسس منز ته رباه حلال کره نچه ندم منز خلاصه چُهیی زه رباه چه زه ربای قرضی ته

ربای قرضی

ربای معامله ربای قرضی گوزه قرض دن شرط کرت نفع تِھی زه وزم ده دوَل دِ پہ وزم ننه والس زه مثلاً

ده رپیه دمی وزم ہرگاه اک رُپی زیاده وہم یا زه ره آنه یا کم یا زیاد یا فلان چیز دہم یا فلان چیز بخشہم یا په دہم

یا مٕل ہک مه نشه فلان چیز یت لس سُه مٕل آسه بازره خته زر یا فلان چیز کنگ یتیس بازره آسه تمه خته زر لیان

مطلب ہرگاه در قرض از قرض ده شرطا سپنه نفعاه گُنه رنگه واتن تس قرض گیره سنده طرفه ته چه رباه ته

حرام ہرگاه ته شرط سپننه بیاه چهنه ده قرض نفع داتمس تس پر قرض دانس منز زان زنه نفع شرط کرت مطلقاً

صریح پاه سپنتن یه شرطیا بیکے از نامهاے تملیک سپنتن هبه ہسه ته عاریه ہسه تجاه زه نظر کره یت کن زه

عاید سپنه نفع دُنون صورتان منز دُنون صورتان منز ہمیه ربای حرام پس شل ہبه ته عاریه نام کرنه کرنه حلال

پانس ہیٹ سُه رباه زه تیچو ندم منزه ہمیه زه درہم تمک چه بدتر سشت مرتبه زنا کرنه خته بامادر ته خواہر جیس منز

ہرگاه در قرض دادن قرض ده شرط کرنه قرض گیری اده لس تبرعاً گیتراه ده احسانه بدل احسان کرنه پاپت

حلال چه شبہین نشه چهنه شبه بیت منز مستحب تی ہمیه زانان زه قرض ده رشته ہرگاه رٹن مستحب چه زه تت کره

برقرض حساب ته باخدا کره معامله زه فرموده مُستهو چُس مَن ذَا الَّذِي يُقْرِضُ اللَّهَ قَرْضًا حَسَنًا فَيُضَاعِفَهُ

اَضْعَافًا كَثِيرَةً پس قرض ده گدِه وندبر شرط کرونه نشه نفع بیت لس نفع رٹن حلال سپننه وزم ہسه دول لاگه

وندجگرس ته نفع دیه تس ہرگاه شرط کرمت چهنه ته ادی رٹنمیر اوس وزم ہوان ته وزم دنه والس اوس

احسان کران ته نفع دوان ہرگاه قرض ده اتفقه تمنه شرط کرنه نشه ته اکتفا کرنه قرض گیرتس احسان کرنس

اده پرزه ئی زه پاسے قرض تقاضه نه درمیان ته بناتہاده برخرید ته فروخت چهس یا یہ گنه پٹ زه تت به چه

یمی نده جنس کنه زرس ئس معین مدتس تان یا ئی زکنسیه کنه ته یم ئل ہست گنس تیه خوش کرس بالعس تتے

پانس تورکنہ پس کنہ تت مل والت نہ مانعاہ چھنہ ہرگاہ واقعاً گنن تہ شرط کرن نہ گنٔنس منز زہ تورگنہِ پانس
تس تچیاہ زہ یہ شرط آست چھہ اشکال بلکہ بنا تھنہ آسہ بیع واقعی زہ مال سپنہ تت منز منتقل مشتری
تہ مشتریس چھہ اختیار گنٔنس تہٕ نہ گنٔنس تہ تس بایعس یا بیس تیٚہ کنہ بایعس تہ آسہ اختیار زہ بازگشت ہنیہ بل
ہرگاہ تس کنہِ خلاصہ چھہ بی زہ شرط سپننہ بازگشت ہنگ کنہ طرفہ نہ از طرف بایع نہ از مشتری تہ سانی بیعن
ہہ آسہ بیت صورن منز چھہ صحیح بازگشت کل بہن بیتھس خوش کرک تیہ کنہ چھہ ہرگاہ سلف کل ہنیہ قرض گژھس
نشہ تہ قرض واپس نہ کینہ تچیاہ زہ ہرگاہ قرض ویکینتراہ سلف گنٔنکہ شرط قیمت والت ہین ہندہ سلف
گنٔنہ ختہ باپت قرض تہ شرط قرض حرام چھہ ہرگاہ ہن ہندہ قیمتہ آسہ ضرر چھنہ کینہ چھہ اشرفی دو انہ
نیپ ہوان کل سلف یا نسیہ یا امہِ عکس چھہ گران اوی نہ نفع کھن تہ چھہ غلط تہ فاسد بلکہ حرام تہ تچیاہ زہ
طلا تہ نقرہ گنٔنس تہ نس منز چھہ در مجلس قبض کرن شرط ہرگاہ صحیح تکسیدہن تہ زر سیاہ دن زر سفید عوض
یا سرخ یا امہِ عکس کرن زہ زر سفید یا سرخ دن عوض سیاہ تچیاہ زہن صورژن منز چھنہ قبض مجلس شرط
تہ مثل پول سیاہ چھہ بیہ اجناس غیرِ طلا تہ نقرہ گنیزن چھہ نافہم ہنزہ اعتقاد زہ منفعت رہن چھہ مالِ قرضن
دہ یہ چھہ غلط بلکہ مال صاحب رہن چھہ ہرگاہ تبرع کرہ حلال چھہ نتہ چھہ حرام کینہ چھہ شرط کرایہ دن
شاہ کم کرایہ صحیح زانان مثلاً زہ دہ رپیہ چھہ کرایہ رہن ہتس روپیہ دن کرایہ تت تہ باقیس سپنہ دست بردار
قرض عوض بیت چھہ حلال زانان ہرگاہ دہ پہ زہ سارسی پن دست بردار قرض عوض حرام زانن فقہی چھنہ
زہ دلوی چھہ حرام کانہ فرق چھنہ بحسب قواعد شرعیہ ہرگاہ یم معلوم گے پس زانن خدا کرنی تائید زہ زہ
بلاسہ قرض چھہ تی زہ قرض دینہ نفع شرط کرت تہ نفع یہ آسہ یدی زن صحیح آسہ شکست عوض یا بہتر
بعوض غیر بہتر یا عمل یا صنعت یدی مثل قرأت قرآن آسہ تمو چیز منزہ زہ مالی چھہ تہ ثمن برابر چھہ مال آسان
کینژہ چھہ دیست پرت منفعت شرطی چھہ حرام تیٚژی زہ قرض دیہی ہرگاہ قرض دیہم یا چیزاہ کنہم بیت لیہ
بیہ ہین ہیچھہ احوط چھہ ترک یدی نن تہین چیزن ہندہ حرام آسن معلوم چھنہ حرام چھیتی زہ نفع سپنہ عاید
قرض دہ تہ ہرگاہ عاید قرض گژھی بوت چھنہ تت تہ چھہ کینہ حرام زانان ترک یک تہ چھہ مثل سابق احوط
معلوم الحرمتہ تہ آما قرض دن شرط رہن یا ضامن یا کفیل نی قرضہ باپت پس حلال چھہ باتفاق تہ آمایہ

د احتکار بیان

قرض بابت احوط چه اجتناب اما ربای معامله پس ته گو معاوضه کړن جنساه تت جنس زیادتی آست اگه ظاهر
ته زیادتی پس چیز آسه تمی جنسه آستن یا به جنسه یا عمل یا بیکنیه یک شرایط ته احکام سپنن ورسع بیان بیه چه
اسبها حرام احتکاری ته گوپی زه بند کړن کنک یا دشگه یا خرمه یا مویز یا روغن بلکه زیت ته نون ته نابر
احوط ته کنه تت یت تان ته گیران سپنه ته کار گړه بر مردم تنگ نه آسنه بیه کانه زه کهی یا وفانه کړنه کنس تسند ته
مردم آسن محتاج کنس یت اکاه چه ملعون بلکه آرزوی گرانی آسنه نیتی یا ته دوست تعاونه نیتی چه سه گنهگار
بلکه ملعون چه بحسب ظاهر اما هرگاه جنس گرانی بابت آسنه ته لوکن آسنه تسنده کنه نک احتیاج تحیاه زه بیه
آسن زه کنان آسن توناه زه لوکن آسه کافی بلکه بند کړه نک سبب آسس پلی زه تسند جنس آسن نه هوان یا هرگو
هوان آسن ته چهر اوت آسن هوان ته نقصان گرهس ته ضرر دالتن خرید و فروختس نهر یت صورز نهر چه
مانعاه دفع ضرر خرید و فروخت کره پاس نشه یدی زن سه ضرر آسس سراسر نه مانع چه زه یه ضرر ته
کره رفع زیادتی نهره خواهشه زه دفع ضرر ته حصول انتفاع تسند آست صورز نهر زه دپه آو زه مردم آسن
محتاج تسندس کنس ته آرزوی گرانی آسنه یه آست چه اصل گندم فروشی ته جو فروشی ته بیه چیز زه د ونهای
دور چه زه مکرده چه ادی زه تمن نهر درست کار کره تس چه صعوبت ته یم زه ون ساری چه تت صورز نهر زه
مردم آسن نه مضطر گمیت تحیا زه هرگاه مضطر گمیت آسن پس چیز زه اضطرار چه تت کن حاصل گوت
واجب چه ه ضرور کنه تس اکس زه تت کن چه مضطر گوت ته تس کده اضطرار نهر زه یه معنی چه خاص نه
ته گندم ته جو ته خرما ته روغنی بلکه ساری چه نهی حکم ماکولاتن ته ملبوساتن ته ودهن ته عقاقیرن ته یه میو
سوا چه یه آسه ته مضطر تمن کن آسه نتوی نهر حرمت چه بحسب شرع یه رنگه اضطرار زه آسه
پزهده رفع سپنه ته یت چه دخل یا احتکار بیه چه حرام کسب و نهر ده رشوه رتن حکم کړنه بابت موافق شرع
تی حکم کره یدی زن بر رشوه ده حکم کره تحیا زه صاحب رشوه تسند رضا اوس نیت نهر دپه حق چه کرس نیت
ته حکم کره تسنده بابت ته ون چه راضی یه حال کنس آست پی زه رشوه رتن چه حرام در هر حال نه کنه
چه رشوه ده ته حرام کران ته تم لوک ته زه اعانت چه کران ته واسطه چه سپنان ودس ته رشوه رتس نهر خبر!
ظالمس دنس نهر مکلاونه بابت حق پن تس نشه یا پس نشه دافع چه هرگاه سینه اهه ظالم کلادن نظلم آسنه

ہرگاہ تہ ظلم آسہ تس چیزِ دِن تہ چھنہ جایز تیتھ کینہ حرام تس پَتھ رٹن تہ ہرگاہ حق تسند محقق آسہ ہرگاہ مکلاو
بوجہ حق آسہ چیزِ دِن چھہ تمہ باپت حلال بر ظالم تہ چھنہ خرام تیتھ یاز مزورچھہ تسنز عمل تز بیہ چھہ حرام کسبو منزہ
ظالمن ہند طرفہ عامل سپنن زہ در قیامت آسن نار ون سراپردن منز یتھ تان مردم از حساب فارغ گژہن ادہ لاین
تن ظالمن ہسیت دوزخم ہرگاہ یہ عامل ہکہ نا مشروع انہ عمل تہ متمکن آسہ از امر معروف تہ نہی از منکر مانع چھنہ
عمالی قبول کرہنس بیہ تہنز خدمت کرہ تیتھ یاز نگارہ خدمت سلطان چھہ قضاء حوائج اخوان قضاء حوائج
اخوان کرہ مہما امکن تہ تیتھ کنہ کرہ امر معروف تہ نہی از منکر مہما امکن ہرگاہ ہکہ نہ زہ امر معروف تہ نہی از منکر کرہ بقضاے
حوائج اخوان کرہ اکتفاء تیتھ کنہ ہرگاہ ہکہ نہ زہ قضای حوائج اخوان کرہ امر معروف تہ نہی از منکر ہسیتی کرہ مہما
تیستر اکتفا ہرگاہ یمو منزہ کینہ آسنہ میسر ہرگاہ ہکہ سبب سپنت زہ ظالم کرِ نہ ظلم امہ خدمتہ زہ کرس یا یمی زہ یہ
خدمت آسہ سبب تخفیف ظلم کرہنس سہ ظالم مانع چھنہ خدمت تسنز کرہنس بلکہ یمن صورتن منز زہ ونہ آوزہ
مانع چھنہ وہ ما سوای قضائے حوائج اخوان زہ واجب چھنہ مگر یلہ حاجتہ آسہ واجب القضا ظاہر اچھہ واجب
زہ خدمت ظالم کرہ تحصیل کرِ نہ باپت یم امور واجبہ ہرگاہ عمالی تہنز کرن خدمت تہنز آسنہ بلکہ امور دیوان آسہ
ہرگاہ زانہ زہ ہرگاہ قبول کرہ مہما امکن انہ امور موافق شرع تہ عدالت انجام ہرگاہ بی تسنزہ جایہ متوجہ
سپنن ظلم سپنہ یاد تہ مونین وانہ زیادہ ضرریت صورژ تہ چھنہ مانع زہ متوجہ سپنہ بلکہ بسا آسہ زہ واجب سپنہ
تس پَتھ تیتھ یاز ہکہ زہ ضرر بسیار کرہ از مردم دفع تہ امر معروف تہ نہی از منکر کرہنس بسا آسہ زہ معاون آسہ تیتھ
کنہ سپنہ ظالمس مہما امکن ظلم کرِ نہ نشہ مانع تہ بجا الس تیتھ یاز یمو منزہ چھہ پرت اکاہ باعث وجوب سپنان
ادہ کیاہ چھہ یلہ ساری یمن ہیت صورژ منز تم چیز زہ از مردم چھہ برائے ظالم رٹنہ یوان پننس نفس تل
انہ احتیاطاً زہ یہ مشغول ذمہ سپنہ مالکس دِنس ہرگاہ ظالم عمالی بجبر قبول کرن لاگہ ہرگاہ خوف ضرر عرضی
یا جانی یا مالی یا اذیت زہ زانہ متحمل سپنت آسس سہ پانس نسبت ہکہ کار ظالم انجام انیت تہ سوا زہ
یا ہی خون بیہ درمیان قتل ہہ تہ زخم دِن ہہ احتیاطاً نہ یم کرِ نہ بلکہ بر وہیم صورتن منز تہ البتہ مباشر خون
سپنہ بلکہ مباشر جرح تہ سپنہ بلکہ مباشر ضرب تہ اہانات تہ سپنہ واللہ اعلم تیتھ یاز امر چھہ مشکل
تہ خصوص گژہن صورژ از فقیہ پرژ ہنہ بیہ زہ گناہ سپنہ ظاہر تس تہ احتیاط چھیی زہ یہ تس بدست بیہ

## در مکاسب حرام

کار دیوان کرنکن تہ حرام آسنہ یا برادن مینی یا گرہ برابر بیہ چھہ حرام کسبو منزہ نقش کرن صورت انسان
تہ حیوان یا کرن تم بیہ در معاملات غش کرن تمہ چیزہ زہ گیتواہ آسنہ کھٹت روزہ تس اکس زہ جاہل
آسہ تمس حالس یا غافل تہ نشہ دس آب ملون ہہ یا پرعن تہر ستھرس منز شعن ہہ تہ موی غیرہ
موی زن یا کنیز ون ہہ حتی در شل خاک کنکس ملون زہ کنہ بنہ زہ غافلاہ ہیت غافلانہ یا جاہلاہ ایس
بلکہ ظاہر غش نشہ تہ چھہ احتراز کرن احوط تحیا زہ مومن چھنہ غش کران بیہ چھہ حرام کسبو منزہ سحر تہ جود
سہ چھہ گرہ تہ گنڈاہ تہ کتھاہ زہ پرن نتہ لکھن تت یا عملاہ زہ کرن ییت تاثیر در بدن انسان کرہ یا کس
منز تسندس یا عقل منز تسنزہ کینژ و فقہاو طلسمات تہ نیرنجات تہ خدمتس ان ملائکہ تہ جن تہ شیاطین
بیہ تم والن در کشف غیبہا تہ امثال ہند چھہ سحرہ منزہ گنز رمت تہ سحر باطل کرن چھہ جایز بقرآن تہ ذکر
تہ یہ تن ہہ چھہ نہ سحرہ ییت بیہ چھہ حرام کسبو منزہ غنا یعنے گون یدی زن در حدی شتران غیرہ
تہ قرآن پرہ نس منز تہ مرثیہ سید شہدا پرہ نس منز آسہ موم رثیہ نوحہ گری ہندہ قسمہ پرہ نس چھنہ مانع قرآن
پرن تہ چھہ تیہ کنہ بصوت حسن تہ طریق خنن بلکہ ممدوح چھہ تہ ثواب چھس بیہ چھہ حرام غیبت شین منز
کرن یا ہجو کرن تمن تہ استثنا چھہ گومت غیبت حرام آسنہ منزہ بی نہ ہرگاہ کانسہ پیٹھ ظلم وارد
سپنمت آسہ تظلم کرہ یعنی مظلومی پنن کرہ اظہار تس نشہ زہ ظلم دفع کرنچ امید آسس تس نشہ بیہ تیہ کنہ
ہرگاہ کانژاہ کانسہ سیت مشورہ کرہ در باب نکاح تہ دامادی کرنس یا تس سیت معاملہ کرنس منز یا تس
قرض دنس منز تہ تن چیزن منز زہ ییمن ہہ چھہ پت مانع چھنہ زہ ہرگاہ عیباہ آسہ زہ شخص آسہ اگاہ تت تہ مشورہ
کرن وول آسنہ آگاہ تت تہ ہرگاہ اظہار کرنسہ بیم آسہ تس ضرر عاقبت پس اظہار کرہ مانع چھنہ بیہ تیہ کنہ
ہرگاہ کانژاہ از اہل بدعت آسہ یا اعتقاداہ آسس فاسد تہ کھٹت تھاوس زہ بیم آسہ گمراہ کرہ نک
مردم سہ اوی زہ تم آسن نہ آگاہ تسندس حالس یا آگاہ آسن نہ زہ تہ چھہ بدعت یا سہ اعتقاد چھہ بد پس
ہرگاہ کانسہ تسندس حالس پیٹھ اطلاع آسہ تہ معلوم آسس بدی تہ بہ قبح تہ اعتقادچ ضرور کرہ اظہار
یتہ غریب تسندکانہ کہیہ نہ ازانجملہ چھیی زہ ہرگاہ کانسہ اہلیت اجتہاد تہ فتوی دنچ قابلیت آسنہ
تہ لوکن ہاوہ زہ تمک اہل چھس پس آگاہ آسہ زہ اہل چھنہ سہ تک پزہ زہ اظہار کرہ یمو رای تہ چھک

بیہ چیز استثناء کرمت زہ قوت فایدہ چھنہ تم ذکر کرہ نس منز تہ آست چھ باخطر کینہ تمو منزہ زہ ون
تچھازہ ساہ چھ زہ شیطان یا نفس امارہ چھ در نظر انسان جلوہ دوان زہ غیبت چھ حلال حلال
نہ آست تیتھی نہ شخصاہ چھ مجتہد تہ قابل فتوے اما حسد چھ شخص تلان یت پٹ نہ وچھ تہ ملیت چھینہ
پس چھاد نفس چھ مگان زہ فرق تہاوہ میان حلال تہ حرام ۔ بیہ چھ حرام حفظ کتب ضلال مگر در صورت
تقیہ یا ارادہ آست رد یا نقض لوکن تہندن تہ یہ ین ہچھ زہ مانع شرعی چھینہ بیہ چھ حرام اجرت
ہن سکار کرہ نس زہ واجب چھ زہ مامور تہ مخاطب چھ اس سپنمت زہ سہ انو یعنی مردہ چھلن ہیونہ تیس
کفن کرن سہ دفن کرن ہہ تہ امایم واجبات زہ وجوب تہند چھ محض برای امور نظم معاش مروم یتہ کیاہ
اشارہ سپن تور کن در صدر کتاب پس مانع چھنہ تت پٹ مزدور نس بلکہ نظم معاش چھ جایز آسنہ مزدور
ہن ۴ با جارہ مثل نماز تہ روزہ تہ یہ تمن ہچھ بجا انن چھ صحیح تہ تحقیق در تصحیح عبادت استجار یہ چھ یلی
زہ اصل نماز مثلاً چھ بداعی قربت تہ اجرت رٹن چھ بر نماز با قربت یُہی مقدار چھ قربتہ منزہ کافی در
صحت عبادات بیاک چیز تے تت پٹ داعی آسہ حرام چھ مزدور ہن اذان دنیس تہ پیشنمازی کرہ نس
پٹ جایز چھ مؤذن تہ قاضی یلہ احتیاج آسس تہ متعین آسنہ بیہ کاتب تہ تعلیم کرہ ون قرآن تہ آداب
ن معاش بیت المال منزہ تہ یتہ کنہ چھ جایز اجرت بر عقد نکاح بیہ قاضی سپن از طرف سلطان عادل
تہ از طرف سلطان ظالم یلہ زانہ زہ امر معروف تہ نہی از منکر ہکہ کرت یا باکراہ کرس جایز چھ نن یہ ظالم
بنام زکوٰۃ یا خراج زمینو منزہ چھ ہوان معلوم تے آسہ مالک تمک تریم فصل چھ در آداب تجارت
واجب چھ زہ یُس تجارت کرہ صحت بیع تہ بطلان تمک زانن باجتہاد یا بتقلید بیہ ہر گاہ متاعس عیباہ
مخفی آسہ واجب چھ تہ اظہار کرن ہر گاہ تہ نن نہ کرنہ صادق بیہ کیھ کرن بیہ ہر گاہ زہ جنس ربوی
معاوضہ کرہ نس منز ینن جنس زیادس گنمت آسس واجب چھ زہ سہ نہ یلوتی دیہ مالکس پہیرت نیت
چھ زہ ور خرید تہ فروخت استخارہ کرن بیہ حلیم آسن بیہ کرنہ در خرید تہ فروخت تقاضا تہ مسامحہ کرہ خصوصاً
تہ متاعس اندر زہ تت منز یہ عبادت کرنہ بیہ صبحی رونی شہاوتہ نیرن بیہ یلہ بازر گرہ تہ یہ دعا پرن اَللّٰہُمَّ
اِنِّیْ اَسْئَلُکَ خَیْرَھَا وَخَیْرَ اَھْلِھَا وَاَعُوْذُ بِکَ مِنْ شَرِّھَا وَشَرِّ اَھْلِھَا یلہ یہ تہ شہادتین پرہ بیہ سود

صلوات بر نبی تہ آل نبی بیہ وپہ اَللّٰھُمَّ اِنِّیْ اَسْئَلُکَ مِنْ فَضْلِکَ حَلَالًا طَیِّبًا وَاَعُوْذُ بِکَ مِنْ اَنْ
اَظْلِمَ اَوْ اُظْلَمَ وَاَعُوْذُ بِکَ مِنْ صَفْقَۃٍ خَاسِرَۃٍ وَیَمِیْنٍ کَاذِبَۃٍ یلہ کینژاہ مل ہیہ تہ ترِیہ مرتبہ دپہ تکبیر اکہ
مرتبہ دپہ شہادتین تہ تریہ پھرہ دپہ اَللّٰھُمَّ اِنِّیْ اشْتَرَیْتُہٗ اَلْتَمِسُ فِیْہِ فَضْلَکَ فَاجْعَلْ لِیْ فِیْہِ فَضْلًا بیہ دپہ
تریہ مرتبہ اَللّٰھُمَّ اِنِّیْ اشْتَرَیْتُہٗ اَلْتَمِسُ فِیْہِ رِزْقَکَ فَاجْعَلْ لِیْ فِیْہِ رِزْقًا یلہ ژرہ زہ غلاماہ یا
حیواناہ ہمہ مل دِین اَللّٰھُمَّ قَدِّرْ لِیْ اَطْوَلَھَا حَیٰوۃً وَاَکْثَرَھَا مَنْفَعَۃً وَخَیْرَھَا عَاقِبَۃً یلہ ژرہ زہ مل
ہمہ تریہ مرتبہ دپن کنیژاہ اَللّٰھُمَّ اِنْ کَانَتْ عَظِیْمَۃَ الْبَرَکَۃِ مَیْمُوْنَۃَ النَّاصِیَۃِ فَیَسِّرْ لِیْ شِرَآءَھَا وَاِنْ کَانَتْ
غَیْرَ ذٰلِکَ فَاصْرِفْنِیْ عَنْھَا اِلَی الَّذِیْ ھُوَ خَیْرٌ لِّیْ مِنْھَا فَاِنَّکَ تَعْلَمُ وَلَا اَعْلَمُ وَتَقْدِرُ وَلَا
اَقْدِرُ وَاَنْتَ عَلَّامُ الْغُیُوْبِ بیہ خیر تہ برکت بیہ سہولیت طلب کرن کنس تہ ہس منز بیہ ابتدا کرن وکنین
منز بیع بیہ برابر زان خریدار یعنی تفاوت نہ تھاون تمن منز اما عالمن تہاون تفاوت تہ فضیلت بین
علمہ باپت پس جایز چھہ تہ بیہ یم اک چیزاہ مل ہت یا کنن تہ پشیمان گژہ سنت چھہ زہ بایع کرہ باطل بیع متاع
پتن تہ پھیرت تہ قیمت دیہ تس تور بیہ ہرگاہ کنہ قسمک تجارت دشوار گژہ بی قسمہ کرہ تجارت ہرگاہ اکس
شہرس منز میسر پینہ بیس شہرس گژہ بیہ یمہ وزہ خریداریس تمی وزہ گنہ خریدارس پارہ ناونہ بیہ کرہ کمسی فایدس
پٹ اکتفا زرژہ ہاڈنہ بلکہ انہ کنہ اکہ وہک پہالوہ خریدارن پٹ بیہ ہرگاہ متاعس تسندس عیباہ ظاہر
آسہ تن کرہ سہ عیب بیہ ہاونہ قسم کننس تہ ہس منز بیہ کرہ جمع قوت یکسالہ بیہ کرہ معاشس منز میانہ روی اختیار
یعنی اسراف کرنہ تہ نہ کرہ ساہ تنگی پانس پٹ بیہ کرہ وقتِ نماز گژہ نماذ اوہ سینہ تجارتس مشغول بیہ ہرگاہ
کانہہ ہدیاہ انس عوض دیس بیہ مژرہ دوکان تہ روزی ژہاڈہ مایہ تیے آسنہ بیہ مال ہنن پنہان تہاون بانن
نشہ تیے تہ آسہ بیہ املاک مل ہنن بیہ پنن مقرری نندر رات کت کران بیہ روزنہ تجارت کرنہ باپت تت
شہرس منز زہ نقصان واتس تتہ ونیکن امورن مثلاً تتہ آسہ نایاب آب وضوہ باپت پس پزہ بی زہ تتہ گژہ
بیس شہرس بیہ غلامس تہ کنیزہ نہ ژالن مل ہنزہ بیہ دیہ تمن شیرینی کہن بیہ کرہ تہندہ باپت کینژاہ تصدق



مکروہ چھہ بازرس منز سارنی برونہ اژن بیہ متاعس کنن دغل مدح کرنی بیہ خریدار دستم کرن تت بیہ زن
نہ کرن متاعک ظاہری عیب بیہ قسم ہاون کننس منز بیہ کمن تہ ہن بعد صبح آفتاب کہ ہسنہ برونہ بیس نفع مومنس

کہُن مگر احتیاج نمہ یتہ کنہ تس اکس زہ وعدہ احسان چُھنس کرُمُت بیہ نُن تہاون جان تہ ژہا یہ تہاوُن
یچھہ متاع ہرگاہ بدی تیح محسوس آسہ ہرگاہ محسوس آسنہ اظہار چھہ واجب یتہ کنہ بیان گو بیہ عقدہ تہ کم
کرُن بیہ متاع کھُن تاریک جایہ تہ عیب گژھنہ نُن بیہ قیمت زیادہ کرُن فریاد کرنہ وِنہ دلال بلکہ صبر کرہ یت تان

طلب کرن

دلال ژہ میکہ و ادہ کرہ زیادہ بیہ دلالی کرُن شہر باشہ سنز بیہ شہرک سندہ باپت زہ زانان چھنہ یہ شہرکہ متاعک
قیمت بیہ مینن تہ تولُن تس اکس سند زہ زانان چھنہ تہ یت کم تہ زیادہ کنِنس منز باامن آسہی بیہ وکیل ہِنن چیزاہ اکن
موکلِ سندہ باپت یتہ کنہ مَل ہن وکیل پانس کتِ چیزاہ زہ وکیل چھہ میس کنِنس حکمِ دلال چھہ حکم وکیل بیہ در خرید
فرخت کاہلی کرُن بیہ افنے پا یکارپانہ کرُن بلکہ پانہ سینہ بڈن کارن متوجہ مَل ہن ہہ ملک تہ بندہ بیہ
بازرس ہیغاید چھہ ہیرن بیہ بکار ہاے ظلمہ توجہ کرُن بیہ شراب خوار امین کرُن بیہ متاع زرس منز تلُن تجارُو
سُہ چھہ ضایع گژھنہ جای بیہ نفع تہ نقصان باصل لاءِ منسوب کرن یتہ کنہ زہ دِپہ اصل مایہ چھہ مہ شلاہت
دِینار حرہ دینار چھس اک دینار نفع منگان بلکہ ہرگاہ بیع مرابحہ کرہ وِین مول چھم ہت دینار نفع ہمہ دہ دینار
بیہ تجارتہ باپت سفر دریاکُن ہرگاہ ظن سلامتی غالب آسہ یعنی موج خیزی نہ آسنہ وزہ تہ طلاطم نہ آسنہ وزہ
بیہ خرمیاسن منز بایع تفاوت تہاوہ یسندہ باپت متفاوت گیر چھہ قبول تفاوت کرہ بیہ بیکار شاہ ہیرن
بیہ تت مالس تجارت کرُن زہ احتمال حرام آسس تس اکسند مال ہہ زہ رباخوار آسہ یا جاہل آسہ تمہ مالکس
حالس بیہ مَل ہنکہ وقتہ غلام تہ کنیز مَل نُین وچھن بیہ متاعس نِنس زینت دِن یت بیخبراہ گرہ رغبت تت
بیکانسہ مؤمن سندس خرید و فروختس منز اژُن تراوُن تہ سہ زبیح کرہی بیہ سوداگرنہ برونہ گژھن اوی نیزہ کس
بیہ مَل پانِدس کنہ حد تک چھہ رونسنیح یعنی کراہت چھہ ژور فرسخہ کس منز تحیاہ زہ ژور فرسخ تہ
تمہ زیادہ چھہ تجارتک سفر محرمات تجارت سپن بیان بیہ چھہ حرام تجارتہ باپت سفر دریاکُن خوف
ہلاکت آسہت یعنی طلاطمہ تہ موج خیزی وزہ باب اوّل چھہ در ارکان بیع تم چھہ ترہ اوّل چھہ صیغہ یعنے

در ارکان بیع

زبان کرن سہ چھہ ایجاب تہ قبول ایجاب گوزہ کہن وول یہ کنمہ ژہ یہ ژادر مثلاً وہن ژمین قبول گوزہ
خریدار وچھہ قبول کرم بیہ بیع یا ہتم یہ یا بیکانہ لفظاہ زہ بمعنی قبول آسہ صیغہ سیت چھہ بیع مال خریدارس پان
مَل اِن بایع باتفاق باقی شرائط مرعی تہلوت پس بی صیغہ معاملہ کرن یتہ پاٹہ زہ مبیع دیہ بایع خریدارس

آتوٗے پانٕن چھُس معاملاتِ زٕہ بیع بے صیغہ صحیح چھُنہ نشہ فقہان کینژن سِوا کرنہ زبان بائعس خریدار دیہ مُل
معلوم آسہِ تہٕ شرطہٕ منز جایز سپنہ ذکر اصل عقد ہوا شرطاہ یُس بیہ کران افادہ چھِہ ملکیت تہٕ چھِہ صحیح زٕہ چھُنہ
ہیہ جامہ چھلِن تتہِ بجا اَن زٕہ چھُنہ لازم عقد مقتضای منافی آسنہ بیہ نامعلوم تَہ مُل یا مبیع ہینہ گژھ بیہ
زٕہ تیٚھی آسہ عقد مقتضاے منافی شرط ہرگاہ چھُنہ ہہ تت یہ بیہ ہہ سوٗن تہٕ ہہ کرن رنگ تت تہٕ
آسنہ فاسد شرطاہ یُس باطل چھُنہ شرط یت مُل پھیرت دیہ بایع یِنہ ژوٗر یا کرہ غصب اکاہ کانہ ہرگاہ مبیع
شرط بایع ہرگاہ آسنہ فاسد سپنہ عقد تہٕ آسنہ عوضین جہالتِ تہٕ غرر موجب یا آسنہ عقد مقتضاے منافی
چھُنہ شرط مشتری تہٕ بایع چھُنہ رکن دوٚیمہ چھُنہ صحیح بیع پر اضافی یا سوا تِمہ تہٕ ثمن اجل یا قرضاہ کرہ
مُنزٕ اکاہ پرت آسہِ یا ثمن مالکِ مشتری تہٕ آسن مبیع مالک بایع بیہ عاقل بیہ آسُن بالغ مُنزٕ تمو اکاہ پرت
شرع حاکم یا تہند وصی تہٕ جدِّپدری تہٕ پدر مثلِ تہند ولی یا وکالت بشرائط مال صاحب وکیلِ اکاہ یا
آستن پُتو نسبت فرزندس شرعاً جاری تہٕ ممضی چھُنہ بدبیب تہٕ پدر تصرف حسبہ مؤمنان یا شرع حاکم امین
اختیار تہٕ تہند ولایتہ ہینہ نشہٕ تس سپن رشید تہٕ بالغ تہٕ عاقل زٕہ پتہ تِمہ مُت سپُن آسنہ رشید تہٕ بالغ ماں تُت یا کور
ہا تلف تہٕ پتہ یا ہینہ آسہ تہٕ ہرگاہ آسُن مصلحت کرُن تس گژھِ کرُن تصرف صغیر مال تہند ولیتن تِہ طرفہ بر گژھ
تہند تصرف چھِہ ممضی پس جدّ پدری وصی تہٕ پدر وصی امّا ہت ہل کہت تس زانن تہٕ والی پنُن مال تہندس ہت
دیوانہ یا یتیم آسہ مال صاحب زٕہ صحیح چھِہ وقتہ تہٕ پس شرع حاکم امین تہٕ حاکم تصرف امّا پتہٕ منز جدّ تہٕ پدر
مال صاحب آسہ یا پتہٕ کنن مال تہندس موقوف آسہ یِن تہٕ آسنہ دوان تہٕ واجبی حق آسہ پتہٕ شخص یا
آسنہ لاابی زٕہ امرس تت تہٕ منز غرض صحیح غیر کرہ صرف زٕہ آسہ کیتوہ حرکت اصلاح نہ اسہ مالس پننِس زٕہ سفیہ
شرع حاکم نایب تہٕ شرع حاکم منز تمن چھُنہ ولی زٕہ منز دیوانہ یت تہٕ سفیہ میان چھُنہ فرق زٕہ چھِہ اوّل حالس تہندس
شمحاذ زٕہ منز سفاہت تہٕ دیوانگی سواتہٕ آسنہ فرق . تہند وصی تہٕ جدّ تہٕ پدر پتہٕ آسنہ نہ مومنین عدول یا
چھُنہ کنہ پتہٕ دیہ تہند ولی پتہٕ اذن ولی دیوانہ بایع نا فروختِ خریدہ چھُنہ صحیح پس پتہٕ تِمہ تہٕ بلوغ برونہ آسہِ
شرط چھُنہ بیہ دِن تم پتہٕ گژھنہ اگر بیدار تہٕ پتہٕ ینہ بیہوش تہٕ اذن صحیح بیہوش بیہ خفتہ تہٕ مست تہٕ فروخت تہٕ خریدہ
حاصل سپنہ تہٕ تراہ نادنک تہٕ کرہ فروخت تہٕ خریدہ اکراہ تہٕ جبر ہرگاہ چھُنہ باطل پس رضا کرن تم فروخت و خرید

اما ہرگاہ بعد زوالِ اکراہ اجازت دِیہ صحیح چھ بیع ہرگاہ جبرٕ ونہ قصدِ بیع کرُمت آسِس ہرگاہ صورتِ بیع کرُت
آسِس قصدِ بیع باجازت نہ سپنس صحیح رعایت احتیاط کرُن چھ بہتر مُبطل چھ یتہ اجارٕ نامشروع کیہ
ہرگاہ حاکمِ شرع جبر کرِہ برخریدہ تہ فروخت یا بیہ کُنہ معاملس پیٹھ صحیح چھ یُدی زن جبرٕ آسہ بعمل آمُت یتھی زہ
جبرٕ اکنہ ناوِس مال قرض نگہ والنہ باپت یا واجب النفقس نفقہ دِنہ باپت یا بندٕ کافرٕ مسلمان سپنہ یاتِس
کافرس زٕ مسلمان آسِس اَل ہت مُت یا قرآن بیہ یٕمن ہِیہ چھ اما ہرگاہ بایع تہ مشتری نہ آسہ مالک تہ نہ ولی
مالک بلکہ فضولی کُنہ بیند مال یا اَمِ سہ بالاہ بیس کِت مشہور چھ بیٕ زہ صحیح چھ یہ بیع یمی معنی زہ ہرگاہ صاحب
مال آگاہ سپنہ زٕ بیٕ کُن مال سون پانہ یا بیٕ ہیت فلان مال مہ کِت پانہ تہ راضی گژھ تیتھ ثمرہ دیہ بیع سپنہ
مال تُسند زٕ مل تِہنٕ تیت مُلس تہ تمی شرطہ زٕ درعقد گومُت آسہ ہرگاہ شرطاہ سپُن مُت آسہ تیہ کُنہ چھ حال
فضولی مل مِنس تسندہ باپت زٕ مال سپنہ تسند ہرگاہ آگاہ سپنت راضی گوتت مبیعس تت مُلس بیہ تیت شرطس
ہرگاہ شرطاہ گومت آسہ تیہ کُنہ چھ باقی معاملات مثل عقد نکاح یا تمہ سوا بیہ بیاک عقداہ یہ عقدِ فضولی دِنہ
کانہ ثمرہ یُت تان آگاہ سپننہ تہ راضی گژھن نہ تم لوگ زٕ یہ عقد فضولی آو تِمن کِت بعمل ہرگاہ اک طرف
اصیل آسہ احتیاط کرُن اوّی تی چھ لازم چھنہ دویم طرف اجازت دِنہ برونہ یُو عقد فضولی کرکانسہ ہندِس
مالس منز یہی عقد کرن تہ صیغہ پرٕ مٕنی یُوت چھ جائز تِمن اما مال زٕانہ دِت بی رضا تہ رخصتِ مالک ہرگاہ
بیرخصت دِتُک غصب چھ بیہ حرام ساری قاعدہ غصبک چھ جاری تت منز مگر ییس بیہ کُنہ نگہ خاطر جمع آسِس
زٕ تمہ مالکُ مالک چھ راضی دِنس تہ تیہ کُنہ راضی چھُ گنس یہ فضولی لیس اکس کُنہ بییہ پی کُن کُنہ تیجارہ
یہ کُنُن چھ فضولی یُدی زن خاطر جمع آسِس زٕ مالک اکھ چھ راضی گنس تیجاہ زٕ آگاہ سپنت سہ ہرگاہ دِیہ
زٕ راضی چھنہ بیہ گنس جزم چون اوس بیچا یا بیٕ زٕ جزم چُون کرنہ کُنہ لازم مہ پٹ البتہ اختیار پننہ مالک
چھُس زٕ یہ بیع فضولی دِیہ برہم ہرگاہ فضولی تسلیم کرُمت آسِس تہ دِیہ راضی تسلیم چھنہ تت تسلیم کرٕ نس پٹ
یسنن جاری احکام غصب وازجملہ بیع فضولی چھ تی زٕ حکام یا زور یا ظالم یا بیٕ لوگ چھ مال نوان بظلم تہ
عُدوان تی چھ کَان پننہ باپت یا بیاک معاملہ چھ کران ہرگاہ صاحب مال آگاہ سپنت معاملس تہ واقعاً
سپنہ راضی تت صحیح چھُ البتہ سہ کُنُن تہ سہ معاملہ سہ مال بیہ در ملک خریدار تہ معامل دیگر مال سپنہ تہند مال

هرگاه رضا ته امضاے صاحب مال حاصل سپنه بیع ته معامله رد کرنه برونه اما هرگاه ته حاصل سپنه معامله
رد کرنه پته پس صحیح آسُن سُه بیع ته معامله چُهنه خالی از وجه پس رعایت احتیاط کرُن سپننه ترک بیه چُهه شرط مشتری
مصحف مسلمان آسُن بیه تیه کنه مشتری بندهٔ مسلمان مگر یله تس پٹ آزاد سپنه مثل پدر ته مادر بیه فرزند هرگاه
کانژاه پنُن ملک ته بسیند ملک کنه بیع ملک بایع چُهه صحیح بیکس مالک چُهه مختار زه راضی سپنه ته اجازت دیهن
یا فسخ کره یله فسخ کره مالک غیر بایع خریدارس ته واته فسخ کرُن اده هرگاه خریدارن فسخ کرُنه بهاء پهالو دولو
ملکن بهندن قیمتن ودن پٹ یله کانژاه بسیند ملک کنه ته خریدارس دیه به تصرف مالک نیه عین مال پنُن خریدار کره
رجوع بایعس کُن ته بهاء بابت زه دمت چُهنس بیه تمه نقصانه بابت زه تت منز گوس خرچ عمارت هه هرگاه
آسنه زومت زه غصب چُهه تریم رکن چُهه مبیع ته ثمن واجب چُهه ثمن آسُن مالک بیه آسنه نقصاناه تم ملک سپنس
منز پس صحیح چُهنه وقف کُن مگر یله خراب سپنه بیه سپنه سبب خلاف نزاع ملکن اربابن منز بیه نه اُم ولد
یُت مان فرزند زنده چُهس مگر یله خواجه تُسند مفلس آسه ته بهاء تُسند آسه بگردن تس بیه آسه خواجه فوت گومُت
بیه کره بایع طلب. بیه چُهنه صحیح بیع رهن مگر مرتهن سنده اذنه بیه چُهه واجب زه قدرت آسه بر تسلیم مبیع ته ثمن هرگاه
مشخص آسن پس درست چُهنه بنده گریخته تهاکُن صحیح چُهه کُن سُه هرگاه کُنس منز تت سیت تهاون بیاک
چیزاه زه صحیح آسه بیع تمک یله ته کرن ته قبض بنده سپننه بتیر خریدارس چُهنه کانه رجوع بایعس پٹ بیه
از خریدارن ته سورُی چُهه برابر تت زه ضم چُهه سپنُ مُت صحیح چُهه پرنداه کُن یله عادت آسِس پهیرت ینک
بیه چُهه واجب قدر مبیع ته ثمن آسه معلوم پس هرگاه کنه خرمناه یا جولیاه زه معلوم آسنه کوت چُهه یا ال هیه چیزاه
اکس مچُهه منکن هنزه یا ژئین هنزه مثلاً زه معلوم آسنه کیت ته کرشچُهه صحیح چُهه بیع مشاهده تی آسه یس چیزاه زه
بنان چُهس یا تولان چُهس یا گزران چُهس قدر تمچ گره تی کرن معلوم آسن پس هرگاه میو منزه کینژاه کُنن تمچن بیع صحیح چُهنه
وُچهه تے کافی چُهه مشاهده دربیع زمین ته جامه پیمایش کره نک چُهنه احتیاج بیه یس چیزاه زه مقصود چُهه تمه منزه
مزه یا بُوے ناچاره چُهه زه ژهنس یا بوی هس هرگاه بوصف کُنن جایز چُهه پس هرگاه عیب دار نیره ته خریدارس
واته زه پهیرت دیس یا ارش هیس هرگاه دست زده آسه پهیرته زانه دیت ارش هیه بیه تیه کنه یس چیزاه زه
آزماونه گژه فاسد خربزه هه ته خیار هه هرگاه عیب دار نیره تت چُهنه قیمتاه بریان گومُت ڈهول هه بیع تمک

چھُ باطل خریدار نیہ از بایع بہاء پہیرت تیہٕ کنہ چھُ واجب بٕ بیع تہٕ ثمن منزہ پرت اکاہ آسہِ معلوم بمشاہدہ یا تمہِ وصفہ سیت زہ نامعلوم آسنہ منزہ نیرہ ہرگاہ بوصف کُن خریدارس چھُ خیار ہرگاہ تمہ وصفہ نیرہ نہ جایز چھُ چیز مشاع کُن معلوم چیزہ منز مثل نصف ہہ تہٕ ثلث ہہ جایز چھُنہ کُن بچہ در شکم تہٕ شیر در پستان بیہ پوست بر پشت گو تہٕ ماہی در زیستان جایز چھُ بیہ بر پشت گو مفقد کُن بیہ مشک در نافہ مُرُت تیٚنہ آسہِ بیہ کم کرُن بانا مثل مشکس اعبل تہٕ روغن توتاہ زہ احتمال چھُس

باب دوم چھُ در انواع بیع تم چھہِ ترا اوّل چھُ غلہ تہٕ میوہ بیہ یتن ہہ چھُ بیچھُ منز اُتوی چھُ پی زہ جایز چھُ یم کُن ظاہر گرشنہ برونہ تہٕ لایق گرشنہ برونہ ہرگاہ اکہ ورہ ختہ زرس یا بیس چیزس سیت یا تنکہ شرطہ کنک ہرگاہ تمتس منفعتاہ عاقلانہ آسہِ پس جایز چھُنہ کُن یم ظاہر گرشنہ برونہ میوتر یو صوزو وسوا اما کُن یم ظاہر گژھت لایق گرشنہ برونہ تموصور شوورای پس مکروہ چھُ تہٕ کینش وچھُنہ تہٕ جایز تہووُمت ظہور صلاح چھُ خرمن منزیی زہ رنگ رٹن تہٕ در انگوری زہ غورہ گندہ بین میون منزیی زہ پہلی ہرہ تہٕ دانہ گژھ سخت سبزین منز مثل لیٚز تہٕ وانگن بیہ جنس بہ تہٕ ہاک تہٕ یہ تت ہہ چھُ ظہور صلاح چھُ پی زہ ین تہٕ ظاہر گژھن جایز چھُ زراعت کُنن یلیہ ہلیہ امُت آسہِ لونہٕ آست تہٕ لُنت آست بیہ ہاہِ نیرنہ برونہ یمی شرطہ زہ لونہ یا تھاوس لونکس وقتس تان بیہ کُنن ہاک تہٕ سبزیہ اک اتھوار تہٕ زرمہِ بیہ لیٚز تہٕ تل اک پور تہٕ اک چھان تہٕ زیادہ تمہ یلیہ زراعت خصیل کنہٕ زہ خریدار لونہ تت بیہ غورہ تہٕ میوہ زہ ژٹہٕ واجب چھُ بر مشتری زہ لونہِ تہٕ ژٹہٕ ہرگاہ ژٹنہ یا بعیس واتہٕ ژٹن یا ہس اُجرت

دوییم چھُ حیوانات آدمی تہٕ غیر آدمی اما آدمی پس مالک چھُ سپنان تس یلیہ امیر گژھن تس بسبب کفرِ اصلی تمہ تیہ کرہ بندگی سرایت تسندن اولادن تہٕ فرزندن منز مسلمان تہٕ سپنن ییت تان نہ آزاد گژھن تمہِ تیہ چھُ منتقل سپننہ تہٕ در ملک زنہ مملوک سپنان مالک چھُ سپنان مرد پرت خویشس تہٕ بیگانس کہو نو سوا پدر تہٕ مادر بیہ پدری تہٕ مادری جدس تہٕ نانہِ ہیرم تے آسہِ بیہ فرزندس نچو آستن یا گور بیہ شر سندس شرِ تمہِ تی آسہِ بیہ بنہ تہٕ بنزہ تہٕ باوزہ بیہ پُپہ تہٕ ماسہ پُس مرد اہ مالک سپنہِ یمو منزہ کانسہ تی سپنہ تس ہٹ آزاد مالک سپنہ زنانہ پرت اکس مالس تہٕ ماجہ سوا بیہ بڈ ببہ تہٕ نانہِ سوا ہیرم تے آسہِ بیہ فرزندس سوا نِم تے آسہِ مکروہ چھُ پُس خویشاہ یمو سوا چھُ حکم خویشان رضاعی چھُ حکم نسبی بیہ از دار الحرب رٹان چھُ بے اذنِ امام آدمی تہٕ غیر آدمی تہٕ سورِی چھُ مال امام خاص اما رخصت چھُ شیعن در زمانِ غیبت تت مالک سپنن تہٕ وطی کرُن تمام تی

در بیع غلہ و میوہ و غیر

در بیع حیوان

مال امام آسہِ یا کینژراہ واجب چھنہ اخراج حصہ غیر امام تہِ منزٕ باقی احکام کرن از اصل معلوم امّا غیر آدمی
حیوانو منزٕ پس ہرگاہ وحشی آسن مالک سپنہِ تمن شکار کرنہ سیت بیہ انتقال شرعی سیت بیہ در ملک بچہ دِنہ سیت
مالک سپنہ غیر وحشی حیوان دوی صورژ و تمو سیت یُس حیوانا ہ ملک چھہ صحیح چھہ کُنُن سہ یا تسند جزواہ مشاع نصف
ہہ تہ ثلث ہہ نہ جزو معین کلہ ہہ بیا تھہ ہہ بیہ چھنہ صحیح بندہ گریختہ تنہا کُنُن بیہ نہ اُمّ ولد مشتری زندہ آسِت
بیہ نہ وقف کُنُن تریم قسم چھہ طلا تہ نقرہ آسن یی پزٕ زِ دونون کرن مجلس منز قبض جدا گژھنہ برونہ اک اکس نشہ
ہرگاہ تمہ برونہ جدا گژھن باطل چھ بیع ہرگاہ ہنہ اکس پرت اکہ منزٕ قبض کرن تت منز چھہ صحیح تہ در باقی چھہ باطل
ہرگاہ مجلس منزٕ وُتھن تہ اک اکس سیت آسن یا کانسہ کرن وکیل زہ قبض کرِ موکلین جدا گژھنہ برونہ صحیح چھہ ہرگاہ
طلا بطلا کنہ یا نقرہ بنقرہ واجب چھہ زہ برابر آسن بمقدار مختلف تے آسن در خوبی تہ زشتی بیہ صنعت ہرگاہ
سُن رُپس کنن یا رُپس سُنس جایز چھہ مختلف آسن در مقدار ہرگاہ طلا یا نقرہ کھوٹ آسہ تت کنن بیس نقدس یلہ
کھچر معلوم آسنہ ہرگاہ معلوم آسہ جایز چھہ تت نقدس کُنُن یمی شرطہ زہ بے کھچر آسہ زیادہ کھوٹہ نقدہ ختہ یت
زیادتی بیہ کھچرس برابر اما یہ چھہ تت صورژ منز زہ تت کھچرس آسہ قیمت نتہ پزٕ نقد صاف آسُن کھوٹہ کس
نقدس برابر بیہ معدن پھند کُنُن بیس نقدس یُس چیز اہ از طلا تہ نقرہ آسہ گرُمت دونون کنن یا بیہ کینہ دُنُن
سوا یلہ نہ کُنُن اکہ کھچ قدر معلوم آسہ ہرگاہ تہ معلوم آسہ جایز چھہ زہ پرت نقد اہ کنن تت نقدس برابر یا بیہ کینہ
جنس بیہ زین تہ شمشیر زہ طلا تہ نقرہ چھس تہ معلوم چھنہ قدر تیچ تت نقدس کنہ زہ تہندہ نقدہ کہ جنسہ
آسنہ ہرگاہ قدر تیچ معلوم آسہ جایز چھہ زہ تہندہ نقدہ کہ جنسہ کنن یمی شرطہ زہ تمہ زیادہ آسہ یت زیادتی
بیہ برابر اصل زین تہ شمشیر یا بخشش کرن ہرگاہ کانسہ ہند کانسہ بگردن کینہ درم آسن جایز چھہ زہ تت بیہ طلا
مل یا بالعکس قبض تی در مجلس سپن مُت آسہ مثمنس سُنَہ تہ رُپہ منزٕ سپنہ مشخص ثمن تعیین یلہ کنن اشرفہ
یا ٹینک بشناختہ واجب چھہ زہ تی دِن نہ عوض تہ ک تریم باب چھہ در انواع بیع تم چھہ ترا اوّل نقد تہ
نسیہ زان زہ احتمال چھہ زہ مبیع تہ ثمن منزٕ یا آسہ پرت اکس وعدہ یا آسنہ وعدہ کُنہ اکس بیہ احتمالہ چھہ
بیع ژور قسمہ اوّل یہی زِ کُنہ اکس آسنہ وعدہ یت چھہ بیع نقد بنقد دپان دویم یہی زہ ثمنس آسہ
وعدہ یت چھہ بیع نسیہ دپان تریم یہی زہ بوعدہ آسہ مبیع نہ ثمن تت چھہ بیع سلم دپان یم ترنوی بیع

بیع صرف [illegible] ثمن طلا تہ نقرہ

در بیع طلا و نقرہ

در انواع بیع

چه صحیح ڤودم چه یې زه دوه نوی آسن بوعده یو بیع چې هغه صحیح یله چیزاه کښن ته کانه شرط اه کړن نه یا شرط کړن زه ثمن نه وعده آسن ثمن چه نقد هرگاه وعده ثمن شرط کړن لازم چه هرگاه وعده مضبوط آسه هرگاه وعده مضبوط آسن بیع چه باطل هرگاه چیزاه بنسیه کښن تت ته هن وعده برونه ل در عقد اول ته شرط کړنه سوا ژریس یا کمس بنقد یا وعده سو بیع چه صحیح واجب چې هغه بهاء وعده برونه دِن هرگاه دیه واجب چې هغه بر بایع رڅن وعده پته چه دِن ته واجب رڅن ته پس هرگاه رڅنه بحاکم شرع دِیه پس هرگاه تلف گړه کانسه حاکمس نشه بے تقصیر بایع سنده طرفه چه تیه کنه چه پرت حق حال قرض ته مانند قرض زه صاحب تمک رڅنه جایز چې هغه زه نقد بهاس کرِه نسیه زیاده کړنه سیت تت منز جایز چه زه نسیس کره نقد یمی سیت زه کینشراه کرِه تمه منزه کم دویم فصل چه در بیع سلم سه گوئی زه در بیع آسه وعده تت چه شه شرط اوّل عقد دویم تعیّن مبیع ته وصف کرُن تت تمه رنگه زه نا معلوم آسنه منزه نیره یته کنه معیّن کرُن پیمانه یا وزن یله تت یمو منزه اکِه سیت منه دِن آسن کران تر دیمه قبض کرُن بایع بهاس مجلس منز پس هرگاه اک اکس نشه جدا گرُن قبض کرنه برونه باطل چه هرگاه کینشرس قبض کرُن یتی زه تت برابر بیه صحیح چه تت منز ڤودم تعیین وعده تمه رنگه زه احتمال کم و زیاده آسنه پس هرگاه دیه تا رسیدن غله یا حاجیان صحیح چې هغه پانژمی زه مبیع آسه موجود وعده واتنه وزه پس صحیح چې هغه میوه بایت وقتاه وعده کرن زه تمه وقته سپنه یا فت شیم ی زه نسبت مبیع کره نه معیّن جایه ته معین محل کرُن پس هرگاه کنه غله تیه کنه معیّن زمین اکِه هند یا معیّن کلِ اکس یا باغ اکس صحیح چې هغه تیه کنه کر قرار معیّن زمانه اکِه هنز یا یافت معیّن اکس شخصه سند یا بیر معیّن کهلک اما تسلیم کره جاسے ذکر کرن پس شرط چې هغه هرگاه ته شرط کرن لازم سپنه تی تسلیم کرُن هرگاه شرط کرنه تسلیم چه لازم بجای عقد هرگاه بایع وعده پته تسلیم کرنه مشتری چه مخیر زه تس کره الزام به تسلیم یا بیعس کره فسخ ته بهاء کره طلب یُس چیز بوصف زانرن مشخص کرت سلم چه تت منز صحیح مثل حیوانات ته غله بیه میوه ته جامه بیه بو یه از مشک ته عنبر ته زعفران بیه شیر ته روغن بیه عقاقیر بیه دِرمان ته گوشت ته پوست بیه جواهر ته مروارید بیه دِه ته زمین جایز چې هغه کُنن یه مبیع وعده برونه جایز چه ته وعده پته قبض کرنه برونه هرگاه بایع ته مشتری اختلاف کرن زه مجلس منز سپن قبض یا سپن نه قبول کرن تس اکسند قول زه دعواے قبض کره با سوگند تریم فصل چه در بیع مساومه ته مرابحه بیه مواضعه ته تولیه مساومه گوی زه

بیع سلم

کَنِہ مایہ ذکر کرنہ سِوا بیع مُرابحہ گوِیی زہ کَنہ بایع مبیع یتیس کَل ہتُن تت پٹ نفع کہارت بیع مُواضعہ گوِیی زہ
یتیس ہتُن تت والِت کمس بیع تولیہ گوِیی زہ یت ہتُن تت برابر کَنِس نہ کرہ نفع تہ نہ نقصان واجب چُھہ در
مُرابحہ تہ مواضعہ راس المال یعنی مُول کوُت چُھہ مقدارہ کِن تہ نقدہ کِن ذکر کرُن یتہ کنہ ذکر کرُن نفع تہ نقصان
پس دِ پہ تہَس دینارس یتہِم کَل دہ دینارن ہندِ نفعہ کَنِم ہرگاہ تت متاعس منز عملاہ تہ صنعتاہ کرم آسس دِ پہ
راسُ المال چُھہ یُوت یتیس کرُم کار تت منز ہرگاہ تت منز باجارہ کار کرمت آسس جایز چُھہ ونُہ دِ پہ یہ متاع چُھہ یتیس
پومُت ہرگاہ ارشاہ ہتمُت آسس راس المالہ یتہ والہ تت یُس چیز کَل ہتُن جایز چُھہ کَنہ تت ژرس یا کمس نقد یس
یا نسیہ ہرگاہ تت چیزس ہینان یا تولان آسَن مکروہ چُھہ زہ قبض برونہ کَنُن تتُھ بلکہ دربیع مُرابحہ چُھہ تت چیز نہ کُنُن
قبض برونہ خصوصاً ہرگاہ خوراک کنک ہہ تہ وُشکہ ہش ہرگاہ نُن گوزہ راس المال اوُس کم تمہ ختہ زہ وُنُن
مختار چُھہ خریدار پھیرت دِتھِنس یا یت ہتُن تت پٹ راضی سپنتن ہرگاہ نسیہ کَل ہتمُت آسس پزہ زہ خبر کرہ
تمہ پس ہرگاہ تہ ژہایہ تہاوہ واتہ خریدارس زہ روکرہ یا ژہ یتہ کنہ ہتُن نزد اکثر فقہاء یتہ کنہ از اخبار تہ چُھہ مُستفاد
ژورم باب چھُہ در خیار تم چُھہ ست اوّل خیار مجلس یعنی بیع فسخ کرُنک اختیار یہ چُھہ حاصل پتہ بیعس
منز بایعس تہ خریدارس یُوت کال اکس اکِس نشہ جدا گیمت آسنہ پنُنہ اختیارہ بیہ آسِکنہ خیار ساقط کرُمت
عقدس منز تہ بیع آسکنہ لازم کرُمت تمہ پتہ ہرگاہ اک لازم کرہ تسندی یُوت خیار چُھہ ساقط دویم چُھہ خیار حیوان
یہ چُھہ حاصل خریدارس ہرگاہ ثمن غیر حیوان آسہ نتہ چُھہ دونوَن کِت حاصل ہرگاہ ثمن تہ حیوان آسہ بایعس
کِت چُھہ ہرگاہ ثمن آسہ حیوان تہ مبیع بیہ کینہ یعنی یم اک دربیع حیوان نوزانہ بیع فسخ کرت تہ حیوان پھیرت دِت
از وقتِ عقد ترَن دُہن تان ہرگاہ خیار تھاوِن نہ ساقط کرن عقدہ پتہ یا صاحب خیار کرہ تصرفاہ در حیوان
خیار سپنہ ساقط ترییم چُھہ خیار شرط یہ چُھہ حاصل تس اکسندہ باپت زہ شرط کرہ بایعن تہ خریدارس منزہ بیہ
بیگانس منزہ یعنی شرط کرہ بایع تہ مشتری یا اکاہ تِمو منزہ زِہ خیار فسخ چُھہ یتیس کالس یا فلانس کِت چُھہ خیار فسخ یتیس
کالس سُہ نہ آسہ بایع نہ خریدار واجب چُھہ زہ سُہ مدّت کرُن مضبوط تمہ زنگہ زہ کمی تہ زیادتی ہند آسنہ احتمال
پس تت مدّتس منز چُھہ تس خیار فسخ تمہ پتہ سپنہ بیع لازم بیہ چُھہ جایز زہ شرط کرُن مدّتاہ زہ ہرگاہ بایع تت منز
مُل پھیرت دِیہ مبیع نیہ واپس خریدارس پٹھ آسہ واجب ل ژُن تہ مبیع پھیرت دِن تت مدّتس منز ژورم چُھہ

آسہ

خیار مجلس

خیار حیوان

خیار شرط

خیارِ غبن

خیارِ غبن غبن گویی زہ کانژاہ کنہٕ چیزاہ کمس تہٕ ختہٕ زہ لیہ یا ہل ہیہ ژرس تہٕ ختہٕ زہ لپہ تفاوت آسہٕ تیز زہ بیڑہ
تفاوژ آسنہٕ کانژاہ عادتاً راضی گژھان ہرگاہ زیان زٕ دہ زانان اُوسنہٕ قیمت بیع وزہ لس کت چھہ خیار فسخ چانژ

خیارِ تاخیر

چھہ خیارِ تاخیر پُس اکاہ چیزاہ کنہٕ بیع نقد نہٕ نسیہ تہٕ خریدار کرنہٕ قبض بیع تہ بایع کرنہٕ قبض بہاس بیع چھہ لازم
ترن دُہن تان ہرگاہ خریدار ین ترن دُہن منز بہا اُن واجب چھہ بایعس زہ بیع کرہ تسلیم لس ہرگاہ ترٕ دہ گذری
تہ خریدار اُنتہٕ بہا بایعس واتہٕ زہ فسخ بیع کرہ یا تھاوہ تت بحال پُس چیزاہ جلد چھہ فاسد سپنان شام تان چھہ
ملک بیع لازم تہٕ تہٕ چھہ بایعس خیار ہرگاہ تہٕ برونہ فاسد سپنہٕ تک خیار چھہ ژٕ برونہ شیم چھہ خیار رویت

خیارِ رویت

یم اک چیزاہ کٔل ہت بوصف یا یمی زہ برونہ اوس وچھمت بیع تہٕ یلہ وچھن تہٕ صفژ یا تہٕ نوعہ زہ برونہ اوسن
وچھمت آسنہٕ لس واتہٕ زہ بیع کرہ فسخ تیہ کنہٕ بایع زہ چیزاہ بوصف یا یمی زہ برونہ اوس وچھمت کنہٕ تہٕ تہٕ
یلہ وچھہ زیادہ آسہٕ تہٕ ختہٕ واتہٕ لس زہ فسخ کرہ سِتم چھہ خیارِ عیب سہٕ سپنہٕ در باب علیحدہ بیان زان زہ
خیارِ شرط چھہ پرت عقدس منز ثابت سوائے نکاح تہ وقف بیہ ابراء تہ طلاق بیہ عتق ساقط چھہ سپنان
تصرف کرنہٕ پس ہرگاہ دُنوی تصرف کرن یا اکی بیندہ اِذنہ دُوشون ہند خیار سپنہٕ ساقط بیہ ہرگاہ اکی
تصرف کرہ خیار تسندی یوت سپنہٕ ساقط بیہ چھہ خیار بمیراث تران پس ہرگاہ صاحب خیار مرہ تسند وارثن
چھہ خیار بیہ چھہ خریدار مالکِ مبیع سپنان بیع سیت نہ خیار گذرنہٕ بیہ ہرگاہ بیع فسخ سپنہٕ تہٕ تہٕ زہ مبیع نشہ
آسہٕ نفع حاصل کڑمت ژھنویہ تہ دُوہہ تہ حیوان نشہ بیہ میوہ ہہ کُلِ منزہ بیہ تہٕ سوا مبیع دیہ پھیرت سہٕ نفع
چھہ مال خریدار پس مبیع قبض برونہ تلف سپنہٕ از مال بایع گو قبض پتہ تہٕ خیار گذرنہ پتہ گو تلف از مالِ خریدار گو
ہرگاہ در ایام خیار گو لس اکسند گو زہ لس چھنہ خیار ہرگاہ دونون خیار آسہٕ دور چھنہ تیت صورژ منز زہ از مالِ
بایع گو اتہ رعایت احتیاط کرُن چھہ تیہ بہتر ما نژم باب چھہ در عیب سہٕ چھہ زیادتی یا نقصان زہ خلاف

در عیب

مقتضائے طبیعت عیب دار آسہٕ ہرگاہ شرط کرن زہ مبیع گژھہ یہ وصفہ آسُن یلہ نہ تہٕ وصفہ لبنہٕ بیہ خریدارس
واتہٕ زہ فسخ کرہ عیب تہٕ آسہٕ سہٕ وصف نہٕ آسُن تت پس ہرگاہ ژٕ گژھہ مبیعس منز عیباہ زہ عقد برونہ آسس

در ارش

اُوسمت خریدارس واتہٕ زہ رد کرس یا ارش ہیس ارش چھہ ہناہ بہا منزہ زہ نسبت چھہ تت سارس بہاس
سیت یژ نسبت تفاوت چھہ صحیحہ کس قیمتس تہ عیب دار کس قیمتس منز مثلاً ابا ساہ ہتن کٔل آٹھن دینارن بازرلیہ

سہ صحیح آسِت دہ دینار عیب دار آسِت فلان عیبہ پانژ دینارین بازاری دون قیمتن منز چھہ تفاوت بنصف
تیجارہ پانژ چھہ دہن ہِند نصف تہ کم ونہوختہ بنصف پس ارش چھہ تیہ آٹھن دینارن ہِند نصف ژور دینار تیہ
کنہ ییہ ارش زانُنہ یمن صورژن منز اما ارش چھنہ جزء ثمن تہ لازم چھنہ پانہ ثمن منزہ دِن بلکہ زان زِہ سہ تفاوت
دییہ بییہ کنہ منزہ ہرگاہ بائع بکلِ عیب کنہ اظہارِ عیب کرِت مجمل پاٹھہ یا مفصل پاٹھہ یا زانہ خریدار عیب عقدہ وِزہ
یا کرہ خیار نپُن ساقط خیار سپنہ ساقط ہرگاہ خریدار تصرف کرہ رو سپنہ ساقط ارش والس ہرگاہ مل ہت گباہ
دِین تہ دُداوس یین منز سمبرت تھو مُت لس لس واتہ زہ گیہ گرہ رد دُہت دِین سپننہ مانع تہ عیبہ نکہ رد
کرہ لس ہرگاہ عیب قبض برونہ پیدہ سپنہ خریدارس واتہ رد کرُن ارش نس منز چھہ خلاف ہرگاہ عیب مبیع کس
کینژس منز ظاہر گژھہ خریدارس واتہ ارش یا سورُی پھیرِت دِن نہ عیب داری یُوت پھیرِت دنس منز عیبہ باپت
چھہ درنگی جایز خریدارس واتہ پھیرِت دِن برونہہ عیبہ باپت تاخیرِ تِہ کرُمت آسِس عیب زانِت یِت تان خیار
آسِس نہ ساقط کرُمت حاضر آسِتن خصم یا نہ بییہ چھہ عیب گریز پائی قدیم بییہ حیض نہ آسُن ژہن رِتن لس زنانِ زہ
محلِ حیض آسِہ بییہ بول کرُن بندہ زِہ شر آسُنہ درجامہ پھیرِت دِن بندہ بسببِ دیوانگی تہ جذام بییہ برص
زہ پیدہ گژھس از وقت عقد اکس ورہس تان تیہ کنہ کینز قرنہ نکہ چھہ جایز یلہ نہ تصرف کرُمت آسِس ہرگاہ
تصرف کرُمت آسِس ارش چھہ خاص پاٹھہ اما سرخ کرُن روی بییہ پیوند کرُن موی بییہ نابکری عیب چھنہ
اما ہرگاہ شرط کرُمت آسِہ باکرہ آسُن دوہ چھنہ جاری کرُن حکمِ خیارِ عیب ششیم باب چھہ درربای معاملہ
تہ حرام آسن چھہ از قرآن تہ حدیث معلوم حاصل چھنہ بینان سُہ مگر دون چیزن منز زہ از یک جنس آسن
یلہ اکاہ منزہ بیس کُنن زیادہ آسِت اک ہرگاہ ہم جنس تہ تولنس منز اژان آسن کنک ہہ بییہ دانِ تہ
تُل ہہ بییہ خرمہ ہہ صنفِ مختلف آسنہ نیرنہ از یک جنس آسنہ منزہ پرُن تہ زگ آسُن ہہ تمُل پس کنک تہ
اوُٹ چھہ از یک جنس بییہ خرمہ تہ شیرہ تمک چھہ اکی جنس تیہ کنہ انگور تہ مویز بییہ دُداوم تہ زامُت تہ گرُس تیہ کنہ
جان تہ یچھہ پرت جنسک ساری وَچھہ چھہ اکی جنس بییہ گوشت گاو تہ گاوِ دِش چھہ اکی جنس گوشت گاو تہ
تور چھہ زہ جنس گوشت حیوان وحشی چھنہ حیوان انسی سندہ جنسہ کنک تہ وُشکہ چھہ یت بابس منز اکی جنس
دُدس چھہ حکم گوشت پرت چیزاہ چھہ با اصل خود اکی جنس دُ دتہ ہَہن تہ گو ہہ تمک تیہ کنہ چھہ تیل تہ تیل تمک

پس جایز چھنہ کنُن دُویو چیزو منزہ زہ از یک جنس آسن اک تمو منزہ بیس اک تہندِ زر آسِت بعین کنُن ہیہ کنگُ اک
من تمکِن دُون منَن یا بحکم کنُن ہِیہ اک من کنگُک بوعدہ تمکِس نقدی اکِس منَس جایز چھنہ رطب خرمن کنُن
بیہ انگور موبزہ بیہ گوشتِ تازہ بگوشت قاق تیٔہ کنہ یمن ہیہ چھیہ اما یہ نہ در پیمانہ تہ وزن ازٕہ رباچھنہ تہ
پس جایز چھیہ اکھ جامہ کنُن دُون جامن بیہ اک تورُ دُون تیرِن بیہ اک ٹھول دُون ٹھولن کینژو چھیہ دُمِت یس
چیزاہ زہ در شمار بیہ ربا چھیہ تت منز جایز چھیہ کنُن اک درہم تہ اک دِینار دُون دینارن تہ دُون درہمن تیٔہ کنہ کنُن
اک من خرمہ تہ اک درہم دُون منَن یا دُون درہمَن تیٔہ کنہ یمَن ہیہ چھیہ بیہ چھنہ ربا مالس تہ فرزندس منز بیہ خوجس
تہ بندس منز بیہ میان شوہر تہ زوجہ بیہ میان مسلمان تہ کافر حربی یمی زہ زیادتی ہیہ کافرس لتِس دِینہ قولِ
اقرب چھیہ یمی زہ ربا چھیہ ثابت میان مسلمان تہ ذمی ستم باب چھیہ در تسلیم تہ قبض واجب چھیہ بالعین پٹ زہ
بیع کرہ تسلیم تہ خریدارس پپ زہ تسلیم ثمن کرہ اکلہ نہ تقدیمہ سوا یلہ نہ کنہ اکس مبیع تہ بہاد منزہ شرط سپن مُت
آسہ ہرگاہ عقدس منز اکس وعدہ شرط سپن مُت آسہ واجب چھیہ بیاک تسلیم کرُن یعنی قبض دِن قبض دِن
چھیہ در منقول مثلِ قماش تہ متاع بیہ زری زہ اتھس کت دِن حیوانن منز یی زہ منزلس لدن در مثلِ خانہ تہ ددکان
یی زہ خالی کرن ہرگاہ مبیع از بایع غصب کرن تہ دستی اتنہ سُہ پھیرت تت واتہ خریدارس زہ بیع کرہ فسخ یا
کرہ صبر اجرتہ سوا ہرگاہ بایع بیع تسلیم کر نہ تس پٹ سپنہ لازم اجرت نہ دِنکن دُہن منز یس مبیع قبض برونہ
تلف گرہ مال بایع چھیہ سُہ یہ حاصل سپنہ بیعہ منزہ قبض برونہ تہ چھیہ مال خریدارس ہرگاہ اصل قبض برونہ تلف
سپنہ خریدار منگہ ثمن تہ حاصلی مبیع ہرگاہ مبیع ممزوج سپنہ بیس سیت تمہ رنگہ زہ اک اکِس نشہ زانزہ نہ جدا کرِت
خریدارس واتہ زہ شریک سپنہ یا فسخ کرہ ہرگاہ قبض برونہ تلف سپنہ بعض بیع زہ ثمن منزہ آسہ حصہ تت
اک بندہ ہیہ دُویو بندو منزہ خریدارس واتہ زہ بیع کرہ فسخ یا باقی رٹہ پننس حصس بہاءِ منزہ ہرگاہ حصہ آسنہ تت بہا
منزہ دستِ بندہ ہیہ خریدارس واتہ زہ رد کرہ یا ارش ہیہ احوط چھیہ نہ کنُن چیزاہ زہ مل ہتمُت آسِس تہ ونہ اسِس
قبض کرُمت ہرگاہ خوراک آسہ بیع تولیہ سوا ہرگاہ کنہ چیزاہ میراثہ منزہ تہ مہرہ منزہ تہ یہ تتھ ہیہ چھیہ زہ قبض
آسنہ ونہ کرُمت صحیح چھیہ بیع خریدار تلف کرُن چھیہ مثل قبض تہ تلف کرہ یس منزہ اجنبی تہ بایع چھنہ فسخ
اما خریدار چھیہ مخیر زہ فسخ کرہ یا کرہ طلب قیمت بیع تہ اجنبی یلہ تلف کرہ بایع منگہ تس مثل یا قیمت احوط

تسلیم مبیع و قبض
وعدہ

تری کرہ گڈہ فسخ ادہ کرہ رجوع بر بایع بہا ہیہ تس یور آٹھم باب چھُہ در مسایل متفرقہ جایز چھُنہ خرنہ من
بلیہ قدر تیم معلوم آسنہ بیہ نہ پارہ مشاع تمِک بنصف ہہ تہ ثلث ہہ ہرگاہ خرِن مجہول کُنن یی
ہ اک من چھُہ اکس دینارس باطل چھُہ ہرگاہ معلوم مقدار اہ تمہ منزہ کنن ہت من ہیہ صحیح چھُہ ہرگاہ
نفاہ از خانہ یا جامہ صحیح چھُہ ہرگاہ وُچھن تت ہرگاہ قماشاہ کنن اک گز اکس دینارس تہ گزگنتی تمام
تسہ معلوم صحیح چھُہ ہرگاہ زمیناہ کنن یی کن زہ دہ جریب چھُہ مثلاً ادہ نیرہ کم مخیر چھُہ خریدار زہ ذکرہ
سند حصہ کرہ بہا منزہ کم ہرگاہ زر نیرہ مخیر چھُہ بایع زہ فسخ کرہ یا دِیہ ساری زمین تت بہاس ہرگاہ
نبراہ کنہ زہ ہت منہ چھُہ مثلاً ادہ نیرہ تمہ ژُر ژُر چھُہ مال بایع ہرگاہ کم نیرہ مخیر چھُہ خریدار زہ ردکرہ
بہا منزہ کمی ہند حصہ زہ برابر چھُہ تت ہرگاہ خریدار دعوے کرہ زہ مبیع چھُہ چھُن پس ہرگاہ پیمانہ یا
تس تہی آس کرنہ قبول کرن قول بایع باسوگند ہرگاہ تس ورای تہ آسہ تسندی قول کرن قبول باسوگند ہرگاہ
سلم کُنہ جایہ ہیہ جایہ منگہ مبیع تمِک یا قیمت واجب چھُنہ دِن تہ تیہ مکنہ چھُہ قرض ہرگاہ قرض منگہ تمکہ
باپت تمہ جایہ زانزنہ الزام کرِت ہرگاہ مال غصب طلب کرہ واجب چھُہ بر غاصب دِن مثل یا قیمت
آسیہ ہرگاہ کنہ مبلغس اکس تہ تعیین نقد کرنہ طلا تہ نقرہ منزہ لازم سپنہ تمہ شہرک نقد ہرگاہ تمِک نقد
خند داسیہ نقد غالب چھُہ لازم ہرگاہ برابر آسن بیع چھُہ باطل ہرگاہ تعیین کرننہ ہرگاہ اختلاف کرن
در قدر بہا قول بایع چھُہ معتبر باسوگند ہرگاہ قماش موجود آسیہ قول خریدار چھُہ معتبر باسوگند ہرگاہ تلف
گومُت آسیہ ہرگاہ اختلاف کرن در تاخیرِ ثمن یا در قدر وعدہ یا یت منزہ شرط چھُہ سپُن مُت زہ بایع نہاوہ
بر مبیع رہن یا در شرط ضمان قول بایع چھُہ معتبر باسوگند ہرگاہ دِپہ کُنی مہ نبدس خریدار دِپہ کل ہتم خرس یالی
زہ فسخ کرم بیع در مجلس سُہ بیاک آسیہ منکر قبول کرن تسندی قول زہ دعواے صحتِ بیع کران چھُہ باسوگند
بیع مینخ تہ تو لنخ مزدور چھُہ بایعس پٹھ بہاس حصرانی کرِ نخ تہ تو لنخ مزدور چھُہ خریدارس پٹھ اجرت دلال چھُہ
تس اکس ہیٹ زہ امر کرن تس دلال چھُہ امین معتبر چھُہ تسند قول یت منزہ تقصیر کرن نہ یا تقصیر قیمت کوتاہ
چھُہ ہرگاہ دلال کنہ بایع سندہ طرفہ تل ہیہ خریدارہ سندہ طرفہ کنہ نخ مزدور چھُہ بر بایع کل اینخ مزدور چھُہ بر
خریدار نوم باب چھُہ در شفعہ تت منز چھُہ زہ فصل اول چھُہ در شرایط ہرگاہ دُویو شریکو منزہ اکاہ حصہ پنُن

در مسایل متفرقہ

شریکس
پننه

بغیر شریک کنه بیس واته زِ ته رٹه ییت گڑن آٹھ شرطه اوّل یی زه شریک آسنه دیوخ
شریکاه دودیو منزه حصه منزه کینژاه کنه تس بیس شریکس واته زه شفعه رٹه سوری بیع هرگاه تمه
تسندن وارثن واته زه شفعه کرن طلب هرگاه ووارث شفعه نشه گذره باقی وارثن واته سوری میس
دوییمی زه حصه سپنیع سیت منتقل پس هرگاه منتقل سپنه بیه کنه تملیکه ته ییت یا بیه کنه عقده سیـ
ته نه آست شفعه چهنه تریمی زه بیع آسه غیر منقول مثل گره ته باغ ته زمین پس شفعه چهنه تت چیزن
آسه مثل حیوانات ته آلات بیه اسباب ته متاع شفعه چهنه کلن ا مزرز ینچه تعمیر ته میون منز کلس پٹ یی آسن
ژوریمی زه صحیح آسه باگرن ته پس شفعه چهنه تت چیزن منز زه باگرن چهنه صحیح مثل حمام ته گرٹه بیـ
ته تنگ وته هرگاه وت ته نهر باگران صحیح آسه ته تمکس مالکس آسنه ضرر شفعه چهه تت منز پانژمیمی زه شـ
آسه مشاع جزوس منز پس هرگاه باگرت کنه شفعه چهنه اما هرگاه در نهر یا راه یا آبخانه شریک آسن تـ
شفعه تت مالکس منز زه باگرمت چهه تمی شرا کژ کنه شییم یی زه شفیع یعنی یس شفعه رٹاوه قادر بر بہا
پس هرگاه عاجز آسه تمه یا تعطل کره یا ژله شفعه سپنه باطل هرگاه دعوی کره زه بها چهم غایب مهلت
ترن دهن پس هرگاه حاضر کرنه شفعه گژه باطل هرگاه دپه زه بها چهم بیس شهرس مهلت دِنس ته نـ
تان بیه ترن دهن پت تان زه خریدارس وانه ضرر ستییم یی زه فی الحال کره شفعه طلب پس هر گا
کره قادر آست شفعه سپنه باطل هرگاه اهمال کره کنه عذره ته پمنه کانسه وکیل کرت یا اوسنه عالم
سپنه مت یا کره گمان زه بها چهه بسیار یا کره گمان زه بها چهه نقد معین یا جنس معین شفعه سپنه باطل
اکاه محبوس آسه کنه حق باپت سه ادا کرهس آسه عاجز معذور چهه هرگاه عاجز آسنه شفعه چهه ساقط
ته شر چهه عذور لیه ولی اهمال کره مصلحت بیوا هرگاه مصلحت باپت اهمال کره شفعه سپنه ساقط هرگاه
آسه حاضر سپنس ته بیه کانژاه وکیل کرهس ته حاضر سپنه مدته اگه ییه تس وانه زه شفعه رٹاوه گواه
رٹمت آسنه بر طلب شفعه باپت جلد گژن یا عادته خته زیاده بیه نماز ترک کرن دقته ییه بیه سنت
ترک کرن اٹھمیی زه شفیع آسه مسلمان یلیه شفعه رٹاوه مسلمان خریدارس نشه پس شفعه چهنه کا
ذمی تس آسه بر مسلمان اعتبار اوچهنه یا بیس مسلمانس ته کافرس چهنه شفعه بر ذمی دوییم فصل چهه در احکام شفعه

غایب
[illegible]
شفعه
در احکام

شفیع چھُہ بیعہ سیٹ مبیع رٹنس حقدار از وقتِ بیع ہرگاہ بایعس خیار آسہ مرعی بھاون فسخ نکرن سُہ خیار گذرت رٹہ
بیہ پزہ زہ تمام مبیع رٹہ یا تراوہ تمام بیہ رٹہ تمام بہاس کینژن قیمتن برابر تے آسہ تہ خریدار آسہ زرہ نشہ گذرو مُت
حیلہ یا پت یُت شفعہ ساقط سپدنہ ہرگاہ چیزاہ زہ شفعہ چھُہ تت منز تت چیزس سیٹ زہ شفعہ چھُنہ تت منز کنہ
اکی بیعہ شفیع ہیہ نی زہ شفعہ چھُہ تت منز بہاہ منزہ تمیس زہ تت برابر چھُہ پس ہرگاہ بہاس مثل آسہ شفیع دیہ
مثل نتہ دیہ قیمتِ بہاہ زہ آسس عقد کہ دُہہ اما شفعہ ثابت آسُن تت صورژ منز زہ ثمن آسہ قیمتی از اشکال
چھُنہ خالی ہرگاہ بیع فسخ کرن شفعہ سپدنہ باطل ہرگاہ مشتری کنہ تت شفیع چھُہ مخیر زہ از مشتریِ اول گرہ
طلب یا دویم شفیع سپدنہ مالک دپنہِ پی زہ رٹم یا مالک سپدنس با تسلیم کرنہ ثمن

یدی زن مشتری راضی آسہ زہ ثمن آسہ ذمہ تس واجب چھُنہ بر مشتری مبیع دِن یُت تان ثمن بقبض انہ
یُت تان ثمن بقبض انہ ہرگاہ ثمن مؤجل آسہ شفیعس واتہ زہ فی الحال رٹہ بثمنِ مؤجل پس ہرگاہ شفیع غنی آسنہ
ضامن دیہ ہرگاہ زمین نفع زانہ ہیت زراعۃ کہ تس واتہ تاخیرِ مطالبہ کرُن تا وقتِ درو ہرگاہ مشتری
زمینِ کُل دوہ پزہ زہ پانہ کڈہ ہرگاہ کڈنہ شفیعس واتہ زہ کڈہ تہ ارش تمیہ شفعہ چھُہ بمیراث گژھان مالک
پاٹھہ جایز چھُہ زہ مصالحہ کنہ چیزہ ہرگاہ شفیع نصیب پنن کنہ شفعہ تُند سپنہ ساقط یتہ کنہ سپنہ ساقط ہرگاہ
تہ ژھاڈن ترک کرہ عالم آست بر بیع عذرہ سِوا شفعہ نشہ گذر بیع بروہ فسخہ سیت تہ ابطالِ بیع کرنہ سیت
چھُنہ شفعہ باطل سپنان ہرگاہ مشتری تہ شفیع اختلاف کرن در قدرِ ثمن قبول کرن تہ معتبر زانن
قولِ مشتری یا سوگند واللہ اعلم

# کتابِ ہبہ تہ صدقہ بیہ سُکنیٰ تہ عمری تہ وقف

باب اول چھُہ در ہبہ شرط چھُہ عقد تت معاطاۃ تہ چھُہ کافی عقد چھُہ ایجاب تہ قبول ایجاب گوہتھی زہ بیہ
بخشم ژہ یا بیہ ہبہ کرم ژہ یا مالک کرمک یت یا دِتم ژہ قبول گوبی زہ دپہ مالک سپنس یا قبول کرم یا ہیت بیہ
چھُہ شرط چھُہ بیہ قبض واہبہ سندہ اذنہ در مجلسِ عقد تے آسنہ پس ہرگاہ موہوبٌ لہ منزہ اکاہ مرہ قبض کرنہ بروہ ہبہ
سپنہ باطل اذن قبض ونہ پتہ تے تہ بنہ ہرگاہ کانسہ چیزاہ بخشہ زہ اتھس منز چھُہ تس احتیاج چھُنہ بیہ اذن
دِنک تہ قبضہ کرہ نک بروہم قبض چھُہ کافی بیہ چھُہ شرط واہب تہ متہب دُنوی بالغ آسن بیہ عاقل بیہ جایز
آسُن در مالِ تمن تصرف کرُن شرعاً ولیس واتہ ہبہ قبول کرُن تہ قبض تت کرن شر سندہ طرفہ غبطہ آست ہرگاہ

کرن

باب

ولی پنن مال شرس بخشنہ تقبضک احتیاج چھنہ پانہ کرہ ایجاب نہ قبول ہرگاہ دین بخشن لس زہ پزہ تس تہ نمہ وانن
فایدہ ابرا وِیہ دور چھنہ حاجت بقبول آسن ہرگاہ دین بیس بخشن قولاہ چھہ صحیح چھنہ کینژہ وچھہ ومت بقبض پننہ
لازم یہ قول چھ اقوی . بیہ چھہ جایز ہبہ مشاع نصف خانہ ہسہ تہ قبض کرن تت شرکیہ سندہ چھہ درست
ہرگاہ متہب شریکس وکیل کرہ قبض کرہ نس درست چھہ ہرگاہ شریک وکیل سپننہ تہ اذن دِیہ نہ حاکم کرہ مینا
نصب یت سارسی کرہ قبض اگس نصفس امانۃ بیس نصفس متہبہ سندہ باپت جایز چھہ از ہبہ رجوع کرن
قبض برونہ تہ تمہ پتہ جایز چھنہ رجوع از ہبۂ فرزند باجماع یتہ کنہ بین نسبی خویش ہند ہبہ نشہ در زوج تہ زوجہ
چھہ اقوی نہ پھیرن بیہ از ہبۂ بیگانہ یلہ متہبن عوض آسہ دِتمت یا تت منز آسس تصرف کرمت پھیرن چھنہ
جایز اما تصرف کرن مثل سواری مرکب بیہ بہن درخانہ تہ ولن جامہ مانع رجوع آسن چھنہ معلوم بیہ چھہ اگر
یی زہ متہب مرن چھہ مانع رجوع ہرگاہ در ہبہ شرط سپن مت آسہ عوض نہ مشخص گومت متہب چھہ مخیر یت
منز زہ عوض دِیہ یا کرہ ہبہ رد ہرگاہ مشخص گومت آسنہ یہ خوش گژہ متہبس تہ دِیہ پس ہرگاہ واہب راضی
تت عوضس سپننہ مخیر چھہ متہب زہ ہبہ کرہ رد یا مثل تمک دِیہ ہرگاہ متہب عوض دِیہ واہب کرہ رجوع
ہبہ پس ہرگاہ تلف گومت آسہ یا اسس نقصان پیدہ گرمت متہب چھہ ضامن تت یتہ کنہ چھہ حال
پرت ہبک زہ کرنہ آمت آسہ کنہ حاجتہ باپت مثل گذاردن مہمی تہ نکاح ژہاون ہبہ یمہ وزہ عادت تسند بیہ
آسنہ اقوی چھہ یی زہ ہبہ کرن بے عقد چھہ کافی ہرگاہ واہب کرہ رجوع تمہ پتہ زہ در موہوب آسہ عیباہ پیدہ
گومت ارش چھنہ بر متہب مگر در ہبۂ معوضہ حاصلی ہبہ چھہ دوہہ تہ ژھوہہ مال متہب یتہ کنہ چھہ سنت
زہ اولادن کرہ بخشش برابر گبر آستن یا کور مکروہ چھہ کینژن زیادہ دن ہرگاہ واہب کنہ بیہ ہبہ کرن ہرگاہ
ہبہ لازمی آسہ بیع چھہ باطل ہرگاہ لازمی آسنہ یا فاسد آسہ بیع چھہ صحیح دویم باب چھہ در صدقہ شرط
چھہ تت منز ایجاب تہ قبول بیہ نیت قربہ بیہ قبض کرن مالکہ سندہ اذنہ تمہ پتہ زہ شرایط سپنن تمام جایز چھنہ
رجوع تت منز اصلا از خویش و بیگانہ تصرف کرمت آستنس یا نہ صدقہ پہانی چھہ افضل نن رادت دنہ
ختہ مگر یلہ تہمت زدہ آسہ زہ تارک صدقہ چھہ اما صدقہ واجبی پس سہ نن کرن چھہ افضل صدقہ فرض
زکات اندرہ حرام چھہ بر بنی ہاشم مگر یلہ صدقہ دہندہ آسہ تمہوی منزہ یا تن آسہ ضرورت تہ احتیاج مباح

آسہ

در صدقہ

چھہ تمن پٹھ صدقہ سُنّت تہ واجب غیر زکوٰۃ تاکید چھہ صدقہ سُنّت ولن در ماہ رمضان ہمسایَن پٹھ
صدقہ کرُن چھہ بہتر بیگانن ہندِ خُتہ جایز چھہ صدقہ بر ذمّی کرُن بیگانہ تتے آسہ بیہ بر مخالف مگر بر ناصبی
مکروہ چھہ زہ صدقہ دیہ سورُی ہال مگر یلہ صبر آسہ آسِس اوسُت تہ عیالاہ آسِنہ یتہ کنہ چھہ زہ یُس اکاہ عیال
باپت محتاج آسہ سُنّت چھنہ تس صدقہ کرن تریم باب چھہ در سُکنیٰ تہ شبہ تمِک زہ عمریٰ تہ رُقبیٰ چھہ بیہ
حبس غرض چھہ تمہ منزہ مُسلط کرُن کونژاہ کُنہ چیزس نفع تُلنس پٹھ چاراہ چھنہ تت منز از ایجاب تہ قبول
بیہ قبض پتھی زہ ساکن کرِ یک ژہ یتہ جایہ منز عمرہ چھنہ یا مینہ یا اکس وہرس یا یی زہ ژہ کِت چھہ بت گرس
منز بہن یوت کال باقی آسک ژہ یا زندہ آسک ژہ یا باقی آسہ بہ یا زندہ آسہ بہ یا مدّت یکسال پتس ہرگاہ
بہ عمر قید کرنہ بیہ تت چھہ عمریٰ وپان ہرگاہ قید کرنہ بیہ مدّتہ اکہ سیت تت چھہ رقبیٰ وپان ہرگاہ بیمہ نہ مدّت
قید کرنہ بیہ نہ تت چھہ سُکنیٰ وپان بعد قبول تہ قبض سپنہ لازم پس ہرگاہ مُدّتاہ تہ عمراہ مُعین گومُت چھنہ مالکس
واتہ بیرون کرُن سہ یلہ ژہ ہرگاہ معین گومُت چھہ مدّتاہ تہ عمراہ جایز چھنہ مالکس قبض آسِت بیرون کرُن سہ
سُہ مُدّت یا سُہ عمر گذرنہ برونہ پس ہرگاہ قید کرنہ آمُت آسہ مدّتہ اکہ سیت یا مالکہ سنزہ عمرہ سیت تہ ساکن
کرہ وفات تسندِن وارثن کِت چھہ مسکن تا آخر مدّت یا عمر مالک ہرگاہ قید کرنہ آمُت آسہ ساکن سنزہ
عمرہ سیت یا مُدّتہ اکہ تہ مالک مرِہ وارثن تسندن واتنہ ساکن بیرون کرُن مرنہ برونہ یا مدّت سورنہ
برونہ اوہ یلہ ساکن مرہ تسندن وارثن واتنہ بہُن تتہ ساکنس واتہ زہ پانہ بہ تتہ با اہل تہ عیال بیہ مہمان
بیہ وزہ معین بہُن مُت آسنہ ساکنی یوت بہُن تس واتنہ زہ بیس بہناوہ مگر مالکہ سندہ اذنہ واجب چھنہ
تعمیر یمو منزہ کانسہ اکس پٹھ جایز چھنہ منع کرُن تت چیزس زہ ضرر کرنہ یُس چیز زہ صحیح چھہ وقف کرُن
صحیح چھہ بعمریٰ دِن سُہ ازدہ تہ زمین بیہ حیوان تہ یہ تمہ سوا چھہ جایز چھہ حبس کرُن گرہ تہ وونٹھ در راہ
خدایتعالےٰ بیہ بندہ خدمتس منز مسجدہ اکہ ہندس یا مشہدہ اکس لازم سپنہ عقدہ تتہ از ملک مالک
نیرنہ نیر ہرگاہ کانژاہ حبس کرہ چیزاہ شخص پٹھ تہ مُدّتاہ کرہ معین لازم سپنہ تمہ مُدّتہ پتہ واتہ بازگشت
تس یا تسندن وارثن ہرگاہ مُدّت مُعین کرنہ تس واتہ زہ رجوع کرہ یلہ خوش کرس ژُورم باب چھہ در وقف
تت منز چھہ زہ فصل اوّل چھہ در شروط تم چھہ آٹھ اوّل عقدہ سہ چھہ ایجاب پتھی زہ دیہ وقف کرم

در سکنیٰ و عمریٰ

در شرایط وقف

یا حبس کَرُم بیہ صدقہ کرُم قرنیاہ آسِت زِہ دلالت کرِہ بر وقف بیہ قبول تِہی لفظہ زِہ دلالت کرِہ بر قبول پتہ وقف آسہ تس اکس پٹھ زِہ ممکن آسہ تس قبول کرُن معتبر چھُہ قبول از طرف نا بالغ تہ دیوانہ غبطہ آسِت تِمَن کِت اما وقف کرِہ نس منز بر فقراء تہ مساکین تہ یہ تِمَن ہِہ چھِہ بیہ بر مساجد تہ مشاھد تہ یہ تِمَن ہِہ چھِہ شرط چھُنہ قبول احوط چھِہ قبولِ حاکمِ شرع تیہ کنہ چھِہ نیّت قربہ شرط دوییمِ پی زِہ واقف آسہ بالغ تہ عاقل بیہ آسِس تصرف جایز اختلاف چھُہ وقف کرِہ نس منز دہن وہرِ شُر زِہ تمیز دار آسہ مثل صدقہ وقفِ مریض چھِہ از تمام ترکہ مطلقاً بنا بر اقوی تریِم پی زِہ موقوف یعنی یت وقف کران عین معین آسہ بیہ ملکِ واقف بیہ آسہ صحیح نفع تِمُن تت باقی آسِت پس صحیح چھُنہ منفعت وقف کرُن یہن ہِہ در خانہ تہ خدمت کرُن ہِہ بندہ بیہ وقف دین بیہ بنداہ بندو منزہ وقف کرُن تعیّن سوا بیہ وقف بسند ملک اجازت تِمی دِیہ بیہ وقف کرُن چیزاہ زِہ نفعاہ آسنہ بیہ وقف کرُن چیزاہ زِہ نفع تُلان سُورہ ژٕٹ اش تہ میوہ ہِہ بیہ یہ تِمَن ہِہ چھِہ شرط چھُنہ زِہ موقوف آسہ باقی ہمیشہ پس صحیح چھُہ وقفِ بندہ تہ جامہ صحیح چھُہ وقفِ مُشاع پتہ معین آسہ ژٕودہم چھُہ پی زِہ دایمی آسہ پس ہرگاہ قید کرِس مُدّتہ اکِہ سیت سُہ چھُہ حبس تہ باطل سپنہ سُہ مدت سورنہ ہرگاہ وقف کرِہ کانسہ پٹھ زِہ اکثر چھُہ منقرض سپنان پزہ زِہ جاری آسہ تس پٹھ پس ہرگاہ نابود گژھنہ تیمنز چھُہ دِمِت زِہ سُہ منقرض سپنہ پتہ واتہ وقف پھیرِت واقفس یا تسندن وارثن کینژ چھُہ دِمِت موقوف علیہ سندن وارثن واتہ کینژ چھُہ دِمُت زِہ در وجوہِ بر کرن صرف تت پانژمِ پی زِہ اویزان آسنہ کُنہ شرط شییم واقف سندہ اذن پس ہرگاہ واقف قبض ونہ مرہ وقف چھُہ باطل ہرگاہ بنین نابالغ شُرن پٹھ وقف کرِہ نوہ قبضک چھُنہ احتیاج تیہ کنہ چھُہ جد تہ وصی وقف بر جہاتِ عامہ کرِہ نس منز کرِہ حاکمِ شرع قبض وقف کرِہ نس منز بر فقراء تہ یم تِمَن ہِہ چھِہ حاکم کرِہ نصب قیماہ زِہ قبض کرِہ تت پس ہرگاہ پانہ واقف قیّم نصب کرِہ جایز چھُہ یت نصبس منز چھُنہ اذنِ حاکم شرط ہرگاہ وقفہ باپت متولّی تہ ناظر شرعی آسہ عجی گرہ منتقبض بی اذنِ حاکم قبض چھُہ مسجد منز نماز مقبرس منز دفن کران میّت ہرگاہ یمن منز حاکم قبض کرِہ کافی چھُہ ستم پی زِہ پنین پان تہا ونہ تت منز پس ہرگاہ وقف کرِہ پننِس پانس پٹھ یا شرط کرِہ زِہ قرض تسند کرُن ادا تمہ منزہ یا معاش ادا تہ منزہ باطل چھُہ ہرگاہ وقف کرِہ کُنہ قومس پٹھ پانہ آسہ تمی منزہ مثل سادات تہ علماء یا فقراء

چھنہ آسہ پتہ پپ نشہ

اوکدلس تہ کاروان سرایہ نیز پانہ تہ آسہ سید یا عالم یا فقیر محلِ اشکال چھہ زِہ شریک سپنہ تمن سہ بیہ مدرس تہ رباطس منز بیہ یتن ہہ چھہ دور چھنہ تسند شریک آسن ہرگاہ تمہ تپہ عالم یا فقیر سپنہ تو تاہ آسہ تسندس شریک آسنس ہرگاہ شرط کرِہ زہ باشرن تسندن حصہ دِن تمہ منزہ صحیح چھہ اَدی زِہ یہ چھہ حضرت رسولن صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم شرط کُرمت وقف کرہ بن منز حضرت فاطمہ علیہا السلام آٹھم لِی زِہ موقوفٌ علیہ آسہ موجود تہ معین بیہ آسہ درست مالک سپنن سہ تہ وقف کرن لس پٹ پس ہرگاہ وقف کرِہ بے موقوفٌ علیہ وِیہ وقف چھہ مصرف کرنہ معین باطل چھہ تیہ کنہ ہرگاہ وقف کرِہ بر ولدِ زید زِہ یمہ زِوِہ در ابتدای وقف اما ہرگاہ وقف کرہ بر اولادِ موجود تمہ تپہ لس پٹ زِہ موجود سپنہ صحیح چھہ وقف کرن ہہ بر زید تہ اولاد تہ اولادِ اولادِ اولادِ یتان تعاقب کرن تیہ کنہ چھہ قبول تہ قبض شرط بطنِ اولس خاص بابھہ تیہ کنہ چھہ باطل ہرگاہ وقف کرِہ تت چیزس پٹ زِہ مالک زانہ سپنت گرہہ تہ سنگ ہہ بیہ مثل ملک یا دیو اما بر مساجد تہ مشاہد چھہ وقف صحیح تکیا زِہ در اصل چھہ وقف بر مسلمانان مخصوص تہنز و کیشر و مصلحتہ وباپت تیہ کنہ چھہ باطل ہرگاہ وقف کرِہ بر غیر معین یتھی زِہ وقف کرہ مردس اکس پٹ از بنی آدم یا اکس پٹ یمو دیو زنو منزہ یا اکس پٹ دیو مشہد و منزہ بے تعین شرط چھنہ زِہ منحصر آسن تکیا جایز چھہ وقف فقیرن پٹ بیہ بر مساکین تہ بر مسلمین بیہ چھہ وقف باطل زناگارن پٹ بیہ بر محاربان بیہ بر کتابتِ توریتہ تہ انجیل بیہ بر عمارت کلیسا تہ آتشکدہ ہرگاہ ذمی وقف کرِہ صحیح چھہ بیہ ہرگاہ بر قوم عاصی وقف کرِہ قصد آسنہ تمن اعانت کرن بر معصیت درست چھہ واجب چھہ پیروی شرطِ واقف کرن ہرگاہ جایز آسہ پس ہرگاہ شرط کرہ تولیت پننہ باپت یا بیندہ باپت صحیح چھہ ہرگاہ اقرار کرہ تولیت چھہ زیدس ثابت سپنہ تولیت تسنز مقرر سپنہ معزول شرط چھہ در متولی عدالت پس ہرگاہ فاسق سپنہ معزول گرہ ہرگاہ شرطِ تولیت کرِنہ موقوفٌ علیہ سنز چھہ تولیت در جہاتِ عامہ چھہ حاکمس ہرگاہ شرط کرہ منز آسن فرزنداہ زِہ زوِہ با موقوفٌ علیہم درست چھہ تیہ کنہ ہرگاہ صفتاہ شرط کرہ برائے موقوفٌ علیہم مثلِ فقرتہ علم بیہ فقہ یا تفاوت تمن منز در نصیب لازم چھہ تیہ کنہ ہرگاہ شرط کرِہ زہ اجارہ دِن نہ متغلبس اکس یا اکِہ ورِہ زیادس دِن نہ اجارہ یا لِی زِہ اجارہ دِن نہ یتہ تان مدتِ اجارہ اول گذرِہ یا تسلیم کرن تیتھا دِن

اُجرت قبض کرن بیہ یہ یت ہیہ چُھہ ہرگاہ شرط کرہ زہ کنہ یا بخشہ یلہ خوش کرس بیہ یہ یت ہیہ چھہ باطل چُھہ
ہرگاہ مسلمان وقف کرہ فقیرن پٹھ واتہ تہ مسلمانن ہندن فقیرن ہرگاہ کافر وقف کرہ واتہ تہ تسندہ مِلتہ کِن
فقیرن ہرگاہ وقف کرہ مُسلمانن پٹھ تہندی باپت آسہ زہ نماز کران چھہ قبلس کُن غالیوتہ خارجیو سوا بیہ نا صبیو
سوا اگر یلہ واقف آسہ تمویٔ منزہ کینژہ وچھہ مُجسمہ تہ جبریہ تہ مسلمانو منزہ نبر کڈمت داخل چھہ مسلمانن منز طفل تہ
دیوانہ زہ در حکم اسلام آسن وقف چھہ بر مؤمنان نہ امامیہ بیہ شیعہ تمنی کت زہ قایل چھہ یہن امامن ہندس
امام آسنس تہ تہندس معصوم آسنس کینژہ وچھہ دپُت زہ شرط چھہ زہ گناہان کبیرہ ونشہ کرن اجتناب زیدیہ چُھہ
سُی زہ قایل آسہ تسندس امام آسنس یا سُی زہ تسندو اولادو منزہ آسہ ہاشمی چھہ تمی زہ از اولاد ہاشم آسن
مال سندہ طرفہ طالبیین چھہ تمی زہ از اولادِ ابیطالب آسن علویین چھہ تمی زہ از اولاد امیر المؤمنین علیہ
السلام آسن مال سندہ طرفہ مرد تہ زنانہ چھہ برابر یُت تان زیادتی تہاوتر آسنہ کانسہ تمن منز جیران یعنے
ہمسایہ دپن تس زہ عُرفا چھس ہمسایہ دپان کینہ چھہ ونان سُی چُھہ ہمسایہ زہ پہلوی خانہ واقف آسہ تہ تجھن
ذرعن تان کینہ چھہ دنان تا چہل خانہ وقف بر اقرب واقف چھہ سُی زہ اولی بمیراث آسہ سبیل اللہ چُھہ یس چیز
زہ موجب تقرب بخدا آسہ کینژہ وچھہ دپُت زہ جہاد چُھہ سبیل الثواب چھہ فقرا تہ مساکین ابتدا کرت خوشبو
پٹھ سبیل خیر چُھہ فقرا تہ مساکین ابن سبیل تہ غارمون تہ مکاتبون بیہ فقہا تہ مجتہدین یا سُی زہ حاصل کرُت
چھس از علم پارا متفقہین چھہ طالبان علم یُت تان در تحصیل چھہ ہرگاہ بر مصلحت وقف کرہ پس رسم تہ اثر تمہ
مصلحچ ہند گژھہ باطل صرف کرن تت در وجوہِ بر مثلاً وقف کرن گامہ اکہ چہ مسجدہ پٹھ سہ گام تہ مسجد روز نہ
ویران تہ بیکار گژھہ وقف ترک کرن در وجوہ بر صرف ہرگاہ مسجد یا دہ خراب گژھہ عرصہ مسجد سپننہ ملک واقف
ہرگاہ مدرسہ وقف کرن معین طایفہ اکہ یا معین علم باپت زہ مباح آسہ لازم سپننہ یتہ کنہ چھہ جایز مخصوص
کرن مقبرہ قومس اکس اما مخصوص کرن مسجد قومس اکس پس اقوی چُھہ زہ جایز چُھہ دویم فصل چھہ در احکام
وقف یلہ وقف تمام سپننہ واقف سندہ ملکہ منزہ نیرہ تہ جایز چھنہ تس پھیرن تہ نشہ کانسہ حاکمن وقف
آسنس تہ حکم کُرمت آستن یا نہ پس ہرگاہ وقف بر معین آسہ ملک موقوف علیہ سپنہ کینژہ وچھہ دپُت باقی
روزہ بر ملک واقف ہرگاہ بر جہت عامہ آسہ اقرب چُھہ پی زہ ملک خدا تعالی چھہ تجیاہ زہ ملک مسجد تہ رباط

ہکنہ آسِت اَما حاصلی تہ منافعِ وقفِ بلاخلاف چھُہ مِلکِ موقوفٌ علیہ ہرگاہ وقف کرِہ غلاماہ ادہ کرِس آزاد
آزادی چھِہ باطل تیہ کنہ چھِہ باطل ہرگاہ موقوفٌ علیہ آزاد کرِس ویوتی مِلک تسند چھُہ اوی زِہ بین ہند حق سپنہ
باطل نفقہ عبدِ موقوفُ چھُہ بر موقوفٌ علیہ کسب تسند چھُہ تعلق بموقوفٌ علیہ ہرگاہ وقف کرِہ فقیرن پٹھ صرف
سپنہ بر جماعتی زِہ تت شہرس منز آسِہ حاضر واجب چھِہ سارنی واتُن جایز چھُنہ موقوفٌ علیہس وطی کرُن
کنیزِ موقوفس تس پٹھ سپنہ لازم عوضِ بضع منزہ تہ ازقیمتِ ولد شریکن ہندہ حصّہ ہرگاہ شریک آسنہ
حد چھُنہ تس پٹھ ولد چھُنہ دُنون صورتن منز آزاد جایز چھُہ تزویج کنیزِ مذکورہ مہر چھُہ مالِ موقوفٌ علیہ موجود
جایز چھُنہ کُنُن وقف مگر یلہ کھوتہِ خراب گژھِس یا خلاف کرِہ تس پٹھ وقف چھُہ تَمہ زنگہ زِہ کار واتہ نفباد
کنیزو چھُہ دمُت یلہ موقوفٌ علیہس احتیاج سخت آسِہ جایز چھُہ کُنُن جایز چھُنہ تغیرِ شرطِ واقف یلہ ممکن
آسِہ ہرگاہ وقف کرِہ بر اولادِ اولادِ خود اولاد گبرن ہند تہ کورن ہند مرد تہ زنانہ چھِہ برابر یلہ نہ کانسہ کرِ زیادتی
تھاوہ ہرگاہ دِیہ یُس مہ کُن منسوب آسِہ اولادِ کورن ہند آسن نہ داخل ہرگاہ دِیہ وقف کرِم براولادِ خود دیہ
اولادِ اولاد مخصوص چھُہ دُنون طایفن اولادِ اولادِ اولاد چھُنہ داخل ہرگاہ خانہ موقوف خراب گژھِ عرصہ
تمک نیرنہ وقف منزہ ہرگاہ بطنِ اول باجارہ دِن تہ ادہ گذرن تمِ اجارہ سپنہ باطل ہرگاہ متولّی اجارہ دِی
وقفچہ مصلحتہ باپت تسندہ مرنہ تہ موقوفٌ علیہم مرنہ گژھنہ باطل ہرگاہ اجارس منز غبناہ آسِہ فسخ کرِہ ہرگاہ
عقدہ پتہ زیادہ کرن غبنہ سوا فسخ چھُنہ

## کتابِ دین

تہ توابع تمِک اَما دین پس تت منز چھِہ اکھ
مقدمہ تہ اکھ مقصد اَما مقدمہ دین گو قرض قرض ژٹن چھُہ مکروہ مگر یلہ حاجتاہ آسِس قرض دِن
چھُہ سُنّت حق تعالا ان چھُہ در قرآن تمہ باپت ترغیب کرُمت زِہ وَاَحسِنُوا اِنَّ اللّٰہَ یُحِبُّ المُحسِنِینَ یعنے
خوبی کرو اکھ اکِس تہ مدد کرِو بدرستی کہ خدا چھُہ دوست تھاوان نیکو کارن قرض دِنک ثواب چھُہ ژر صدقہ دِنہ
خُتہ پیغمبرن صلّی اللّٰہ علیہ وآلہ وسلّم چھُہ فرمووُمت زِہ صدقہ دِنک ثواب چھُہ اکہ پٹہ دہن تان قرض دِنک
ثواب چھُہ ارژہن تان واجب چھُہ قرض ژٹہ ونس زِہ نیت ہو پرنچ کرِہ اَدی زِہ منقول چھُہ از ائمہ علیہم السّلام
زِہ یلہ قرض ژٹہ تہ ہو پرنچ نیت کرِنہ تیتھی چھُہ زِہ ژور کرِ چھِس مقصد معتبر چھُہ در دین عقد یعنی ایجاب
تہ قبول معاطات تہ چھُہ کافی ایجاب چھُہ یی زِہ قرض دِہ دِیہ و زُم دِمہ یہ ژِہ یا لفظاہ بیاکھ زِہ یت معنی

ییہ تمہ منزہ بفہم یتھی زِہ یمہ نشہ تِل نفع یا یت منز کرِ تصرف قبول چھِپہ زہ وزم ژٹن وول دِپہ قبول
کرُم یا نظیر اکھ یتھی زہ نوم تہ راضی گوس ہرگاہ یہ دِپنہ تہ مال نیہ تت منز کرہ تصرف کافی چھپہ ہرگاہ شرط
کرہ زِہ یُس مالہ نیہ تہ زیادتی ہورہ تت عقد چھُنہ درست تصرف چھُنہ تت مالس منز جایز ہرگاہ عقدہ وِزہ زیادتی
کرنہ شرط اما ژٹن وول ہورہ ہورنہ وزِہ بازیادتی جایز چھپہ یُس چیزاہ زہ مضبوط تہ معین چھُپہ سپنان بیان
کرنہ اوصاف تمک روا چھُہ قرض تمک یُس مال قرض کرن یا چھپہ مثلی یا قیمتی مثلی گوسی زِہ نام تمک
کمس تمکس تہ زیادس تمکس زانزہ ونت مثل جو تہ گندم تہ تمہ سوا قیمتی چھپہ مثل جامہ تہ کمان پس مال
قرض ہرگاہ مثلی چھپہ لازم چھُہ قرض نِنوالس پت مثل تمک ہورن ہرگاہ قیمتی چھپہ لازم چھُس قیمت تمک ہورن دِن
یعنی یہ لیہ ژٹنگہ وقتہ لازم چھُنہ پی ژٹن تہ تی دِیہ پہیرت باقی تتے آسہ قرض ژٹن وول سپنہ تت مالس
مالک عقدہ سیت قرض یا چھپہ حال یا مُؤجل حال چھپہ تی زِہ قرض دِنہ والس یلہ خوش کرہ باز گشت ہیہ
مؤجل چھپہ سُی زِہ ہورہ بس آسس وعدہ کانہ وقت تمہ وقتہ بر ونہ زانہ ہورن طلب کرِت یُس قرض
حال چھُپہ مؤجل سپنہ مگر شرط کرہ در عقد لازم ما بنِد بیع یتھی زِہ دِپہ کنِم یہ چیز زِہ فلان مبلغس یمی شرطہ زہ فلان مبلغ کرِ
دِمہ زِتہ ادا یمی وِزہ سپنہ قرض مؤجل اکہ زِنہ برونہ ناز نہ ہورن طلب کرِت یلہ قرضدار بیمار گژہ زہ مرُنگ
نشانہ آسس قرض بابت کرِہ وصیت پننہ مالہ منزہ کرِہ جدا تت یلہ قرض وُول مرہ مال قرض دِن تسندن
وارثن پہیرت یا تمس زِہ تم دِپن یلہ وارث معلوم سپنن نہ مال قرض دِن صدقہ میت سندِہ بابت جایز چھُپہ
زِہ قرض بابت یا عوض قرض چیزاہ ژن زِہ ذمین آسہ شراب تہ مانند شراب کمنت تت تفسیر ذمی یہ در
کتاب جزیہ ہرگاہ دُن زِنن یا ژرن کینہ قرض آسہ دُن زِنن یا ژرن نشہ قرض وال باگرن پانوان تہ کنہ
زہ قرض اکس دِنگو اکس اسِہ منزہ بپنِد بیس اسِہ منزہ روا چھُنہ یہ تقسیم تمہ منزہ تمو نشہ وصول سپنہ مشترک چھپہ
قرض والن منز یہ فوت سپنہ پرتا اکس سپنہ پننہ حصہ فوت ہرگاہ کانسہ قرضاہ کانسہ نشہ آسہ تہ بیس کنہ
تہ کمس تمہ ختہ لازم چھپہ تس قرضدارس زہ یہ دِن چھُس تتہ سوری دِن تس اکس زہ مل ہتن بقبل اکثر علماء ہرگاہ
کانسہ قرضاہ اکس نشہ آسہ بیس آسہ بیس نشہ روا چھُنہ اک قرض بیس قرضس کنن روا چھُہ بیس مالس کنن
تسی زِہ دِن چھُس یا بیس یمی شرطہ زہ سہ قرض آسہ حال مال کرِسنہ مؤجل ہرگاہ کانسہ حقاہ کانسہ نشہ آسہ

تس تہٕ چھُہ تھِی حقاہ تس نشہِ دُنوَن نشہِ پن تمِ زہ حق کانسہ واتنَہ بیس نشہٕ ژہاڈن تہٕ ہرگاہ تمِ زہ حق اَکِس
ہہ آسَن نہٕ یمی کِن زہِ اک چھُہ نقرہ بیاک گندم اَک اسندِہ رضاہ سپنن ساقط ہرگاہ سہ شخص زہِ ہوُرن گرِس
کینہ جنس دِیہ تمِ عوض بے تعیینِ قیمت حِساب کرن تَمہِ دُنگہِ قیمتہ زہِ دِتُن قرضِ مؤجّل چھُہ حال سپنان مَرنہ
تَس اکَسندہ زہ ہوُرن چھُس نہ مرنہ تس اکسندِہ زہ قرض گژھِس ژٹن دیہ تسندِ زہ مارہ آسہ گومُت بعمد یاخطأ
تسندِہ مالک حکم چھُس قرض تہٕ وصیت تسنز کرن تَمِہ منزہ ادا ہرگاہ نیَنِس غلامس رخصت دِیہ زہِ وُزم ژٹ تس
پیٹھِ چھُہ لازم تِہ کرِہ ادا ہرگاہ نہ مرِہ تہٕ قرضدار آسِس مالاہ زہِ پیٹ کُن روزہ تس تمَن قرضدارن تہٕ غلام سندِن
قرضدارن دِن باگرِت ہرگاہ غلامس رخصت دِیہ تجارت تہٕ خرید تہٕ فروخت کرہ نس نہ وُزم ژُھنس تہٕ غلامس
وُزم تہٕ تلف سپنہِ سہ قرض چھُہ غلامس ذمہ بلیہ آزاد سپنہِ تہٕ ہوُرہ تہٕ غلام کرہ درخرید تہٕ فروخت تتہٕ کُنہ رفتار
زہ رخصت دِنہ آمُت چھُس ہرگاہ رخصت درخریدن دِیس نقد تہٕ نسیہ بیان کرنہ سوا نقدس ہیہ ہرگاہ رخصت
بہ نسیہ نِنس دِیس قیمت چھُہ برخواجہ لازم زہِ اداکرہ ہرگاہ خواجہ نیہ یہ غلامن تسندِ وُزم ژُمُت چھُہ صاحب مالس
چھُہ اختیار ہرگاہ خوش کرس خواجس ہیہ پھیرت ہرگاہ خوش کرس غلامس آزاد سپنت امّا توابعِ دین
چھُہ ژہ باب باب اوّل چھُہ در رہن تت منز چھُہ اک مقدمہ تہٕ زہ فصل بیہ خاتمہ **مقدمہ** زانن زہ

در رہن

رہن چھُہ در لغت ثبات تہٕ دوام بیہ حبس در شرع چھُہ مالاہ زہِ کران چھُہ وثیقہ دین عقدِ مخصوص سیت یُت
اداکرن قرض یمِ منزہ بلیہ مشکل سپنہِ پھیرت رہن تہٕ تس اکِس نشہِ زہ لازم چھُس ہوُرن تہٕ یانہ عقدس تہٕ چھُہ دِنان
تتھ مالس چھُہ مرہون تہٕ دِپان رہن چھُہ عقداہ مشروع در سفر تہٕ حضر از پیغمبر صلّی اللہ علیہ وآلہ وسلّم چھُہ مروی
زہِ زرہ بنن تھاون ییہو دیس رہن **فصل اوّل** چھُہ در عقد تہٕ ارکانِ عقد چھُہ ژورسا **اوّل** صیغہ لابد چھُہ تت منز ایجاب
یتہٕ کُنہ زہ دِپہ قرضدار رہن تھوُدم ژہ یہ برفلان دین یا یت یہ معنی آسہ بیہ قبول یتہٕ کُنہ زہ قرض وول دِپہ
قبول کرُم یا نِت ہہ بیہ کینہ بلیہ وننہ عاجز آسہ اشارہ چھُہ کافی ہرگاہ تمہ منزہ یہ معنی بفہم ییہ اقوی چھُہ زہ قبض چھُہ
شرط بلی دوامِ قبض چھُنہ لازم عقدِ رہن چھُہ لازم تسندِہ طرفہ زہ رہن چھُہ تھاوان یُس گرو چھُہ رٹان لازم چھُنہ
تسندِہ طرفہ زان زہ بازگشت دِیس **دویم** چھُہ محل شرط چھُہ زہ عین آسہ تمِہ زنگہ زہِ بنہ قبض کرن تت
صحیح آسہ مالِک سپنُن تت تہٕ جایز آسہ کُنُن تہٕ پس جایز چھُنہ گرو تھاوُن دِین تہٕ منفعت مثلِ نشستن درخانہ بیہ خدمت

غلام بیہ بند تھاون مِلکِ غیر مالکہ سنٛدِ اِذنہ سوا بیہ گروتھاون وقف تہ شراب تہ حشرات بیہ مسلمان بندہ بیہ مُصحف کافرس ترٛیسہ چھیہ دین بعید چھنہ جواز رہن بر عین تھِیُ زِہ چیزا بیہ بعاریت بیاک چیزا تھاوِہ رہن تتھ یت منز چھیہ زہ شرط اوّل یی زِہ دین آسہ ثابت گروتھاوہ وِنس نشہِ پس درست چھنہ رہن تتھ دین پیٹھ زِہ یِمہ پتہ ژٹہ یا تمہ چیز کس بہاس پیٹھ زِہ یمہ پتہ ہیہ ہرگاہ دین ثابت آسہ اما لازم آسنہ رہن چھیہ تہ بابت روا رہن بر بہای بیع ہہ در ایامِ خیار بیہ بر مالِ کتابت یعنی یہ مقرر آسہ گومُت زِہ بندہ دِیہ خواجس تہ آزاد سپنہ یتہ کنہ تفصیل تمکِ ییہ ہرگاہ عقد کتابت فسخ کرِہ اوی زِہ زانہ مالِ کتابت دِت رہن سپنہ باطل دوییم شرط چھیہ یی زِہ سہ دین زانزِہ مرہون نشہ تحصیل کرِت پس ہرگاہ کونژاہ کنہ خدمتہ بابت پنُن پان اِجارہ دیہ تت خدمژ پیٹھ گروتھاوُن چھنہ روا ہرگاہ چیزا گرو آسہ کنہ دین بابت جایز چھنہ گروتھاوُن بیہ دین بابت ژودم چھیہ متعاقدان یعنی راہن تہ مُرتہِن یعنی رہن تھاوَن ووُل تہ رہن ٹن ووُل شرط چھیہ زِہ بالغ تہ عاقل تہ جایز التصرف آسن پس اکس زِہ ولایت بر مالِ طفل آسہ جایز چھس زِہ مال تسُند تھاوِہ رہن یا تسنٛدِس مالس پیٹھ ہیہ رہن ہرگاہ مصلحت آسہ جایز چھنہ زِہ مالِ طفل کنہ بسلف تہ نسیہ یا قرض پاٹھ دِیہ مبیس مگر یلیہ صرفہ تہ نفع آسہ یا ضرورت بیہ مثلِ خوفِ غارت پس یمہ وِزہ زانزِہ مالِ طفل وُزم دِت یلہ قرض دِن کینژاہ ہن رہن ہرگاہ گرو ڈٹُن دشوار آسہ یمی کِن زِہ خوف غارت تہ دزد آسہ گرو ڈٹُن نہ قرض دِن تمسی زِہ اعتماد آسہ تس پیٹھ جایز چھیہ زِہ در عقدِ رہن کرن شرط زِہ مُرتہِن یا غیرا و آسہ وکیل کنِنس منز مرہون تہ ادائے دین کرہ تس راہنس واتنہ یمہ وقتہ فسخ کرن وکالت اما ہرگاہ مرہ وکالت سپنہ باطل تہ رہن چھیہ باقی ہرگاہ مُرتہِن مرِہ سہ وکالت ترنہ تسندن وارثن مگر شرط آسِک کرُمت بیہ تہ چھیہ جایز زِہ شرط کرن زِہ مرہون آسُن ہیگالس اکس نشہ تس پژہ زِہ مرہون دِیہ راہنس تہ مُرتہِنس دُنون چھیرت یا تس اکس زِہ تم دُنوی دِنس ہرگاہ راہن تہ مُرتہِن غایب آسن تسلیم حاکم کرِہ ہرگاہ ضرورت آسہ مثلِ خوفِ دزد یا ظالم بے ضرورت ہرگاہ بغیر حاکم دِیہ بے رخصتِ راہن تہ مُرتہِن تہ بیر خصتِ حاکم تہ ہکہِ زِہ حاصل کرِہی رخصتِ حاکم تہ تقصیر کرُن یہ رخصت کرُن نہ حاصل ضامن چھیہ ہرگاہ راہن تہ مُرتہِن مرہون تھاوَن دُن زِنن نشہ کانسہ اکس واتنہ تمو منزہ زِہ پانسی نشہ تھاوہ ہے بلکہ یکو ٹہ کرِہ تس ضبط دوییم فصل چھیہ در احکامِ رہن اداکرُن دینِ راہن

در احکام رہن

یر مرہون منزہ مُتقدم بِیی حق ادا کرہ نس ہرگاہ راہن مرِہ مال روزِ سنہ قرضس پُوت مرہون منزہ کرن دین
ن ادا ہرگاہ کنیزاہ روزِہ بین قرضن بدن ہرگاہ مرہون بدین رہن وفا گرِ نہ باقی دین چُھ بین حقن بیہ زہ ترکہ
ہ کرن تنک حِصہ ادا بیہ چُھ مرتہن امین ضامنِ مالِ مرہون چُھنہ ہرگاہ تلف سپنہ مگر میہ وزہ تقصیر کرُت
س ہرگاہ مرہون بے تقصیر مُرتہن تلف سپنہ دین منزہ پنہ کینہ تہ گژھنہ چُھ بر قرضدار لازم زِہ سُوری دین
یرہ ہرگاہ مُرتہن در مرہون تصرف کرہ تہ تلف سپنہ ضمانت کدہ ہرگاہ مثلی چُھ مثل تنکہ ہرگاہ قیمتی چُھ قیمت
لہ تمہ دُہکہ زہ تلف سپُن دُور چُھنہ ذِہ قیمتِ یوم الاداء آسہ تفسیر مثلی تہ قیمتی سپُن پیہ بر ونہ بیان تبۂ گژھنہ دیہ
وان اُجرتِ مرہون در مدتِ تصرف ہرگاہ کنیزا دِنہ خرچ مرہون گرُمت آسس تُت کرہ کرایہ منز حساب تہ
جری تہاون ہرگاہ مرتہنس خوف آسہ زہ راہن کرہ جحود تہ انکار تُسندس دینس روا چُھ زہ مرہون منزہ
رِ بقدرِ دینِ خود بیرُخصتِ راہن تہ تسندِ وارثن ہنُدہ ہرگاہ مُرتہن یا وکیل تسند مرہون کنہ تہ ادا ای
دین کرن تمہ پتہ سپنہ مُشتری واقف بر عیبِ مرہون پُس قیمت زہ وتُن یا ارش راہنس ہیہ پُور ہرگاہ
معلوم سپنہ مرہون اُوس دزدیدہ مالک نیہ بازگشت تت مشترین پیہ بقیمت دِمُت چُھ مرتہنس ہیہ پھیرت
بیہ چُھنہ کینہ اکِس راہنس تہ مرتہنس منزہ جایز زِہ در مرہون کرِہ تصرف اک اُسندِہ رخصتہ سوا ہرگاہ
اکاہ تمو منزہ بیس رخصت تصرف دِیہ صحیح چُھ تصرف تسند ہرگاہ تصرف تسُند رخصتہ بر ونہ آسہ تہ پتہ دِیس
بیاک اجازت پہ تصرف صحیح آسُن چُھنہ خالی از اشکال ہرگاہ راہن ملکہ اکِ حصہ زہ گرِ دِچھن تُھووت و
کُنہ بِلہ مرتہن شریک آسہ شفعہ ژاڈہ یہ تسُند شفعہ ژاڈُن چُھ رُخصتِ بیع مرہون نزدِ بعضی علماء ہرگاہ راہن
نزدیکی کرہ تس کنیزِ زہ گرِ دِچھ تھا و مِژتہ حاملہ سپنہ سہ کنیز سپنہ اُمِ ولد تفسیر اُمِ ولد پیہ اما رہن سپنہ باطل
ہرگاہ مُرتہن رخصت دِیہ راہنس مرہون کنِنس پس گژھنہ سہ رہن گو باطل لازم چُھنہ زِہ قیمت آسہ مرہون تمہ مرہونچ
جایہ ہرگاہ راہن رخصت دِیہ زِہ مرہون کنُن دین نکہ والنہ باپت وقت ادا داتنہ بر ونہ مرتہنس داتنہ
زِہ تمکِس قیمتس کرِہ تصرف گر وقتِ ادا داتنہ پتہ یلہ قرض پھیرِ تہ ہنگُس عدہ واتہ راہن ہوِ رنہ قرض مُرتہن
کنہ مرہونس ہرگاہ وکیل آسہ ہرگاہ تہ اسنہ حاکم کنہ تہ قرض کرہ ادا باطل سپنہ رہن یمی سیت زِہ راہن ہوِرِ
مُرتہنس قرض یا میٔ کِن زہ قرض نشہ گنذرہ مُرتہن تہ راہنس کرہ تمہ نشہ خلاص یا رہن آسنگہ حق نشہ گنذرہ دعدہ

پتہٕ ہرگاہ شرط کرن زہ یلہٕ قرض ہو رہٕ نُکھ وعدہ واتہٕ تہٕ راہن ہو رِنہٕ قرض مرہون آسہٕ ملک مُرتہن
باطل وعدہ پتہٕ ہرگاہ مرہون تلف سپنہٕ مُرتہن دیہ تاوان ہرگاہ کونژاہ کُنہ چیزس ناحق تصرف کرہ تس
ضمانژ منز چھیہ یلہٕ تلف گژھہ تاوان گژھن دِن اَدہٕ تس نِشہٕ سُہ چیز گرد تھاون روا چھہ اتھی چھیہ زہ تس منز
منز چُھنہٕ ادہٕ مرہونک منفعت چھہ مال راہن یُس بچہ در شکم مرہون آسہٕ داخل مرہون چھنہٕ یلہٕ زدہ راہن
داتہٕ تس تصرف کرُن ہورُت تہٕ آسُس قرض منز کینہ ہرگاہ بچہ در رہن آست پیدا گژھہ یہی حکم چھُس بر قول
اصح یلہٕ مُرتہن بازگشت رٹہٕ سُی قرض زہ تت پٹ چھُس رہن مرہون و یہ پھیرت روا چھنہٕ زہ تت تھاوہٕ پان
اَتھہ بیہ قرض اکہ باپت زہ راہنس چھس بازگشت ہن ہرگاہ کانہ بُنیذ مال گرو تھاوِہ لتندہ رخصتہٕ روا چھہ یا ن
دیہ یلہٕ تسند اَتھہ تلف سپنہٕ با تعدی یا تفریط یا گنہ بیہ زیادس قرض خُتہ یہ زیادہ چھہ تہٕ نیہ صاحب مال
ہرگاہ تت زمین زہ گرو چھہ کُل وَدِہ مُرتہنس واتہٕ زہ تکلیف کرِس زہ تم کدِہ ہرگاہ مُرتہن سُہ دانہ زہ تس نشہ
چُھہ گرو کنک یہ وَدِہ سُہ زراعت چھہ مال راہن تہٕ مرہون لتندہ دینک تہٕ حق رہانت چھہ میراث گژھن
یعنی یلہٕ مُرتہن مرہ مرہون چُھہ لتندن وارثن نشہ تتہٕ کُنہ گرد بخلاف امانت تہٕ وکالت یعنی یلہٕ وکیل تہٕ امین
آسہٕ وارثن تھندن چُھنہٕ دخلاہ در وکالت تہٕ امانت تمن پتہٕ خاتمہ چھہ در منازعات میان راہن تہٕ مُرتہن ہرگاہ
راہن دیہ مُرتہنس زہ نقصان گو مرہونس چھین تقصیرہ تاوان گژھہ دِن مُرتہن دیہ زہ کانہ تقصیر گر منہ کینہ چھنہٕ
سہ پٹ لازم یہ راہن دمان چُھہ ہرگاہ تت پٹ گواہ چھس قبول کرن لتند قول ہرگاہ گواہ چھنہٕ یہ مُرتہن دمان
چُھہ قسم دِلنس تت پٹ تہٕ قبول کرن لتند قول ہرگاہ تقصیر مُرتہن ثابت آسہٕ نزاع آسک در قدر قیمت مرہون یمی
سببہ زہ راہن دیہ قیمت تمک چھہ بِنداہ درہم مُرتہن دیہ دہ درہم مثلاً قول مُرتہن کرن قبول با سوگند ہرگاہ نزاع
کرن در قدر دین قبول کرن قول راہن تیہٕ کُنہ ہرگاہ صاحب مال دیہ مال تھو وُم زہ نشہ امانت قرضدار دیہ گرو
تھووُت یعنی قول صاحب مال کرن قبول ہرگاہ کانسہ زہ قرض گژھن دِن تہٕ چیزاہ دیہ قرض باپت تمہٕ پتہٕ کرن نزاع
زہ تمی قرضہٕ باپت دِتمی زہ گرو چھس دُن چُھہ باطل قرض قول دیہ دِتت بیہ قرض باپت زہ گرو چھنہٕ قول صاحب
مال کرن قبول ہرگاہ نزاع کرن بیتہ منز زہ مُرتہنن دِت مرہون پھیرت سخن راہن کرن قبول دویم باب چھہ
در حجر تہٕ تفلیس بیتہ منز چھیہ اکھ مقدمہ تہٕ ترہ فصل مقدمہ حجر چھہ دِلغت منع در شرع چھہ منع کرُن حاکم مخصوص

باپتہ ہرقسمہ قرض کُنہ

منازعات راہن تہٕ مُرتہن

باب حجر و تفلیس

جماعتس اکس تصرفاتِ مخصوصہ کرہ نس شرائطِ معیّنہ کہ سببہ تفلیس چھک ازفلوس رُتُت زِہ جنس تہ ین اموال چھہ یس اکس مال آسہ قرض ختہ کم درشرع چھہ مُفلس سہ سفیہ تہ مُبذّر چھہ سی زِہ صرف کرِہ مالاہ تینہ شوبہ در نزدِ عُقلاء فصل اوّل چھہ در اسبابِ حجر تِم چھہ شہ اوّل کوڈکی کوڈکس کرن منع ازتمامِ تصرف یُت تان

در نابالغ

بالغ سپنہ تہ رشید آسہ بالغ سپنان چھہ نچو بانزالِ منی بیہ کہنہ سیت موی زہار بیہ پندہ وہر سپنہ سیت کور چھہ بالغ سپنان گڈہ کِہ دیو چیز وتہ نوہ ورش سپنہ سیت حیض تہ حمل چھہ یہی علامت زِہ زنانہ چھہ بالغ گیمز خنثیٰ مشکل چھہ یس اکس آلتِ مرد تہ زن دونوی آسن زانزِ نہ زانت مرد چھہ یا زنانہ سہ سپنہ بالغ یمی بیت زِہ پندہ وہر سپنہ یا منی ہیں ازہر دو فرج یا نیس نی از آلتِ مرد تہ حیض ازآلہ زن رشید آسن چھہ شخص یہی سیت زِہ ضبط تہ صرف کرِہ مال تمی رنگہ زِہ فریب تہ زیان کہینہ نین معاملاتن ثابت سپنہ بلوغ مردون مردن ہنزِہ گواہی سیت صرف کرُن مال ورانواعِ خیرات چھہ رشید آسنس منافی عرف کرُن مال غذان تہ لباس منز زِہ تسندس حالس آسن نہ لایق گو تبذیر تہ منافیِ رُشد ہرگاہ طفل بالغ سپنو تہ سپنہ وُہر گژہ تہ رشید آسنہ تتہ کنہ کرہ نس منع تصرفات کرہ نس دراموالِ طفل تصرف کرہ نس چھہ ولایا اکس بیہ مال سندس مالس تم نہ آسِت چھہ ولیّ وصیّ تہند وصیّ نہ آسِت چھہ حاکم دوییم دیوانگی

مجنوع نین سپنہ ثابت زن نامن ہنزہ گواہی سیت ۱۲

در دیوانہ

دیوانس چھہ منع ازتمام تصرفات یُت تان عقلِ کامل پیدہ کرِہ یس اکس کنہ وقتہ دیوانگی آسہ کنہ وقتہ آسہ نہ تصرف تسند کرُن چھہ درست یمہ وقتہ دیوانہ آسنہ ہرگاہ دعوی کرِہ یہ مہ کُن وقتِ دیوانگی اوس درست چھنہ سوگند کرِہ یا دتہ بیع چھہ باطل ولایتِ دیوانہ چھہ مالس تہ مال سندس مالس ہرگاہ تم آسن نہ ولی چھہ وصی تہند ہرگاہ وصیّ آسنہ ولیّ چھہ حاکمِ شرع تو سیم چھہ سفیہ سفیہ چھہ ممنوع درمال تصرف کرہ نس یُت تان سفاہت ژلس ولیّ تسند چھہ تمہ زِہ ونہ آسے پس ہرگاہ کینہ زاہ کنہ یا بخشہ یا ورُم دیہ یا اقرار کرہ بالے درست چھنہ تصرفات تسند درغیرِ مال مثلِ زن تہ خلع بیہ اقرار بموجبِ حد یا قصاص چھہ درست ہرگاہ ولیّ بیع قبول کرِہ صحیح چھہ جایز چھہ زِہ سفیہ آسہ وکیل کانسہ ہند کینہ زاہ کنس یا بخشس

در سفیہ

ژودم چھہ مملوک پس غلامس تہ کنیز چھنہ کنہ چیزس منز تصرف جایز کنہ چیز سپننہ مالک تم خواجہ تنی مالک کرِہ تمن ہرگاہ تصرفاہ کرن تہ خواجہ کرِہ قبول درست چھہ پانژم چھہ مرضِ موت یعنی بیماری

زٕ تَتِ منز مرہ پس بیمار ہرگاہ وصیت کرہ ثلثہ ختہ زٕ ژر درست چھُنہ مگر وارث تسند کرن قبول ہرگاہ چیزاہ
بخشہ یا کنہ بقیمت کمتر قول بعضی علماء چھُ زٕ درست چھُ قول بعضی چھُ زٕ درست چھُنہ اقوی چھُ
قول اول ششیم چھُ فلس مفلسس کرن منع در اموال تصرف کرہ نس ژور شرط اوّل یی زٕ ثابت آسن قرض
تسندِ نزد حاکم دویم یی زٕ قرض ہورہ تک وعدہ آسس و ژتمت ترییم یی زٕ مال تسند آسہ قرض ختہ
کم ژورم یی زٕ قرضدار منگن تصرف کرہ نس تس منع کرن پس ہرگاہ یمو منزٕ اکھ شرطاہ موجود آسہ حجر چھُنہ
روا منع چھُہ تس تصرف کرہ نس تمی وقتہ زٕ حاکم کرہ حکم تمِک ہرگاہ قرض ادا کرہ منع سپنہ تس نشہ برطرف
تصرف زانہ کرت بحکم حاکم چھُنہ حاجت فصل دویم چھُ در احکام سفیہ اقوی چھُ زٕ منع سفیہ سند مال تصرف کرہ نس
محتاج چھُ بحکم حاکم تیہ کنہ زوال تمک ہرگاہ کانژاہ سفیہ کنہ چیزاہ تمہ تیہ زٕ حاکمن آسہ منع تصرف کرمت تس
صحیح چھُنہ سہ چیز تس پور ہرگاہ تلف سپنہ برخصت صاحب زٕ کنہ سِ قیمت (ولی) آسہ تس نشہ واتنہ عوض
تمک طلب کرن ہرگاہ زان زٕ سفیہ چھُ زوال تیہ لبس منع از تصرفات ہرگاہ تسندہ رخصتہ سوا نومت
آسس عوض ہیس ہرگاہ کانژاہ سفیہس نشہ امانت تھاوہ پس سفیہ کرہ تلف تت تاوان گژھنہ کڈن ہرگاہ
سفیہس سفاہت تہ تبذیر برطرف سپنہ منع از تصرف کرہ حاکم زایل اوہ گرہ بیہ سفیہ بیہ سپنہ ممنوع در
اموال تصرف کرہ نس در مال سفیہ چھُ ولایت حاکمس سفیہس کرنہ منع حج واجب کرہ نس خرج تسند دیہ بقدر
حاجت تیہ کنہ کرن نہ منع تس سنت حجس ہرگاہ خرج سفر تہ خرج حضر تسند برابر آسہ قدر اندر یا زانہ کرت
کسباہ زٕ تمہ منزٕ پکہ تس خرج معاش نہ کرہ ولی تس حلال منع کرہ نس از حج ہرگاہ سوگند
یاد کرہ درست چھُ کفارس منز تھاوہ روزہ سفیہس واتہ زٕ کانسہ تیہ خوناہ آسس بخشہ نس مالاہ نہ سوا
بیہ تیہ واتس زٕ مارہ تس قصاص ثابت تہ دیہ سپنہ شرس کرن نزدیک بلوغ امتحان یی کرن زٕ
چیزاہ کنہ یا کال ہیہ یُت معلوم سپنہ زٕ رشید چھُ فصل سوم چھُ در احکام مفلس تت منز چھُ ژور
بحث اول چھُ در منع تصرف یلہ حاکم حکم کرہ بحجر مفلس ادہ واتنہ تس یُس تصرفاہ زٕ تسندس ہا
پٹ وار دسپنہ کنن ہہ تہ بخشن ہہ بیہ آزاد کرن ہہ روا چھُس یہ تسندس مالس ہٹ وار دسپنہ نکاح کرن
ہہ بیہ بخشش تہ وصیت قبول کرن ہش بیہ زن کڈن ہہ ہرگاہ مفلس اقرار کرہ یی زٕ کانسہ چھُم مالاہ دن

در احکام سفیہ

در احکام مفلس

مقبول چھہ ازجر حلاص سپننہ پتہ نس ہرگاہ اقرار کرہ زِہ یم مال در تصرف چھم تِمو منزہ چھم فلان شلان سُند
یہ اقرار کرن نہ قبول ہرگاہ حجر کرنہ پتہ پیدہ سپننہ مالاہ تس علمان چھہ تت منز خلاف کینژ و چھہ دُمپت حجر
لبہ تت کُن وت نہ داخل چھہ تسندن ہین مالن منز قرضدارن ون باگرت کینژ و چھہ دمپت حجر لبنہ تت کُن وت
تس چھہ جایز تت منز تصرف کرُن ہرگاہ تفصیل ون تیہ کنہ زِہ نو مال ہرگاہ برونہمن مالن ہند منفعت آسہ یا عک
میوہ ہِہ حجر لبہ تت کُن وت نتہ مالاہ زہ کسب کرہ حجر لبنہ تت کُن وتْ خالی از وجہ چھنہ ہرگاہ کینژاہ مل ہت مُت
آسِس یا کُنمُت آسِس بخیار جایز آسُن تس زہ قبول کرِہ یا فسخ کرِہ بی ملاحظہ صرفہ چھہ محل اشکال ہرگاہ چیزاہ
مل آسس ہت مُت تت منز گژھ عیباہ پیدہ ہرگاہ فایدہ زیادتی پھیرت دِنس منز آسہ پھیرت زانہ دِت نتہ زانہ
ہرگاہ مفلس بعد حجر کینژاہ وزم ژٹہ یا مل ہیہ چیزاہ مل یا پنس پٹ قرض تہادِت قرض دِنہ وول کنن وول تس پنہ
ہین قرضدارن شریک زہ حصہ دِن تمن مفلس سندہ مال منزہ ہرگاہ عالم آسن تس حجر آسنس تہ چھہ مشکل
تیہ کنہ ہیہ ہرگاہ حجر پتہ کانسہ ہند مال تلف کرہ تمہ مالک سپننہ قرضدارن شریک زہ مفلس سندہ مال منزہ
دِن حصہ تس ہرگاہ کانژاہ مفلس حجرہ پتہ مالاہ کنہ ہرگاہ زانان اُس زہ حجر چھہ اس صبر کرہ حجر ختمہ خلاص
گژھنہ پتہ ہیس قیمت ہرگاہ زانہی نہ زہ حجر چھس اک احتمال چھہ بی زہ پنن عین مال ہیس پھیرت اک احتمال
پہیہ بی زہ شریک چھہ ہین قرضدارن از مال مفلس نیہ حصہ ہرگاہ مفلس محجور کرن تہ قرض مؤجل آسِس
حال سپننہ تمہ مال منزہ دِن نہ تس مفلس سندہ مالہ مزور مین وال سنز تہ تمن وال سنز مفلس سُندہ مال بیہ راچھ
کرن وال سنز تت بیہ تمہ کارچ زہ متعلق آسہ بمصلحت حجر بر قرض چھہ متقدم ہرگاہ مفلس کانہ وار کینژاہ نہ
اک گواہ دِیہ گواہی تت مفلس کرہ تہ ثابت کرنہ باپت سوگند یاد سہ مال دِن قرضدارن باگرت ہرگاہ
مفلس رجوع سوگند کرہ قرضدارن کُن تسندن قرضدارن چھنہ روا زہ قسم کھن دویم بحث در اختصاص
غریم بعین مال ہرگاہ کانسہ چیزاہ مفلس کُنمت آسہ تہ تمام قیمت آسہ حال زانہ افلاس کن قیمت ہت
تس وانتہ زہ پنن عین مال نیہ پھیرت دِنس تی قرضداراس دموی مفلس سندہ مال منزہ اول قیمت مال اژہ
چیزاہ تہ آسہ مفلسس تمہ سوا تیہ وانتہ تس زہ قرضدارن روزہ شریک از مال مفلس نیہ حصہ ہرگاہ تسندہ
عین مال منزہ کینژاہ رودمُت آسہ تت نیہ باقیس منز آسہ شریک قرضدارن یہ حکم چھہ تی وقتہ زہ مفلس آسہ

۳ حصّہ

در اختصاص غریم بعین مال

زندہ ہرگاہ مفلس مرِ زانہٕ عینِ مالٕچ پھیرِت نِت مگر یلہٕ میراث آسہِ بقدرِ دین ہرگاہ قسند مالن آسہِ عیب پیدٕ
گُرمُت تمہِ رنگہٕ زِ مستحق ارش آسہِ عینِ مال نیہِ پھیرِت ارش باپت سپنہٕ شریک قرضداران ہرگاہ عیب
آسہِ از جانب خدا تعالیٰ یا بفعلِ مفلس عینِ مال ہنُن نیہِ پھیرِت قرضہ عوض تہ یت صورِ ژمنزٕ تہ چھِنہٕ دوٗ زِنہٕ شریک
آسہِ در ارش قرضداران تہ عدمِ ضمان ارش چھِہ ممنوع یا قیمتہ باپت سپنہٕ شریک قرضداران باگرٕ انن
مالِ مفلس تہ پنُن مال تراوہ ہرگاہ تمہِ مالَن زیادتی پیدہ کرمژ آسہِ ہرگاہ منفصل آسہِ مانندِ بچہ حیوان تہ میوہ درخت
سُہ زیادتی چھِہ مالِ مفلس ہرگاہ متصل آسہِ فربہی یا بزرگی ہِش تس عاتہٕ زِ عینِ مال ہنُن نیہِ پھیرِت دوٗرہ چھِنہٕ
تفصیل ہائِن موارِدٕ پس در بعض موارد زانہٕ پھیرِت نِت پھیرِت نہٕ نہٕ ورزہ بقیمت سپنہٕ شریک قرضداران
ہرگاہ مفلسَن کُل ہُوٗمُت چھُہ تت منزٕ زِ مل ہت مُت چھِس تس واتہٕ زِ کُل کڈہ تہ تاوان دِیہٕ بلکہ زمین نیہِ
پھیرِت کُل کنہٕ ہرگاہ کانژاہ چیز اہ باجارہٕ ہیَہ تہ مفلس سپنہٕ اجارہ دِوٕہ لُس عاتہٕ زِ تت نیہِ پھیرِت ونِی تہٕ
قرضدار زٕ اسِ موی اجرت تمام ہرگاہ کانسہٕ چیز اہ مثلِ گندم مفلسس گنمت آسہِ تہ مفلس آسہِ ملوٗمُت
تہتی کنکس سیت یا تمِہ ختہ بدترس سیت تس واتہٕ زِ تمی کنکہ منزٕ نیہِ پھیرِت پنُن مقدارِ مال ہرگاہ ملوٗمُت
آسِس خوبترِ کنکس سیت معلوم چھِنہٕ تمہِ باپت سپنُن قرضداران شریک بلکہ تیتہٕ چھُہ عینِ مالَن پنُنس مستحق
اما بالملاحظہ اجودیتِ گندمِ مفلس ہرگاہ مفلسن ریسمانہ مل ہِرمژ آسہِ تہ بافتہ کرمژ آسہِ صاحب ریسمانس واتہٕ
زِ عین پنُن نیہِ مفلسَن یتھ عمل زیادہ گنمُت چھِس تہ چھِہ قرضداران ہِند مال تیتہٕ کنہٕ چھِہ ہرگاہ رنگ گُرمُت
آسِس ہرگاہ کانسہٕ چیز اہ مثلِ گندم کانسہٕ شخصس نشہٕ مل ہت مُت آسہِ تہ سُہ شخص سپنہٕ مفلس ہرگاہ عین
ثمن موجود آسہِ مشتری نیہِ پھیرِت تت نہٕ سپنہٕ قرضداران شریک تمہٕ قیمتہ زِ لیہ فسخ عقد بسبب افلاس
چھُہ مخصوص وزمانہ بیع تہ اجارہ بیتہٕ کنہٕ گو بین منز چھِنہٕ جایز فسخ پس ہرگاہ بعد از نکاح شوہر مفلس سپنہٕ
زنانِ واتہٕ نکاح فسخ کرُن ہرگاہ زنانہ خلع بیتہٕ مفلس گژھٕ شوہرس واتہٕ فسخِ خلع کرُن ہرگاہ مفلسن زمیناہ
مل ہِرمژ آسہِ تہ زراعت آسِس گرمُت صاحبِ زمین کرِہ فسخ تہ زمین نیہِ پھیرِت زراعتس تھاوہ تا وقت
درِو باجرت سُہ اجرت چھِہ متقدم بر حقِ قرضخواہان ہرگاہ کانہہ گرہ دِیہ کرایہ تہ مفلس سپنہٕ رعا چھِنہٕ فسخ بلکہ
منفعت تِہنک تراوِن مستاجرس ہرگاہ کانژاہ بعقدِ اجارہ کاناہ جامہ سوٗن ہیہ قبول کرِہ تہ اجرت ہیہٕ

مُفلس سپنہ ہرگاہ تمِکار مِنشہ عاجز آسہ تہ اُجرت تیٖم آسہ موجود صاحب اُجرتس وانہ زہ اُجرت نیمہٕ پس تہ فسخ عقد کرہ ہرگاہ از عمل عاجز آسنہ واجب چھُہ عمل تہ فسخ سپنہ تریٖم بحث چھُہ در قسمت اموال مفلس پزہ زہ قاضی کرِ تعجیل کننس بیک گمان آسس زہ فوت گژھہ یا تھنہ سبزی تہ میوہ تمہ پتہ یہ مرہون آسہ حق مرتہن چھُہ مُقدم تیہ کنہ گو سراوار چھہ زہ پرت چیز اکنن وِ بازار خلنہ ہبہ و قرضخواہان اجماع کرن بعد لالِ امین اول دِن مزدورس نفقہ مُفلس تہ تسندِ عیالس دِن تہ نعقت حجر تا روز قسمت بقدرِ لایق ہرگاہ مُفلس باگرہ نہ برونہ مرہ واجب کفن تسند تسندِ مالہ منزہ تمہ پتہ مُقدم تمہ پتہ باگرہ مالس برابر قرضہ حال زہ باگر نہ وِیزہ آسن ثابت شرعاً ہرگاہ باگر نہ تیہ بیک قرض حال ظاہر گژھہ قسمت اول کرن باطل تیہ کرن قسمت تمہ دِن حصہ ہرگاہ مصلحت آسہ باگرن موقوف تھاوُن مال ُن قرض یا پتہ کانسہ مال آسس یا تھاوِن امانت کانسہ امینس نشہ ژُودم بحث چھُہ در حبسِ مُفلس یعنی سہ بند کرنس منز حرام چھُہ حبس کرُن مُفلس ہرگاہ افلاس تسند ثابت آسہ تسندہ اعتراف سیت یا گواہ ہرگاہ کانسہ قرضداہ ہورن گژھہ تہ دِرنگی کرہ ہورہ نس منز توانائی آسہ حاکمس واتہ نِہ دِس کرِ حبس تہ مال تسند کنہ تہ قرض ہورہ ہرگاہ سہ وِپہ مہ چھُنہ مالاہ پس ہرگاہ تیہ کنہ و نان چھُہ مالاہ اُدہمہ آسس یا دعوا آسہ تس پتہ مالی زہ مت اُسہ آسس ضروت چھُہ زہ مت دعواس پتہ انہ گواہ ہرگاہ گواہی دِن زہ امس چھُنہ مال شرط چھُہ زہ تسندن مخفی حالن آسہ آگاہ سوگند تہ دِنس زہ مالاہ چھُنہ یلہ مالِ مفلس باگرن واجب چھُہ زہ تس کرن حجرِ منزہ خلاص سہ واچھنہ زہ مفلسس دِن فروسہ زہ مزوری نہ قرضخواہ یا تس گمہ دِن کاماہ ہرگاہ مُفلس گرہ آ زہ مت منز چھُہ تہ بیان بیہند زہ خدمت چھُس کران بیہ مرکباہ زہ سوار چھُس سپنلن ہرگاہ لایق تمت آسہ کننس قرض تیہ کنہ جا تھاوِ تجمل ہرگاہ از اہلِ تجمل آسہ ہرگاہ مفلس گرہ تہ چارپایاہ آسہ زہ کرایہ دیت تمن اموال تسند باگرن کرایہ دِن تیہ کنہ چھُہ ہرگاہ غلاماہ آسس یا کنیزہ اُم ولد تیہ آسہ

تریٖم باب چھُہ در ضمان تہ حوالہ بیہ کفالت منز چھُہ تر فصل **فصل اول** چھُہ در ضمان زعامت تہ کفالت تہ ضمانی چھُہ نزدِ بعض علما بیک معنی اقرب چھُہ یی زہ ضمان چھُہ ذمہ دار مالس پتہ کفالت ذمہ دار بدن مضمون لہ چھُہ سُی زہ قرض گژھس دِن مضمون عنہ چھُہ یُس دایہ کانسہ قرض ضامن چھُہ

شي زه قرض سپينه ذمه دار ارکانِ ضمان چه پانژ اول صيغه زه دِ په ضامن سپنبي ته پاتنې پټ هتم
بيه يه کينه زه معينى بيه تمه ننز مبهم دويم ضامن شرط چه تش ننز بالغ ته رشيد ته جايز التصرف آسن
بيه غني آسن ضامن سپنبي وقته يله غني آسنه هرگاه مالکِ قرض زان زه نادار چه روا چه تسند ضامن
سپنن ته روا چه ضمانى نابالغ ته ديوانه بيه بنده هرگاه خواجه پين رخصت ويسنه هرگاه رخصت دِ پس روا
چه يه قرض سپنه بر بنده لازم يله آزاد سپنه ته هوره تت هرگاه خواجه دِ پس زه گسبه پټه هوره روا چه شرط
چه زان ضامن حقدار زه ضامن سپنه تسنه باپت اما شرط چه رضاى حقدار هرگاه کا ترا بلي سند
قرضس ضامن سپنه تش پټه وسه بر ضامن سپنه لازم زه هوره تت هرگاه صاحب قرض گذره از مضمون
عنه تش دِ په زه مه چه زه ښته چيزاه هن سه قرض چه باقي بر ضامن تش زانه منگت هرگاه ضامنس دِ په
زه زه چه کينژاه مه دن تمه قرض منزه بر ضامن ته مضمون عنه روز نه هورن کينژاه هرگاه نه زه ضامن
چه مفلس ته صاحب مال چه تمه قرض منگه مقداره مضمون لهس واته زه عقد ضمانى کره باطل قرض منگه
مضمون عنهس اما هرگاه ضامن سپنه ته مفلس سپنه مضمون لهس واته زه عقد کره باطل بلکه ضامنس
منگه پين قرض يله غني سپنه جايز چه ضامن قرض سپنن يته کنه زه حال دِ مه يا مدة اگه يته دِ مه حال تي سه
قرض آسه ضامن هس هرگاه بر خصت مضمون عنه ضامن سپن يه مضمون لهس ح يه تش واته زه ته بيه مضمون عنهس
هرگاه تسنده رخصته سوا ضامن سپن مت چه ته واتسنه هرگاه در عوض قرض کينه متاع دِ تت آسنک از
مضمون عنه کرن بيه طلب يه قرض ختنه کم آسه يا قيمت تمک هرگاه مضمون له قرض منزه چيزاه بخشه
ته بيه ته مضمون عنهس تر سيم چه مضمون عنه شرط چه رضا تسند ضمانت صحيح آسنس ننز دوم چه مضمون
له رضا تسند چه شرط بيه قبول تسند بقوے چه احتمال زه شرط چه ته پانژم چه دين زه ضامن
چه تت پټ سپنان شرط چه زه ضامن سپنه دِ زه آسه سه دين ثابت مضمون عنهس نشته پس هرگاه
کنه چيز کيس قيمتس زه بيه يته هن ضامن سپنن درست چه هرگاه بندس مال کتابت خوجس گره دِن جايز
چه ضمانى تت پټ يته کنه چه جايز ته بر نفقه زان زه شوهرس نشه چس بر ونيمه وقتک ته حالک ته
ضمانى نفقه آينده چه جايز هرگاه کانسه نشه چيزاه بغصب آسه يا ئل سه باپت مسکل چه ضمانى پيچ هرگاه

او هم د زه غصب چه قیمت ته اجرت هم به نه یو ر معیر هس هر گاه نه ته زانان
ازس یو رهیسن یله زانه زه غصب چه هر گاه زمیناه کانشراه په ورد یه زراعت کرنه
بابت یا کل و و نه بابت لتس واته زه تمه پهیره آتا یله زراعت ته کل کدلت ترادِ
نقصان تمک دیه هر گاه کانشراه زمیناه په هیه کل و و نه بابت ته کل و وه
پس هر گاه کل کدل ته ین واتسنه زه تت جایه کره زراعت مگر زه معیر س
هیه بیه رخصت بیه واتنه مستعیر هس زه یه په انن تت دیه اجاره یا پهه
بلیس مگر مالکه سنده رخصته هر گاه کانشراچیز اه په نیه ته نفع هوان گرشه
ناقص تمه پته سینه تلف لتس هټ چه لازم تاوان تاوانِ نقصان چهنه لتس
پټ لازم یله مستعیر آمانتس انکار کره تمه پته سینه تلف ته تاوان پزسین ون
هر گاه مستعیر دیه زه په کوتلف یا یی زه لتس او سنه تقصیر تت منزیا یی زه تقصیر
ثابت آسنه پته دیه زه قیمت اوس تت فلانی مبلغ سخن لسند چه معتبر یله سوگند
یاد کره هر گاه دیه یه پهه هتم مالکیس د تم هیرت ته سخن مالک چه معتبر یله سوگند
یاد کره زه بازگشت دتن نه هر گاه مالک دیه زه کرایه دتم ته مستعیر دیه زه پهه
هتم یله نفع هنه برونه ته سینه مستعیر کره سوگند یاد نتس هټ چهنه لازم کینه هر گاه
نفع هلنه پته آسه مالک کره سوگند یاد زه په دلت چهنه تمه پته یه کمز آسه تمه منزه
زه طلب کران چه بیه اجر ته منزه نفع هنکه تد چه واته لتس زه مستعیر س هیه

در لقطه

کهم باب در لقطه یت منز چه زه فصل فصل اول چه در لقیطه سه چه شراه زه
وته منز آسه پومت ته راچه تل آسنه کانسه هنزه ضایع آسه تمه بابت خلقن هټ چه
واجب کفائی تلن سه یه معنی زه هر گاه کانشراه تت تله ساقط سینیه ین
نسه هر گاه مول ته مال سند مول آسس یته کهنه هر گاه باج یا باجه هنزه باجه هند
مول آسس تکلیف کرن هتن زه لتس تلن شرط چه زه یس تت تله بالغ ته عاقل

آسہ سہ مسلمان تہ عادل آسنس منز چھہ خلاف کنیش و عالمو چھہ تتھ شرط تھوومت
ہر گاہ خواجہ بندس رخصت دیہ شر تلنس منز درست چھہ ہر گاہ صحراہ نشیناہ
شرتلہ درست چھہ تس تراون بقولِ بعضی علماء سہ شر زِہ تلن تس آزاد تہ مسلمان
چھہ مگر زِہ در بلادِ آسہ تہ تتہ آسنہ مسلماناہ در نفقہ طفل ہن سلطانس مدد تہ
بیت المال منزہ دِن ہر گاہ تہ یتیم آسنہ مسلمانن پیٹھ چھہ واجب زِہ مدد کرن
یلہ تہ یتیم آسہ نفقہ دِیہ تس سی زِہ تلن سہ ہر گاہ باز گشت ہنج نیت کرِہ طفل یلہ
بالغ سپنہ پھیرتہ ہیس قول تسند چھہ معتبر تکس مقدارس منز زِہ نفقہ کرمت چھہ
عادتکہ حسابہ یدی زن شر ہندہ آسہ پننس نفقس کننس تدریج یلہ باز گشت
ہن میسر آسنہ یہ شرس سیت تلن جامہ تہ یہ تتہ چھہ شر سند ملک چھہ نفقہ
دِلیہ یتہ منزہ بی رخصتِ حاکم بیہ ہر گاہ رخصت حاکم میسر آسہ تہ بی رخصت کرِہ
نفقہ ضمان کنِہ ہر گاہ تس پیٹھ کانہہ خیانتاہ کرِہ حاکمس واتہ زِہ قصاص کرِہ
یا دِیہ بیہ ہر گاہ ولی آسنہ یم الشر تلن در قصاص تہ دِیہ ژانِسنہ یلہ شر
بالغ سپنہ بیہ رشید تہ بندگیہ کرِہ اقرار معتبر چھہ یلنہ معلوم آسہ آزاد آسن
سہ تہ دعوای ازادی آسنہ گرمت ہر گاہ کانہہ دعوی کرِہ سہ شر چھہ گبر
موون تہ گواہ آسنہ بیہ آسنہ معلوم نسب تہند دعوی تسند چھہ معتبر کافر تی آسہ
لبہ وون آمانابت سپننہ کفر تہ بندہ کی یدی زن ثابت سپنہ نسب تسند

دویم فصل چھہ در لقطہ سہ چھہ مالاہ ترووومت یا رووومت زِہ کانہہ تلہ
تتہ تہ مالکہ سندہ پایت کرِس راچھہ یا تصرف کرِس بشرط تتہ منز چھہ زِہ
بحث بحثِ اول چھہ در حیوان یلہ حیواناہ لبنہ یہ غیر معمورس منز تہ کانہہ
ہندس تصرفس تل آسنہ پس ہر گاہ سہ حیوان پننہ پان رچھت از حیوان
تہ رتہ تہ گرہ پچھیرہ نہ بیہ شیر پچھیرس سزاوار چھہ زِہ پننس اتھس منز انِہ تس پیس تلہ لس

تس واتہِ زہ رچھس مالکہ سندہ باپت یا حاکمس نشرہ یا تصرف کرس تہ یلہ مالک
پیدہ گژھہ تہ تاوان دِیس یُس حیواناہ پنن پان رچھت زانہ ازحیوان موذی
وُونٹ ہہ تہ گُرہہ ہرگاہ اژ آسہ یا آبس تہ گاسس منز آسہ تس انتہ پنانس
اتھس منز ہرگاہ تہ کرہ ضامن چھہ تس یلہ مالک دِیہ یا حاکم یلینہ مالک آسہ
ضمانژ منزہ سپنہ خلاص ہرگاہ حیوان در معمورہ لبنہ یِیہ وا چھنہ زہ تلن تس
موذی زانتن دفع کرِت وُونٹہ سندتہ گرِسندپاٹھہ یا متہ زانتن شتر بچہ تہ
بچھیرہ سندپاٹھہ ہرگاہ تُلِس کانہ تس واتہِ زہ رچھس مالکہ سِندہ باپت نفقہ تسند
چھہ تس پٹ لازم مالکس ہینہ باز گشت ییہ واتہِ تس زہ حاکمس دِیہ یلہ علیٰحدہ آسہ
ہرگاہ تور آسہ ترن وُہن رچھس ہرگاہ مالک تسند پیدہ سپنہ تس دِیس نہ
کنِس تہ قیمت تہاوِہ راچھہ تل یا صدقہ دِیہ یلہ پیدہ سپنہ مالک دِیہ عوض تس چھوط
چھہ زہ یلہ رُوُمت لبہ گواہ تہاوِہ تت پٹ ییہ کرہ اکس وریہس تت پٹ منادی
پس ہرگاہ مالک تمک پیدہ سپنہ ہرگاہ خوش آمانتہ پاٹھہ تہاوِہ راچھہ تل
ہرگاہ خوش کرِس ملکیتہ پاٹھہ کرِس تصرف یلہ تمک مالک گژھہ پیدہ تاوان دِیس
اَتہ نہ تس منز ہرگاہ از حاکم نفقہ علیٰحدہ سپنہ پانہ دِیہ تہ تہ مالکس ہینہ تہ
بنا بر اقوی ہرگاہ نفقہ ہتمت آسیس در عوض نفقہ کرہ حساب زیادتی تہ
کمی کرہ ملاحظہ اکس وریہس منز زہ تت پٹ کرہ منادی تس پتہ چھہ امانت ہرگا
متلف سپنہ تقصیرہ سوا تسند تاوان کڈنہ یِرہ پتہ یلہ قصد ملکیت کرس مالک
سپنس تہ تسنزہ ضمانژ منز چھہ یلہ حیواناہ تراوِمت ژہتمت آسہ تت جایہ زہ
آب تہ گاسہ آسہ نہ تہ بسبب مشقت تہ سختی تہ کانژاہ نیہ تس تسند مالک
سپنہ تہ لازم چھنہ زہ پھیرتہ دِیس مالکس دویم بحث چھہ بین مالن منز یس مال
پوُمت آسہ تہ کانسہ ہندس دستگاہس تل آسہ نہ جایز چھہ زہ کانژاہ تلہ تت اتا

مکروہ چھہ اعتمادتی آتسن پننس آیین آسہ یس ہیٹ سنت چھہ زِ یلہ تتہ تلہ تہ گواہ
ہتاوِ تتہ ہیٹ تہ گینہ وَنہ تمکو وصفو منزہ گوہن شرط چھہ زِ یس تت
شایستہ گی آسس تلہ کسب مال کرتس شرتی آسہ یا دیوانہ یا بندہ یا فاسق ہرگاہ سہ مال حرمہ
منزہ لبنہ ییہ شرط چھہ زِ یس تلہ تت عادل آسہ بنابر احوط اقوی چھہ زِ
جایز چھہ تلن تہ ہرگاہ اعتماد آسِس تعریف کرہ یس عادل آسہ یلہ رووُمت
مال کانسہ ہند لبہ آسی حرم تہ احوط چھہ زِ تلہ تت اقوی تی جواز چھہ تیت است
تعریف کرہ نچ تہ بمالک رد کرہ نچ ییہ چھہ جایز بلک کرن تہ ہرگاہ کمتر از درہم آسہ
بنابر اقوی احوطتی تہ نکرن چھہ ییتہ گنہ ور زاید از درہم تہ چھہ بعد تعریف
بلک نکرن بلکہ یا دیہ صدقہ یا تھاوہ موجود ہرگاہ در غیر حرم آسہ تہ اکہ
درہم خُتہ لیہ کم تلسی تہ واتہ یس زِ پنن بلک کرس ہرگاہ تمہ تدریہ واجب
چھہ زِ آکس ورہس کرہ تعریف تہ منادی تت پٹ تمہ ییتہ ہرگاہ مالک
ییہ کوسہ بخوش کرس تہ رچھس مالکہ سندہ باپت ہرگاہ خوش کرس تہ صدقہ
دیہ تت عوض دیہ مالکس یلہ ییدہ کرِ تہ صدقہ دنس گژھ نہ راضی ہرگاہ
سہ مال رچھت نہ انہ غذا ہُہ تہ میوہ ہُہ تصرف کرِ تہ قیمت دیہ مالکس یا
حاکمس اکس ورہس تعریف کرہ نکیس تہ لتس منز چھہ لُقطہ تسندس آتھس منز
امانت لازم چھنہ تاوان یس ہیٹ یلہ تلف سپنہ تقصیرہ سوا ییہ یسیہ زیادتی
تہ بالہ منزہ پیدہ سپنہ بچہ ہُہ تہ دودہ ہُہ در مدت یکسال مالکہ سند مال چھہ تہ
ییتہ گنہ تہ ییتہ یلہ تت بلک کرہ نچ نیت کرہ شائسن ہرگاہ سہ نیت کرہ شائسن
تسندی مال چھہ یلہ اکہ ورہ پتہ نیت مالک سپنیچ کرہ شائسن تہ مالک
سپنہ پیدہ واجب چھنہ زِ تمہ مالک عین دیہ لتس بلکہ یس واتہ زِ مثل
تمک دیس تی زہ تہ لیہ ہی ملک کرہ نکہ وقتہ ہرگاہ شرتہ دیوانہ سہ مال تمہ

تتہ

ہرگاہ

Acc. No
26873



ولی ہیئہ تمن ہرگاہ ہیکنہ یت تان تلف کرن تاوان چھ تس پٹ
کذرنہ پتہ مدت تعریف کرس ملک تھنہ ہرگاہ بندن تلمت آسہ
یلہ تنتہ وتقصیرہ تہ تلف گژہ تاوان چھنہ بر خواجہ اکس فرہس تعریف
کرنہ پتہ وانہ تسندس خواجس زہ ملک کرس یلہ سہ مال کانہ منگہ تہ
وصف تمک ونہ لازم چھنہ زہ تس دیہ نپہانی صفژی ونہ پیس ہرگاہ
دیس بیاگاہ انہ گواہ زہ سہ مال چھ تسند تاوان دیہ تس پس ہرگاہ
اعتراف کرمت آسس زہ ملک چھ تسندی زہ صفژ ونن پھرت
ہیئہ تس نتہ ہیس پھرت ہرگاہ تم زہ گدنی منگ گواہ اہمت آسفر
ملکیر پٹ پس ہرگاہ بحکم حاکم تس ومت آسس ومیس گژسنہ تاوان
دن ہرگاہ بی حکم حاکم دمت آسس تاوان تس ہرگاہ ورہ پتہ ملک
کرمت آسس تہ کانژاہ انہ گواہ تہ عوض نیہ پیس ہرگاہ بیاگاہ
دعوای ملکیت کرہ تہ گواہ انہ عوض دیہ تس گدکس ہیہ یدیلہنہ اعتراف
کرمت آسس تسند ملک آسہ تس ہرگاہ کانژاہ لبہ بالاہ زہ دفن کرمت
آسہ زمین اکس منز مالک آسنہ یا زمین خرابہ آسہ یا بیابان لبن وال تسند
مال چھ ہرگاہ پلننہ گرہ لبہ زہ تسندی تصرفس آسہ تنہا تسندی مال چھ
ہرگاہ تصرف مشترک آسہ حکم لقطہ چھ تت بہم باب چھ در غصب
سہ کو مال بی سند ناحق رٹن یت منز چھ زہ بحث گدک بحث چھ
تت منز ضامن آسنک سبب چھ یعنی تاوان دنک تہ چھ ترہ اول تلف
کرن عناہ زہ بی سند مال آسہ نارن بہ تو رتسند یا رٹن منفعتاہ زہ بنیغہ
مال آسہ تہ بی سندس کرس منز بہن دوئم چھ تسبیب گوچیزاہ کرن زہ
تمہ مگہ سپنہ تلف بیہ علژ کور گہن بہ بی سندس اکس منز بیہ دتہ پٹ چیزاہ

در غصب

تراوُن زٕ کہرڈلہ تہٕ کانسہ خر بزوُل ہ بیہ شُر تراوُن تت جایہ زٕ درندہ
اَسَن تتہٕ بیہ وُت تراوُن یہ ہند زٕ چاروای چھہ تتہ ہند بیہ جانورن
ہند مُرمُژرن بعد درنگی تی پرواز کرُن بیہ وت ہاون ژورن بیہ گگل
مُژُن مشک آنچہ یا کنہ بانس زٕ تت منز آسہ روغن یا عسل یا
دوشاب یت پیہ یہ تت منز آسہ یا کرس آفتاب نرم یا سپنہ بلاقات
نجاست بکس بیہ حاجتہ ختہ زیاد آب ہٕنس یلکس منز گنڈن زانت زٕ
ضرر واتہ بیہ کانسہ بیہ بقدر حاجت آب یئنس یلکس منز گنڈن زانان
آست زٕ ضرر واتہ بلیس بیہ ینس زراعتس ناردن زانان است
زٕ بیہ کانسہ ہندس زراعتس کرہ سیرابت پین ترن صوتہ منز ہرگاہ زانتہ
بلیس واتہ ضرر اتما صادق آسہ زٕ مال غیر کرُن تلف توتہ چھنہ دور زٕ ضمان
چھہ یتہ کنہ چھہ ضامن یہ تصرف اننہ کینژاہ بسبب بیع فاسد یا فاسد
اجارہ بیہ یہ تت ہ چھہ بیہ یلہ ترا وہ نکہ سببہ چاروومی زٕ ضرر
واتناوہ بلیس بیہ تقصیر کرُن دلال ور محافظت متاع تہ مال بیہ تقصیر
کرُن ہند رٹن وُول گروچہ محافظۃ منز بیہ تقصیر کرُن باغبان تہ
زارع در محافظت باغ تہ زراعت بیہ چھہ تعدی کرُن شریک تہ ختہ
زٕ شریکن آسس تصرف کرہ نس منز وربال شراکت اِذن دِمت یا تقصیر
کرُن تمند در محافظت مال شراکت بیہ تقصیر کرُن عامل مضاربہ تہ
نیرُن تمند مالکہ سند اذنہ بغیر کنہ یا دیت ہور ژ منز تلف گژھت چھہ ضامن
بیہ امتناع کرُن وکیل بی سبب شرعی مال موکل تسلیم کرہ نس تہ تلف گژھن
تہ بیہ تعدی کرُن وکیل یتہ نشہ زٕ موکلن چھہ تعین نکرمت بیہ یہ یتہ بیرونہ
سپن بیان بیہ یہ درابواب آتیہ بیہ ہرگاہ زنانہ نشوز کرہ تہ شوہرلا تیسر

ہتہ دکم

تمہِ رنگہ زِہ تلف سپنہِ یا عضواہ تسندِ و اعضاو منزہ زخمی گژہ ضامِن چھُہ
بیہ چار وایس و خول کرن بیہِ ہرگاہ کانِسہ ہند حیوان ماکول اللحم یا غیر
ماکول مارُن ضامِن چھُہ تس مارہ وُن تت تفاوژ زِہ زندس منز تہ
کشتس منز چھُہ ہرگاہ تھاوناہ آسس آسِنہ تہ ضامِن چھُنہ بیہِ چارِ دو
زِہ کانِسہ رُو تلِہ یا دُہلِہ زراعتس یا بیہِ کنہ نقصاناہ واتناوِہ مالِک تسند
چھُہ باتقصیر ضامِن ہرگاہ کانژاہ تورِ کانِسہ ہند زورہ نیہِ پس عرِہ بچہ تسند
مالِکس نشہِ گرِ سنگِلی سیت یا تیر والِسن کرِہ ہند تمہِ سپنہِ تو رتاف یہ تلف گو
تمِکِ تاوان چھُہ تس پٹ کینژن عالِمن نشہِ ہرگاہ کانژاہ درخانہ مرِزہ
تتہ آسِہ بیِسند مال پس ژورہِ نن تت یا سوراخاہ کرِہ تت یا شخصس
اکِس دِیہ کنِن مال کننہ تہ تت مالس گژہ نمخ کم یا دِینہ فرش والِسن ہر
فرشِ بہنہ پس فرش سپنہِ تلف گدِ چین دُن صورژن منز چھُہ اظہر زِہ
ضامِن چھُہ تمہِ ہتمن ہنز چھنہ تاوان لازم ہرگاہ کانِسہ نشہ سبب تلف
صاور سپنِہ تہ بیاکاہ کرِہ تلف تاوان مال چھُہ تس پٹ زِہ تلف کرُن یلِہ
بیسندِ جبرہ تہ زورہ آسِنہ ہرگاہ بیسندِ زورہ تہ اکراہ آسِہ اقوی چھُہ
زِہ دنوی چھُہ ضامِن تخییر او ضمانژ آسِہ قرار زور کرِہ وِنس پٹ پس ہرگاہ
مالِک رجوع کرِہ وِنِس کُن سُہ کرِہ رجوع تس کُن زِہ اکراہ کرُمت چھُنس تلف کرہ
ہرگاہ کانژاہ پننس مِلکس آباد کرِہ یا تت منز ناراہ زالِہ تمہِ سببہ گژہ
بیِسند مال در آب غرق یا نارہ دزِہ تاوان چھُہ تس پٹ مگر یلِہ تژ آسِہ
از قدر حاجت بقصد یا اَتِھس گمان زِہ بالِ واتہ تریم چھُہ مالاہ نن بیِ
سندِ اتھہ بغصب یعنی بظلم دیان چھُہ تس شخصس زِہ زورہ نیہِ بیِ سند
مال غاصب تت مالس چھُہ مغصوب دپان پس ہرگاہ کانژاہ درخانہ بیہ

در غصب

حاضر آسنه مالک تمک یا بیه کا ئسه بهنا وِه غاصب چهُ هرگاه صاحب خانه
حاضر آسه غلبه تر زور آسنه ته
غاصب چهُنه هرگاه کانژاه گنه گرس
زُوره به تمک مالک ته آسه هت اڈه گرک غاصب چهُ هرگاه کانژاه
گرُس اکسنزه لاقه بزور رلمه غاصب چهُ مگر صاحب اسپ آسه سوار تس ته
توانا آسه زور تسند دفع کره نس هرگاه کانژاه کائسه آزادس کار کره ناوِه
زوره لازم چهُ زه مزور تسنز دیه هرگاه زوره تس کار کونه نشه پت رڈه
ته کاه کرن دپسه لازم چهُنه زه مزور تسنز دیه کار گرتی سه اسه هرگاه کانژا
بیسنه چارووی زوره نیه بیتس کالس تس نشه چهُ تیته هیچ مزور ته کرایه
چهُ تس پٹ لازم درکاری آسنه هرگاه کانژاه کائسه اکس چزاه زوره نیه
بیاگاه نیه بتس نشه زوره صاحبس تمکس و اته زه تاوان هیه تس اکس توننزه
زه خوش گرس دوئیم بحث چهُ در احکام هرگاه کانژاه مالاه بلین زوره
نیه تس پٹ چهُ لازم تو رویس بدشواری تی ته آسه بله تو رویس ته نرخ اٹیه
کم گومت نقصان پزسنه دن هرگاه تم مائن عیباه آسه پیده گرمت تاوان
پزس دن هرگاه تلف گومت آسه اوسی مثلی نه اجزای همتاوی چس
کنک نه مثل تمک پزس دن مگر زه میسر سپنینه اده پزس دن قیمت
زه ته لیمه هرگاه مثلی آسنه قیمت تمک پزس دن هرگاه غصب کره تکه
وقته پٹه اد اگرنمس و قیمتا تا ن در قیمت تفاوت آسس احوط چهُ زه سی
قیمت دیه زه تز آسه قیمتن منز هرگاه چارووی بیسند زوره نیه عضون
تسندن گرژه نقصان تاوان نقصان چهُ تس پٹ لازم مال قاضی تی
سه چارووی آسه هرگاه کانژاه بیسند غلام یا کنیز زوره نیه ته تلف سپنه
قیمت پزس دن زیادتی آسه دیه خته بله عضواه تسند و عضو و منزه تلف سپنه

هرگاه

ہرگاہ عضواہ آسہ زہ آزاد مس آسہ تت عوضاہ معیّن آسہ ہُہ تہ گھرہ تمی
نسبتہ پزس قیمتہ منز دِن اوطچھ دِن یہ یہ یُش زُر آسہ تمہ ختہ تہ فیتچہ تفاوت
ختہ ہرگاہ معیّن عوض آسہ نہ زیادہ انکج ہش یہ حاکم تعیین کرہ تِی
پزس دِن ہرگاہ کانشراہ چیزاہ زور نہ تہ تقصیر کرہ تت مثلاً کالبنہ
مند مس کنکس تہ بازمس کرہ ہرستہ آسہ ست سپننہ ہلاک تتندیتہ کنہ ہرگاہ
کنگ تہ زراعت گژھس یا کگر ڈھولن گژھن پوت یژھن صورژن
منز چھنہ وو رزہ مالک آسہ مختار تغیرہ وادہ چیز بیرت نیس تہ عوض
ہنس منز یلہ کانشراہ طعاماہ غصب کرہ تہ تمکس مالکس کرہ ضیافت
تہ تاوان تمکِ پزس دِن نہ زانہ نی تمکِ زہ گھون ہرگاہ مالکس سوایس ہ مالک
مہمان کرہ مالکس وانہ زہ نس ہیہ تاوان زہ گھون یلہ تاوان ہتن نس
زہ گھون نس وانتہ زہ غاصبس ہیہ یور یلہ زانہ زہ غصب چھہ ہرگاہ
کانشراہ غصب کرہ نر گرتہ بادہ گرہ پٹ تراومس بچہ چھہ صاحب مادہ سند
مال بر غاصب چھہ اجرت خراب تہ تاوان تمکِ زہ نقصان گو ہرگاہ
کانشراہ چیزاہ غصب کرہ تہ مدتاہ آسہ نس نشہ تہ مدیچ اجرت پزس
دِن یلہ تت اجرت آسہ فایدہ تنہ ہت مُت آسس تت ہرگاہ نقصان
گومُت آسس تاوان تہ پزس دِن ہرگاہ تیل یا وچھہ رس غصب کرہ تہ جوشوہ
یلہ چھنس تیتہ تہ تاوان پزس دِن ہرگاہ غاصبہ سندہ کارہ اشراہ ہُرہ مغصوبس
منز تہی زہ بندہ آسہ تہ خیاطی چھہ سہ اشر چھہ مالکہ سند مال ہرگاہ اشراہ کم
گژھِمت تہی زہ بندہ مشراوہ خیاطی تاوان تمکِ چھہ بر غاصب لازم
ہرگاہ چیزاہ غصب گرمتہ رنگ کرس رنگ تلہ تت یلہ بیتر آسہ مالکس وانہ
تہ نس تکلیف کرن ہرگاہ نقصاناہ گژھہ تاوان دِیہ ہرگاہ مالک تہ غاصب

اتفاق کرن تہاوِنس پٹھ تہ تت چیزس کنن مالکس واتہ تمہ چیزک رنگ
مُل غاصبس واتہ قیمت رنگک ہرگاہ چیزاہ غصب کرِہ گنمک تہ ترٔ
تتھے سیت یا تمہ خصتہ رٔلِس سیتہ کرِس خلط غاصبَ تہ مالک چھہ شریک
تت منز ہرگاہ ملوٗ تت تہ خستہ چھس سیت دور چھنہ شرکت یا اَمِش ہرگاہ
ملوِس ملیس جنسس سیت زِہ بچھہ آسہ وُشکہ ہیش بر غاصب چھہ لازم
مثل تمِک زِہ غصب کرُن بہہ یس فائداہ پیدہ گژھہ مغصوبس غاصب بر
نشرِ سُہ چھہ ضامن تت تہ ہرگاہ مغصوب تس تُشہ فربہ سپنِہ تہ قیمت
ہُرس یمِہ پتہ گژھہ لاغرتہ قیمت چھنس بر غاصب چھہ نقصان لازم
اَوہ ہرگاہ بیہ فربہ سپنِہ تہ قیمت سپنس بی نقصان چھنہ تس پٹھ لازم
ہرگاہ کنیزاہ غصب کرِہ تہ نزدیکی کرِہ تس سیت لازم چھہ تس کنیز ہند
عشر قیمت ہرگاہ باکرہ آسہ تہ ہم چھتم تسنہ قیمتک ہرگاہ باکرہ
آسِہ نتہ تان زِہ کنیز زانِتہ نزدیکی تس کرن چھراہم یا بزور کرِہ نزدیکی
تس ہرگاہ تہ زانِہ یا نزدیکی تس کرن کرِہ برغبت قبول چھراہ چھنہ بر غاصب
لازم مگر یہ عوض بکارت آسِہ ہرگاہ کانژاہ شیرہ انگور غصب کرِہ
تہ شراب گژھس اَوہ گژھس سرکہ ملک مالک چھہ ہرگاہ نقصاناہ
گژھہ بر غاصب چھہ لازم ہرگاہ زینباہ غصب کرِہ تہ گُل وُوِس گُل چھہ مال
غاصب واجب چھہ تس پٹھ اجرت بیہ گُل کڈن تہ دُب برن بیہ
تاوانِ نقصان ہرگاہ سپنہ ہرگاہ کانژاہ غلاماہ غصب کرِہ پس تہ
غلام مارِہ کانسِہ یا خیانتاہ کرِہ ہرگاہ تس غلامس مارن یا ملک کرن بر غاصب چھہ
تاوان لازم ہرگاہ غاصب مغصوبس تمہ شہرہ گڈہ زِہ غصب کرُن تتہ تس پٹھ
چھہ لازم زِہ تتی نیس بیہ ہرگاہ غاصب دپہ مغصوب تلف گژھت لیوت چھہ

قیمت

قیمت تمِکۍ یا تَتۍ آسِنہ فلان صفت زِ سبب زیادتی قیمت
چھُ سخن تَسندُ چھِہ معتبر یلہِ سوگند یاد کرِہ ہرگاہ مالِک دپہِ زِ مغصوب
اوس سالِم تہ کانہ عیباہ اوسُسنہ یا تمِہ پتہِ زِہ غلام مغصوب آسِہ مودمُت
دَپہِ پہیرت دِتُلتہ مِہ سخن تَسندُ چھُہ معتبر یلہِ سوگند یاد کرِہ کِتابِ وصیتہ
تتۍ چھُہ مقدمہ تہ ژور باب مقدمہ وصیت شرعاً چھُہ تملیکاہ تہ کو مالِک
کرُن کانہِ شاہ کُنہِ چیزس مرنہ پتہ یا چھُہ عہداہ سوگو کانِسہ تات تصرّفاہ
تہاوُن مرنہ پتہ موصی چھُہ سُی زِہ وصیت چھُہ کران موصی لَہ چھُہ سُی زِہ
تسندہ بابت چھُہ وصیت موصی بِہ چھُہ مالاہ زِہ تمہ چھُہ وصیت کران
وصی چھُہ سُی زِہ شَر سَندس مہمس چھُہ رجوع لَس کُن وصیت یا چھُہ
مطلق یا مقید مطلق چھُہ سُی زِہ مرُن آسِنہ کُنہِ چیزہ قید کرت مقید گیہ تمہ
عکس مرُن ہرِیمہ بیمارِہ یا یمہ وَرِہ باب اوّل چھُہ در ارکان وصیت
تم چھُہ ژور اوّل چھُہ صیغہ یعنی ایجاب سُہ چھُہ یُس لفظاہ زِہ دلالت
بر معنی وصیت کرِہ یتھی زِہ دَپہِ دِیو فلانِس فلان مال میہ مرنہ پتہ
فلان مال یا وصیت کرِم لَس کرِشِ یتیمن یا حج کرِو مینہ بابت یا صدقہ کرِو
یا مسجد ادلِو یا یہ بندہ آزاد کروُن بیہ پتہ تہ چھُہ در وصیت مطلق
اما در وصیت مقید چھُہ یتھی زِہ دَپہِ دِیو لَس یلہِ مرہ یت بیمارہ منز یا
یت وَرِہ منز بیہ چھُہ صیغہ قبول موصی لَہ سَندہ طرفہ یا تَسندِس
ولی سَندہ طرفہ یُس لفظاہ زِہ دلالت کرِہ بر قبول شرط چھُنہ زِہ
ایجابہ وزہ آسِہ قبول بلکہ جایز چھُہ زِہ موصی مرنہ پتہ کرِہ قبول یت تان
موصیتن آسِنہ وصیت پہیر گِنیش وچھُہ دِمُت صحیح چھُنہ قبول مگر وفاتہ
پتہ تکمیاہ زِہ مال سپنہ منتقل مرنہ پتہ ہرگاہ رد کرِہ وصیت مرنہ پروُنہ

تتر

در ارکان وصیت

موصی جایز چھہ زِہ قبول کرِہ مرنہ پتہ سُہ اَتا ہرگاہ مرنہ پتہ تہِ قبول کرنہ
بروہنہ رَدّ کرِہ وصیّت سپنہ باطل ہرگاہ قبول کرِہ اوہ کرِہ رَدّ باطل
سپنِنہ قبض برونی تہِ آسہِ اکثرن نِشہ ہرگاہ موصی لہ مرِہ قبول کرنہ
بروٗنہ تسندس وارِثس واتہِ زِہ قبول کرِہ قبول چھہ شرط یلہِ وصیّت
آسہِ تس اکِس ندہ باپت زِہ معیّن آسہِ اَتا درجہات عامّہ وصیّت ہش
برای فقرا تہ علما یا باپت حج تہ عتق تہِ تت ہُ چھہ قبول چھنہ شرط یہ
عقد چھہ جایز نہ لازم پس واتہِ موصیسن پھیرہ یلہ و زِہ خوش کرس صریح
لفظہ یا تہِ کارہ زِہ منافی وصیّت آسہِ کُن یہ تہ بخشن موصی یا تصرفا کہ
زِہ تت کڈہ وصیتہ منزہ اوٗٹ کرُن ہُ کنکس ژٹ کرن ہش آٹس دویم
رکن چھہ موصی تہ شرط چھہ زِہ سُہ آسہِ اہل التصرف یُس شرد ہ و ہر کومت
آسہ قوی چھہ صحیح وصیّت تسنز نیکین منز ہرگاہ کانسہ زخمی کرِہ یا تس
تمہ زنگہ زِہ ہلاک سپنہ پس وصیّت کرِہ صحیح چھنہ ہرگاہ وصیّت کرِہ تمہ
پتہ مارِہ بجراحت یا تس صحیح چھہ شرط چھہ تس موصیس منز زِہ وصی کرِہ
کانہ برطفل تہ دیوانی زِہ مول یا مال بڈ بب آسہِ تہند ہرگاہ باج یہ
وصیّت کرِہ صحیح چھنہ تریم رکن چھہ موصی لہ تہ شرط چھہ زِہ در وصیّت
تملیکیہ زِہ سُہ آسہِ موجود وصیّت کرنہ و زِہ پس صحیح چھنہ تس شرسند باپت
زِہ وصیتہ پتہ پیہ ماجہ درشکم صحیح چھہ تس شرسندہ باپت زِہ درشکم آسہ
تہ مالک سپنہ ہرگاہ زندہ زِوِہ ہرگاہ مردہ پیہ وصیّت باطل آسہ تس
منز چھہ تاتل ہرگاہ زِنہ پتہ مرِہ مال وصیّت چھہ تس شرسندن
وارِثن ہند مال یہ شرط چھنہ در وصیّت عہدیہ ثابت صحیح چھہ وصیّت
برای بیگانہ تہ خویش وارث تہ غیر وارث تہ ذمّی بیگانہ سندہ باپت

نیز داکثر نہ حربی سندِ باپت بیہ نہ بیسندس ہندہ سندِ ہندہ باپت اجازت
تی خواجردیہ ہرگاہ وصیت کرِ زنانن تہ مردن ہندہ باپت سمارِ تی
دِن حصہ برابر مگر زِہ شرط زیادتی کرِ مردن ہندہ باپت سنت چھہ
وصیت کرن پننین خویشن ہندہ باپت وارث آسِتن یا نہ ژورم
رکن چھہ موصی بہ تت منز چھہ زِہ بحث اوّل موصی بہ آسِہ ملک سگ
شکاری یا گلہ یا خانہ تی آسِہ بیہ گھر ثلثہ منزہ نیرن یا وارث اجازت
دِن یلہ ثلثہ ژُر آسِہ پس ہرگاہ ثلثہ ژُر آسِہ تہ وارث دِن نہ اجازت
زیادتی چھہ باطل عین آسِتن یا منفعت ہرگاہ کینہ وارث اجازت
دِن تِمندہ سہمہ نسبت تِلن اصلِ ترکہ پیٹھ یم نہ اجازت دِن تِمندِہ
نصیبہ نسبت تلن ثلثہ پیٹھ پس ہرگاہ وصیت کرِ بنصفِ ترکہ اگاہ
دِیہ دیو وارثو منزہ اجازت تِمندِہ نصیبہ منزہ نہ وضیش باپت نصف
بیس وارثہ سندہ منزہ ثلث بیہ بیہ ثلثِ ترکہ ملاحظہ کرنہ در وفات
نہ در وقت وصیت بیہ چھنہ معتبر اجازت ورثہ وفاتہ پتہ وفاتہ برونہ تہ
بقول قوی ہرگاہ کانہ اہ وصیت کرِ بثلثِ خانہ زِہ ثلث تمک آسِن
بیسند وصیت سپنہ راجع تندسی ثلثس کُن ہرگاہ ثلث وفا بواجب
غیر واجب کرنہ تہ وارث دِننہ اجازت گنڈہ گنڈن واجب از اصلِ
ترکہ تہ غیر واجب ثلثہ منزہ ہرگاہ وصیت کرِ شا آسنہ واجب
کرن بیرون ثلثہ منزہ نتہ چھنہ دُور ابتدا کرن باوّل باقی یتہ کنہ
ہرگاہ کانہ امراہ واجب آسنہ ابتدا کرن یُس وصیتاہ اوّل آسہ ادہ یُس
وصیت بین اوّل آسِہ ہرگاہ وصیت کرِ بثلث مشاع موصی سندہ ترکہ
پرت چیزہ منزہ وارِتھ ثلث ہرگاہ وصیت کرِ معین چیز چ زِہ ثلثہ

منزٕ نیرٕ موصی لہ سپنہ مالک تت موصی مرنہ تہٕ قبول کرنہ ہرگاہ کینہ
مال غایب آسہِ تہٕ ثلث مال حاضر آسہِ مال وصیتہٕ خٕتہٕ کم وصیتٕ منزٕ
کرٕ نس بقدرِ ثلثِ مال حاضر تسلیم یہٕ غایب مالہٕ منزٕ حاضر سپنہ بقدرِ
ثلث کرن تہِ منزٕ وصیتٕ باپت تسلیم اعتبارِ ثلث کرن پیرت چیزٕ
منزٕ رٕ یت رودمیتس ویرِ فی آسہِ تسندیہ وارثو آسہٕ تہِ صلح کرمت
در قتل بعمد دویم بحث چھہٕ وصیت کرٕ نکن قسمن منزٕ ان زٕ وصیت
چھہٕ ژورِ قسمہٕ اوّل وصیتِ واجب وصیت کرن ہیش ادا کرنہٕ باپت
حقوقِ واجب حق اللہ آستن یا حق الناس دویم وصیتِ مستحبہٕ
وصیت کرن ہیش کم مالہٕ پیٹھ وصیت کرن بجنس مال چھہٕ بہتر وصیت
کرنہٕ خٕتہٕ بربع مال بربع مال کرن چھہٕ بہتر وصیت کرنہٕ خٕتہٕ بثلث مال
ثلثہٕ چھہٕ بہتر بنصف خٕتہٕ کینہ چھہٕ وصیت بثلث وارث غنی آسِت بہتر
زانان ہرگاہ حالِ ورثہ میانہ آسہِ وصیت بربع چھہٕ بہتر زانان
بجنس چھہٕ ہم فقیر آسِت بہتر زانان بیہ چھہٕ وصیت مستحبہٕ وصیت کرن
ہیش بشہادتین تہٕ اقرار بہٕ نبوت پیغمبر بیہ بہٕ امامتِ ائمہ اثنا عشر
بیہ تت سارِ سی زٕ پیغمبرن وژھٕ چھہٕ خبر چھ ستریم چھہٕ وصیتِ حرام
وصیت کرِن ہیش بشراب بیہ گوشتِ خنزیرٕ بیہ یہِ تہِ سواتتہٕ
چھہٕ ژورِم وصیتِ مکروہ وصیت کرن ہیش بمالِ بسیار صحیح چھہٕ
وصیت کرن لتس بچہ سندہ سیت زٕ در شکم مادر آسہِ بیہ تہِ سیت
زٕ یا ژوار سپنہ تہِ کنیز یا چارو ووی یا گل ہرگاہ دیہ زٕ ہمیس زنانہ در شکم
ہرگاہ بچو آسہِ لتس کیت چھہٕ زٕ درہم ہرگاہ کور آسہِ لتس کیت
چھہٕ اکٹ درہم صحیح چھہٕ پیٹھ ہرگاہ دولوی آسن تمن چھہٕ ترٕ درہم

در وصیت واجب

وصیت مستحبہ

در وصیت حرام

در مکروہ وصیت

دویم

دوییم باب چھہ وصی کرنس منز تہ کو والی تہ مختار کرن شہنشاہ بیرون کرنہ
بابت حقلہ یار لٹنہ بابت حقاه پتہ بر طفل یا دیوانہ یس اکس وصی کرن شرط چھہ
عاقل تہ مسلمان تہ عادل آسہ پس دیوانہ وصی کرن چھنہ صحیح ہرگاہ وصی
کرہ پتہ دیوانہ سپنہ وصی آسن تسند سپنہ باطل ہرگاہ دیوانگی رلس
بیہ وصی سپنس منز چھہ در مجتہدین خلاف ہرگاہ دیوانگی تسنز
دوری آسہ تت منز بیہ چھہ خلاف اقرب چھہ یی زہ در وقت غیر دیوانگی
چھہ صحیح شرط چھہ وصی مسلمان آسن یلہ موصی آسہ مسلمان یا کافر آسہ
تہ وصیت آسہ مسلمانس شرن پٹ پس ہرگاہ مسلمان آسنہ جایز چھنہ
تسند مسلمان شرن پٹ وصی آسن بیہ چھہ وصی آسن فاسق تہ
باطل موصی مرنہ پتہ فاسق سپنہ حاکم کرہ تس بدل بیا گاہ یتہ گنہ چھہ
شرط زہ بندہ آسنہ مگر باذن خواجہ بیہ آسہ بالغ پس صحیح چھنہ نابالغ وصی
کرن مگر ضم کرت بالغ تس سیت تصرف نابالغ چھنہ معتبر شرط لازمی منز
دنوی — بالغ کرہ تصرف یت تان شر بالغ سپنہ ادہ چھہ در تصرف شریک
ہرگاہ شر مرہ یا دیوانہ سپنہ تصرف کرہ بالغ با ستقلال شرس واتنہ زہ
بالغ سپنہ پتہ کرہ اعتراض تت کارس منز زہ بالغن چھہ کرمت بطریق
شرع صحیح چھہ کافر وصی کرن بیہ زنانہ وصی کرن شرط چھہ بیہ
صفت وصیت کرنکہ حالہ گنز و چھہ دیت در حال موت ہرگاہ وصی
دون زنن کرتہ شرط کرہ زہ یکوٹہ کرن کاریا کرتہ کینہ شرط جایز
چھنہ یمن کار تنہا کرن ہرگاہ نزاع کرن جبر کرہ حاکم یمن بر اتفاق
ہرگاہ تہ یتہ یتیم آسنہ بدل کرہ یمن بیاک ہرگاہ اکاہ یمو منزہ بیمار
گژھہ یا عاجز سپنہ ہمراہ کرہ حاکم تس ستی زہ ہمراہی کرہ تس ہرگاہ اکاہ

وِزہ یا فاسق سپنہٕ تس ببیں سیت تھاوِنہٕ کانہٕ احوط چھہٕ ضم کرُن ہرگاہ
رخصت وِمت آسِس ہمن زِہ تھاکرن کارِ جایز چھہٕ نِہ تھاکرن
کوم یا پی زِہ مالس ہاگرن پرت آگاہ کرِہ اکِس حصس منز کار پنس سوا
ہرگاہ وصی ردِ وصیت کرِہ باطل سپنہٕ ہرگاہ موصیس خبر گژِہ
نِہ تم کر وصیت ردّ نہٕ وصیت صحیح تس و اتھ ردّ کرن موصی
مرنہٕ پتہٕ یتہٕ قبول کرمژ آسِس در حیات ہرگاہ وصی از عمل عاجز سپنہ
حاکم کرِہ ضم تس سیت بیا کاہ ہرگاہ فاسق سپنہ واجب سپنہ عزل
کرُن شرعاً بیا کاہ نصب کرُن تس بدل صحیح چھہٕ تس اکِس نِہ اعتقادِ
وِلایت چھُس مول ہُنہ تہٕ مالِ بڑِ بب ہُنی زِہ بولایت کرِہ وصی تس
اکِس ہٹ زِہ والس تصرف کرُن تسندِس مالس ہٕنز ہُنہ تہٕ دیوانہٕ
شُر و منزِہ پس ہرگاہ ہر ولد بالغ وصی کرِہ صحیح چھُنہ بڑِ بب آسِت
و اتھ مالس زِہ کانہٕ کرِہ وصی بیہِ لُس اکاہ متولی مالِ یتیم چھہٕ واتہٕ
تس زِہ اجرۃ المثل ہِنہ ہرگاہ وصی کرِہ کانہٕ دراعر خاص مانند
زراعت مثلاً تس واتھ نہٕ تجاوز کرُن ببیں کارس کُن ہرگاہ برای
طفل وصی معین آسنہٕ سپُن مت ولی تسندِ چھہٕ حاکم شرع ہرگاہ
حاکم شرع آسنہٕ چھا یِز چھُہ زِہ بعضی مومنین متولی سپنن تسندس
امرس ہرگاہ وصیتس اذن سپُن مت آسہٕ بی زِہ وصی کرِہ جایز
چھہٕ زِہ وصی کرِہ بی اذن چھُنہ جایز تہٕ نزدِ اکثر وصی چھہٕ امین تس پٹ چھُنہ
گژھنہٕ چیز کٔنتا وان مگر تقصیر کرِ نہٕ یا موصی مخالفت کرِ نہٕ تس واتِہ زِنن
فرضانہٕ بموصی آسِس یِع اذن حاکم گواہ تی آسِس ہتہ کنہٕ واتہ لِس
زِہ شُر سُند زِہ طرفہ کنہٕ پانہٕ ہییہ تمن المثل تہٕ ہسا باب چھہٕ دراحکام وصیت

کرن چھہٕ جب

کرن چھہ واجب یتس اکس پٹ زہ حقا چھہ یتس پٹ یلہ گمان وفات
آسس وصیّت بولایت یعنی وصیّ کرن سپننہ ثابت مگر زہ
مرد عادل گواہی دنہ سیت آما وصیّت مال ثابت سپنان چھہ ساری
نہ بیک گواہ باسوگند بیہ ژور زنانن ہنزہ گواہی سیت ہمہ
مالک ربع سپننہ ثابت اکس زنانہ ہنزہ گواہی سیت نصف دون
زنانن ہنزہ گواہیہ ترہ ربع ترن ہنزہ یتہ کنہ سپنہ ثابت بگواہی دو مرد
ذمیّ یلہ دردین خود عادل آسن اعتبار اہ چھنہ تت چزسن و لتندہ خطہ
لبن بی گواہ ہرگاہ وارث بعضیس تکس عمل کرن واجب سپننہ عمل بباقی کرن
ہرگاہ وصیّت کرہ ادہ کرہ تمکہ ضدہ وصیّت عمل کرن دویمہ وصیتس ہرگاہ
وصیّت کرہ بمثل نصیب پسر یا دختر تہ وارث آسنہ یتس سوا وصیّت چھہ
نصفس ہرگاہ وارث اجازت دینہ بموصی لہ واتہ ثلث ترکہ ہرگاہ بیاک وارثاہ
نتس نہ آسس وصیّت چھہ ثلثس ہرگاہ وصیّت بمثل نصیب دختر خود زہ سیت آسس
زوجہ بیہ نہ کانہ دنوی دن اجازت بموصی لہ واتن شت سہم ہند ہو سہمو منزہ کور
تہ ست اجازتس دن ضرب دروفق فریضہ رد زہ ژور چھہ یا فریضہ ردس دروفق
فریضہ اجازہ زہ پانژ چھہ ضرب کرنہ بیہ ییت شیٹ حاصل سپنن ادہ یم اکھ
اجازہ دت لتندس نصیبس از مسئلہ اجازہ دروفق رد سپننہ ضرب حاصل گو
تس یم اکھ رد کر نصیبس لتندس از مسئلہ رد دروفق مسئلہ اجازہ سپنہ ضرب حاصل
چھہ یتس کت ہرگاہ وصیّت کرہ پنچو سندہ نصیبہ زہ کورہ سیت چھہ بموصی لہ
واتن زہ سہم پانژ وسہمو منزہ یلہ اجازت دن ہرگاہ اجازت دنہ برای موصی
لہ چھہ ثلث ترکہ ہرگاہ اکی اجازت دیہ لتندہ نصیبہ منزہ چھہ موصی لہس
زہ خمس یس بی سندہ منزہ زہ رد کرن اکھ ثلث ہرگاہ فقران ہند یا پت

وِرہ یا فاسق سپنہ تس بسیوس سیت تھاوِنہ کانہ احوط چھہ ضم کرُن ہرگاہ
رخصت وِنت آسِس تمن زِہ تھاکرُن لگار جایز چھہ زِہ تھاکرُن
کوم یا پی زِہ مالس یا گرُن برت آگاہ کرِہ اکِس حصس منز کارپسیں سوا
ہرگاہ وصی رد وصیت کرِہ باطل سپنہ ہرگاہ موصیس خبر گژھِہ
زِہ یم کر وصیت رد نہ۲ وصیت صحیح تس و اتھ رد کرُن موصی
مرنہ پتہ یلہ قبول کرِس آسس در حیات ہرگاہ وصی از عمل عاجز سپنہ
حاکم کرِہ ضم تس سیت یا کاہ ہرگاہ فاسق سپنہ واجب سپنہ عزل
کرُن شرعہ بیا کاہ نصب کرُن تس بدل صحیح چھہ تس اکس زِہ اعتقادِ
وِلایت چھس موُل ہُہ تہ مال بڈیب ہُہ پی زِہ بو لایت کرِہ وصی تس
اکس ہُٹ زِہ والس تصرف کرُن تسندِس مالس ہُشر ہُہ تہ دیوانہ
شُر وغیرہ پس ہرگاہ ہر وَلِد بالغ وصی کرِہ صحیح چھنہ بڈیب آسِت
و اتھ مالس زِہ کا نہ کرِہ وصی بیہ لس کاہ متولی مالِ یتیم چھہ و اتھ
تس زِہ اجرۃ المثل پنن نیہ ہرگاہ وصی کرِہ کانہ در امر خاص مانند
زراعت مثلاً تس و اتھ نہ تجاوز کرُن بیس کارس کُن ہرگاہ برای
طفل وصی معین آسِنہ سپُن مُت ولی تسند چھہ حاکم شرع ہرگاہ
حاکم شرع آسنہ چایز چھہ زِہ بعضی مومنین متولی سپنن تسندس
امرس ہرگاہ وصیس اِذن سپُن مُت آسہ پی زِہ وصی کرِہ جایز
چھہ زِہ وصی کرِہ بی اذن چھنہ جایز تہ نزدِ اکثر وصی چھہ آمین تس پٹ چھنہ
گژھنہ چیز کُن تاوان مگر تقصیر کرِنہ با موصی مخالفت کرِنہ تس و اتھ زِہ
قرضا نہ بہ موصی آسِس بیع اذن حاکم گواہ تی آسِس تیہ کنہ و اتھ لس
زِہ شر سنہ وظر قہ کنہ پانہ ہیہ تمن المثل تہ تمسا باب چھہ در احکام وصیت

کرن چھہ واجب لس اکس پٹ زہ حقّا چھہ لس پٹ یلہ گمان وفات
آسس وصیّت بولایت یعنی وصیّ کرن سپننہ ثابت مگر زہ
مرد عادل گواہی دنہ سیت آما وصیّت مال ثابت سپنان چھہ ساری
نہ بیک گواہ باسوگند بیہ ژورن زنانن ہنزہ گواہی سیت ہمہ
مالک ربع سپنہ ثابت اکس زنانہ ہنزہ گواہی سیت نصف دون
زنانن ہنزہ گواہیہ ترہ ربع ترن ہنزہ یتہ کنہ سپنہ ثابت بگواہی دو مرد
ذمیّ یلہ دردین خود عادل آسن اعتبار اہ چھنہ تت چیز من و تندہ خطہ
لبن بی گواہ ہرگاہ وارث بعضیس تمس عمل کرن واجب سپننہ عمل بباقی کرن
ہرگاہ وصیّت کرہ ادہ کرہ تمکہ ضدہ وصیّت عمل کرن دویمہ وصیتس ہرگاہ
وصیّت کرہ بمثل نصیب پسر یا دختر تہ وارث آسستہ لس سوا وصیّت چھہ
نصفس ہرگاہ وارث اجازت دینہ بموصی لہ واتہ ثلث ترکہ ہرگاہ بیاک وارثاہ
لس نہ آسس وصیّت چھہ ثلثس ہرگاہ وصیّت بمثل نصیب دختر خود زہ سیت آسس
زوجہ بیہ نہ کانہ دنوی دن اجازت بموصی لہ واتن ژٹ سہم ینہ ہو سہمو منزہ کور
تہ ننت اجازلس دن ضرب دروفق فریضہ رد زہ ژور چھہ یا فریضہ ردس دروفق
فریضہ اجازہ زہ پانژ چھہ ضرب گژنہ یمہ یت شیٹ حاصل سپنن ادہ یم اکٹ
اجازہ وت لستندس نصیبس از مسئلہ اجازہ دروفق رد سپننہ ضرب حاصل گو
لس یم اکٹ رد گر نصیبس لستندس از مسئلہ رد دروفق مسئلہ اجازہ سپنہ ضرب حاصل
چھہ لس کت ہرگاہ وصیّت کرہ پنجوسندہ نصیبہ زہ کورہ سیت چھہ بموصی لہ
واتن زہ سہم پانژ و سہمو منزہ یلہ اجازت دن ہرگاہ اجازت دننہ برای موصے
لہ چھہ ثلث ترکہ ہرگاہ اکی اجازت دیہ تندہ نصیبہ منزہ چھہ موصی لہس
زہ خمس لس بی سندہ منزہ زہ رد کرن اک ثلث ہرگاہ فقران ہندہ بایت

کُنہ چیزہ وصیّت کرِہ تِتھِن فقیرن یا ژرن وِن واجب چھُنہ زہ سارِن فقران واتناوُن ہرگاہ وصیّت کرِہ برایِ زید تہٕ فقرا چیزہ اکہ زیدس چھُہ نصف
تِمہ منزہ ژوٗم باب چھُہ در تصرّفات مریض یُس تصرّفاہ معلّق بوفات چھُہ یعنی
یِمہ تصرّف کِنہ نیران چھُہ وفاتہ پتہ سُہ چھُہ وصیّت از ثلث ترکہ معتبر مریض یتہ
آسِتن وصیّت کرہ وُن اَمایُس تصرّف بوفات مُعلّق چھُنہ تِلیہ سُہ و مرض
الموت آسہ بلی تِمہ بیمارہ سُہ تصرّف سپنہ لازم باجماع ہرگاہ تِمہ بیمارہ بلنہ اُوسُہ
سُہ تصرّف کُنہ عوضِ نس ہرابر بیع ثمن المثل ہُہ لو تہ سپنہ لازم ہرگاہ بعوض آسنہ مثل
ہلبہ تہ عتق کینہ چھُہ معتبر زانان تت از ثلث اقوی چھُہ زہ معتبر چھُہ از اصل ترکہ
تہ احوط چھُہ مصالحہ گرُن اجازت وارث نہ آسِت ہرگاہ ترکہ باگرہ وارثن
پٹ پیرت اکُسند نصیب کرِہ مُعیّن کینہ چھُہ ونان زہ قول اقرب چھُہ یِی
زہ موقوف براجازہ چھُہ حجّۃ الاسلام چھُہ فرماوان موقوف آسنس پٹ زہ
مُشکل چھُہ ہرگاہ کُنہ چیزس کانسہ ہندہ بابت اقرار کرہ ور محل تہمت ثلثہ
منزہ نیرہ تہ بی تہمت نیرہ از اصل ترکہ مقرّ لہ وارث آسِتن یا غیر وارث
ہرگاہ آزاد کرہ بندہ پننُ چیزاہ آسِنہ بتس سوا اتھند ثلث سپنہ آزاد
ہرگاہ کینہ قرض نگہ والہ صحیح چھُہ ہرگاہ وصیّت کرہ کینہ قرض نگہ والہ
تہ ترکہ آسِہ روی قرضو ختہ کم از ثلث چھُہ صحیح ہرگاہ اکاہ ترِیو بندو
پننو منزہ آزاد کرِہ چیزاہ آسِنہ تِمو سوا قرعہ تراوُن ہرگاہ اکاہ مرِہ تس
منز تہ بین دون منز تراوُن قرعہ یتام مُردہ نیرہ آزاد چھُہ زِندہ نتہ تراوُن زہ
دُنون زندن منز بیہ قرعہ تہ مردس کرنہ از ترکہ حساب نکاح مریض چھُہ
مشروط بدخول پس ہرگاہ دخول بروُنہ مرِہ نکاح چھُہ باطل مہر تہ میراث چھُنہ
ہرگاہ دخول کرِہ مہر تہ میراث سپنہ متقرّر گروہ چھُہ زہ مریضہ یہ طلاق ؛

پننہ

صحیح چھُہ قرعہ

پس ہرگاہ طلاق دِیہ زنانہ نیہ میراث ورِہتھان در طلاق رجعی یُت تان نہ
بیمار نشہ بلو مُت آسہ تہ زنانہ آسہِ بسین جای شوہر کرُمت تہِ نیہ زنانہ ہند
میراث در طلاقِ رجعی یُت تان عدّہ منزہ دراش آسہِ زنانہ واتنہ میراث
شوہرہ سُند در لعان بیہ تہ در خلع تہ مبارات بیہ تہ یمہ وِزہ زِہ زنانہ آسہ طلاق
مُنکمُت بیہ نہ تمہ وِزہ زِہ کینز آسہِ طلاق وِزہ ادہ آسہ آزاد گیمژ یا ذمیہ آسہِ تہِ
پتہ آسہ مسلمان گیمژ یعنی حکم طلاقِ مریض چھنہ بند کورات جاری در حالِ مرض فی
آسہِ ہرگاہ زنانہ دعوی کرہ طلاق چھہ بیمارہِ منز واقع سپُن مُت تہ وارث کرن
انکار معتبر چھہ قولِ ورثہ باسوگند ہرگاہ ژُن زنانن دِیہ طلاق بیہ ژُن انہِ
نیتھر تہ یمن کرِہ وطی آٹھو ہی نن میراث ربع یا ثمن برابر کتاب النکاح
تت منز چھہ مقدّمہ تہ اکُ مقصد تہ پانژ فصل مقدّمہ تت منز چھہ پانژ
بحث بحث اوّل در فضیلتِ نکاح چھہ حدیث بیمار آمت یت مختصر
کِیاہ آسنہ گنجایش تِم ساری اَنہ نچ توی سپُن تیژن حدیثن پیٹ
اقتصار از آنجملہ چھہ ائمہ معصومین علیہم السلام آمُت نکاحانہ فایدہ چھنہ
مسلمنس اسلامہ پتہ بہتر زنِ صالحہ سندِ خُتہ زِہ ہرگاہ تس وچھنہ خوشحال
سپنہ ہرگاہ تس نشہ غائب سپنہ تسند ناموس تہ مال رچھہ بیتہ چھہ در حدیث ائمہ
معصومین علیہم السلام آمُت زِہ یمہ زہ رکعت نماز صاحب زن کرِہ بہتر چھہ
سنتِ رکعژ خُتہ زِہ عزب یعنی بی زن کرِہ یتہ وُرِ حدیث آمُت زِہ مسلمان
مردو منزہ چھہ بدتر تمہِ زِہ عزب یعنی بی زن آسن مو دمت الحاصل نکاح
چھہ سنت خصوصاً قادرس زن ہ طلب آسِس کانہ وقتا چھہ زہ واجب پانہ پن یلہ
گھوژہ زِہ در زناہ خواہ مرد خواہ زنانہ سنت چھہ زِہ یلہ بیژہ زِہ نکاح کرِہ
زہ رکعت کرِہ نماز تہ منگہ خدایتعالامس زوزی کرِہ لسن سئز عفیفہ زنانو منزہ

کتاب النکاح

تہ یژ نگاہبان زنانو منزہ تِنہ باپت پننس نفسس منز تمن ہِنس مالس بیہ یژ
فراخ زنانو منز ورِ رزق یژ بزرگ ور برکت تہ بیہ پرہ دعا یتہ کنہ منقول چھہ
بیہ کرہ اختیار شر زِ وہ وِن زنانہ باکرہ عفیفہ بزرگ اصل بیہ کرِ عقد نکاح
نن پانٹھہ بیہ پرہ خطبہ عقدہ برونہ تہ پیزہ زہ یہ خطبہ آسہ مشتمل بر حمد خدایتعالیٰ
صلوات برحضرت رسالت پناہ تہ ائمۂ معصومین علیہم السلام تہ الحمد للہ چھہ لبس
بیہ کرہ عقد رات کت بیہ تھاوہ گواہ بر عقد مکروہ چھہ عقد کرن یلہ قمر ور برج
عقرب آسہ بیہ عقد کرن رِ تہ گین ہمتن ترن وہن منز دوہن پتہ چھہ در عروسی سنت
چھہ زہ فقیر مؤمنن دیہ طعام اکہ دوہ یا دون دوہن تہ سنت چھہ زہ یہ طعام آسہ ویلہ
بیہ چھہ سنت اجابت کرن تہ گہژن مجلس عروسی تہ کھن طعام تمک روزہ سنتی
اتلنس خصوصاً یلہ زانہ زہ افطار نکرنہ سینہ صاحب طعام آرزوہ اما ہرگاہ پتو لس
منز حرام چیز آسن حرام چھہ گژھن تت مگر لسن اکس زِ وزانہ منع کرت تت یا سندہ
خاطرہ کرن حرام برطرف ہرگاہ تہ نزانت تت مجلس گہژہ پتہ ہرگاہ ہکہ واجب
چھس زہ تمہ مجلس وترہ تہ گہژہ ہرگاہ تمہ مجلسہ گژھن وشو آسن گناہ چھنہ تتہ بہنز
ہرگاہ ور مجلس عروسی آسن غیر سایہ وار صور بعضی از مجتہدین چھہ پتہ
زہ ہرگاہ بر قابت قالی تہ فرش آسن جایز چھہ گژھن تت مجلس تمنز چھہ دمت
زہ ہرگاہ بر بالش تہ آسہ جایز چھہ گژھن تت ہرگاہ زہ زن اکی لتہ خبر کرن
تندی گرہ گہژہ زہ یژ نزدیک چھہ جایز چھہ گہن یہ در عروسی نثار چھہ کران
اما تلن تہ ہرگاہ یکن ہندہ اذن آسہ وتنہ یا بعادت جایز چھہ سنت چھہ زہ
یلہ زنانہ برونہ کن گہژہ زہ رکعت کرہ نماز تہ دعای منقول پرہ بیہ کرہ امر زنانہ
یتماز تہ دعا بیہ تھاوہ آہتہ زنانہ پرسہ تہ دعا پرہ تہ منگہ خدایتعالیٰ اس فرزند
صالحاہ زہ تمام اعضاء آسہ بیہ گدہ موزہ زنانہ گہرو منزہ تہ چھلہ گہرتند آبہ سیت

تہ زآب مارہ

تہ سہ آب ہارہ پدور خانہ اوی زہ یم کار نجا ینہ گژہ تت گرس پیدہ خبر بسیار بیہ گژہ زنانہ برونہ کن روتلہ بیہ پیرہ بسم اللہ بجماع شروع کرنہ برونہ تمہ پتہ تہ بیہ تمہ ورِہ دنوی باوضو آسن بیہ تموزہ اچھہ وٹ تہاون تریم مکروہ چھہ درحال اللہم اللہ ترک کرن بیہ تمہ حالہ بفرج زن نظر کرن کراہت نظر باندرونِ فرج چھہ زر بعضی ازمجتہدین چھہ بیہ حرام زانان درحدیث آمت زہ ہرگاہ فرزنداہ امہ حالہ حاصل سپنہ اُن آسہ بیہ تمہ حالہ کتہ کرہ نہ خصوصاً مرد مگر بذکر خداتیعالیٰ تکیاہ زہ در حدیث چھہ آمت زہ ہرگاہ درحالتِ جماع کتہ کرن شُر فرزند زہ حاصل سپنہ تمہ کل آسہ بیہ منی ہارن درغیر فرج تس آزاو زنانہ زہ نکاح وانی آسس امر شتندہ اذنہ سوا بعضی ازمجتہدین چھہ یہ حرام زانان ہرگاہ یہ کارکرہ سنت چھہ زہ دہ مثقالہ طلا دِیہ نطفہ دِیتس زنانہ اما درزن متعہ تہ عقیمہ تہ زن مسن تہ سلیطہ بیہ کنیز اذنہ رست چھہ عزل جائز

واجب چھہ زنانہ پننہ دخول کرن پرت ژن رتن منز اکہ پھرہ ہرگاہ تاخیر کرہ گناہگار چھہ سنت چھس دخول کرن تس تمہ سوا زہ ضرر واتس تہ ہکت آسس تت پٹھ بیہ دخول کرن شب اوّل ماہ رمضان بیہ بم دارہ ہندہ شبہ تہ ژندرہ واردارہندہ شبہ بیہ بربسوار ہندہ شبہ تہ شب جمعہ بعد خفتن بیہ روز پنجشنبہ وقت ظہر بیہ روز جمعہ بعد عصر مکروہ چھہ جماع درشب خسوف یعنی تت راژ ینر زہ زونہ آسہ گرہن بیہ درروز کسوف یعنی تمہ دُہ زہ آفتابس آسہ گرہن بیہ ہنگام زوال آفتاب بیہ آفتاب لوسنہ پتہ شفق وسفن تان بیہ درمحاق سہ ژنکہ چھہ پتیم ترشب درحدیث چھہ آمت زہ ہرگاہ شُر ژب لگہ دراوّل ماہ یا منز رشہ یا درآخر ماہ شکمہ منزہ بیہ ہرگاہ پننہ دیوانہ آسہ بیہ بعد فجر تا طلوع آفتاب بیہ درشب اوّل ماہ الاماہ رمضان بیہ ژنکہ منزمہ شبہ بیہ سفرس منز یلہ آب آسنہ بیہ درہنگام بادسیاہ زرد بیہ زلزلہ

۲ چھہ زہ
۳ جماع
۴ چھہ
۵ شوہر بس

بیہ برہنہ بیہ بعد احتلام غُسلہ روںہ یا وضو روںہ جایز چھُہ بعد جماع بیہ چھُہ مکروہ
جماع کرُن اللہ حضور زِہ نظر کرِہ بیہ رو بقبلہ تہ پُشت بقبلہ یا ایستادہ یا رو بآفتاب
بیہ در کشتی بیہ کُستی زنانہ زِہ زنانہ پٹھ آسہٕ آمژ بیہ دخول کرُن مہرہ وِنہ برونہ سوٗریے
یا کنیزٕ ہ بیہ دخول کرُن تس زنانہ زِہ مہر آسہٕ سنہ در عقد مشخص کو مُت تہ برونہ زِہ
مشخص کرِہ بیہ تس زنانہ زِہ از حیض تہٕ نفاس آسہٕ پاک گیمژ غسل آسہٕ س کرُنہ بیہ
دخول کرُن شب عید قربان بیہ درمیان اذان تہ اقامت بیہ تہٕ شبہٕ زِہ دُہلہ
آسہٕ سفرہ آمُت بیہ تہٕ شبہ زِہ دُہلہ نمکہ نیرہ سفرس بیہ دخول کرُن پننہ زنانہ
بیِس زنانہ ہُنزہ خواہش بیہ اژُن مُسافر بر اہل خود رات کمِت حرام چھُہ وطی تمہ برونہ
زِہ زنانہ سپنہ نوٗہ ورش اَیہ وطیہ سپننہ زنانہ حرام مگر یلہ افضا کرِہ یعنی راہ حیض
تہٕ منی تہ بول کرِہ اَکی گیمژ وچھُہ دپُت زِہ افضا گوٗی زِہ راہ حیض تہٕ غایط کرِہ
اَکی یہ چھُہ دور پتہ کنہ چھُہ حرام وطی زوجہ ترک کرُن ژُٕن رِتہٕ زیادہ مگر
ضرورژ باپت بیہ چھُہ حرام در حیض تہٕ نفاس بیہ در احرام حج یا عمرہ بیہ واجب روزن
منز مثل ماہ رمضان یا نذر معین در نذر غیر معین چھُہ خلاف اظہر چھُہ زِہ جایز چھُہ
خصوصًا زوالہ برونہ احوط چھُہ ترک خصوصًا زوالہ پتہ پتہ کنہ سارِی روزن منز
زِہ واجب مُوسّع چھُہ سوای قضای ماہ رمضان جایز چھُہ زوالہ پتہ افطار کرُن
رکیباہ بجماع کیباہ بیہ کنہ سیت بلکہ پیزِہ زِہ کفارہ دِیہ پتہ کنہ در بحث صیام گو
بیہ یلہ تمو منزہ اکھ نیت اعتکاف آسہٕ کرمُت بیہ یلہ تمو منزہ اکاہ در مسجد
آسہٕ اعتکافس بہت بیہ در ظہار کفارہ دِنہ برونہ بیہ یلہ زنانہ بیگانن آسہٕ
بشبہہ دخول کرمت یتہ تان تنندہ عدہ نیرہ بیہ اکس زنانہ دخول کرُن
بیس زنانہ نو ہتر ہندہ شبہ از نہ سوا یہ قول بعضی از مجتہدین بیہ یلہ زنانہ
دخول کرنہ ویسنہ مہر ہتہ باپت پس ہر گاہ یقہرتہ غلبہ دخول کرمس حرام چھُہ بیہ

دخول کرن درعدّہ حرام چھُہ بیہ دخول کرن درعدّہ حاملہ کنیز زہ مِل شرمژ آسہ
حاملہ سپننہ پتہٕ ژور رت گژھنہ برونہ بنابر احوط بلکہ احوط چھُہ یہ ترک
کرن پت تان حمل وضع سپنس بیہ چھہ حرام مِتن زنانہ زہ عاجز آسہ تمہ تہ
بزرگی الت بیہ کنیزہ یلہ تل ہیلس بحتہ برونہ زہ اک حیض و چھہ یا پانژہ تاجہ
دہ گژھنس مل ہنہ پتہٕ ژورم جایز چھُہ مردس نظر کرن بتھس یتس زنانہ ہندس
زہ یژ بان چھُہ نیتھر انن رُہ بیہ تندن ونّ اہتن بیہ یتہ کنہ تندس
مویس تہ محاسنس بنابر اقوی بیہ پھر پھر نظر کرن تس کُن وتھنس منز تہ پگنس منز
تندہ اونہ سواحی تہ آسہ یتہٕ کنہ جایز چھُہ نظر کرن تس کنیزہ کُن زہ ارادہ چھس
مل ہن رُہ بیہ تندس مویس تہ محاسنس کُن بیہ نظر کرن ذمی زنانن کُن تہ
تھندن موین کُن مگر بلذت تہ تہمت زہ جایز چھُنہ یتہ کنہ چھہ جایز نظر کرُن مرد
مردس خوب صورت پی آسہ مگر باتہمت لذت یتہ کنہ زنانہ زنانہ وچھن برت
اکاہ چھُہ نکاح تہ بلکہ منزہ مباح کران نظر بعورت کرن دنوی طرفہ با کراہت مردن
تہ زنانہ منز برت اکس چھہ جایز نظر ینن محرمن کرن عورتہ سوا جایز چھُنہ مردس نظر
کرن بیگانہ زنانہ ہندس بدنس کُن بتہ تہ اتھو دیوسوا پتہ کنہ چھُنہ جایز زنانہ نظر
کرن مردہ سندس بدنس گردنہ تان بتہ تہ اتھو دیوسوا حرام چھُنہ بحتن نظر کرن اک
اکسندس بتھس تہ اتھن کُن بی شہوت تہ ریبہ او احوط چھُہ اجتناب کرُن جایز چھُہ
طبیبس نظر کرن بیگانہ زنانہ ہندس عضوس کُن علاج باپت از ضرورت پی آسہ جایز
چھُہ الیس بو زنہ آواز زنانہ ہنز بالذذ تہ ریبہ بیہ نہ زنان الس وچھن نابالغس
چھُہ جایز برن بیگانہ نظر کرن اتہ لاگنس چھُہ حکم نظر یا زم چھُہ خطبہ یعنی خواستگاری
چھُہ سنت وین ہُہ مرد ستاہ رغبت کرِہ ون زہ یا حریص زہ پٹ یا نہ چھُہ رغبت چھون یا
پی زہ خدایتعالی واتہ ناوی ژہ خیراہ یا رزقاہ یا پی زہ ستاہ کرن رغبت چھس

دخول کرن

چھس

نکاحس حرام چھہ خواستگاری تس زنانہ کرن زہ شوہر چھس یا درعدہ رجعیۃ آسہ
یا آسہ حرام مؤبد مؤکد چھہ اجابت نتہ قادر آسہ ز نفقہ دن تی آسہ بحسب تہ نسب
مکروہ چھہ زہ ولی کرہ ابا مگر برای خواستگاری بہتر تسندہ خمتہ ہر گاہ کانہ زنہ خواستگاری
اجابت کرہ بیسند خواستگاری چھہ مکروہ ادہ ہرگاہ بیاکاہ تس سیت عقد کرہ
صحیح چھہ مقصد زان وطی چھہ مباح ترتیو چیزو اکہ نکاح دایم بیہ متعہ بیہ
ملک یمین قسم اول چھہ نکاح دایم تہ منز چھہ شت باب باب اول چھہ در ارکان
عقد تم چھہ ترہ اول صیغہ عقد تہ ناچار چھہ تتمنز ایجاب تہ قبول منزہ یعربی ایجابک
لفظ چھہ یہ زہ زنانہ دیہ یا کانزاہ تسندہ طرفہ زوجتک یا انکحتک یا متعتک
قبول چھہ یہ زہ مرد دیہ قبلت النکاح یا التزویج یا المتعۃ ہرگاہ اقتصار کرہ
بلفظ قبلت صحیح چھہ بیہ ہرگاہ قبول مقدم تھاوہ یتہ یا زہ مرد دیہ تزوجتک
ادہ دیہ زنانہ زوجتک صحیح چھہ بنہ زہ پرت اکاہ شوہرس تہ زنانہ منزہ زنانہ
پانہ صیغہ پرت یا کانزاہ بیاک پرہ صیغہ تہندہ طرفہ پانژن صورژن ہندے
احتمال اول یہی زہ تمو منزہ رہ پرت اکاہ پانہ صیغہ پس زنانہ دیہ زوجتک نفسی
بمہر کذا شوہر دیہ قبلت التزویج دویم یہی زہ کانزاہ کرہ زنانہ ہندہ طرفہ
ایجاب مرد پرہ پانہ صیغہ پس یہ وکیل یا ولی زنانہ ہند زوجتک فلانۃ
بنت فلان بمہر کذا مرد دیہ قبلت التزویج تریم یہی زہ پرت اکسندہ
طرفہ کرہ بیہ کانہ عقد پس زنانہ ہندہ طرفہ دیہ زوجت فلانۃ بنت فلان من
فلان بن فلان بمہر کذا مردہ سندہ طرفہ دیہ قبلت التزویج لفلان بن
فلان ژورم یہی زہ زنانہ کرہ پانہ ایجاب پس دیہ زنانہ زوجت نفسی من
فلان بن فلان بمہر کذا مردہ سندہ طرفہ دیہ قبلت التزویج لفلان بن
فلان پانژم یہی زہ اکہ زن پرہ دونون ہندہ طرفہ صیغہ یمہ صیغہ صورژن

باب اول در ارکان عقد

طریق چھ تریہ صیغہ صورژ ہنز طریق تفاوژ سِوا نکاح چھنہ صحیح عربی لفظہ سوا
یلہ قادر آسن یلہ قادر آسنہ عربی پرنس جایز چھ بیہ زبان پرن ہرگاہ
اکی قادر آسہ سی پرہ بعربی بیاک زِہ عاجز چھ پرہ بیہ زبان صیغہ فارسی پرہ یتہ
کنہ زِہ ستھنن چھ در مبسوط ونمت زِہ این نگرنی بچندین کابین بتو دادم مرد گوید
پذیرفتم این زن را بزنی کنیز وچھ ونمت یتہ کنہ ونہ زِہ این زن را باسماۃ فاطمہ را
بزنی بچندین کابین بنکاح شرعی بتو دادم پس مرد دپہ این زن را بچندین کابین قبول
کردم یت پٹ بنا تہادت زانہز کاشر پاٹھ ونت در ایجاب یی زِہ یہ زنانہ
یا فلان زنانہ وژم نیتھر ژِہ بیتیس مہرس پٹ پس مرد وَپہ قبول کرم یہ نیتھر رر
بیتیس مہرس پٹ یلہ پانہ صیغہ قبول پرہ نتہ وَپہ وکیل یا ولی تسند زِہ قبول کرم ژ
فلانس کِت یہ نیتھر بیتس مہرس پٹ ہرگاہ دو نوی عاجز آسن پرہ لنشہ کَل
سند پاٹھ اشارہ کرن تمہ رنگہ زِہ دلالت کرِہ بنکاح بیہ کنِہ صیغہ بیع تہ ہبہ
تہ اجارہ منزہ تہ تمہ ورای بیہ نہ نکاح گنڈ نہ مہرچ ذکر کرن بیہ پزہ زِہ عقدس
بیتہ شرط تہاونہ کینہ پس ہرگاہ دپہ نیتھر وتم پنن پان ژِہ ہرگاہ
بابہ موں راضی سپنہ صحیح چھنہ راضی تی سپنہ بیہ پزہ زِہ قبول آسہ ایجابس پتہ ژ
پس ہرگاہ دپہ زِہ نیتھر دتم پنن فلانس تہ سہ آسہ غایب خبروانہ پتہ دپہ قبول
کرم نیتھر تسند صحیح چھنہ یتہ کنہ ہرگاہ حاضر آسہ تہ بتاخیر کرِہ قبول تمہ رنگہ زِہ
جواب گنزرن نہ در عادت ہرگاہ ولی یا وکیل زنانہ تزویج کرن پزہ یی زِہ معین
کرن تس ناوہ سیت تہ نسبہ یا باشارہ یا وصف تمہ رنگہ زِہ بن نیرہ بیین
نسہ پس ہرگاہ دپہ اکاہ کورہ پننو منزہ دژم نیتھر ژِہ قصد معینہ کرنہ سِوا صحیح چھنہ
ہرگاہ یکی معینہ کرِہ شوہرن آسن تسنزہ کورہ ساری وچھ مژہ صحت نکاح
چھ محل اشکال دیگر ہم چھ زوجہ سہ چھ زنانہ زِہ تس سیت آسہ مباح

قصد

نیتھ کرن یمہ ہیتہ سپنہ ذکر محرمات یمہ زنانہ چھہِ تمن صحیح عقد کرون سہ چھہ نہ
زوج یا ولی یا وکیل ہتند شرط چھہ یمن سارن منز زہ بالغ تہ عاقل تہ آزاد
آسن بیہ مختار پس صحیح چھنہ عقد طفل تہ دیوانہ مرد آستن یا زنانہ ولی نی اجازہ دیہ
بیہ نہ عقد مست بیہوش ینہ پتہ نی اجازہ دیہ تیہ کنہ بجبر اتا ہرگاہ بعد زوال اکراہ
راضی سپنہ صحیح چھہ شرط چھنہ در نکاح زن بالغہ رشیدہ اذن ولی جایز چھنہ زہ سہ
کرہ پانہ عقد احوط در نکاح زن باکرہ رشیدہ معتبر آسن اذن تسند تہ تسند سہ
ولی تسند اذن بیہ چھنہ شرط گواہ کیہ نکاحس منز پس ہرگاہ تہ پایہ کرن نکاح تہ پوشیدہ
تھاون صحیح چھہ ہرگاہ دعوی کرہ مرد زہ بہ چھس یمس زنانہ ہند زوج سہ زنانہ کرس
تصدیق یا دعوی کرہ زنانہ زہ بہ چھس آشن یمس مردہ سنز تہ سہ مرد کرس تصدیق حکم کرن
یمن منز زوج تہ زوجہ آسنک تہ میراث ینن اکہ اکس نشہ ہرگاہ تصدیق کرنہ نہ
مدعیس پزہ گواہ انن ہرگاہ کانہ زاہ دعوی کرہ بیس اکسندہ زوجہ سند زوجہ آسنک
التفات کرنہ نگر بگواہ ہرگاہ مرداہ دعوی کرہ یہ زنانہ چھہ مین آشن گواہ
گندزاوہ تس زنانہ ہنز بنہ کرہ دعوی زہ بہ چھس آشن اسنز تہ گواہ گندزاوہ مقدم
تھاون مردہ سند گواہ باسوگند ہرگاہ دخول نخواہر آسنہ کرمت بیہ آسنہ
تاریخ عقد خواہر مقدم ہرگاہ بخواہر آسس دخول کرمت یا آسہ تاریخ تسندہ
عقدک حکم کرن بگواہ خواہر باسوگند دویم باب چھہ در اولیاء عقد نہ
تت منز چھہ زہ فصل گڈک فصل چھہ زہ ولی عقد چھہ پانتز اکھ مول بیہ مال بڈ بب
ہیرم نی آسہ ثابت چھہ یہند ولایت بر ولد نابالغ نخو آستن یا کور باکرہ یا غیر
باکرہ یتہ کنہ بر دیوانہ تہ ولایت یہند چھہ اجباری شرس چھنہ فسخ کرنس کانہ اختیار
بالغ سپنہ پتہ بیہ دیوانس عاقل سپنہ پتہ دونوی ینن میراث اکہ اکس نشہ نہ
ہرگاہ مول تہ بڈ بب اختلاف کرن زہ کس بیت کرن تزویج مقدم تھاون نہ

مقدم

اختیار بڈ ببا پس ہرگاہ دٗونوی عقد کرن معتبر چھ بر ونہم عقد ہرگاہ دٗونوی
یکوٹ آسن بڈ بینہ ندس عقدس کرن اعتبار ثابت چھنہ ولایت تھند بر زنٔ
بالغ رشیدہ باکرہ ہی آسہ پس ہرگاہ تس تزویج کرن موقوف چھہ براجازہ اتا گو زِ
احوط چھ در نکاح باکرہ رشیدہ معتبر آسن اذن ولی تہ یا نہ باکرہ تہ آما سنت
چھ زِ زنہ باکرس زِ مول تہ بڈ بب نہ آسہ  پسر خود بلکہ بایس ننس کرہ
وکیل تس بڈ بوی کرہ اختیار مالس سوا تہ مال بڈ ببس سوا تہ پترس تہ ماجہ نہ
ماجہ بڈ بابس تہ بین خویشن چھنہ کانہ ولایت تس پٹ دویمہ چھ مالک ثابت
چھ ولایت تسند زنانہ تی آسہ ہر غلام تہ کنیز خود بیہ تمن جبرس کرنس پٹ بر تزویج
بالغ تہ رشیدی آسن کانسہ اکس چھنہ تمو منزہ تزویج جایز بی اذن مالک پس
ہرگاہ تمو منزہ کانہ راہ بی اذن مالک عقد کرِ موقوف چھ براجازہ ہرگاہ پرت
اکس تمو منزہ مالکاہ آسہ ناچار چھ دٗونون ہندس اذنس بر مالک چھنہ لازم
مہر غلام تہ تسندس زوجہ سند نفقہ تس پیس کٔت چھ کنیزہ ہند مہر مالکس چھنہ ولایت
تس غلامس پٹ زِ تس منز آسہ آزاد کینہ مالس تہ بڈ ببس واتہ زِ کنیز کرن
تزویج شرس ہرگاہ زوج آزاد سپنہ تس واتہ فسخ کرن کنیز ہی آسس زوجہ
ہرگاہ کنیز آزاد سپنہ تس کٔت چھ فی الحال فسخ کرن آزاد ہی آسہ شوہر تسند
ہرگاہ دٗونوی آزاد سپنن زوجہ یا نٔ چھ مخیر در فسخ تہ لیکن چھ وصی ثابت چھ
ولایت تسند تس اکس زِ بالغ سپنہ تہ بی عقل آسہ یہ تس احتیاج نکاح آسہ مرد آستن
یا زنانہ ثابت چھنہ ولایت تسند شرس پٹ گبر منہ تہ کورہ مگر یہ در خصوص نکاح
آسیک وصی کرمت صریحاً یتھی زِ دیمت آسیک تس ہیس شرس کر نکاح ر
یا بظاہر معتبر قدود چھ حاکم شرع ثابت چھ ولایت تسند تس اکس پٹ زِ بی
عقل سپنہ بالغ یا بعد بلوغ سپنہ دیوانہ مرد آستن یا زنانہ غبطہ تہ مصلحت نٔ

تہنز آست مؤل یا بڈبب آست چھنہ ولایت حاکم شرع ثابت بیہ چھنہ ثابت
ولایت حاکم تہ وصی بر طفل تہ رشید بیہ لس اکس پٹ رنہ ہجر چھک کرمت ؛
لس بسبب سفاہت تہ اسراف جایز چھنہ نکاح لس مگر بضرورت پس
ہنزہ رنہ ولی دیہ اذن لس یا اجازہٕ نکاح کرس ہرگاہ بضرورت تزویج کرہ عقد
چھہ فاسد یا نشمہ چھہ وکیل ثابت چھہ ولایت وکیل بر بالغ آزاد مرد آستن یا
زنانہ بکر آستن یا غیر بکر لسندہٕ اذنہ لازم چھہ لس عمل کرن یتہ کنہ اذن سنہمت
چھس زوج تہ زوجہ معین کرنہ منزہ بیہ مہر تہ تہ سوا جایز چھنہ لس زہ پننہ
بابت ژہا؟ مگر زنانہ ہندہ اذنہ دویمہ فصل ولایت چھہ ساقط سپنان
ژور چیزہ اول بندگی بندس چھنہ ولایت فرزندس پٹ آزاد آستن
یا بندہ تسندس خواجہ سند یا بیسند ہرگاہ اذن دیہ خواجہ لس صحیح چھہ دویمہ
نقصان صغیری تکہ یا دیوانہ گی یا بیہوشی یا مشتبہ تہ بعد زوال مانع سپنہ
ثابت ترییمہ کفر کافرس چھنہ ولایت بر فرزند مسلم خود شر آستن یا دیوانہ
ثابت چھس بر فرزند کافر ہرگاہ بڈبب مسلمان آسہ لس چھہ ولایت
معین بر فرزند کافر تہ مالس ژورم احرام چھہ موجب یکی
زہ عقد تسند چھنہ صحیح تہ ایجاب تہ قبول ترییمہ باب در احکام ؛
ہرگاہ دون شرن نچوس تہ کورِہ مؤل تہ بڈبب تہ زویج کرن ؛
تہ اکھ شر مرہ بیاکھ نیہ میراث ہرگاہ مالس تہ بڈبس ورای بی ؛
تزویج کرن موقوف بر اجازہ پس ہرگاہ بالغ گژھت دونوا اجازت دِن
نکاح چھہ صحیح ہرگاہ اکھ اجازت دیہ بیاکھ مرہ پیش از بلوغ باطل چھہ نہ چھہ
مہر نہ میراث ہرگاہ اجازت دِتہ دون مرہ جدا کرن تسندہ ترکہ منزہ لس
بیسندہ بابت سہم تسند او ہرگاہ فسخ کرہ بعد بلوغ کینہ مہر نہ میراث چھنہ

ولایت وکیل

ہرگاہ

ہرگاہ اجازت دیہ سوگند دِن تس زِ ہ اجازت لسہ سند چھنہ در میراث طمع کرنہ باپتہ میراث دِنس
ہرگاہ غیر ولی یا وکیل بفضولی عقد کرن موقوف چھہ تس اکس سندس اجازتس پیٹھ زِ ہ بفضولی
کرہس عقد ہرگاہ بالغ تہ عاقل تہ آزاد آسہ ہرگاہ نہ آسنہ موقوف چھہ تسندس ولی سندس
اونس پیٹھ کینژو چھہ دِمپت عقدِ فضولی چھہ باطل بڈ بیس چھہ جایز زِ ہ تزویج کرہ اکس گبرہ سنزہ
کورہ بیس گبرہ سندس نچوس سیتی دونوی طرفہ سپنہ متولیِ عقد یعنی ایجاب تہ قبول کرہ پانہ
بتہ کنہ تسند وکیل بیہ وکیلِ زوجین جایز چھنہ بالغ زنانن ہندس تہ عاقلہ سندس وکیلس زِ ہ
پانس انہ نیتھر تس مگر باذن دِمپتی آسنس لیس سیتی صلاح زنانن چھکھ تزویج کرمہ
ہرگاہ تمہ رنگہ ادا کرہ زِ ہ پانس تہ سپنس شامل صحیح چھہ ہرگاہ زِ ہ وکیل اکس زنانہ بیہ تزویج
کرن دون سیتی صحیح چھہ عقد سابق پیس ہرگاہ دویم دخول کرہ جدائی کرن تمن منز
تہ تس پیٹھ سپنہ مہر لازم بیلہ زنانہ زومت آسنہ زنانہ دِن عدہ بتہ گدہ کس ہرگاہ دونوی
عقد یکو نہ ژسپنت آسن باطل چھہ مہر تہ میراث چھنہ پرت وتَنیس چھہ جایز پانہ عقد کرن یا
وکیل کرن زوجہ سندہ باپت چھہ زِ ہ اعتراض کرہ بالغ سپنہ بتہ ہرگاہ تزویج کرِمت
آسہس مہر المثل ختہ کمس یا دیوانس سیتی یا باخصی یا عنین بتہ کنہ زوج سندہ باپت
ہرگاہ تزویج کرمت آسہس عیب دار زنانِ سیتی اما مین صورتن منز ہرگاہ بلاخطہ مصلحت
کرمت چھہ تہ مصلحت تہ آسس مشکل چھہ خیارِ فسخ نتہ چھہ صحتِ عقد مشکل سمارنی صورتن
اندر سکوت چھہ کافی در اذنِ زنِ باکرہ بیہ وقتہ گذارش نکاح کرہ نس در غیر باکرہ چھہ
ناچار گفتارس معلوم کرنہ باپت احکام عقد غلام تہ کینز کرن یا عمل رجوع تہ درہم باب

در کفو ۔

چھہ کفو آسنس منز یعنی ہمسر آسنس منز مراد چھہ تمہ برابری در اسلام تہ ایمان تہ در نسب تہ
شرف بیہ حرمت اوی زِ حضرتِ رسالتن صلی اللہ علیہ والہ چھہ فرمومت زِ مومنین
یم چھہ بعضی چھہ تمو منزہ کفو کینژن ہند در عقد نکاح بتہ کنہ کفو چھہ خوبن منز بیہ چھنہ شرط
در نکاح
لیس جایز چھنہ تزویج زنِ مومنہ مگر بمومن جایز چھہ زِ ہ مومن کرہ تزویج

پیٚس سیتؠ توٚش کرِس مسلمان زنانو منز ہ تہٕ تزویج بزنِ مخالفہ چھہ مکروہ جایز چھنہ تزویج کرُن کافر
حربی زنانن سیتؠ اجماعاً اہلِ کتابہٕ زنانن سیتؠ کرہٕنس چھہ اختلاف اقرب چھہ یی زِ
زِ جایز چھہ متعہ خاص پٲٹھؠ بلکہ نکاح دایمی تہٕ خلافِ احتیاط تی چھہ تتھ منز بلکہ در متعہ
تہٕ احوط یِہ چھہ جایز از اہلِ کتاب رٕچھن سُہ زنانہ زہ زوجہ تتھنز آسن در زمانِ کفرنہ
حربیاتِ اہلِ کتاب چھہ یہود تہٕ نصاری تہٕ مجوس احوط چھہ در مجوس ترکِ نکاح
مطلقاً حربیہ گیہ سُہ زنانہ زہ کافرہ چھہ یِمو طایفو منزہ یِمو سِوا بیٚیہٕ کنہ چھنہ جایز تزویج
کرُن با زنِ ناصبیہ زہ یُن کرہ عداوتِ اہلبیت علیہم السلام جایز چھہ مردِ آزادس
زہ تزویج کرہ کنیز بیہ آزاد زنانن زہ تزویج کرہ بغلام بیٚیہٕ کنہ بزرگ نسب زنانن زہ
تزویج کرہ بفقرو مایہ ہاشمیہ ہِش تہٕ علویہ ہِش یِمن سیتؠ شرط چھنہ قادر آسن مرد بر نفقہ نزدِ
اکثر زنانن چھنہ خیارِ فسخ مرزہ سندہ عاجز آسنہ بمذہب اصح بیٚیہٕ کنہ ہرگاہ بعدِ نکاح
عاجز گژھہ مکروہ چھہ تزویج کرُن بمردِ فاسق خصوصاً شارب الخمر ہرگاہ عقدہ پتہٕ زانہ زہ
زوجہ آسِن زانیہ تس چھنہ خیارِ فسخ دخولہ بروٚنٹھ نہ نزدِ اکثر **پانژم باب** چھہ در محرمات
یعنی تمن زنانن منز زہ حرام چھہ نکاح تہند حرام آسن چھہ دایمی یا غیرِ دایمی حرامِ دایمی
آسنک سبب چھہ نسب یا سبب قسمِ اول چھہ نسب حرام دایمی چھہ ستن نسبہ
سیتؠ زنانن ہند ستت قوم اکھ ماج تہٕ نان تہٕ بڈہ نان یمہ طبقچ آسہ تمو طبقو منزہ
٢ دوٚیم کوٚر تہٕ کوٚرِ ہنز کور یمہ طبقچ آسہ تمو طبقو منزہ ٣ ترٕیم بینہ ٤ ژورم بینزہ یمہ طبقچ آسہ
تمو طبقو منزہ ٥ پانژم باوزہ یمہ طبقچ آسہ تمو طبقو منزہ ٦ شیٚیم پپہ نان مال وتہ آسُن
یا ماجہ وتہ یمہ طبقچ آسہ تمو طبقو منزہ پپہ ہِش مال سنز یا ماجہ ہنز یا کالنہ بڈبہ سنز یا
کالنہ نان ہنز ستم چھہ ماس تہٕ ماسہ نان مال وتہ ہنز آسن یا ماجہ وتہ ہنز یمہ طبقچ
آسہ تمو طبقو منزہ ماس ہِش مال سنز یا ماجہ ہنز یا کالنہ بڈببن یا نان ہنز حرام چھہ
زنانن تمنی یہ مردو منزہ اول موٚل تہٕ بڈبب یمہ طبقک آسہ تمو طبقو منزہ دوٚیم

فرزند تریم گبره سند گبر پرت طبقک نمو طبقو منزه ژوروم نوی پانزم پا تبهر تبهر پرت
طبقک نمو طبقو منزه ښشپم تیرته پیره باډ ببپرت طبقک تیه لنه وتنه آتم مام ته
مامه بډب بیته سپین بیان حاصل اشتن به لنسب نکاح سیت یا شبه سیت یا از زنا معتبر
ني چینه لنسب زنا سیت حرام چینه شریتره ته پیه تر بیه مامه ترته ماسه تر اکس دویم
قسم چه بسبب سه چینه ښشم اک رضاع دویم مصاهرت تریم تزویج ژورم زنا نه مانند
زنا پانزم لعان ښشپم قذف گدگ بحث چه در رضاع یعنی دچینس منز حرام چه
سپینان دچینه تهی زه حرام چه سپینان به لنسب پا ترشرطه گده یی زه دد آسه نکاحه
سیت و تهمت پس هرگاه و تهمت اسه حمله رست یا زنا سیت حرام آسنک سپینه اما
شبهس چه نکاح صحیحک حکم حیوانه سندس دوشت مرده سندس دس چینه اعتبار
دویم چه مقدار ته چه زه چیه شیرخوار دد اکس را لس ته دهیں یا تیاته زه ماز هر راوس یا
استخوان کرس سخت یا بیذاه دچیه کنیزو چیه ذه دیمت یی شرطه زه پرت نوبر تهند دچین
آسه کامل دداه عادلکه حسابه بیه آسه اک اکس تیه ببین زنان هند دمنزه چینه سوا بیه
چیه دوبیه منزه نه گنه بانه منزه زه دد آسک تت کت هت مت بیه چیه خلاص دیته زه روان
کینیزاه آسنه آسس منز لس زه حمز ښج سپینه تت سیت دته دد آسنه منزه پیره تبرتریم
چه مرضعه یعنی دده ماج زه زنده آسه پس هرگاه اتمام عدد رضاع لسنده مرنه وزه
اسه تمه سپینه نکاح حرام ژورم یی زه ستر گرته دوهر سپینه بر دنه دچین پس هرگاه
دوهر سپینه بر دنه دچیه ته عدد رضاع سپینه دوهر گرشنه بیه تمام تمه گرشنه نکاح
حرام یه چینه معتبر در ولد مرضعه بنا بر اصح پانزم چه یی زه دد آسه اکسی شوهره سند
پس هرگاه عدد رضاع پور سپینه بر ونه شوهر دیه طلاق لس یا مره شه کره بیاک شوهر
دویم سنده دده کره عدد رضاع پور یمن دون ددن منز آسه شر بغذاخوی کرمت
بیه آسنه بلیس زنان دد چومت هرگاه ته بنه نکاح گرته حرام تمه بیه گنه چه سرط زه دد

دا رضاع

سبب

آسِہ اکسی ڏُ دہ ماجِ ھند لپس ھرگاہ زہ زنانہ اکسی مَردہ سنزہ باھم کرن علہ دِ رضاع تمام موجب حرمت
سپینہ تتمہ ھرگاہ رضاع یعني ڏُ دچن ساری شرط ھت حاصل سپینہ مرضعہ سپینہ لسنز ماج
تہ شوھر لسند مول تہ شر تھند باي تہ بنہ بیہ تھند مول تہ ماج بڈپ تہ نان بیہ دده
مال سند بوی تہ بنہ پیر تہ پپ تہ دده ماجِ ھند بوی تہ بنہ مام تہ ماس مُرتضعس یعني
دَرنہ کٹس چھہ حرام نکاح کرن صاحب شیرہ سندن یعني دده مال سندن شرن سیت یعنی آسیہ نسبي
آیا رضاعی بیہ دده ماجِ ھندن نسبی شرن تہ رضاعی شرن ہمن سیت زہ دده ماجہ ھندس
بیس شوھرہ سند دُد چھک چومت نہ دَرنہ کٹہ سندس دده مال سند حرام چھنہ دده ماج
مالس دَرنہ کٹہ سندس تہ بالیس سندس حرام چھہ درنہ کٹہ سندس مالس دده مال سند اولاد
نسبي تہ رضاعي بیہ زده ماجِ ھند نسبي اولاد نہ رضاعی نمرو اکثر دَرنہ کٹہ سندن باین تہ بین
زہ لسندس دده مال سند تہ دده ماجہ ھند دُد چھکنہ چومت چھہ جایز نکاح لسندن ڏ ده
ماجِ ھندن تہ دده مال سندن شرن سیت نسبی تہ رضاعی بیتہ رضاع چھہ منع کران تتہ کنہ
چھہ نکاح باطل کران ھرگاہ بیتہ تت وقوع بیہ لپس ھرگاہ شوھر سنز ماج یا بنہ لسنز یا
زنانہ تسندس مال سنز از شیر پدرش ڏُ د دِیہ لسنزہ لوچہ اشنہ نکاح گژہ باطل لس پٹ
چھہ لنصفِ مھر بلکہ تمام مھر کڈہ تاوان ھرگاہ فاسد اسن نکاح عمداً کرمت ھرگاہ نان
زوجین ہنز تمو سنزہ اکس ڏُ دِیہ نکاح سپینہ باطل شیر خوار سپینہ لس پیس پتر یا پپ یا مام یا
ماس ھرگاہ مَردہ سنز بڈ اشن ڏُ د دِیہ شوھرہ لسنزہ لوچہ اشنہ تہ تسندہ ڏُ دہ ڏُ بوی
سپین حرام مُوبڈ لس پٹ ھرگاہ بچہ آسن دخول کرمت تتہ سپینس بڈ حرام لوچہ ھند نکاح
سپینہ فسخ ھرگاہ ڏُ د دِیہ کنیزا زہ دخول آسن کرمت اشنہ تسنزہ ڏُ د بوی سپین حرام
رضاع چھہ ثابت سپنان بگواھی دو مرد عادل بیہ اکس مردس تہ زنانن ڏُ ون ہنزہ گواھیہ
بیہ ژورن زنانن ہنزہ گواھی چھنہ مسموع مگر بتفصیل در رضاع گواہ سپنس ہی گواھیہ
ژور شرط زہ دده ماج پرزہ ناوِہ تہ شرس ھم چھہ زہ بب لسنز چھین آسن مقرر کرتب

آسنہ پوشیدہ تہ وچنہ زہان چھ مینۍ وٹھن چھ حرکت دوان تہ نگلان چھ ہنہ منزہ لیں گواہی
دیہ بجرم پی زہ مین منز چھ رضاع محرم تہ ذکر کرہ وقت تہ عدد ہرگاہ کانہ زاہ اقرار کرہ برضاع ممکن
جایز چھنہ تس نکاح پہیرہ تی تمہ نشہ ہرگاہ زانزہ اقرار کرتم بدروغ سہ اقرار چھنہ مانع نکاح
ہرگاہ زوج عقدہ پتہ دعوای رضاع کرہ تہ زوجہ کرس تصدیق عقد چھ باطل ہرگاہ تکذیب کرس
تہ گواہ آسنہ حکم کرن یہ زوج بحرام بودن وجہ دخولہ برونہ واتہ تس نصف مہر دخولہ پتہ تمام
ہرگاہ زوجہ دعوای رضاع کرہ تہ زوج کرس تکذیب تہ گواہ آسنہ جدائی سپننہ طالب مہر چھنہ
تس نہ دخولہ برونہ نہ دخولہ پتہ ہرگاہ زوجہ دعوای جہل برضاع کرہ بعد دخول چھ مستحق تتہ پیٹھ
زہ کمتر آسہ دویو چیزو منزہ اکھ مہر مسمی دوییم مہر المثل ہرگاہ در عدد رضاع شک کرن
حرام کرنہ یتہ گنہ ہرگاہ شک کرن زو نوس سپننہ برونہ اوسہ کنہ تمہ پتہ دوییم بحث چھ
در مصاہرت یعنی دامادی ییلہ اکاہ وطی کرہ بعقد دایم یا متعہ یا بملک یمین حرام سپنہ
تس پیٹھ مدخولہ زنانہ منز ماج تہ نان ہیرم تی آسہ بیہ کور تہ کورہ منز کور بیم تی آسہ بحرم
دایمی پیت تان سہ در عقد چھس حرام چھن بنہ تسنز بیہ گنہ چھس حرام باوزہ تسنز تہ بیرہ
تسنز مگر برضای زوجہ جایز چھ زہ زوجہ منز یتہ ماس تس پیٹھ انہ زیتہ تہ تسنہ تہ زوجہ اما عقد
بی وطی چھ حرام کران ماد زوجہ تہ مانہ تسنزہ ہیرم تی آسہ بحرمت دایمی بیہ کور تسنز پیت تان
شہ چھس لیں ہرگاہ وطی برونہ تس تراوہ جایز چھس عقد کرن تسنزہ کورہ سیت یتہ گنہ پیٹھ
حرام تسنز باوزہ تہ بنزہ مگر برضای عمہ تہ خالہ لیں ہرگاہ تس تراوہ کر مہتے آسے وطی
تس جایز چھس نکاح تہند بیہ گنہ سہ زنانہ زہ عقد چھس سپنیمت وطی تہ ونہ چھنہ کرمت
حرام چھ شوہرہ سنتہ ستدس ماں پیٹھ تہ بنتیس ہیرم تی آسہ بیہ شوہرہ سندس گیر
تیم سے آسہ ہرگاہ وطی کرہ مول گبرہ منزہ اکھ شنہ یا گبر مال منزہ اکھ شنہ لبتہ یہ دخولہ
سپنیہ حرام پیٹھ شوہرس پیٹھ یتہ گنہ سپنیہ حرام زانیہ بریہ زانی تہ تیمہ زانی کورہ
عقدہ مبدہ اسہ تی یا تمہ یتہ حرام چھنہ ماد زانیہ تہ کور تسنز بیہ زانی مکوطہ زنا کرہ

چھنہ پیٹھ سیت یا مانہ سیت زہ کورہ تہنزہ سپنن حرام دایمی تس ہرگاہ زنا عقدہ برونہ آسہ
ہرگاہ عقدہ پتہ آسہ عقدِ دختر سپنہ فاسد یتہ کنہ چھہ وطی لشبہ کنیزہ و چھہ وطی لشبہ تہ
وطی بزنا یلہ عقدہ برونہ آسہ موجب حرمت تہ ومت قول ابن بعض چھہ احوط نہ زنا عقدہ
پتہ زناہس بمادر زن تہ کورہ لستنزہ نظر کرنہ تتہ چیز سں گژھن حرام چھہ بغیر مالکہ و چھن تہ
حرام سپنہ مولتی آسہ نظر کرہ ون یا گبر کنیزِ منظورہ یا ملموسہ پدر یا پسر چھہ حرام بلیس ہپٹ
تموہنزہ حکم رضاع چھہ تمہ نظارنی منز حکم نسب ہرگاہ دون بین عقد کرہ عقدِ سابق چھہ صحیح پس ہرگاہ
دونوی یکوٹہ آسن دونوی چھہ باطل ہرگاہ عقد کرہ بنہ کنیزِ اکہ ہنزہ زہ وطی چھینس حرمت
بملکِ کنیز سپنہ حرام یتان بنہ تہنز زوجہ چھس ہرگاہ بنہ بن بملکیت وطی کرہ دونوی چھس حرام
جایز چھنہ مالکہ زنان زہ نکاح کرہ بغلامِ خود تریم بحث چھہ در کفر حرام چھہ بر مسلمان وطی زنِ
غیرِ کتابی بعقدِ دوام تہ متعہ بیہ بملکِ یمین در زنِ کتابی چھہ زہ قول اقوی چھہ زہ جایز ہیم
بعقدِ دوام ہم بمتعہ احوط تی ترک چھہ اما در مجوسیہ کرن نہ یہ احتیاط ترک مراد بکتابی چھہ
یہود تہ نصاری بیہ مجوس ہرگاہ مسلمان سپنہ شوہر زنِ کتابیہ نکاح روزِ باقی دخول تہ
آستن سپنمت ہرگاہ زوجہ مسلمان سپنہ نہ زوج دخولہ برونہ نکاح سپنہ فسخ کینہ چھنہ مہر
دخولہ پتہ پارہ عدہ گژھ نس اوہ ہرگاہ شوہر در عدہ مسلمان سپن نکاح چھہ باقی ہرگاہ عدہ
گوتہ مسلمان گونہ سہ نکاح سپنہ فسخ مہر چھہ لس ہپٹ ہرگاہ شوہر تہ زنانہ از اہل کتاب
آسنہ نہ اکاہ سپنہ مسلمان تموہنزہ دخولہ برونہ عقد سپنہ فسخ لس ہپٹ چھہ نصف مہر ہرگاہ
شوہر مسلمان گومت آسہ نتہ آسنہ کینہ بعد دخول برارہ عدہ نیرہ نس ہرگاہ سہ بیاکہ
بتہ منز مسلمان گو نکاح چھہ باقی نتہ سپنہ فسخ مہر چھہ لس ہپٹ ہرگاہ از زوج تہ زوجہ
اکاہ مرتد سپنہ دخولہ برونہ سپنہ عقد فسخ تی لیکن ہرگاہ مرد آسہ لس ہپٹ چھہ نصف مہر
نتہ چھنہ کینہ ہرگاہ دخولہ پتہ آسہ تہ شوہر آسہ مرتد فطری یعنی مسلمان ادہ تی سپنہ
فسخ لس ہپٹ چھہ مہر ہرگاہ غیر فطری آسہ یا آسہ زنانہ مرتدہ نکاح زہن چھہ عدہ

گرٛہنس تان ہرگاہ توبہ کرہ تہ نکاح چھ باقی نتہ سپنہ فسخ تس پیٹھ چھ مہر شوہرس ذمیہ
زنانِ ہندس کتھ چھ جبر کرُن تس پر غسل حیض تہ جنابت بلکہ تس واتہ زٕ جبر کرہ ذمیہ زنانہ دُور
کرٕ نس پیٹھ تم چیز زٕ نفرت چھ وُتھان تمو منزٕ بیہ کرٕ منع تس کلیسا گرٛہنس تہ شراب چین
بیہ گوشتِ خوک کھینس تہ نجاستہ استعمال کرٕ نس بلیہ دُونوی مسلمان سپن تعتیش تہ تفحص
کرن نہ تہنده نکاحکن شرطن ہند مگر زوجہ آسہ بلیندس عدٕس منز اسہ ترٕ تم اسہ سپنہ تہنز
انمز تہ مسلمان سپن دُونوی یا اکھ تت عدٕس منز قرار دِن تہ تمن تت چیزس پیٹھ چھ فاسد
آسہ تمن نشہ مگر یتہ پیٹھ زٕ صحیح آسہ قرار دنگ تت چیزس پیٹھ زٕ صحیح چھ تمن نشہ فاسد
تی چھ آسہ نشہ تمہ بلیہ مسلمان سپنہ ذمّی تہ در نکاح آسن تس ژُور وختہ ترٕ ہ
ذمّی زنانہ دایمی اختیار کرہ ژُور زنانہ ازاد یا زٕ ازاد تہ زٕ کنیزٕ یا ترٕ ازاد تہ
اکھ کنیز غلام کرہ اختیار زٕ زنانہ آزاد یا اکھ ازاد تہ نہ کنیزٕ یا ژُور کنیزٕ تہ بین ہنز
نکاح سپنہ برطرف بی طلاق ہرگاہ زنانہ تسنزٕ بر نکاح شرعی زیادہ آسنہ ثابت چھ
نکاح تہند ہرگاہ مسلمان سپنہ زنانہ اکس نشہ دخول چھس گرمت تس بیہ کورٕ تسنزٕ دُوشوے
سپنس حرام ہرگاہ دخول چھکنہ کرمت حرام سپنس ماج خاص پاٹھہ ہرگاہ مسلمان سپنہ
دُون بینن نشہ اختیار کرہ تمو منزٕ یُس خوش کرس ہرگاہ مسلمان سپنہ پیہ تہ تسنزٕ
بادزٕ نشہ بیہ ماسہ تہ تسنزٕ بزٕ نشہ بلیہ اجازت دِن نکاح دُونون ہند صحیح ییتہ کنہ آزاد
زنانہ تہ کنیزٕ نشہ ہرگاہ مسلمان سپنہ زیادہ ژُون بُت پرست زنانن نشہ تہ دخول اسن
کرمت عدٕس منز بین ژُور یا ترٕ مسلمان تس چھ جایز زٕ انتظار عدّہ کرہ ادٕ ہرگاہ
عدّہ گوتہ زنانو منزٕ ژُورٕ زیادٕ گینہ مسلمان ثابت چھ عقد تہندٕ زٕ مسلمان گیہ تہ اختیار
چھنہ تس ہرگاہ ژُورٕ ترٕ گیہ در عدّہ اختیار کرہ یُس خوش کرس ترٕ وہنمو منزٕ تہ ہمو
منزٕ ہرگاہ مسلمان سپن ژُور زنانہ بُت پرست زٕ دخول چھس کرمت تمنکتہ واتہ زٕ
پانژمہ زنانِ ہند عقد کرہ اختیار تہ بینہ پیٹھ تمو منزٕ اکس مگر عدّہ پتہ تہ باقی اُدور ت

سساری تمہ بر کفر ہرگاہ سُہ مرد تہِ مسلمان سپینہ برونہ میراث نن نہ تس ہٹ چہ مسلمان زنانن
ہند نفقہ در عدّہ یُتان اختیار کرہ ییتہ کُنہ ہرگاہ مسلمان سپینن تس برونہ خا تمہ اختیار
یا چہ بقول بیتی نہ اختیار کرِکٹ ژہ یا تہاوکٹ ژہ یا بفعل ہرگاہ طلاق دیہ زنانہ اکس
تس نہ اختیار چیس کرِ تر ہرگاہ اختیار کرہ بترتیب ژ ورو زیادہ ثابت سپینہ نکاح گد چین ژن
ہند باطل سپینہ نکاح باقی ہرگاہ اختیار نکاح یا طلاق کُنہ شرطہ مشروط تہاوہ صحیح چھینہ شوہر
کرن چیس بر تعیین ہرگاہ تن ییتہ اختیار کرہ تس تہ ورہم بحث چہ ورباقی اسباب تحریم
تم چہ ژ ور اوّل لعان یُس اکاہ لعان کرہ آسنہ بپینہ حرام سپینہ سُہ تس ہٹ بحرمت
دایمی تہ لعان سپینہ در باب طلاق بیان دویم چہ قذف سہ چہ دشنام نر زنا و یا لواطہ
یُس دشنام دیہ بپینہ کچھ آشنہ یار ژہ تمہ چیزہ زہ موجب لعان سپینہ ہرگاہ یہ آفت آسنہ حرام
دایمی سپینہ تس ہٹ تریم چہ زنا تہ لواطہ یُس اکاہ زنا کرہ شوہر دار زنان سیت با
در عدّہ رجعیہ تس ہٹ سپینہ حرام دایمی سُہ زنانہ یُس اکاہ زنا کرہ بپینہ یا ماسہ سیت
حرام دایمی سپینن کوِرہ تہ نہ ہرگاہ عقد پیش از زنا آسہ حرام سپینہ یُس اکاہ لواطہ
کرہ کانسہ نخوس سیت تہ ایقاب کرہ حرام دایمی سپینہ تس ہٹ ماج تسنز تہ بینہ تسنز بیہ کور تسنز
ییتہ کُنہ سپینہ حرام نان تسنز ہیرم تی آسیہ بیہ تسنزن شرن ہنزہ کورِہ نہ بنزہ ہرگاہ عقد تمو
منزہ کانسہ سیت لواطہ برونہ کرِمتہ آسیں حرام سپینہ اہو چہ زہ طلاق دیہ تس زاہ ر سپینہ
حدِ ایقاب چہ اندر ژانن یعنی حشفہ کم تی آسہ اما غسل سپینہ واجب مگر ژانہ سوری حشفہ
بر مفعول سپینہ بسبب لواطہ حرام کانسہ ژورم چہ تزویج یُس اکاہ تزویج کرہ زنان کس
سیت عِدّس منز زانتہ حرام چہ حرام سپینہ تس ہٹ ہمیشہ ہرگاہ عدّہ زانہ
یا در عدّہ تزویج حرام آسن نہ انہ ہرگاہ عقد کرِتھ دخول کرن تو تہ سپینہ ہمیشہ کِر حرام
ہرگاہ دخول کرنہ عقد چہ باطل عدّہ ییتہ ہرگاہ خوش کرس عقد کرس نو کینہ فرق چھینہ ییتہ
منز نہ عدّہ رجعی آسن یا باین عدّہ وفات اما ہرگاہ تزویج کرہ شوہر دار زنانہ ہمیتہ

بیان

ثیبی

خلافِ چھہ تت منزٕ عدّہٕ دارٕ زنانہٕ ہنٛد حکم ہیو اہ تت احوط چھہ زٕ سۍ حکم چھس ہرگاہ زنانہٕ
اکس عقد کرٕ محرم یعنی سُۍ یُس زٕ احرام آسہس حج باپت یا عمرہ باپت گنڈمت زانتہٕ زٕ حرام چھہ
حرام سپنہ تس ہمیشہ کرِ دخول تی کرنہ ہرگاہ جاہل آسہ یتہٕ زٕ حرام چھہ تہ عقد چھہ فاسد جایز
چھہ زٕ عقد کرٕ تمہ پتہ یزٕ احرام منزٕ نیرہ ہرگاہ دخول کرہ کینترہ چھنہ ہمیت زٕ حرام ابدی سپنہ
یُس اکاہ طلاق عدی دیہ زنانہٕ اکس نوٚ مرتبہ یزٕ تمن منز آسن شوٚ یِمہ مردو نکاح کرمت حرام ابدی سپنہ
یلہ طلاق دیہ آزاد زنانہٕ ترٛیہ یہرٕ حرام سپنس یتہٕ تان لتہ بیاکاہ نکاح کرہ تہ طلاق دیس کنیز سپنہ
دوٚیہ یہرہٕ طلاق دنہ حرام یتہٕ تان بیاکاہ تس نکاح کرہ در عقد لہذا آسن پاینده حلال چھنہ وطی
صغیرہ نوٚ ورش سپنہ برونہ پس ہرگاہ وطی کرِس حرام سپنہ مگر افضا سیتہ تہ گوراہ حیض تہ بول
سپنہ کنی کینترہ چھہ دمیت راہ حیض تہ غایط یہ چھہ دوٚ ریلہ افضا سیتہ حرام ابدی سپنہ واجب چھہ
تس ہیٹہ نفقہ دیہ تس یتہٕ تان تمو منزٕ اکاہ مرِہ ہرگاہ افضا بعد بلوغ سپنہ بر شوہر پیہ نہ کینہ لازم
ہرگاہ بوطی آسہ ہرگاہ بغیر وطی آسہ ارشِ جنایتہ دیر یتہ کنہ چھہ حرام کینترہ عقد کرن آزاد زنانہٕ پٹھ
مگر یلہ آزاد زنانہٕ راضی آسہ پس ہرگاہ لستنہ اِذنہ سوا عقد کرہ بقولِ بعضی چھہ باطل کینترہ چھہ دپ
زٕ لستنہ سِ اجازتس پٹھ چھہ موقوف یہ چھنہ خالی زقوت جایز چھہ یمیک عکس یعنی آزاد زنانہٕ کنیز
پٹھ انن پس ہرگاہ آزاد زنانہٕ زانہٕ زٕ کنیزٕ چھہ زوٚجہ مس تس واتہ فسخ نکاح کرن مگر وچھم نکاح
ماما چھہ زٕ تربیت زوجہ آسہ کرمت بیہ لستہ زٕ کورہ ہنٛد بیہ دوٚ زوج ہنزٕ کورہ ہنٛد زٕ پال ہندہ
نکاح پتہ آسِ یِہ گیہ بیہ زناکار زنانہٕ ہنٛد تزویج مگر یلہ توبہ آسِس کرمت بیہ کنیز سیتہ قدرت بر
مہر آزاد تہ نفقہ آسہ تہ بیہ خوف نہ آستہ زِنوک بلکہ احوط چھہ ترک سنت ... ۔ درعدد زنان یلہ در
نکاح دایمی انہِ زوٚر آزاد زنانہٕ یا ئہ آزاد تہ ژٕ کنیزٕ زیادہ سپنہ حرام حلال چھنہ تس تر کنیزٕ
یدی پن حرہ آسنہ حرام چھہ بر غلام زیادہ دوٚن آزاد زنانن پیٹھ یا اکس آزاد زنانہٕ دوٚن
کنیزن پٹھ یا ژوٚن کنیزن پیٹھ عقد دایمی سیتہ حلال چھہ تمن یہ حد و آسہ تہ تبعہ تہ ملک یمین
پیٹھ زنانہٕ خوش کرن ہرگاہ تمہ پتہ زٕ عدد سپنہ یوٚر کنیزٕ طلاق : یہ جایز چھہ زٕ یلہ

کره نکاح یا بنه لتنمزه کراهت آست هر گاه طلاق رجعی آسیه بلیس اکسند نکاح ته بنه تسنزه
هند چه حرام یت تان عدة گذره هر گاه پاتژن زنانن یکبار عقد کره باطل چه **دریم باب**
چه د رصداق یعني مهر تت منز چه ترفصل **اول** ئیں چیراه زه صحیح چه ملک آسن عمل سه یا منفعت
اجاره د تی شوهره سند آسه یا ین ہین ہڈ تس اکس صحیح چه زه ته آسه مهر کم آسنن یا بسیار شرط چه
مشخص ته آسن تمه رنگه زه مجهول و زنه پس هر گاه مبهم کرن فاسد چه مهر نه عقد د خولیه آسه مهر المثل
یته کنه چه شرط زه د ر مهر آسنه نکاح بر طرف گرتهن یته کنه زه بیس غلام سنده بابت زیاده
آزاد زنانه ته سی غلام کرس مهر کافی چه مشاهده مهر مجهول تی وزن آسه هر گاه دنیر آنه تس بر کتاب
خدایتعالی ته سنت پیغمبر صلی الله علیه وآله وسلم ته نام مهر بیعنه یا تر تهت د رهم چه از نقره هر گاه
تزویج کره مهر کرنه غلاماه یا کراه یا سرایه تس وا ته مو منزه تی زه میانه آسه زجوبی ته زشتی هر گاه
مسلمان سینن ذمی زه باز یا شوهر عقد کرنه یته بر شراب قیمت شراب سینه واجب هر گاه زوجه
قبض کره تت زونوی کافر آسنه زه صحیح چه هر گاه مسلمان نکاح کره بر شراب صحت عقد
چه محل اشکال تس وا ته مهر المثل یا دخول هر گاه نام هیه زوجه سنده بابت چیزیں اکس تسندس
مال سنده بابت بیس چیزیں لازم چه تی زه زوجه سنده یا بیت هتن بت یا وخاص ماپهیه یته کنه
هر گاه زوجه کنیزاه شرط کره بینس مالس کیت از غیر مهر لازم چهنه اما یه چه محل تامل ته محتاج بتفصیل کنیه و
چه ذمیت شرط چه لازم شرط چهنه مهر د رعقد ذکر گرن پس هر گاه نام مهر بیعنه یا شرط کره زه مهر چهنه
عقد چه صحیح تس وا ته مهر المثل یا دخول هر گاه نکاح کره زه زنانه یا زره اکی مهره صحیح
اکه قوله یا گرن ته بر مهر المثل هر دو کنیزه چه ذمیت زه یا گرن ته ثمن برابر مختار چه زه تابع
قصد چه هر گاه نکاح کره تس هیت ز معین کره سوراه قران منزه تعلیم تس صحیح چه تعلیم
کرس قرائتاه زه چا بزه چه از قرائت سبعه یا عشره نه شاد منزه پس هر گاه طلاق دیس پیش از
دخول تعلیم کرنه یته رجوع کره تس بیت بنصف اجرت هر گاه سوره کره تعلیم تس ته سه مشراده
بری الذمه سینه هر گاه کنیچ آیه دویمه کره نه مشراده واجب چهنه زه تعلیم کره گمده یته نو

د صداق

شرعی

ہرگاہ بلیس نِشہٕ آسن تعلیم ہُرمٕز یا کہنہٕ تس تعلیم کرت رجوع کرِہ باجرت شوہرس نِش اتھس منز
چھہ مہر معیّن ذمہٕ تس ییت تان تسلیم کرِہ پس ہرگاہ تامنت سپنہٕ پیش از تسلیم بالفعل زوجہ یہ چھہ
قبض ہرگاہ تلف سپنہٕ بالفعل بیگانہ مخیر چھہ زِ رجوع برشوہرِ یا بیگانہ ہرگاہ رجوع بشوہر
کرِہ شوہر کرِہ رجوع بہ بیگانہ تمکہ مِثلہ بایت یا قیمتہ بایت زِہ لیہ ہی تلفکہ دُہہ دُور چھنہ
قیمت رُوز اداد بقولے ہرگاہ عیب اگرتہ شوہرِ سندہ اتھہ تَت ژہ با اَرش گینیز و چھہ
دُیمت زِہ مخیر چھہ زہ تَت ژہ یا قیمت صحیح ہرگاہ دُوِیہ پہرہ عقد کرن ہا یہ یا پہہ تہ زن یا پہہ
دُوِیہ مہرہ اوّل چھہ ثابت سُنّت چھہ زہ مہر کرن کم مکروہ چھہ زیادہ برمہر سنّت کرن مہر سنّت
چھہ پانژہت درہم شرعی نقرہ بیہ زاماد ی رُوزنہ کڈن مہر یا تہ منز گینیز اہ یا ہدیاہ تس
کت چھہ زِ ہا کرِہ پنن پان تسلیم کرِہ تس ییت تان قبض مہر کرِہ بی حیرتی آسہ شوہر ہرگاہ مہر موجل
آسہ وانِنہ لس ہاکرن حال تی گومت اسہ اباپتہ واجب چھہ مہر دِن ہرگاہ مہیا سپنیز اسہ ممتع
بایت بلہ مہر تسلیم کرِہ تس پتہ چھہ زِ مہلت دِیس ییت تان ہا نِس کرِہ یا بالغ گژھ یا تندرست
سپنہ نہ ازبرای جماز نہ حیض قرار ہیہ تمام مہر بدخول تہ قرار ہنس منز اکاہ مرنہ مردس تس نِشہ
زنانہ منزہ چھہ اختلاف دُور چھنہ موتہ اکاہ مرنہ مہر نصف دِزن اما سُنّت چھہ زنانہ
زِ بلہ شوہر مرس ترک نصف مہر کرِہ مکروہ چھہ ارتن مہر طلب کرن بادخول بلہ زنانہ پایہ آسنہ
طلب گرمت دُویم فصل چھہ در تفویض تہ گو خالی کرن عقد مہرہ نِشہ تس سیت زہ مہر
چھہ مستحق از زوجہ تہ مالک بلہ ذکر مہر شرط چھنہ در نکاح پس ہرگاہ تزویج کرِہ تہ ذکر مہر کرنہ
یا شرط کرِہ زِ مہر مسمّیٰ آسنہ عقد چھہ صحیح اما ہرگاہ شرط کرِہ زِ کینہ مہر آسنہ مہر المثل تان
پس صحیح چھنہ یہی زِہ دِیہ زوجتک نفسی ادہ دِیہ مرد قبلت یا دِیہ زوجتک نفسی علیٰ ان
لا مہر علیک لغنی المسمّیٰ یعنی نیتھر دِتم پنن پان ژہ ییت پتہ زِہ مہر مسمّیٰ آسنہ ژہ پتہ
عقد چھہ صحیح یتہ کنہ ہرگاہ مہر معیّن کرن رجوع کرن اکس کُن شوہرس تہ زنانہ منز بلیس
اکس گُن نیتی زِہ دِیہ نیتھر دِتم پنن پان ژہ ییت پتہ زِہ معیّن کرک ژہ یا اَس دُونوِی زِند

کرہ

در تفویض

مرد چھُہ یہ خواستم تہ اگر نہ ہیت زنہٕ معیّن کرِ کٔرتھ یا اَمِس پانیہ لازم چھُہ یہ معیّن کرُن سوای
زوجہ زنہٕ پتہٕ زنہٕ زیادہ از مہرِ سُنّت آسِنہٕ جایز چھُہ تفویض در بالغہ رشیدہ تسند اذن
کنیز منز مالکہٕ سندہ اذنہٕ جایز چھِنہٕ بین منز از صغیرہ تہ مجنونہ اما ہرگاہ ولی عقد زنہٕ تفویض
یا کمتر از مہر المثل کرِ نہٕ مصلحت اقرب چھُہ یہ زنہٕ صحیح چھُہ کنیزہ چھُہ ونمت زنہٕ مہر المثل سپدِ ثابت
یا نہٕ عقدہ سپدِ ونکاحِ ولی پس یہ مفوضہ زنانہ دخول سپدِ مہر المثل چھُہ پس پانہٕ مہر مشخص
کرنہٕ در مہر المثل چھُہ زنانِ ہند حال معتبر در شرف و جمال تہ عادتِ اہل و بُتان مہر سنت نشہ
زنہٕ پانزتہٕ درہم شرعی چھُہ گذرنہٕ ہرگاہ طلاق دیہ پتہٕ دخول برونہٕ تہ مہر آسِنہٕ مشخص کُرمت
تسند بابت چھُہ متعہ پیہ شوہر یعنی تمتع زنٕ عطا تہ شوہر س نشہ تت منز چھُہ حالِ شوہر معتبر پس غنی
دیہ تمتع یعنی عطا کرہ کنیزہ یا اُولاغ یا قیمتی جامہ یا دہ دینارِ شرعی طلا میانہ حال دیہ پانژ
دینارِ طلا یا جامہ میانہ یا انگشتری بیہ یہ تت سہ چھُہ فقیر دیہ اکھ دینارِ طلا ہرگاہ تمو منز
اکھ مرہ دخولہ برونہ تہ بیش از تعیین نہ چھُہ مہر تہ نہ تمتع ہرگاہ معیّن کرن مہر عقدہ پتہ جایز چھُہ
زیادتی آسہ از مہر المثل یا کمتر پس ہرگاہ طلاق دیس مہر معیّن کرنہ پتہٕ تہ دخولہ برونہ تس چھُہ نصف
تمکھ ہرگاہ مفوضہ کنیزہ کنہٕ دخولہ برونہ تہ مہر معیّن گژھنہ برونہ مہر معیّن کرن چھُہ دوشوس
انکس تہ شوہرس منز ہرگاہ اجازتِ نکاح دیہ مہر چھُہ دوشوس مالکس سند نہ لڑکہ سند ہرگاہ
آزاد کرس پتہٕ کنہٕ دخول برونہ مہر چھُہ کنیزِ سند ہرگاہ اجازتِ عقد دیہ ہرگاہ تعیین مہر
آسِہ کانسہ تان تہ سہ یہ طلاق دِنہ دخولہ برونہ الزام کرن پس مہر معیّن کرنہ بابت زوجہ سند
چھُہ نصف تمکھ زنانہ چھُہ جایز تعیین مہر طلب کرن تہ ابا کرن نفس تسلیم کرنس دخولہ پتہ تعیین
بابت نہ تسلیم بابت یہ مکر زنہٕ معیّن چھُہ گومت بلکہ تمہ بابت تہ چھِنہ بعید تہ ہم فصل چھُہ احکام
مہر زوجہ سپدِ مہرس مالک خالص عقدہ سپدِ تہ تس چھُہ جایز تصرف کرن تت چھُہ یہ ننگہ
خوش کرس ہبہ بیع تہ ہبہ تہ ابراہ تہ یہ تت سہ چھُہ بیش از قبض پس ہرگاہ طلاق دیس دخولہ
برونہ ساقط سپدِ نصف مہر پس ہرگاہ تمام مہر دِتمت آسِنس نصف ہیس تھُر ہرگاہ

وادائے مہر

زوجہ عفو کرہ تہ گژھہ مہر نشہ شوہر بسند چہ تمام مہر زوجہ سندس ملس تہ مال ڈبہ بہ جہ جایز اندان
بعضی مہرہ نشہ بلکہ تمہ ساری نشہ مصلحت آسِت ہرگاہ شوہر عفو کرہ زخولہ برونہ زوجہ سند
چہ تمام مہر دلیس تسندس چھینہ جایز تسندہ حق نشہ عفو کرن مگر مصلحت آسِت تہ لیس
ہرگاہ مہر دین آسہ بذمہ زوج یا تم آسہ تلف گومت تہ صحیح چہ زِ زوجہ کرہ عفو یا ہبہ یا ابراء
تہ احتیاج آسہ لقبول تہ قبض ییتہ کنہ ہرگاہ زنانہ قبض آسہ کرمت تہ تلف گرہ شوہر کرہ
عفو دخولہ برونہ تہ طلاق ییتہ یا ہبہ کرہ یا ابراء ہرگاہ عفو کرہ مُنی نہ تس اتہ چہ منتقل سپدنہ
مال مگر بتسلیم ہرگاہ مہر عین آسہ بعفو یا ہبہ بی قبول تہ قبض سپننہ بی سُنہ بال تہ ابراء
تمک چھنہ صحیح ہرگاہ تہ آہس مہر آسہ تس اکس زِ لس کرن عفو احتیاج چھنہ تہ قبض کرنس
ہرگاہ طلاق دیہ تمہ ییتہ زِ مہر کنہ زوجہ یا آزاد کرہ یا گرو تھاوِ یا تلف سپنہ رجوع کرہ زوج
تمکس نصف مثلس یا نصف قیمتس تکس ہرگاہ عیب دار سپنہ تسند چہ نصف قیمت بقولی کینتز دیھم
دِ قیمت نصف عین یا ارش یہ قول چھنہ خالی از قوت بیہ تمام نفع نہ حاصل زِ اصل آسہ جدا
زوجہ سُنچہ ہرگاہ زوجہ شوہرس بخشہ مہر تمہ پتہ دیہ شوہر طلاق لس دخولہ برونہ نصف مہرہ
باپت کرہ رجوع مرزوجہ ہرگاہ خلع ہیہ لس بتمام مہر دخولہ برونہ رجوع نصف چہ مشکل ہرگاہ
بعوض مہر چیزا دیہ رجوع کرہ نصف اصل مہرنہ نصف عوض ہرگاہ نام مہر وقت عقد ییتہ کنہ
نہ گژھہ لیہ زوجہ چیزاہ ادا کرہ دخول نشی چیز مہر آسُن چہ محل اشکال مگر شرط کرن مہر آستہ بی
مہر چھنہ تہ ہرگاہ شرط کرن دخولہ برونہ مہر نہ آسن تہ پتہ شوہر دخول کرہ بوطی ہیہ قرار تمام مہر
شوہرہ سندس دِش مہرنہ تمن چھ لس پیٹھ ہرگاہ دِ تمت آسنہ طلب نہ کرنہ نزاز ماں تس اکس مہر
ساقط سپننہ ییتہ کنہ چھ قوا آکہ تمام مہر قرار ہوان اکا مرنہ ہتو منزہ مختار چہ تی رکو دو
چھنہ تنصیف مہر اکا مرنہ دخولہ برونہ [illegible] بیہ تہ تمام مہر قرار نزد اکثر فقہا ہتمہ ہرگاہ در
عقد شرط کرہ امراہ نامشروع شیئی نہ تس پیٹھ گرشتہ زوجا ہ ان یا گرشتہ کینز لمتھاون یا تس کرہ
جز نیرہ نس منع یا زنانہ اکس نشہ شنگنہ التو شرط چہ باطل خاص یا پٹھ نہ عقد نہ

مهر باطل چھ شرط تل زه شرط کره حلال نه آسن ہیا گاه زوجه کرن بیه کنیز تہاون اما هر گاه شرط کره
بیاکه زوجه کرنه کنیز تہاونه اقوی چھ زه صحیح چھ ته بیته کنه هر گاه شرط کره مسلط آسن زن وجه شہر نس
پیغمبے اذن باطل چھ اما هر گاه شرط کره زه بمیه دره بره شرط زه شہر شہره نس دیه اذن نیا چھینه بیته کنه هر گاه
شرط کره زه مهر کمت ماتس مهر کره تسلیم هر گاه تسلیم کرنه ته عقد چھ باطل هر گاه شرط کره زه بکارت
تسنز زنته لازم سپینه میون و ان جہوان نمز نه چھ شرط باطل تل زه شرط کره حلال نه آسن شخنگن باستحق
نفقه نه اسن محمل بعضی چھ شرط عدم ازاله بکارت چھ در نکاح متعه صحیح نه در عقد دایم هر گاه شرط
خیار کره در نکاح عقد چھ باطل هر گاه ته شرط کره مهرس منز بیته کنه کیاه دیه زه زه بہان چھ صحبت ده
ہیہر هزار دینار نوه مه چھ خیار مهرس منز تس تان شرط چھ صحیح اده هر گاه مهر باقی روزن اختیار کره
لازم سپینه هر گاه نه باطل کرن اختیار کره ثابت سپینه مهر المثل هر گاه شرط کره زه بزمینه نه
نس بینه شہره اقوی چھ زه لازم چھ کنیز و چھ دسمت زه باطل چھ هر گاه عقد کره نس مهرس اکہ
ہیٹ هر گاه نبر کده گسنه بیه تمه زیادس ہیٹ هر گاه نبر کہاں ہیپ هر گاه بیه بلاد کفرنیس چھ جب
چھینه نس گیز ہیرن یا دتی مهر واته نس هر گاه نبر نیس بلاد اسلام شرط سپینه لازم هر گاه مول
یا مال ہیٹ تو انگر تعز سنده یا بیته زمانه بزتین مهر چھ پسر هر گاه گیرس خراه آسنه مهر چھ مالس
ذمته حکم کرن پته بیس ذمته آسن چھینه خالی از اشکال از اصل ترکه کنه مت هر گاه مول مره
توانگرتی سپینه پسر بعد بلوغ تو انگر تسنز مال سنده موت برونه آسن یا بیته پس هر گاه مول
سوری دیه ته نچو بلوغ بیته ته دخوله برونه دیس طلاق لضعف مهر بیه پهرت نچوس لیو اگاه
لشبه وطی کره نس ہیٹ سپینه مهر لازم زنا کار زنانه چھینه کینه مهر اما هر گاه اکراه کره نس مرد
زانی مهر المثل دانتس هر گاه شوهر ته زوجه اختلاف کرن در قدر مهر یا چھ منز یا نیت منز زه
برونه زن مهر اوس یا بیه یا دره وطی ته گواه آسنه قول زوج چھ معتبر باسوگند کینه چھید
زه یله میون و ان منز خلوت سپینمت آسته ته دره وطی کرن اختلاف قول زوجه چھ معتبر باسوگند هر گاه
اختلاف کرن تسلیم مهر نه گواه آسنه قول زوجه چھ معتبر باسوگند هر گاه زوجه دعوی کره زه در

چھ نام مہر آمت شوہر آسِہ منکر معتبر چھ قولِ شوہر باسوگند بلہ گواہ آسنہ ۔ ششم باب چھ در عیب تدلیس
تہ منز چھ ۲ فصل اوّل در عیب مردس سند عیب چھ ژور اوّل مجنون یعنی دیوانہ آسن دویم خصی آسن
یعنی خایہ کشیدہ یا کوفتہ آسن تریم مجبوب آسن یعنی ذکر بریدہ آسن ژورم عنین آسن تہ عاجز از وطی
آسِہ سببِ ضعف آلۂ شہوت زنانہ ہند عیب چھ شت اوّل جنون یعنی دیوانگی دویم جذام یعنی کا...
یہ چھ مرض تہ چھ اعضاء ہکان تہ مازہ چھ ہران تریم برص یعنی ہتر یہ چھ مرض زہ تمہ چھ سفیدی
پوستس پٹھ ظاہر گژھان ژورم چھ قرن تہ چھ مازہ ور رحم چھ گمسان رزہ مانع وطی چھ گنیر
چھ دمیت استخوانہ چھ ور رحم گھٹ مت رزہ مانع چھ پانژم چھ افضاء یہ چھ ... راہِ حیض تہ بول
اکی گژھِتھ شیم عمی یعنی اَنہ شیتم عرج یعنی لنگر ہرگاہ تمہ ورچہ آسِہ زہ پیش نہ آسِہ عاجز آسنہ واتہ زہ
نکاح کرِہ فسخ بسببِ دیوانگی شوہر خواہ عقدہ برونہ آسِہ دیوانہ یا عقدہ پتہ سپنہ بیہ خصی آسنہ شہ ہرگاہ
عقدہ برونہ آسِہ نہ بلہ نکاح پتہ خصی سپنہ خایہ کوبیدہ آسن چھ یہی حکم بیہ عنین آسنکہ سببہ
عقدہ پتہ تہ عنین سپنہ بلہ وطی برونہ آسِہ ہرگاہ وطی پتہ عنین سپنہ اکی ہرِ تی تہ آسِہ یا عاجز سپنہ
تس وطی کرِہ تس نہ بیس فسخ واتِسنہ ہرگاہ شوہر دعوی کرِہ وطی وجہ یا بیزنانہ وطی کرن تہ پتہ
زہ عنین اسن لتسند آسِہ ثابت گومت قبول کرن قول تسند باسوگند تمہ پتہ زہ عنین آسن سپنہ ثابت
تہ زہ چھ کرنہ صبر حال ہیٖن تہ بحاکمِ شرع از ورزہ حاکم دیہ شوہرس مہلت اکس وہرس ہرگاہ وطی
کرہ آسنہ ہا بیس نکاح فسخ کرن واتِنہ تس ہرگاہ کانسہ زنانہ وطی کرنہ زوجہ کرہ نکاح فسخ تہ
لفضِ مہر رزنہ پتہ کنہ واتہ تس فسخ کرن شوہر مجبوب آسنکہ سببہ ہرگاہ تمام ذکر بریدہ آسس
عقدہ برونہ ہرگاہ عقدہ پتہ ذکر بریدہ سپنہ یا ہناہ آسس باقی فسخ واتِنہ تس اما شوہر زن
سند عیبن ہندہ سببہ واتہ تس نکاح فسخ کرن ہرگاہ عیب عقدہ برونہ آسس اما تس عیب عقدہ
پتہ پیدہ گژھہ وطی برونہ تی آسِہ موجب فسخ سپنہ ور فسخ چھنہ حاکمس کُن احتیاج مگر مدت تعین
کرنہ باپت شہ مدت گذرنہ پتہ واتہ اَستنہ فسخ کرُن بی حاکم فسخ لعیب کرہ تس منز
چھ شرط زہ عالم لعیب آسنہ عقدہ برونہ بیہ بلہ عیب زانہ تی کرہ فسخ تس آکسنہ قول زہ منکر

عیب چھِ معتبر چھ یا سوگند یِلہ گواہ آسنہ پس ہرگاہ منکرِ عیب نکول کرِ یعنی یِرِ تہ سپہ قسم ہا ونہ
مدعی ہا دِ قسم تہ عیب سپنہ ثابت یِلہ زوج فسخ کرِ عیبکہ سببہ دخولہ بروٗنہ کینہ واتنہ لس مگر
در عِنّہ زِ نصفِ مہر واتس دخولہ پتہ چھِ لسنہ تمام مہر در غیرِ عِنّہ پتہ گنہ ہرگاہ شوہر فسخ کرِ
دخولہ بروٗنہ کینہ مہر چھنہ تمہ پتہ دیہ تمام مہر دویم فصل چھ در تدلیس تہ گو پوشیدہ تھاوُن
عیبہ تہ ان گرنہ خوبی ہنز صفت ہرگاہ زنانہ نکاح کرِ اِظہار کرت زِ آزاد چھ ادہ
زِ کنیز بوچھ شوہرس اتہ فسخ دخول تی کرمت آسِس پس ہرگاہ آسنہ ابتہ یا پنہ تدلیس کرمت
تہ دخول آسِہ سپنمت مہر دیہ بجا اجہ تہ دِ رپی زِ وجہ دِنہ یت بعد آزادی ہیس مہر بوید مہر مسمی
دیہ خواجس ہرگاہ اذن اوس رِ اصلِ نکاح دِ متت یا اجازہ کرِ نتہ چھنہ مہر مسمی بلکہ عشر چھ
یا نصفِ عشر یا مہر المثل ہرگاہ خوجن تدلیس کرمت چھ یا دخول چھنہ سپنمت کینہ چھنہ مہر ہرگاہ
در تدلیس چھ ادمت چھن زِ موجبِ عتق چھ حکم کرن لسنہ آزادی ہند تہ نکاح چھ صحیح تہ مہر
دِ ان کنیزہ ہرگاہ نکاح کرن نیت بیِ طرزہ شوہر چھ آزاد ادہ نِنہ زِ بندہ چھ آسنہ وا
فسخ دخول تی سپمت مہر واتہ لس دخولہ پتہ نہ تمہ بروٗنہ ہرگاہ شرط کرن ہ آزاد زنانہ
ہنز کوریہ بتہ نِنہ زِ کنیز ہنز کوریہ شوہرس واتہ فسخ تہ مہر چھنہ دخولہ بروٗنہ دخولہ پتہ کرِ جو
لس کن زِ تدلیس چھن کرمت ہرگاہ زنان اکس لس سیت تزویج کرن تہ نہ کن نِنس باک
زنانہ ہیتہ یِ زِ اک آکس نِشہ کرن چھ اتمن بعد وطی ہرگاہ زنانہ تہ زانہ مہر دلسنہ نتہ آ
تس مہر المثل مرد کرِ رجوع تمہ مہرہ بابت لس کن یِ دیہ کار کرن تہ زوجہ دِ ان لتق ہرگاہ شرط
کرن زوجہ باکرہ آسن پتہ نِنہ زِ باکرہ چھنہ فسخ چھنہ مگر یِلہ معلوم چھنہ زِ باکرہ نہ آسن شہ
اوس عقدہ بروٗنہ شوہرس چھ جایز زِ کم کرِ تعاد تاہ زِ میانِ مہر باکرہ تہ غیر باکرہ
چھ یِرت باطل عقدس منز چھ نہ نانہ مہر المثل یِلہ دخول کرمت آسِس یرت صحیح عقدس منز
بعد فسخ چھ زوجہ بسند وطی پتہ مہرِ مسمی دویم قسم چھ در نکاحِ متعہ تہ تت منز چھ
باب باب اول چھ در ارکان تم چھ ترہ اول عقد شہ چھ ایجاب بیہ قبول ایجا

فصل تدلیس

چه بیهي زه زنانه د پیوتنگ یا انگخنک یا زوجینگ یعني مدة شهر مثلاً بالف دینارٍ تبریزي مثلاً
پچه تت صوز رمنز عقد کړن مرد ته زنانه پانه پس هرگاه مرد ته بیه کا رژاه زنانه هنده طرفه عقد کړن
زنانه طرفه هنده و نه بیچای یعني فلانه بنت فلان قبول چه بیهي زه و دیه قبلتُ المتعة یا رضیتُ ته
یه تت هه چه یله یا نه عقد کره بیاک د پیه لستنده طرفه قبلتُ المتعة لفلان بن فلان هرگاه قبول
برونه تهادن ته مرد د په تزوجت اده د په زنانه زوجینگ صحیح چه بیه نه متعه کنډنه لفظ
بیع نه هبه نه اجاره سیت هرگاه قادر آسنه بلفظ عربي عقد کره پس بفارسي وین درایجاب ته خود را
یا فلان بن ابزني یک ماه مثلاً ازین زمان بیک هزار دینار تبریزي مثلاً بنکاح متعه بتو دادم هرگاه مرد بسنده
طرفه بیاکاه متعه کره د پیه نه بتو دادم بکلمه تجایه پیه بغلان ته فلان کس دادم اده د په مرد خواستم یا پذیرفتم
ترا یا فلان بن ابزني بنکاح متعه هرگاه کا رژاه تسنده طرفه آسیه زیاد کره بجهت فلان کس دویم چه متعاقدان
یعني بم زه عقد متعه کړن واجب چه زه دوانوی آسن بالغ ته عاقل ته ازاد ته مختار ستیه کنه کود رعقد
دایمي بیه چه شرط زه زوجه اسیه مسلمان یا کیتابیه پس پړه زه لتن کره منع شرا البن ته تت حرکت
زه منافي استمتاع آسیه طبیعتگه تنفره مکه بیه گلته آسیه زوج مومن هرگاه زوجه مومنه بمسلمان نه
چنه جایزه غیر مسلمان کړ متعه حرام چه متعه کړن بت پرست زنانه سیت بیه خارجیه ناصبیه سیت
بیه کنیزه سیت تس اکس زه زوجه حره چه پس لستنده اذنه سوا بیه آشنه هنزه باوزه ته بنزه سیت بی
اذن زوجه پس هرگاه اکس تموه منزه عقد کره اذنه سوا اخره سنده یا پیه هنده یا پسه هنده تمه پیه د زن
تمه رضا ته ابطال کړن عفیفه چه بالمثل سنت چه زه زوجه آسیه مومنه عفیفه زنان هنده حال بړزه بمه
دره تهمتاه آسن پس هرگاه شوهر آسیه تر اوس ته واجب چنه تس سوال نکړو چه متعه کړن بلکا زنان
سیت پس هرگاه متعه کرس منع کرس زناس بیه انهر شه کوره سیت زه مول آسنه یا مالس نسته کره
رخصت حاصل یا یه متعه کره پس سیت مکروه چه زه بکارت زلس ترتیم چه مدت شرط چه زه معین ا
تمه نگه زه احتمال زیادتي ته کمي آسنه تت چنه حد ده زیادتي ته کمي منز جایز چه زه گدتمنگ اسیه
وقت عقد مستکل چه صحت ابتداي موخر از عقد پس هرگاه ابتداي مدت ذکر کرنه ابتدامنگ چه

از زمانِ عقد ہرگاہ اصلا ذکرِ مدت کرِنہ عقد چھ باطل گنیتھ وچھنہ ہمیت نکاح دایمی سپنہ ہرگاہ معین
وطی یکہ نوبت یا دو نوبت تہ ذکرِ مدت کرہ صحیح چھ تہ زیادہ چھنہ جایز ہرگاہ کرِ مدت کرِ
چھ باطل ہرگاہ نزدیکی کرِنہ تس سیت یتان مدت گذرِ ہستند چھ تمام مہر عقد ہستندہ بیرہ
دِیہ تا بعضی وزِنہ معین کرہ نہ زِہ اڈ دِہ یا شام عقد چھ باطل ترورم چھ مہر نا جایز تہ ذکر
درِ عقد تہ ذکر کرِنہ سوا چھ عقد باطل نکاح دایمی خلاف شرط چھ نہ مہر آسِہ ملک تہ معلوم آسِہ کیل
یا پیمایا وصف اکہ زِہ مجہول وزِنہ حصہ چھنہ زیادتی تہ کمی منز مجردِ عقد چھ تسلیم مہر واجب سپنا
پس ہرگاہ دخول کرہ تمام مہر ہیہ ازہرگاہ یت مدتس منز سفر کتی کرِ آسنہ ہرگاہ در بعضی
امتناع کرہ توت سپنہ مہرہ منزہ ساقط ہرگاہ مرد تمام مدت بخشہ دخولہ بروٗنہ زوجہ سپنہ نصف
مہرس مستحق پس ہرگاہ زنانہ گڈہ مہر شوہرس بخشہ ادہ بخشس مرد مدت رجوع کرِ نانہ
نصفِ مہرہ بابت یلہ دخول آسنہ سپنمت ہرگاہ دخولہ بروٗنہ نیہ زِہ عقد چھ فاسد
زِہ شوہر اوسمت یا درِ عدہ آسِ یا بیہ آنہ بابت کینہ مہر سپنہ دخولہ پتہ چھ مہر لس یلہ زانِہ
نتہ چھنہ کینہ مہر گنیتھ وچھِ ہمیت زِہ یہ رسمت چھنہ گوتس تسلیم باقی چھنہ واجب دوم باب
چھ در احکام متعہ چھ مثل نکاح دایمی حرام کرہ لس منز اسبب عقد تہ وطی پس لس اکاہ متعہ
زنانہ اکس سیت حرام سپنہ لس بیٹھ لس زنانہ منز ماج تہ نان ہرم تی آسہ دخول تی کرمت
بیہ مانہ منزہ کورِہ دخول کرت لس بیہ یتھ منز کورن منزہ کورِ ہنم تی آسہ بیہ چھنہ درِ عقد متعہ
تہ سوا زِہ وننہ آو زِہ مہر تہ مدت ذکر کرن اماسنت چھ ذکر کران ہمتن منز چھنہ میراث
بیہ چھنہ لس نفقہ تہ سکنی مردس وراثہ لس نِشہ عزل زنانہ ہند عدہ تسندہ مرنہ پتہ
زِہ جایز آسِہ شرعا یلہ سہ در اصل عقد ذکر کرن لازم چھنہ سہ شرط زِہ عقدہ بروٗنہ یا عقد
پتہ کرن تیہنی زِہ شرط کرن زہ راتک بیہ تلہ یا فلان وقتہ یا واتن بیہ اکہ پہرہ یا دوِیہ پہرہ
یا پہنہ بکارت رٹنہ یا پیٹھ دخول کرنہ واجب چھ عمل کرن پس ہرگاہ تمہ پتہ زنانہ اجازت
دیہ لس کرہ دخول جایز چھ بیہ چھ جایز عزل تسند اذنہ سوا تسندہ فرزند چھ دونوی

جایز چھنہ مالس بَیب کرن تس غزل تی تس نشہ کرمت آسِس ہرگاہ نفی کرہ نفی سپنہ تس نشہ
ملبعان آسنہ احتیاج بیہ بیہ عقدہ سیت چھنہ میراث مردس تہ زنانہ منز برابر چھہ زِہ شرط کرن
زہ میراث نن نہ اک اکس نشہ یا کینہ شرط کرنہ ہرگاہ شرط کرن دونوی نن میراث یا یی زہ اکھ نیہ
میراث یشخ چھہ ونان بنابر شرط چھہ میراث اکثر چھہ یت پٹ زِہ میراث چھنہ اصلا بہ قول چھہ اتھ
یَت عقدس منز چھنہ طلاق بلکہ جدائی سپنان چھہ اندو آسنہ مدت یا بخشنہ شوہر تت
جدائی سپنت یود ویو منزہ اکہ سیت واجب چھہ زِہ زنانہ تھاوہ عدہ دوہ حیض ہرگاہ وسنِ
حیض آسہ تہ تس یہ نہ عدہ تھاوہ پانژ تاچھین دہن ہرگاہ خول آسنہ سپنمت عدہ چھسنہ
ہرگاہ عدس منز شوہر مرس عدہ تھاوِہ ژور ریتن تہ داہن دوہن کنیز تھاوہ عدہ دوان ریتن تہ
پانژن دوہن ہرگاہ گبہ گھرہ آسن عدہ تھاون تی زہ دور ترا سِکھ زمانہ تملک پر سنہ تہ رتو منزہ
جایز چھہ متعہ کرن زنن ژورن نان سیت آزاد آستن یا کنیزہ فضل چھہ یی زہ ژورو متعوختہ زیاد
کرنہ یَت عقدس منز چھنہ ایلا تہ لعان واقع سپنان بنزد اکثر فقہاء در ظہار چھہ تامل زنانہ ہرگاہ نا بالغ
آسہ جایز چھنہ متعہ لستند مگر اذنہ مال آسندہ یا بڈ یہ آسندہ دایمی عقدک یاتہ ہرگاہ کنیز آسہ جایز
چھنہ مگر باذنِ مالک یدی زن مالک زنانہ آسہ قولِ ضعیف چھہ زہ یلہ تس زِ مالک زنانہ آسہ جایز چھہ
متعہ بی اذن مالک ہرگاہ زنانہ بالغہ رشیدہ حرہ آسہ جایز چھہ تس عقد بی ولی اما در باکرہ چھہ حوط
ولی تہ اذنِ ولن یَت عقدس منز چھنہ گواہ تہ فاش کرن سنت یتہ کنہ در نکاحِ دایمی چھہ مگر یلہ
از تہمتِ . نا کھوزہ تلہ چھہ سنت ترِیم قسم چھہ ملکِ یمین زہ انہ وطیِ کنیز چھہ مباح سپنان
اکہ سیت ترِیو چیزو منزہ اکھ ملکہ بیہ عقدہ بیہ اباحتہ تت منز چھہ ترجبث بحثِ اول چھہ ملکِ
مباح چھہ سپنان تمہ سیت وطی یوت زِہ آسہ تمی وزہ زِہ مالکس آسنہ شریکاہ ہرگاہ کنیز
مشترک چھہ حلال چھنہ وطی کرن تس بکیر سیت مباح سپنہ وطی کانہ کِہت مگر یلہ حلال کرس شریک
تمہ وجہ زِہ یمہ نہ عقدہ سیت کینہ وچھہ دمیت زہ حلال کرنہ سیت تہ سپنہ مباح مراعاتہ احتیاط
چھہ بہتر لیس ہرگاہ وطی کرہ تس تحلیل برونہ زانیت زِہ حرام چھہ حد دِنس بقدرِ حصہ شریکتہ قیمتِ

حصۂ شریکۂ ازما ورتہ فرزندہنس جایز چھنہ تہ کور ورملکِ جمع کرن پس ہرگاہ اکس وطی کرِ حرام ووامی
سپنہِ سہ بیاکھ بیہ سپنہ ماج حرام کورہ ماکاسپننہ یتہ کنہ لستندہ عقدہ سپنہ یتہٕ لنہ چھنہ جایز
مالکؔ سپنن سپنن ہرگاہ اکس وطی کرہ نبہ لستنہ ہمیس حرام ہیتہ تان سہ ورملکِ چھس ہرگاہ لستندہ
مِلکہ منزہ نیرہ نبہ لستنز سپنس مباح ییم اکھ ازبدرتہ لبسر کنیزِ اکس وطی آسِہ کرمت جایز چھنہ تس کنیز
مالکؔ سپنن تمو منزہ بیاکھ اما حرام چھس وطی کرن لتس ہرگاہ مالکن وطی آسِہ کرمت ماس یا گبرس
تِیہ وطی کرن تس مباح مگر یلہ منظورہ یا ملموسہ تمو منزہ کانسہ ہنز آسِہ مالس گبرس چھنہ کانسہ اکس
جایز زہ بینزہ کنیزہ کرہ وطی مگر عقدہ سپیت یا حلال کرنہ سپیت اما مالس چھہ جایز زہ گبو
سِنہ کنیزہ کرِ قیمت تہ تس مالکؔ سپنت کرس وطی ہرگاہ اکاہ تمو منزہ تس بینزہ کنیزہ کرہ وطی
بی شبہ چھہن یا کرمت برمالکؔ سپنہ حرام گبرس کرن حدِ زنا ماس حد نکرن چھہ محلِ استقال
فرزند لستند سپنہ مالس ہٹ آزاد ہرگاہ گبرن لشبہ وطی کرمت آسِہ نہ لعکس یعنی ہرگاہ
مول وطی لشبہ کرہ فرزند لستند سپنہ برلسر آزاد مگر یلہ گور آسِہ بر بدر چھہ زہ تس ہیہ سہ مل حرام
چھہ برمالکؔ لس کنیزہ وطی کرن بلس سپیت چھس تزویج سپنمت ییہ نہ سوری زہ برغیر مالک چھہ
حرام تو بسہ دن تہ لبشہوت نظر کرن بیہ تمہ سوا ییت تان شوہرس نشہ جدائی کرہ تہ عِدہ تھاو
ہرگاہ از اہلِ عدہ آسِہ جایز چھنہ مالکس فسخِ نکاح یلہ دو نوی لستند ملک آسننہ مگر یلہ کنیزہ
کنن پس مشتری چھہ مخیر نکاح فسخ کرہ نس منزہ تت راضی سپننس فورفی الحال پس ہرگاہ اجازت دیہ
یا فسخ کرنہ نکاح زانت آست نکاح تمہ بتہ و الستہ فسخ ہرگاہ فسخ کرہ شوہر دخول کرنہ بتہ بعدہ
چھنہ احتیاج تہ کافی چھہ استبراء بیکھ حیض یا ماہ پرہ ماجہ دہہ ہرگاہ محلِ حیض آسِہ حیض آسننہ
حلال چھنہ وطی کرن لتس استبراء بروتہ تیہ کنہ یس کنیزہ مالکؔ سپنہ یمہ وجہ آسِہ حرام چھس وطی
لستند بلیش از استبراء مگر یلہ حایض آسِہ یا آلیسہ یعنی از سنِ حیض آسِہ گذریمژ یا گبہ کہرہ آسِہ
ازنا یا صغیرس اکِس ملک آسِہ بلکہ یا معلوم آسِہ زہ گبہ کہرہ چھنہ ازمالکِ سابق یا ازنا
اکہ ہنہ ملکؔ آسِہ آستر یا عادلاہ دیہ خبر زہ استبراء چھہ سپنمت یا نیمہ آزاد کرتھ عقد کرہ

تمی دقتہ زِہ معلوم آسنہ وطی بعقد یا بشبہ ہرگاہ وطی کرِس تہ آزاد کرِس حرام چھہ تمیس پتہ عِدّہ
برونہ دوٚیم بحث چھہ درعقدِ کنیز صحیح چھُنہ عقد مگر باذنِ مالِک شرط چھُنہ زِہ مالکہ کرِہ معیّن
زوج یس ہرگاہ اذنِ تزویج دیہ تہ تعینِ زوج کرِنہ کنیزِ تان چھُیہ زِہ اختیار کرِہ یُس خوش گرِس
صحیح چھُنہ مالکس زِہ نکاح کرِہ کنیزِ پننہ ہرگاہ عقدہ پتہ تس مالک سپنہ تہ عقد گژھہ باطل پتہ کنہ
چھُنہ جایز حرّہ زنانہ زِہ زنہ کرِہ پننِس غلامس بعقد تہ نہ بمالکیت تمہ سوا ہرگاہ شوہرس
پننِس مالِک سپنہ نکاح گژھہ باطل جایز چھُیہ زِہ مالک کرِہ کنیزِ آزاد تہ تس کرِہ پانس تزویج
تہ آزادی لستنز کرِہ مہر گنڑہ کرِس آزاد اوہ ہرگاہ دِیہ آزاد کرِتھ ژہ تہ ژہا ڈینک
زِہ زن آسنہ پتہ تہ آزادی چھین کرِم مہر پون کنیزہ چھُنہ قیمت زِہ تزویج تہاوِہ مقدم بر
بر آزادی پس ہرگاہ دخولہ برونہ طلاق دِیس رجوع کرِہ لستندہ بندگی ہندس نصف
حق چھُیتی زِہ رجوع کرِہ نصفِ قیمتِ کنیز ہرگاہ غلام یا کنیز نکاحہ پتہ تِل ہیہ مخیّر چھُیہ تیتی زِہ
فسخ کرِہ یا تھاوِہ پتہ کنہ ہرگاہ دونوں ہیک اکس اِنشہ یا دون تن لِنشہ ہرگاہ دونوں
ہند مالک اکاہ کنہ مشتریس تہ بایعس ہنزہ وانہ پتہ اکس خیارِ فسخ آما بایعس خیار آسن
چھُنہ خالی از اشکال مہرِ کنیز چھیہ مالِ بایع ہرگاہ دخول سپنمت چھُیہ خواہ مشتری اجازہ عقد
دِیہ یا نہ دخولہ برونہ چھُنہ مہر ہرگاہ مشتری اجازہ عقد دیہ مہر چھیہ لستند مال بالکہ بایع سند
مال چھیہ بنا بر اقوی ہرگاہ غلامس کِنہ تہ مشتری کرِہ نکاح فسخ بر بایع چھیہ نصفِ مہر کنیزہ چھیہ قیمت
کامِل ہرگاہ زوجہ عبد حرّہ آسہ کنیزہ چھیہ انکار ہردو کرِمت ہرگاہ کنیز کنہ یس دعوی کرِہ زِہ
حمل چھُیس لستند قبول کرِنہ قول لستند در افساد بیع تہ نسب سپنہ ثابت زِہ بعضی پتہ غلام نکاح
باذنِ مالک کرِہ طلاق غلامہ پننِس اتھس منز تہ مالکس چھُنہ اعتراض تس پتہ زوجہ حرّہ آسن یا
یا کنیز غیرِ مالک غلام بیہ چھُنہ تس اجبارِ غلام بر طلاق تہ نہ منع کرِن تس تتہ مگر پتہ کنیز تہ سیہ
تسندی ملک زِہ پتہ صورتہ منز چھُیہ طلاق در دستِ مالک لس کت چھُیہ زِہ جدائی کرِک
طلاق سوا تہ تفریق چھُنہ طلاق تریم بحث چھُیہ در اباحۂ کنیز جایز چھیہ مباح کرِن کنیز بیین

کانٹراہ

تس

اگس یی شرطہ زہ مباح کرہ ون آسہِ کنیزِہ مالکن بیہ جایز التصرف بیہ آسہِ نہ کنیز حرام تس پٹھ زِ حلال کرنس
پس ہرگاہ مسلمان کنیز کافرس مباح کرہ یا مومنہ مخالفن اگس صحیح چھنہ بعکس چھہ جایز یتہ گو یتہ کنہ پرنہ زہ شوہر
آسہِ نہ تہ عدس منز آسنہ صیغہ تمک چھہ احللت لک وطیہا یا جعلتک فی حل من وطیہا یت منز
زِہ بلفظ اباحت تہ سپنہ زہ قول چھہ یتہ کنہ بلفظ اذن تہ تسویغ مباح سپنہ بلفظِ بیع تہ ہبہ تہ اجارہ
بیہ عاریت اباحت چھنہ امراہ عقد چھنہ تہ ملکہ بلکہ اخل چھہ بیوا ندرہ اگس منز آما خلاف چھہ زِہ کت
منز چھہ اقوی چھک تہو دمت تی زِہ اباحت چھہ ملکِ منفعت[۲] بلکہ اقوی چھہ یی زہ تریم قسما چھہ تہ مجرد اباحہ
جایز چھہ مباح کرن کنیزاہ زِہ مادر فرزند چھہ یتہ کنہ ہرگاہ آسہِ نہ سپنہ غلامس پٹھ یا بیہ اگس پٹھ کنیز دِچھہ
دِیمُت یلہ اباحت تملیک منفعت تہ اُ ون تہ دیو زہ بندہ چھنہ مالک سپنان اباحت چھنہ تسندہ بابت
صحیح ہرگاہ داخل عقد تہ اُ ون تہ دیو بندہ سپنہ مالک پیزے صحیح چھہ یہ چھہ اُولیٰ اقوی چھہ قول جایز آسنک
مالکن تی زِ انون تہ بندہ بکیاہ زِہ یہ چھہ اباحہ نہ تملیک پس اگس کت اباحت چھہ تس پرہ زہ اقتصار کرہ
تہ تہ چیز پٹھ زِہ مباح سپن پس ہرگاہ بوسہ مباح سپن جایز چھنہ تس تمہ سوا یتہ کنہ ہرگاہ بیاک نوع مباح
سپن وطی یزہ نہ تس پٹھ کرہ اقتصار تہ وطی کرہ نہ خدمت سرماوِ نہ ہرگاہ وطی مباح سپن بوسہ تہ
مقدماتِ وطی تہ چھہ مباح نہ خدمت ہرگاہ خدمت مباح سپن بوسہ تہ یتہ چھہ جایز چھنہ ولد اباحہ چھہ
آزاد دیتہ مالکن شرط آسہِ نہ کرمت بندہ آسن اما یہ شرط تہ چھہ مشکل بیہ آسہ نہ زوج غلام سپنن چھہ نمت
نہ ہرگاہ کینہ شرط کرنہ ون چھہ بندہ بریدہ چھہ واجب زِ تس بیہ بازگشت مل تمی ہکہ قیمتہ زِ ماج زاد
زندہ بیہ چھہ سپنن دیمت زِ شرط چھہ در تحلیل ضبطِ مدت فصل اول چھہ در قسم مراد چھہ تمہ منزہ عدل تہ زنان
منز ترتیب رات اسنس منز زان تہ زنانہ تہ شوہرس منزہ یرت اگس چھہ حقاہ بیس پٹھ حق شوہر چھہ زنانہ
ہتیا: سن تہ تمتع بلیت بیہ ورکرن تم چیز زِہ تمہ منزہ چھہ نفرت وتھان بیہ یی منزہ بنہ زیرہ کرمنہ تمہ منزہ
سوا حق زن چھہ برشوہر نہ سند تہ نفقہ بیہ پوشش تہ کنہ زِہ تت تہ نہ تہ قسم اما قسم چھہ حقاہ بر زوج آزاد
آسیہ یا بندہ مسلمان آسیہ یا کافر عاقل آسہ یا دیوانہ خصی آسہ یا عنین یا سلیم بیو نشہ ولی دیوانہ پیرہ تس زنان
منز آماوجب بیمک بروتی چھنہ معلوم مگر یلہ مصلحت لازم المراعات آسہ تت منزہ واجب چھہ قسم تس زنانہ

منفعت ۲

در قسم

یعنی نفقہ زنان ...

هند ہاپت زہ درعقد دائمی آسہ آسہ تی بیمار یا حائض یا نفساء یا رتقاء یعنی در رحم آس کھمت یا زایہ استخوانہ
زہ نعر وطی چھہ یا دراحرام چھہ یا آسہ مرد ن تس سیت ایلاء یا ظہار کرمت تکیاہ زہ از قسم چھہ مطلب الس
تہ ہمخوابی نہ وطی تہ جماع آزاد آسن زنانہ یا کنیز مسلمان یا کتابیہ قسم چھنہ تس کنیزہ ہند ہاپت بعقد دائمی
آسنہ ام ولد تی آسہ یتہ کنہ متعہ زنانہ ہندہ ہاپت تہ نابالغ زنانہ ہند ہاپت بیہ دیوانہ تہ ناشزہ
ہندہ ہاپت ہانان آسنہ یت تان یانہ شیخن چھیہ دپمت زہ قسم چھنہ واجب ابتدا بلکہ تس چھہ جایز زہ
رات کٹ کرہ خواب یا رن تہ رفیقن نشہ یا درخانقاہ تہ مساجد یت تان زہ اگر زنانہ چھ کرہ ابتدا
تہ راتس شونگہ تس نشہ ادہ سپنہ واجب تس پتہ راتس زنان نشہ آسن کنیز و چھہ دپمت زہ خالص زوجہ
بعقد دوام آسنہ سیتی سپنہ واجب پس بر قول شیخ ہرگاہ کانسہ اکی زنانہ آسہ واجب چھنہ قسم تس ہرگاہ
زرہ آسن پس ہرگاہ سارہ وی نشہ اعراض کرہ تہ راتس شونگنس چھ یہ جایز چھہ یلہ اکس شونگہ اکس نشہ
واجب چھس زہ بین نشہ شونگت بر قول دویم ہرگاہ اکی زنانہ آسن واجب چھس نشہ ژورہ شبہ اکہ
اکہ شبہ آسن بیہ ترے اتن زنانہ یانہ ہرگاہ زہ زنانہ آسن ہمن گی ژورہ راتہ زہ راتہ ہرگاہ ترے زنانہ آسن
تمی گی ترے شب ژور رات و منزہ اکہ رات زنانہ یانہ ہرگاہ ژور زنانہ آسن پرت اکس زنانہ ہند ہاپت چھہ اکہ
شب جایز چھنہ یہ ترکسکرن مگر حقدارہ سندہ اذنہ تہ لسفر جایز آسن قسم اکہ شبہ یا دہ یتہ کنہ زہ پرت
زنانہ نشہ روزہ دوان اتن پیاپی آٹھو راتو منزہ یا ترن اتن پیاپی ہو رات و منزہ زنانن ہندہ رضاہ
سوا چھنہ خالی از اشکال یتہ کنہ اتہ آزاد زنانہ بیہ کنیز بعقد دائمی آسہ پس کنیز نشہ روزہ اکس رات
آزاد زنانہ نشہ دوان اتن کتابی زنانہ چھہ کنیز ہند حکم ہرگاہ زنانہ دپنہ حقہ نشہ گذرہ برشوہر
چھنہ واجب قبول کرن تہ ہرگاہ بین زنانہ بخشہ تہ شوہر کرہ قبول سہ رات چھہ مخصوص تمس زنانہ بخشس
حقدار نہ واتہ زہ پھیرہ دپنہ حقہ در آیندہ تہ درگذشتہ ہرگاہ شوہر زاینہ زہ زنانہ پہ
قضا چھنہ تس پتہ ہرگاہ راتہ اکہ عوض چیز سکس پتہ صلح کرن صحیح آسن صلح تہ لازم آسن تسہ
خالی از قوت چھنہ پس چھیہ سہ چیز تس شوہر لازم اکس زنانہ ہمزہ راتہ منزہ چھنہ بین زنانہ مگر عیادت
مریضس کرنہ یا سنہ شوہرس آیہ رات گمت تہ زنانن ہمزہ جایہ یانہ جایہ روزہ تہ زنانن کینہ تمی

یا کنیزن منزہ جایہ گرتہ کنیزن کرہ ییننہ جایہ طلب یلہ یا کرہ زنانہ نکاح کرۂ شٹ شب چھہ مخصوص لس تہ
نیر یا کرس ترشب کنیزی آسہ قضا یهند بین هند ہ بایت سفرس منز چھنہ قسم سُنت چھنہ قرعہ
ترادن معیّن کرنہ بایت سہ زنانہ زِہ ژہان چھہ پانس سیت نمن سفرس بیہ تہادہ برابر زنانن نفقہ
تہ کشادہ روئی منز بیہ آسہ ڈہلہ تس زنانہ سیت زِہ تمہ ڈیکہ راتہ منز یا کن چھہ بیہ دیہ اذن زنانہ
زِ حاضر سپنہ مرہنس وولنہ ماج لس چھہ جایز زِہ منع کرس تمن عبادت کرہ نس لیس زنانہ چھہ
دودن شہرن منز اقامت کرہ ہراکس نیشہ ترا قامت کرہ بیس نشہ ہرگاہ سفر کرہ زنانہ شوہر سندہ
اِذنہ بمیہ اتہ فوت گیس تمن هندس قضا مس چھہ حقدار بیہ چھہ شوہر مختیر ابتدا کرہ نس اندر لیس زنانہ پتہ
خوش کرس ہرگاہ ظلم در قسم کرہ قضا کرہ خاتمہ واجب چھہ ییتا کس پٹھ شوہرس تہ زنانہ منزہ وفکر
اکہ اکس ندس تس حقس زِہ واجب چھہ ییند ہابیت لیس ہرگاہ زنانہ سرکشی کرہ شوہر دیس پند ہرگاہ
قبول کرنہ وُزنس اندر یہ ہیر ملرہ تہ تہہ کرہ تس گن یس ہرگاہ تہ فایدہ دینہ لایس تہ درجہ زِہ زیادہ
رنجش سپنہ نہ ہرگاہ مرد سرکشی کرہ وفا کرنہ لستہ سندن حقن زنانہ گذرادِہ حال منز قاضی شرع سہ کرہ شوہر
اِلزام حق لستہ سند ادا کرنہ بایت ہرگاہ زنانہ پننو حقو نشہ گذرہ مثل نفقہ تہ پوشش تہ قسم شوہر سندہ تہ غیبہ
حلال چھہ شوہرس قبول کرن تتہ ہرگاہ دونوی سرکشی کرن تہ بیم جدائی آسہ امیہ نس اکس لشتر نکہ پیتہ منع
کرک مخالفت شرع کرہ لس ہرگاہ حال تہند مشتبہ آسہ ییتا کاہ کرہ دعوی ظلم کرم ظلم کار صلح تہند
تمن منز ستور حاکم شرع حکماہ مردہ سند وخویشو منزہ تہ حکماہ زنانہ ہند وخویشو منزہ بیت نظر
کرن تہندس کارس منز تہ مصلحت آسہ تتہی کرن جایز چھہ زِہ اسن تہ حکمین تہند وخویشو منزہ یا اکہ
آسہ خویشو منزہ بیاکہ آسہ بیگانہ اما اولی چھہ زِہ دونوی آسن تہند وخویشو منزہ تمن ستور زِہ حکمہ
بابیت نہ وکالت بابیت لیس ہرگاہ اتفاق کرن براصلاح تتہی کرن تہندہ اِذنہ سِوا ہرگاہ منز
جدائی پٹھ اتفاق کرن جایز چھنہ مگر باذنِ شوہر در طلاق تہ برضای ہر دو در خلع صحیح چھہ حکم
حکمین زنانہ تہ شوہر دونوی حاضر آسنس منز یا تمو منزہ اکاہ غایب آسنس منز ہرگاہ امراہ شرط کرن
زِہ شرعا آسہ جایز لازم سپنہ ہرگاہ زنانہ غیر تس آنہ یا رٹہ تسند بعضی حقوق لیس زنانہ دیہ یا (١) خلع

باپت حلال چھِ حلیت بال چھِ تت صورتھ منز زہ بجدِ اکراہ واتنہ حلیتِ فعل چھِ تت صورتھ منز زہ منع از
حقِ واجب آسنہ دویم فصل چھِ در احکامِ اولاد نیر اکاہ دہ وہر سمیت آسہ ہرگاہ خصی اَسنہ
یعنی خصیہ کشیدہ یا مجبوب آسنہ یعنی آلت بریدہ تہ زنانہ سیت کرہ نزدیکی بعقدِ دوام تس شراہ
زوس زہ از زمانِ وطی آسنہ شیہ رتہ ختہ کم دَرہ رتہ زیادہ آسنہ زہ نہایت مدتِ حمل چھِ گنیتر و
چھِ دہمت زہ نہایتِ مدتِ حمل چھِ پورت گنیتر واک وَرہ یہ قول چھِنہ خالی از قوت سہ شر چھِ
لسندی جایز چھِنہ تس شرس نفی کرن تہمہ اکہ باپت ہرگاہ نفی کرس تہ ہینہ نہ تس نشہ سوا لعان
ہرگاہ دخول آسنہ سپنمت یا زِہ شیہ رتہ کم تمام اعضا یا زہ زیادہ از نہایتِ مدتِ حمل
یا شوہر آسہ کمتر از دہ سالہ یا خصی یا مجبوب آسہ فرزند چھِنہ لسند تہ جایز چھِنہ تس شہ پانس منسوب
کرن ثابت سپنہ یہ زہ کمتر از مدتِ حمل چھِ یا زیادہ از نہایتِ مدتِ حمل دونوٗن ہندہ اتفاقہ یا
یا اکاہ تمو منزہ غایب آسنہ ہرگاہ زوجہ عدۂ طلاق تھاوِہ پس درمیان طلاق تہ نہایتِ مدت
حمل زوس شر اَت مدتس منز آسنہ وطی گرمت کانسہ بعقد تہ لشبہہ سہ شر چھِ تس شوہرہ سند
زہ طلاق چھِنس تمُت ہرگاہ عدہ پتہ بیہ زوجہ سپنہ تہ شر زوس شیہ رتہ پتہ دویم سندہ دخولہ پتہ سہ
شر چھِ دویم سند ہرگاہ شیہ رتہ ختہ کم زِہ سہ شر چھِ برونہمس شوہرہ سند ہرگاہ تس نشہ
جدا گژہ تک زمانہ از نہایتِ مدتِ حمل زیادہ آسنہ ہرگاہ زیادہ آسہ قصر زہینہ دونوٗن نشہ
ہرگاہ زنانہِ اکس زہ مرد وطی کرن لشبہہ یا اکھ بنکاح بیاکھ لشبہہ پس زوس شر قرعہ ترا و
لینہ نادہ نیرہ لسند چھِ سہ شر مسلمان آسہِ یا کافر یا آزاد یا بندہ پتہ کنہ زوجہ ہرگاہ کانترا
بلیسنزہ آسنِہ وطی کرہ بزنا تم پانہ تہ آسس وطی گرمت ولد چھِ صاحب فراش سند یعنی
شوہرہ سند تس نشہ زہینہ نہ لعانہ سوا زانین چھِنہ فرزند تس یہ تی آسہ ہرگاہ کانترا دعوا ری
فرزنداہ کرہ بلیسنزہ آسنِہ اتہ وطی لشبہہ گرمتہ زنانہ تہ شوہر کرن تصدیق تس ناچار چھِ
دوٗن گوہِن تسنہ باپت از برای حقِ ولد ہرگاہ شرس اکس باپس کن منسوب کرہ زہ بینہ زنانہ
ہند چھِ تہ زنانہ کرہ انکار سہ زِنس بال سندہ اقرار گندہ تس نہ آسنہ ہندہ ہرگاہ

شُراہ زناسیت پیدہ سپنہ جایز چھُنہ زہ اَنیِن پانس کرس نسبت تزویج تی اَنہ تمہ پتہ لس
ہرگاہ اختلاف کرن در دخولِ یا ولادت قولِ زوج چھُ معتبر باسوگندہ دونوی ثابت آسنہ پتہ با
وجودِ مدّتِ حمل جایز چھُنہ تس نفی ولد کرن زنانہ ہندہ بدکاری ہیت تہ زٕہنہ نہ تس نشہ لعانہ سوا
پتہ کنہ ہرگاہ اختلاف کرن زٕ مدّتِ حمل ہرگاہ کنیزہ تسنزہ شُبہ رتہ پتہ وطی پتہ تایکسال شُرزوہ چھ
چھُ تس زٕہ پانس کرس نسبت پس ہرگاہ نفی لس کرہ زٕہنہ نہ تس نشہ لعانہ سوا پیر ہرگاہ اعتراف کرہ
تس بعدِ نفی منسوب سپنس ہرگاہ مالک تہ بیگانہ بزناہ دونوی کنیزہ وطی کرن فرزند چھُ مالکسند کنیزہ چھُ
دِمت زِہ ہرگاہ گمان آسس زہ موون چھُنہ پانس کرسنہ نسبت تہ پانس نشہ کرسنہ نفی بلکہ وصیت کرہ
تسندہ پت بعضی ترکہ کمتر آسہ ازنصیبہ لد ہرگاہ شریک کنیزِ شبہہ وطی کرن دعوایِ لد کرن تس سپنہ
منسوب زٕہ قرعہ نیرہ تسندہ نادہ تہ شریکن دیہ حصہ تہندہ از قیمت کنیزہ تہ از قیمت ولد تمہ دیہ
زِہ ماجہ نشہ گوجدا ہرگاہ اکوی دعوی کرہ ولدچھُ تسندی بین دیہ یہ گواز قیمت مادرتہ فرزند جایز
چھُنہ نفیِ ولد غزلہ زنانہ نشہ ہرگاہ کانزہ کنیز اکس شبہہ وطی کرہ تہ بار دار سپنہ مالکہ سند ثابت کدہ دان
قیمت ولد تمہ دیہ زندہ زاد ماجہ تہ ولد چھُ تسند ہرگاہ گمان کرہ زنانہ زِہ شوہرہ زٕہ چھس یمی
گمانہ زِہ موددت چھُ یا طلاق چھُنس دِمت مردا ہ کرہ تزویج تس بار دار سپنہ تسندہ ادہ نہ زہ
شوہر چھُ زندہ یا طلاق چھُنسنہ دمت رد کرن تس گدکس شوہرس تمہ پتہ زہ دویم سند عدہ
نتہادہ ولدچھُ دویم سند اعتماد گرمت آسنس در موت یا طلاق حاکمہ سندس حکمس پتہ یا دون
گواہن ہندہ گواہی پتہ یا اکس نزہ خبرہ تریم فصل چھُ در ولادت تہ عقیقہ واجب چھُ زہ زنانہ
تراون پرسنہ ور زنانن تہ شوہرس سیت سنت چھُ شُرس ون زندہ پتہ غسل بلہ خوف ضرر آسنہ
بیہ دینس اذان دچھس کنس مینز ناف زٕ تہ برونہ بلکیاہ زہ از حضرتِ امام بحق ناطق امام جعفر صادق
علیہ السلام چھُ منقول زٕ اادہ واتنہ مکروہاہ تس شُرس تہ بیم بیماریِ امّ الصبیان نشہ رود محفوظ
تہ شیطان لعنہ اللہ تس پتہ بیہ متہ خاکِ کربلا علی ساکنھا الاف التحیۃ والثناء شُرس تالس تہ
تال گنس تمہ ہرگاہ خاکِ کربلا آسنہ آبِ فراتہ سیت ہرگاہ تہ آسنہ خرمہ یا ماچھ تراون
آب شیر نہ سیت ہرگاہ تہ آسنہ

آلبن منز ییت شیرین گژھہ تہ نالس متھنس تہ یتہ گنہ چھہ سنت زِ ناو کرن تس جان ناو منز ستم دپہہ ناو منز چھہ فضل
سی نام زِ یعنی بندگی خدا آسہِ تتہ منز عبد اللہ پہ تہ عبد الرزاق پہ ادہ ناو پیغمبرن ہند علیہم السلام تمو منز
چھہ افضل محمد بیہ امامن ہند ناو تہ روایت چھہ از امام موسیٰ کاظم علیہ السلام زِ اژان چھنہ فقیری تتہ
خانس منز یتہ منز آسہِ محمد تہ احمد تہ علی بیہ حسن تہ حسین یا جعفر یا طالب یا عبد اللہ یا زنانو منز فاطمہ
بیہ کرہ نس گنیتاہ معین مکروہ چھہ ناو کرن حکم تہ حکیم بیہ حارث تہ خالد بیہ لکٹ تہ ضرار در روایت چھہ زِ
فرمووا امام جعفر صادقن علیہ السلام زِ نہی کرمت چھہ حضرتن یعنی حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ و آلہ زِ
تون کنیژن ابو عیسیٰ تہ ابو الحکم تہ ابو مالک بیہ ابو القاسم یلہ محمد ناو آسہِ یتہ گنہ چھہ سنت زِ ستمہ دِ
کاسن شرین مست بیہ دن صدقہ تمہ مویکہ وزنہ طلا یا نقرہ بیہ کرہ نس ختنہ تمہ دپہہ واجب چھہ تہ بلوغہ وزِ
نچوس ہر گاہ کافری ختنہ مسلمان سپنہ واجب چھہ زِ ختنہ کرہ بڈ مت تی آسہ یتہ گنہ چھہ سنت ستمہ
کنس تس سوراخ کرن دچھنس بن کن کھورس ہر کن عقیقہ چھہ سنت موکد گنہ تہ سید مرتضیٰ علیہ الرحمہ
چھہ زِ واجب چھہ عقیقہ گو توراہ مارن شتر زلس اندر سنت چھہ زِ عقیقہ تہ مست کاسن آسہِ کنی
جلیہ منز نچوس کرن عقیقہ نرکوہ مادہ کافی چھہ نہ بہا تمک صدقہ دن ہر گاہ مول عقیقہ کرہ نس
عاجز آسہِ موقوف تھاوِ ہ یت تان قادر سپنہ ہر گاہ مول عقیقہ کرِ نہ فرزندِ یا بالغ سپنہ یانہ کرہ عقیقہ سنت
چھنہ نکہ ستمی عقیقہ کرن بیہ آسہِ گوسفند عقیقہ قربانیچہ صفتہ یای تہ ران تسنز دن دائی ہر گاہ ستمہ ا
ماج دن زِ صدقہ دیہ ہر گاہ شتر ستمہ زوالہ برونہ مرہ عقیقہ سپنہ ساقط نہ زوالہ پتہ مرِ مکروہ چھہ ماس
تہ ماج تمہ منز کھین بیہ تھندس عیالس بیہ ہیٹرن استخوان تسند ملکہ بنذ ہ بند کرن زنک جدا سنت چھہ
رنن تتہ فقیر دمنز ہ جماعتس کرن عوت تمہ پتہ دہو ختہ کم آسنہ ہتو ژالسن چھہ افضل جایز
چھنہ ہ ماز باگرن مسلمانن بیہ چھہ سنت زِ عقیقہ آسہِ مست کاسنہ پتہ بیہ برن سہ مازکہ وقتہ یہ دعاے
منقول بسم اللہ اللّٰہم ہٰذہٖ عقیقۃ عن فلان لحمہا بلحمہٖ و دمہا بدمہٖ و عظمہا بعظمہٖ
اللّٰہم اجعلہ وقاءً لآل محمد صلی اللہ علیہ و آلہ بیہ اثر منز چھہ از حضرت صادق
امت زِ وقتِ ذبح تہ خر دیہ یا قوم انی بریٔ مما تشرکون انی وجہت وجہی

خرمہ راین تہ شہ
متھن تالس یتہ ک
چھہ سنت

لِلَّذِی فَطَرَ السَّمٰوٰاتِ وَالْاَرْضَ حَنِیْفًا مُسْلِمًا وَّمَا اَنَا مِنَ الْمُشْرِکِیْنَ اِنَّ صَلٰوتِیْ
وَنُسُکِیْ وَمَحْیَایَ وَمَمَاتِیْ لِلّٰهِ رَبِّ الْعَالَمِیْنَ لَا شَرِیْکَ لَهٗ وَبِذٰلِکَ اُمِرْتُ
وَاَنَا مِنَ الْمُسْلِمِیْنَ اَللّٰهُمَّ مِنْکَ وَلَکَ بِسْمِ اللّٰهِ وَاللّٰهُ اَکْبَرُ بیه وزه هیه غر سُند باد
ته گوسفندس کره ذبح بیه چهه سنّت مبارک با و دین تس اکس زه فرزند گوییه تسنده بابت بیه
حامله زنانه بُرث دنت کهن نکیاه زه در حدیث چهه آمت زه لیه حامله زنانه بُرث دنت کهیه تس
خوردی تهٔ خوش مزاج بیه سه خرمه کهن نفاس وچهنکه وقته نکیاه زه از حضرت امیر المومنین علیه السلام
چهه منقول زه فرزند تسند آسیه حامله حکیمو منزه در بعضی احادیث چهه آمت هرگاه طرب کهیه فرزند
سینس حکیم بیه موکلو دولن در خرقه سفید مکروه چهه مشت شرسند میاه کاسن ته میاه تهاون

**ژوم فصل چهه در رضاع ته حضانت** اَمّا رضاع یعنی دُد دِن سُنّت چهه زه دُد دِن
شرس وجهن پس هرگاه تمه منزه ترست کم کرن بمیاه چهنه ته جایز چهنه اکوه ته کم جایز چهه دن رام
زیاده دُون رتن بهتر چهه فرو منزه ماج هند دُد پس هرگاه آسیه آزاد یا کنیز بیس اکس جبر کرنه
تس دُدونس خواه فرومایه آسیه یا بزرگ مرتبه تس زنانه منزه زه دُد دیه شرس یتس بحسب عادت پانه اما
ام ولد خوجن واته زه اجبار کره تس فرزندس دُد دِنه بابت پس هرگاه شرسنز ماج دُد دِنچ مزدور
منگ واجب چهه مالس پت زه دِیه ۳ ماج چهه اوّلی هرگاه راضی سپنه مالس واته زه بیگانه دِ پس
یتنه چهه هرگاه بیگانه زنانه ماج منزه مزدور خته کمس راضی سپنه واجب چهنه دُد دِنچ مزدور دِو یو
دَرهو خته زیاده سُنّت چهه زه دُد دِنه بابت کرکه اختیار باعقل زنانه مومنه عفیفه لطیف
مکروه چهه کافره زنانه پس هرگاه مضطر سپنه اختیار کره کتابیه تس کره منع شراب چین ته گوشت خوک
کهنس مکروه چهه زه شر دیه تس یت پن گره نیس یتهٔ کنه چهه مکروه سه زنانه زه زناسیت چهه اثر بیه
زن مخالفه اَمّا حضانت ته گوشر رهن ته تربیت کرن پس پلمه زنانه ته شوهر اکس اکس نشه جدا گرتهن ته
فرزند آسیه شرته تسند حضانت نیز کرن براع تم ماج چهه بهز اد از حضانت لپسر دُون رهن تا ن حضانت
دختر ستن ورهن تان کینتو چهه دمِت تان ته شوهر چهس کرمت دُد وهر سپنه یتهٔ گبرسته ورش سپنه

۴ نون ورهن تان کینتو چهه دمت

در رضاع

پتہ گور سپنان چھ مول اَولی حضانتس یہ چھ تت صورتس منز زہ ماج آسنہ بیاکس رُون کرمت بیہ آسنہ
کنیزنہ کافرہ بیہ دیوانہ پس ہرگاہ ماج بیاکس رُون کرِ حضانت تسنز گیہ ساقط مول چھ بحضانت اولی پس ہرگاہ نیم
رُو طلاقِ باین دِیِ حضانت تسنز بیہ پھیرت ہرگاہ طلاقِ رجعی دیس حضانت پھیرِس عدتہ پتہ ہرگاہ مول مرِ
ماج چھ اَولی حضانتس بیہ ہندہ خُتہ بڈ بہ سندہ تہ وصی سندہ تہ تمو سوا بین ہندہ خُتہ پتہ گنہ چھ ماج
ازاد تہ مسلمان اَولی بندہ ماں سندہ تہ کافرماں سندہ خُتہ رُون نیے کرمت آسِس پس ہرگاہ ازاد سپنیہ یا مسلمان
گژہ مول سپنہ اَولی ہرگاہ مول تہ ماج آسنہ حضانتس چھ ماں بڈ بب اَولی ہرگاہ سہ آسنہ خویشو منزہ تسند و
شی نہ میراث چھ اولی ماں چھ اولی بنو خُتہ ماں سنز ماج چھ اولی ماجِ ہنزہ ماج خُتہ سنہ پدری تہ مادری
یا پدری تہنا چھ اولی مادری بنہ خُتہ پتہ ماس چھ برابر ہرگاہ جماعتاہ برابر چھ درحضانت کرن قرعہ
چیرِہ تراون ہرگاہ اَولی بحضانت ابا کرہ یا غایب آسِہ تمی وانہ دُورتر چھ پس ہرگاہ تورہ پھیرِ
پُت پھیرِ حق تیس حضانت چھ تا بحدِ بلوغ ولدِ بالغ رشیدس چھ اختیار زہ تہنا دورِ یا ایلِ کس
سیت جوش کرس پانژم فصل چھ درنفقہ تتہ منز چھ ترجت اَول درنفقۂ زوجہ واجب سپنان چھ نفقہ
زوجہ دُو یہ شرطہ اکہ عقدِ دائمی سیت بیہ مُھیا آسنہ زوجہ شوہرہ سندہ تمتع بابت یعنی کامل قدرت یہ
شوہرس بردخول آستن زنانہ ازاد یا بندہ مسلمان یا کافرہ متعہ زنانہ چھنہ نفقہ بیہ تس زنانہ نہ بوزنہ بتمتع
بعضی اوقات تہ بعضی جاین عذر رہ سوا نفقہ چھنہ پتہ تان فرمان بردار سپنیہ مالک ہرگاہ کنیزہ رات تہ
دُہ پیش شوہر شوزہ نفقہ تسند چھ شوہرس پیٹھ نتہ برخواجہ نفقہ چھ ساقط سپنان زوجہ سندہ توجرہ مکہ
یا حرام آسِہ وطی کرن تس بیہ مرتد سپنہ کہ سبہ بیہ تسندہ تمکین تہ دِنہ صعبہ بیہ لطلاقِ باین مگر یلہ حاملہ آسِہ
ساقط چھنہ سپنان شوہر لوک آسنہ مکہ بیہ وجہ بیمار آسنہ بیہ بہ رتق یا قرن بیہ بسفرِ واجب اِفلِ شوہر
بیہ بسفرِ غیرِ واجب تسندہ اذنہ بیہ بسبب روزہ واجب تہ اعتکافِ واجب بیہ بحیض تہ طلاقِ رجعی یا طلاق
باین یلہ حاملہ آسِہ بیہ تسندہ ابا از وطی گرنہ عذرہ اگہ واجب چھ درنفقہ آسِہ چیز اول الطعام واجب
چھ توت رِزہ کافی آسِہ تمہ شہر کہ قوتِ غالبہ منزہ کنتک سہ عراقس منز تہ خراسانس منز تمل سہ در گیلان تہ
مازندران خرمہ سہ درحجاز تہ زرت سہ درین تس زنانہ تکلیف کرت زہ چیزاہ کھیہ شوہرس سیت

در نفقہ

شوہرسٕ اتہ زٕہ کنک دلیس مزورہت اُدٹ کرنچ بیہ ژٹ کرنچ یا تیار ژٹ دیس دوٚیم
رسٕ واجب چھہ زٕہ تی آسہ زٕہ ژر آسن تت شہرسٕ منز کھوان ییتہ کنہ مقدارس منز یا زوجہ کیہ چھنہ ملول گژھ
پرزٕہ بدل کرہ بیاک چھنا ہ آشنہ واتہ زٕہ سٕن ہیس کھیتن متہ ترٚیم چھہ خدمت ہرگاہ زوجہ اہل حشمت
آسہ زٕہ تس پزہ خدمتگار واجب چھہ شوہرس پٹ زٕہ پانہ کرس خدمت یا رٹہ تمہ باپت مزورٕ کانسہ
مل ہیہ خادماہ تسند باپت زنانہ کرہ پانہ خدمت آسہ از اہل خدمت آسہ مگر دربیماری بیہ واجب آسن زنانہ
ہنزِ بیماری منز شرڑتہ دوا چھہ محلِ تامل بلکہ مناط چھہ صادق آسن معاشرت بمعروف درجمیع امورِ نفقہ زٕہ ونہ
آی تہ ونہ ین بیہ چھنہ لازم اکہ خادمہ زیادہ زیادہ تی آسنس ہینہ گرہ ہرگاہ زنانہ زٕہ منز اوا نفقہ
آسہ منگہ خادم سند نفقہ زٕہ ییت پانہ کرہ خدمت واجب چھنہ اجابت تمک شوہرس واتہ زٕہ قدیمی خادم
تسنز کرہ بدل ہیس تھہر اکہ سوا بیہ کدِہ تسنزہ جایہ منزہ ساری خدمتگار تسند اکہ سوا بلکہ تس واتہ زٕہ تسند
مالس تہ ماج کرہ منع زٕہ اژن تت بیہ کرہ منع تس زٕہ نیرِزہ تمن ہمدونہ گن ژورم چھہ تن وَلن پٹ ناکس تہ
پہرنتہ تمہ پہرن بیہ پوژ قصابہ تہ کونش وندس منز سینہ زیادہ جبہ مختصر چھہ زٕہ جنس لباس تہ قدرِ لباس چھہ پرتہ شہرس
منز تمہ شہر کن لوکن ہنزہ عادتکہ حسابہ تکیا زٕہ سرد سیر شہرہ چھہ زیادتی لباس واجب بیہ چھہ واجب جانہ تجمل
یعنی زینت ہرگاہ از اہلِ زینت آسہ ییتہ کنہ آسن تہ ابریشمی تہ کتان بیہ وُرن تہ وہرن تکیہ تہ لیفِ برای
خواب پانژم فرش زٕہ بہان آسہ تت ییٹ واجب چھہ حصیرہ رنگالہ وندس منز نمد تہ قالی ہرگاہ ہمکو لوکو
منزہ آسہ مختصر واجب چھہ تہ ییت تسندن لوکن عادت آسہ تت شہرس منز شیم بانہ رننک تہ کھنک تہ چک
دیگ تہ کفگیر تہ پیالہ تہ نٹ چوچہ کنو یا کٹرو یا ہچو یا مسو یا شترو عادتکہ حسابہ ششم تمہ چیز زٕہ تمو کرہ بدنس لگناو
نتہ پاک کنگن ہش تہ روغن بہ تہ صابن ہش واجب چھنہ سرمہ تہ بوہہاے خوش شوہرس واتہ زٕہ زنانہ کرہ
منع کہنس تت چیز زٕہ وُبی ہہک زہن تہ خام پران ہیہ بیہ کہنس تت طعام زٕہ تمہ سینہ بیمار دوا چھنہ
اجرتِ حجامت تہ حمام مگر درسرمای سخت آہم کھاہ زٕہ آشنہ لایق آسہ پہنہ باپت کرایہ ہیتن تت
یا پہ یا ملک تسند آسہ آشنہ واتہ زٕہ طلب کرہ کناہ تہ کئی زٕن بہ تت منز بی ہجانہ شوہرس سو ہتمتہ
واجب چھہ زٕہ پرت ہک نفقہ نیہ تمہ وہبہ صحیح ہرگاہ کینہ ژن دیہن ہند نفقہ اکی لٹہ نومت تسنہ ہگا

اگر

بعضی نسخن منز چھ ... الکتاب ... دا

ہت ہمک دیہ جایز چھہ ہرگاہ منز دُہہ تس طلاق باین دیہ تمہ دُہک نفقہ ہیس تُو دیہ کنہ ہرگاہ مرہ یا کشتی
بنابر اقوی ہرگاہ کنیزن دُہن ہند نفقہ رٹھمت آسن تہ مرہ شوہرس واتہ زہ زیادتی ہیس تُو رکھٹ تہ
باس تہ اسباب تہ آلات سپنہ زنانن ہند ملک تہ واجب چھنہ تسند ملک گرُن ہرگاہ شوہر کنہ کالا
نفقہ دینہ ذمہ چھ تس ہرگاہ کنیزہ کالک نفقہ رٹھہ سہ مدت سورت سپنہ مالک تت بیہ جایہ تی گنذ ان
باس بہ تمہ منزہ چیراہ ہرس ہرگاہ لباساہ نیہ مدتہ اکہ بابت تہ تمہ برونہ پرانہ سہ عوض چھنہ واجب ہرگاہ
مدت سوزہ تہ جامہ اسیہ باقی تس واتہ زہ بیاک گرہ طلب ہرگاہ مدتاہ وخولہ برونہ گذرہ تس تمہ
تک نفقہ چھنہ گرزہ زنانہ آسہ چھیا کالی آسہ شوہرہ سندہ طرفہ ہرگاہ غایب آسنہ زنانہ پیش قاضی حاضر سپنہ
اظہار کرہ تمن چھیا آسن شوہرہ سندہ بابت نفقہ سپنہ واجب مگر خبر داتناو نہ یتہ بیہ تُو تکال گرتہ نہ
شوہرہ وکیل تسند پیش قاضی واتہ ہرگاہ ناشزہ زنانہ باطاعت بیہ واجب سپنہ نفقہ مگر شوہر تہ زنانہ
نہ تسندہ واتھلہ زنانہ یتہ آشنہ نشہ ہرگاہ زنانہ مرتد سپنہ تسند نفقہ گرتہ ساقط یلہ توبہ کرہ واجب
سپنہ واجب چھ تس زنانہ ہند نفقہ زطلاق دتنس تہ دعوای حمل کرہ اد ہرگاہ نتہ زچامہ آسنہ تو ہیس
ہرگاہ مرد عاجز گرتہ نفقہ دنہ زنانہ واتتہ فسخ کرن نزد اکثر فقہاء ہرگاہ از مہر تہ برونہ نفقہ نشہ عاجز آسہ
فسخ چھنہ ہرگاہ زنانہ صبر کرہ نہ نفقہ ردنہ شوہر عاجز آسہت نفقہ سپنہ ساقط تہ دین چھہ ذمہ زوج
ہرگاہ تو انگر اہمال کرہ نہ نفقہ دنیہ جبر کرہ حاکم تس ہرگاہ تہ تُو نہ حبس کرہس تہ مال تسند کنہ دروجہ نفقہ
ہرگاہ شوہر غایب آسہ تہ تس آسنہ مال حاضر حاکم شرع سوزنس خبر تہ نفقہ کرہ طلب ہرگاہ تہ متعذر آسہ
زنانہ واتنہ فسخ نکاح دیوتی فسخ واتہ تس تحت ہرگاہ زنانہ نشہ تس قرض آسہ جائز چھنہ نفقہ گرہ تہ بروز
منز حساب ہرگاہ زنانہ تو انگر آسہ جائز چھنہ تہ ہرگاہ تنگدست آسہ نفقہ زوجہ چھہ مقدم برا قارب
پس ہرگاہ تنگدست آسہ یہ ہر مایہ چھس پننہ نفقہ نشہ تہ گرہ صرف در نفقہ زوجہ یہ تمہ ہرس تہ گرہ
صرف خویشن ہندس نفقس منز دویم بحث چھہ در نفقہ خویشان واجب چھہ مردس تہ زنانہ پیٹھ نفقہ مالس
ماج ہند بیہ بڈ بڈبس تہ بانن ہند ہیرم نے اسہ بیہ تہ ترن ہند شر یر تمہ طبقہ تی آسہ
آستن باکورہ بیہ منزہ پرتہ اسند نفقہ چھہ واجب یمی شرطہ زہ فقیر آسہ بیہ آسہ عاجز از نفقہ تمہ

۴ سپنہ

۴ تس

۴ نکاح

۴ نفقہ

در نفقہ اقارب

پوشاکہ نِشہ زِہ تسندخالس چھُ لایق تہ ازاد آسہ بیہ آسہ نفقہ دوہ وُنی فا درتت پٹ زِہ ہُرمایہ چھُس پنُنُور کہ
تہ زبانہ ہند خُوراکہ منزہ شرط چھنہ اتفاق آسن تمن دردین بلکہ واجب چھُ نفقہ مسلمان کافرس پٹ تہ میہ عکس
واجب چھنہ نفقہ بین ہند بیو سوا خویشو منزہ بلکہ سُنت چھہ واجب چھُ درنفقہ تو تاہ زِہ کافی آسہ خوراکہ تہ پوشا
منزہ بیہ کُٹ بہنہ بابت بیتہ کنہ چھُ واجب کین غلام تہ کنیز گام تہ زنین ہندس نفقس منز واجب چھنہ ہنزن
زوجن ہند نفقہ بیہ مین تانہ کرن ہرگاہ نفقہ یہند فوت گرتہ قضا چھنہ مگر حاکمن آسہ امر کرمت زِہ قرض کرن
نفقہ بابت مالس پٹ چھہ نفقہ نچوس دن پس ہرگاہ عاجز آسیہ یا زندہ آسنہ واجب چھُ بدبس پٹ پرتہہ مے
آسہ ہرگاہ تم آسنہ یا عاجز آسن واجب چھہ ماج پٹ ادہ مانہ پٹ ہیرم تی آسہ ژُر نزدیک چھہ مقدم
تس پٹ زِہ یرژ دور چھہ شریک چھہ اک اکس تت منز ہرگاہ ہم مرتبہ چھہ ہرگاہ ہرمایہ تس آسہ تتی زِہ
اکس چھہ کافی تسندس مالس تہ ماج منزہ تم ژُ دونی چھہ شریک تت بیتہ کنہ چھُ مول تہ گبرا ماہ مول
مال مانہ سیت یا ماج بڈبس سیت مخصوص چھہ تس زِہ یر نزدیک چھہ ہرگاہ کانسہ ہند مول
گبر دونی تہ انگر آسن دُوشون پٹ چھہ نفقہ تسند برابر آما آسنہ تم مول تہ بڈبب نفقہ چھہ
نزدیک ترس پٹ حبس کرہ حاکم تس نفقہ بابت ہرگاہ اہمال کرہ تہ دینہ تسند مال کنہ ترم

### در نفقۂ بندہ

بخت چھہ درنفقہ بندہ واجب چھہ نفقہ تسند بر مالک مختر چھہ مالک زِہ نفقہ دیں بنیہ مال یہ
یا تسندہ کسبہ پٹھہ درنفقہ چھنہ اندازہ بلکہ تمس مہن ہندن ہندس عادتس پٹ چھہ تت شہرس منز پس
ہرگاہ مالک از نفقہ ابا کرہ اجبار کرہ قاضی نفقہ دِنس یا یہ کنس ہرگاہ بندہ مقاطعہ کرہ مالکس
سیت زِہ کیاہ دِمہ کسبہ منزہ تمہ ہرمایہ آسنہ کافی تس تمام نفقہ چھہ تہ خواجہ جایز چھنہ مقاطعہ

### در نفقۂ حیوانات

تسندہ کسبہ ختہ زرس پٹ بیتہ کنہ چھہ واجب حیوانن ہند نفقہ یم مالک چھس کھیہ تہ ناز تہند
بچراگاہ تراونہ سیت ہرگاہ تہ کافی آسنہ گاسہ تراوک ہرگاہ ابا کرہ اجبار کرس حاکم کنس پٹ
یا مارہ تس پٹ ہرگاہ تہندس گُشتس نفعاہ آسہ حیوانن ہندو رہو وبابت تہاوہ ددہ منزہ توتاہ
زِہ کافی آسہ کتاب فراق سہ چھہ یاژ نوع اول چھہ طلاق تت اند چھہ تر باب اول

### در شرائط طلاق

درشرایط تم چھہ کہ اول طلاق دِہ بالغ آسن دویم عاقل آسن سہ جایز چھہ زِہ ولی آسہ یا سلطان بلیہ قلی آ

دیوانہ سندہ طرفہ بیٔہ تس اکسندہ طرفہ زِہ بانغ سپینہ تہ عقل آسنہ طلاق دِیہ بلیہ غبطہ تہ مصلحت تت منزا شہ
تس چھینہ جایز زِہ شُر سندہ طرفہ بیٔہ مست تہ بیہوشہ سندہ طرفہ طلاق وُپن ترِہم شہ بنینہ اختیار طلاق دِن
پس صحیح چھینہ طلاق باکراہ حاصل سپنان چھیہ اکراہ اکراہ کرہ ون سندہ بیم ضرر . وَنہ پانس لس یا تس زِہ
پورِ علاقہ چھس تس بیت مول ہہ تہ گبر ہہ بیہ بیم تمن ہہ چھس شہ ضرر سپننک گمان آست وشنام تی آسِہ
سہ ضرر تس اکس زِہ بابتہ مرتبہ چھیہ کم ضرر سپینہ نہ اکراہ دراکراہ چھیہ حوال مردم مختلف تہندہ اختلافہ کہ
حسابہ زِہ شور ہم چھیہ قصد اعتبارا چھینہ صیغہ پرہ نس بے قصد طلاق ہرگاہ صیغہ طلاق پرت دِیہ
زِہ قصد طلاق او ثمنہ قبول کرہ نس بلیہ عدہ گومت آسنہ پانز ہم نکاح دایمی آسِہ پس طلاق سپینہ دِ متعہ تہ
ملک یمین مدت متعہ بخش سپینہ بر طلاق حمل شیم زِہ زنانہ آسِہ خالی از حیض تہ نفاس ہرگاہ دخول آسنہ سپینمت
بیٔہ آسنہ حاملہ بیٔہ آسِس شوہر حاضر اِی شوہر غایب آسِہ تمہ مدتہ کمتر زِہ زانِزہ تت منز ازپاکی وطی زنانہ کڈہن بیس پاکیہ منز حکم
حاضر چھیہ تس پس ہرگاہ شوہر حاضر یا غایب آسہ تمہ مدتہ خنہ کمس تہ طلاق دِیہ تہ دِ حیض بیہ سپ چھلہ باطل زِ ونمت تنہ
اتس قبول کرن نانہ ہند قول دِ حیض ہرگاہ سفرس نیرہ پاکی منز زنانہ ہندہ زِہ دخول چھینہ تت منز کر بحث
صحیح چھیہ طلاق تسند دِ حیض تے بیہ بیتہ کنہ چھیہ صحیح طلاق غایب بلیہ تسندہ غایب سپنہ بیہ طوق مدتا تہ آسِہ لوِ گمت
زِہ زانہ زنانہ گیہ ازپاکی وطی بیس پاکیہ منز بیہ چھیہ صحیح طلاق تس زنانہ ہندہ زِہ دخول چھینہ کرمت بیہ طلاق حاملہ
زنانہ ہندہ دِ حیض تے بیہ حاضر بلیہ زنانہ واتہ زِہ حیض تسند زاہی حکم غایب چھس شتم زِہ زوجہ آسِہ تت پاکی منز
زِہ نزدیک چھینہ تت منز سپنیم ہرگاہ درس حیض آسِہ تہ حاملہ آسنہ پس ہرگاہ زنانہ اکس طلاق دِیہ زِہ در
حیض چھیہ حاملہ چھینہ تت پاکی منز زِہ وطی چھس کرمت باطل چھیہ طلاق مگر زِہ گذرن وطی کرہ نکہ زنانہ پتہ ترِ رت تہ
حیض آسنہ تس اتھم زِہ پرہ صیغہ صریح زِہ شرط لشہ آسِہ خالی تہ چھیہ یہ اَنتِ یا ہٰذِہٖ یا زَوجَتِی یا
فلانۃ طالِق پُرا گاہ زِہ عاجز آسِہ عربی پرہ نس ترجمہ وتہ مثل توہشتہ یعنی زِ چھک ترا و مُتر یا این زن
یا زن من یا فلان زن ہشتہ است یعنی یہ زنانہ چھیہ ترا و متر یا فلان زنانہ چھیہ ترا و متر پُرا گاہ زِہ عاجز آسِہ کتہ کرنس
کُل ہہ اشارہ کرہ ہرگاہ لکہ تہ نیت طلاق کرہ صحیح چھیہ صحیح چھینہ طلاق بکنایہ قصد تی کرہ ہرگاہ کانژاہ دِیہ
زِہ ہل طلقت فلانۃ یا طلاق دنتہ فلانہ دِ جواب بیہ نعم یعنی آو وقوع طلاق چھیہ مشکل ہرگاہ تہ شرطہ

٥ یا این زن

تہاوِس ہیتھی زِ بہر در ایک ترا ؤ مژھمک باطل چھہ ہرگاہ دپہ اَنْتِ طَالِقٌ ثَلٰثاً یا اثنین یعنی
زہ چھک ترا و مژ ترِیہ پہرہ یا دُویہ پہرہ اَک طلاق چھہ صحیح نہ زیادہ نزدِ اکثرِ فقہاء کینژو چھہ دِمیت باطل
چھہ مراعاتِ احتیاط سپننہ ترک مخالفن نشہ سپنن ترنوی طلاق واقع یلہ اعتقاد آسِس نوم زِ آشنہ کُن
کرِ لنسبت پہ ہرگاہ دپہ اَنَا مِنْكِ طَالِقٌ یعنی بہ چھس نشہ رہا یا فلانۃ الاجنبیۃ طالق یعنی
فلان بیگانہ زنانہ چھہ ترا و مژ یا یَدُ زوجتی یا رِجْلُها یا رَاسُها یا ثُلْثُها طالِقٌ یعنی میہ زنانہ ہند
اتھہ یا کھور یا زہ ثلث چھہ رہا صحیح چھنہ دیہم زِ بوزن زِ مرد عادل طلاق پرن تسند پس ہرگاہ تسند طلاق

۴ تنک

پرہ نکہ وقتہ زِ مردِ عادل حاضر آسننہ صحیح چھنہ اقرار نی کرہ تمہ پتہ نہ تمن تہاوِ دِ گواہ ہرگاہ زِ عادل آسن

۵ اقرارِ طلاق

گواہی دن حکم کرن تس پٹ گواہی اکی پیرہ سپنمت آسننہ کیہم زِ معین کرہ تس زنانہ زِ طلاق دیس مینز زنانو
منزِ پس ہرگاہ معین آسنہ نہ بلفظ نہ بقصد ہیتھی زِ پہ اکا ہ نو دویو منزہ چھ طلاق صحیح چھنہ کینژو چھہ مجتہدو
منزِ دِمیت زِ طلاق چھہ پیت حالس منز صحیح تعیین سپنہ قرعہ سیت یا کرہ شوہر معین دُویم باب چھہ دار اقسام
طلاق چھہ باین تہ رجعی باین چھہ شن جاین اَک تس زنانہ ہند طلاق زِ دخول آسننہ کرمت دویم تس زنانہ ہندِ زِ
آئیسہ آسہ یعنی ازسنِ حیض آسہ گندریمژ تریم طلاقِ صغیرہ یعنی تس زنانہ ہند. زِ نوِ ورِیم آسہ ژورِم طلاقِ مختلعہ
یعنی تس زنانہ ہند طلاق زہ عوض مہراس طلاق دنہ زنانہ منزہ کراہت مگہ پانژم طلاقِ مبارات یہ زنانہ چھہ بِ مثل
مختلعہ مگر زہ کراہت آسہ بیہ از ہر دو جانب یہ وِ زہ دونوی رجوع بعوض کرنہ شیم چھہ طلاق بروہ ہمن
دون ہند ان عدن منز رجوع کرنہ پتہ ہرگاہ زوجہ حرہ آسہ بیہ دویم طلاق ہرگاہ کنیز آسہ بیہ تہ چھہ طلاق
طلاقِ عدہ تہ طلاقِ سُنت طلاقِ عدہ گوتی زِ زنانہ دخول کرت دیس طلاق تمو منز طوزہ ونہ آئی تہ
عدس منز کرہ رجوع تہ وطی کرہ ادہ دیس طلاق بیس طہرس منز پتہ گنہ کرہ بیہ پیرہ ترن ماہوہ ترِیمہ پتہ
سپنیس حرام میت تان بیگانہ وطی کرس بنکاح دایمی تس چھہ محلل زپان نومہ طلاق پتہ زہ دُویو
مردو آسہ بنکاح انز حرام ابدی سپنہ تس طلاقِ سنت گومی زِ مدخولہ زنانہ دیہ طلاق بشرایطِ مذکورہ
تہ رجوع کرنہ عدہ نیرہ نس تان رادہ کرہ عقد تا زہ تس سیت پتہ گنہ تا سہ بار ادہ سپنہ حرام
میت تان بیاکا وِ تس نکاح کرہ اما نومہ طلاق پتہ سپنہ حرام ابدی بنا بر احوط ہرگاہ مدخولہ

منز رجوع کره ته طلاق دیه وطی ربو نه صحیح چھه تت منز تی آسه زه رجوع کرن اما طلاق عدة چھنه هرگاه
شوہر زِه غایب حاضر سپنه ته دخول کره تمه پته کره دعوی ءِ غایب آسنس منز چھم طلاق دمیت تسند سی عو اس ته
گواهی کرنه التفات غایب بلیه طلاق دیه جایز چھنه تس زه تسنز نه سپیت کره تزویج یا تور منه زنانه سپیت
مگر نو رته پته مگر زانه زِه حامله آسنه او چھه ترپکی یا ترت کافی شرط چھه زه محلل آسه بالغ ته بعقد ءِ وام کره وطی تس تان
حشفه غایب سپنه خصی تی آسه هرگاه تریو طلاقو برونه بیا کاه نکاح کرس برو نهم طلاق سپنیا رفع پانه خلاف چھه اتو
چھنه مع سپنن ئیه آزاد زنانه ترپھرِ طلاق دِنه پته حرام سپنه پتن بیا کاه نکاح کرس کافی چھنه وطی مع اجه
حلال سپنه باپت هرگاه ملک زوج سپنه بی محلل هرگاه عادلاه دعوی کره زِه تحلیل سپن عدة گوته ممکن اس قبول کرن

در رجوع

تتمه — چھه رجوع کره نس منز صحیح چھه ته بلفظ دپن به مرد رجعت ته راجعت بیه آرجعت مینے
رجوع کرم بیه یس لفظاه یمه معنی آسه عربی ته غیر عربی منزه بیه با نکار طلاق در صحت نشر چھه خلاف بیه بفعل مثل وطی تو بوسه
دیه ته شهوت اتهه ڈالنه نخل کره باشاره رجوع یا مقنعه تلنه وڈه پته تمه زنگه زِه رجوع بیه یفهم هرگاه شوهر رجوع
کره ته زنانه آسه منکر دخول کره نس طلاق برونه پت تس رجوع واتنه زنانه هند کرن قبول با سوگند پته لنه کرن قبول تسند
تسند قول هرگاه دعوی کره عدة گو بحیض ته ممکن آسه هرگاه در طلاق آسک اتفاق ته بماه عدة گذ نس منز کرن اختلاف
رجوع کرن بجواب هرگاه اختلاف کرن منز خلاف چھه پت منز زه بقول شوهر باسوگند کرن اعتبار هرگاه حامله زنانه دعوی
کره زِه برونه سپیم حمل وضع مرده یا زنده تمام یا ناقص قبول کرن حاضر تنه کره هرگاه زنانه دعوای حمل کره ته حاضر کرشرا
ته شوهر آسه دونوں منکر مشکل چھه شوهره سندس قولس اعتبار کرن هرگاه زنانه دعوی کره زه عدة گو پتس شوهر کره
دعوای رجوع ته برونه زنانه هند قول تهاون مقدم شسنت چھه رجوع کره نس پتے اه تهاون ترم یا چھه در عدة

در عدة

تت منز چھه تور **فصل اول** چھه در عدة زن آزاد زِه حامله آسنه طلاقس منز چھنه عدة تس زنانه زِه دخول
کرمت بخلوت تے باهم گنمیت آسن عدة تهاون وچھه دا سپنان غیب سپنه حشفه در پیش یا پس خصی تی آسه اما آزاد
زنانه زِه دخول چھنس کرمت ته حامله چھنه یلیه در حیض ذات العادات آسه عدة تسند چھه تر طهر اک طلاق پتک بیه تمه پتک
حیض بنک تریم تمه پتک دویمه حیض پتک یمی شرط زه یه تریم سپنه تمام ته تمه پته دویمه حیض اعتبار کره تت طهرس طلاق
پته چھه اکسی لحظه تے اتھ هرگاه طلاق پته بے فاصله حیض ونه چھه طلاق چھه صحیح تت طهرس کرنه حساب در طهر حیض

چهه قول زوجه معتبر اقل زمان جهه ترن طهرن هيندستو ده ته زه لحظه هرگاه يه زنانه درسن حيض آسه ته حيض بينه
عدّه تسندي جهه ترت عدّت جهنه اليسن ز ازسن حيض آسه گذريتر بيه صغيره زنانه هرگاه اگه حيض بيته آئيسه گتره زه رت
کره تمام مضطربه کره رجوع بتميز يا بعادت خويشان خود هرگاه ته آسينه ترن رتن تهاوه عدّه هرگاه شک
کره در حمل عدّه پيته احوط جهه نکاح ترک کرن پُيت تا حال تسند معلوم سينه جايز جهه نکاح بيس پيه هرگاه
عدّه بر ونه آسه هرگاه نکاح آرت حمل ظاهر گتره سه نکاح جهه باطل اما حامله عدّه تسند جهه وضع حمل طلاق پيته
آسه تمام آهتن سه شهر يا ناقص هرگاه دعوى حمل کره صبر کرن نون رتن تا ان هرگاه نه معلوم سينه صبر کرن
نوهن تان
ليه زنانه بزنا حامله اسه هرگاه حيض وجهه لسه طهر تهاوه عدّه ته ترن رتن پليه
طلاق ڏنه هرگاه شوهر ره در عدّه رجعي عدّه وفات تهاوه سه مرنه پيه در عدّه باين بليه رت
کره تمام احتياج جهسنه بعدّه وفات هرگاه اختلاف کرن در زمان وضع حمل زه اک وته فلان ڏينه
سين بياک ونه يه ڏينه تسين در زمان طلاق آسيک اتفاق زنانه هيند قول جهه معتبر ته تعکس يعني هرگاه
اختلاف کرن در زمان طلاق ته اتفاق کرن در وضع حمل قول شوهر جهه معتبر هرگاه دعوى کره طلاق موخر
آسنس نه جهنه خالي از اشکال هرگاه شيه تو پيته سنراه زوس لمه پيته زه اعتراف جهس کرمت زه عدّ
گو اقرب جهه پي زه نس سينه ملحق پيت تان ته ڏه رت گذريت آسن بلکه اک ورهه اما از حر
وطي هرگاه معلوم آسه بيه آسينه شوهر کرمت نکاح فسخ کرنس جهه حکم طلاق عدّه تهاونس نيز ليس
زنانه لشبهه وطي سينت جهه عدّه طلاق تهاوه هرگاه تسندس عدّس منز شوهر کره عدّه رهنه نه
اده هرگاه دويم دخول کرس ته زانه زه حرام جهه گڏک عدّه ڏاتساوه اندته احتياج جهنه دويم سندا
بابت عدّه تهاوه تک حامله سينه هرگاه زانينه زه حرام جهه گڏک عدّه کره تمام ته نيز
تهاوه عدّه دويم سنده بابت هرگاه حامله سينه عدّه تهاوه وضع حمل تسند بابت ٥ نيز
سينه ملحق تس اوسه سه دويم سند بعد وضع حمل کره گڏک عدّه تمام هرگاه حمل گڏک تسند آسه
بعد وضع حمل تهاوه دويم سنده بابت عدّه هرگاه ته گڏک سند آسه نه دويم سند بعد
وضع حمل کره عدّه اول تمام اده تهاوه دويم عدّه هرگاه شوهر در عدّه رجوع کره ڏليل

طلاق یا خلع وطی کرنہ برونہ سرِ نو تہاوِہ عدّہ ہرگاہ خلع دلِتھ ادہ کرس عقد تہ عدس منز بییہ طلاق دِتھ ولہ
رونہہ احوط چھیہ عدّہ تہاوُن ہرگاہ وطی کرس طلاقِ باین دِتھ پتہ بشبہہ سرِ نو تہاوِہ عدّہ ہرگاہ دِ
در عدّۂ رجعی حاملہ ببیدہ سپنہ بعد وضعِ حمل کرہ عدّہ اول تمام ہرگاہ کانہ ڈ بشبہہ وطی کرہ تہ تمہ سپنہ
ملحق تس بسبب بُعدِ زوج ادہ دییہ شوہر طلاق تس بو ضعِ حمل تہاوِہ عدّہ تس اکنہ ہیت زہ وطی
بشبہہ کرتس تمہ پتہ تہاوِہ عدّہ طلاق بیت عدس منزو انہ شوہرس رجوع کرنی ہرگاہ طلاق رجعی آسہ
ییتس عدس منز نہ در زمانِ حمل دویم فصل چھیہ ازادزنانہ ہندس عدس منز درِ وفات ہرگاہ حاملہ آسہ
شوہر مرنہ چھیہ عدّہ تس ژور رِت تہ ڈہ دہ صغیرہ آسہ یا غیر مدخولہ یا آسہ شوہر نابالغ ہرگاہ
نہ حاملہ آسہ عدّہ چھس زہ ییرہ در آسہ از وضع حمل تہ ژور رِت تہ ڈہ دہ واجب چھیہ تس ترٹ حداد تہ
گوپی زہ ترک کرہ بوی خوش زینت بدرنگ ولنہ نو جامہ تہ رنگین جامہ مگر سیاہ تہ کبود بییہ کرنہ رنگ
اتھن تہ کھرن تہ کلس منز سیت بییہ لاگنہ سیاہی چھن تہ سرمہ لاگنہ اسفید آسہ متھنہ تہ بییہ کرنہ زیور
طلاتہ نقرہ یا انس آر الیش تہ اعلی ولنہ صغیرہ یا ذمیہ تی آسہ اقرب چھی زہ بییہ حداد سپنہ کنیزِ فقط
ہرگاہ شوہر مرہ معین سپنہ برونہ طلاق دادہ شدہ تہ نو منزہ بیماری تہاوِ علمہ عدّہ وفات مطلقہ
تہ زہ ییرہ دور آسہ عدّۂ وفات تہ عدّۂ طلاق منزہ ہرگاہ اکاہ دور تر آسہ ہرگاہ مطلقہ معین
کرتہ آسس عدّہ تہاوِہ طلاق بیت طلاق دِنہ پتہ ہرگاہ شوہر درسفر مرہ خبر واتنہ پتہ تہاوِہ عدّہ
نہ مرنہ پتہ در طلاق تہاوِہ طلاق دِنہ پتہ عدّہ تہاوِہ ذمیہ در طلاق تہ وفات مثل حرہ امادر
طلاق چھنہ خالی از اشکال احوط چھیہ تتمہ چھیہ در احکامِ غایب ہرگاہ معلوم آسہ
زہ زندہ چھیہ یا آسہ ولی تسند زنانہ تس منزہ نفقہ دوان شہ زنانہ کرہ صبر تتس کالس زہ احتمال
روزنہ شہ زندہ آسنک نتہ کرہ رجوع بحاکمِ شرع ہرگاہ خوش کرس بیت حاکمِ شرع و ...
دلِتھ ... منز کرہ تس غایبہ سند تفتیش تہ تفحص احوال دہ ہرگاہ نہ چھ زہ ...
چھیہ واجب چھیہ زِ صبر کرہ شہ زنانہ تہ حاکم دییہ نفقہ تس بیت المال منزہ ہرگاہ نہ نتہ خبر ...
منزِ ازآفاق تفتیش تہ تفحص بسیار کرِت تہ نفقہ دِنہ بس شوہرہ سند ولی تہ ییہ زنانہ کرنہ صبر

در عدّۂ حاملہ و ...

در احکامِ غایب

تہ یِم ژور رِہ گزِہت کرس امر عدۂ تہاو نس عدۂ وفات یلہ عدہ سورہ تمہ پتہ واتہ تسنزہ خبر
کرہ بلیس سیت لیس ہر گاہ خبرِ تنز عدس منز واتہ صبر کرہ زنانہ ہر گاہ عدہ پتہ تہ نیتھرہ پتہ
واتہ دستگاہ چھنہ تس زنانہ پتہ ہرگاہ بحاکم رجوع کرنہ بیت سہ صبر کرہ تا مدت معین کرس
عدۂ تہاونہ تہ بلیس سیت نیتھر کرنہ ہتس ورہس تے صبر کرہ یمن ژون رہن چھ ابتدا حاکم رجوع
کرنہ پتہ نہ خبرنہ واتنہ پتہ تسنز اقرب چھ یی زِ یہ مدت گزِہت دلیس حاکم طلاق تہ عدۂ وفات
چھ احتیاط بابت ترِیم فصل چھ در عدۂ کنیز تہ تسندِس استبراس منز لیس کنیزہ دخول سپدمت
آسہ عدۂ طلاق چھس زہ طُہر زہ یم چھ تمن منز سوری زہ حیض وچھہ تمہ پتہ اقل زمان یمن دون طُہرن
ہند چھ ترواہ دہ تہ زہ لحظہ ہر گاہ درسِ حیض آسہ تہ حیض وچھہ نہ دہس رتس تہاوہ عدہ
آزاد تی آسہ شوہر تسند ہرگاہ آزاد سپنہ عدۂ رجعیس منز عدۂ حرہ واتناوِ ہند عدۂ باین منز
کرہ عدۂ کنیز تمام عدۂ وفات تہاوِ زہ رت تہ پانژہ اکھ چھ ژور رت تہ دہ دہ حاملہ
تہاوہ عدۂ وفات تت مدتس زِ یرِ ژور آسہ وضع حملکہ مدتہ منزہ تہ غیر حاملہ سندہ عدۂ
وفاتہ منزہ تسیہ کنیز مولی سندس فرزندہ سنز ماج آسہ ژون رتن دہن تہاوہ عدۂ شوہر
مرنہ ہرگاہ نیتھر کرمت آسس تی یی تہاوِ عدۂ مولی مرنہ ہرگاہ نیتھر آسہ ہرگاہ کنیز آزاد سپنہ
در عدۂ وفات عدہ آزاد کرہ تمام ہرگاہ کافر آہ پتہ اشنہ مل ہیہ استبراء چھنہ ہرگاہ تس
شوہر طلاق دیہ واجب چھ زِ عدۂ تہاوِ تہ کافی چھ عدہ استبراء کنہ تسندہ ہرگاہ استبراء
کرہ در حالتِ کُفر یا احرام مسلمان تہ محل سپنہ پتہ چھنہ استبراء احتیاج ژورم فصل چھ در نفقہ
عدۂ واجب چھ عدۂ رجعیس منز اشنہ نفقہ دِن خوراک تہ پوشاک بیہ جای دِن زہ بہت منز
کنیز تی آسہ یا ذمیہ واجب چھنہ نفقہ در عدۂ باین مگر مایہ حاملہ آسہ حرام چھ شوہرس پتہ
اشنس از خانہ بیرون کرن در عدۂ رجعیہ زہ طلاق آسنس دمت مگر یلہ فحش آسہ تس لسنہ ن کو
اقل چھ یہ منز یی زِ ایذا دیہ باژن تسند تہ زبان کرہ دراز تمن پتہ حرام چھ اس
زنانہ تہ نیرن در حج سنتی تی آسہ مگر شوہرہ سندہ اذنہ نیر نیرہ واجبی حجس منز اذن دیس

در عدۂ کنیز

ہرگا مضطر سدینہ ہیرہ لس تتہ غسل کرنہ یا پنتنت چہ ہیرہ نصف شبہ بنتہ تہ ہیرہ بہت صحیح
نہ ہرگاہ جامی خراب سینہ یا مدت کرایہ آندوا تہ ہیرہ تتہ تہ طلبسکرہ خانہ تیہ گنتہ ہیرہ
ہرگاہ طلاق دنیلیس تت جایہ منزرہ لستدس حالس چینہ مناسب تہ خانہ مناسب منگہ شوہرس
نعا چینہ دریاین جاملہ تی آسہ گرتہ یت خوش کرس تہ راتس و زہ یتہ خوش کرس ہرگاہ رجعیہ ناتہ
بیلو منزرہ اسہ تہ تم گرتہن نتہ بیس جایہ سنہ گرتہ تتی ہرگاہ نادہ منز طلاق دنیہ تہ ناو آسہ ترتہن
منزر زورن جابی عدتہ تہا دہ تت منزر نتہ منگہ شوہرس زنجی دویم نوع چہ خلع تہ مبارا
خلع چہ در لغت لباس کدن شرعس منز چہ انی مردس تہ رنان منز کنہ عوض کرہ آہرابیت زنان ہندہ طرفہ
مبارات چہ در لغت معارضہ تہ مخالفت تہ شرعس منز چہ مثل خلع یہ سوازہ کراہت آسہ یتہ ازہردو طرف
تہ عوض سنہ مہرہ ختہ زیادت تت منز چہ نہ یا۔ باب اول چہ در ارکان خلع تم چہ ژور اول صیغہ سنہ چہ
خلعتک علی کذا فانت طالق یا انت یا فلانہ مختلعہ علی کذا یا انت طالق علی کذا
تہ ناچار چہ زہ زنانہ کرہ قبول ہرگاہ تمہ سوال خلع کرمت آسنہ یلہ سوال کرمت آس واجب چہ زہ تمہ تہ آسہ
خلع یتہ کنہ زہ زنانہ دیس طلاق دہ مہ یاسس دینارس برابرشہ دیہ تہی انت طالق علی الف دینار
تہ احتیاج بقبول اسنہ مختار چہ بی زہ صیغہ خلع یتہ بیرہ لفظ طلاق بی طلاق سینہ جدائی قول
چہ زہ بی لفظ طلاق سینہ واقع یہ قول چہ اقوی احوط تے اول چہ یتہ کنہ چہ خلاف زہ خلع
چہ فسخ یا طلاق اقوی چہ طلاق آس سیح در خلع چہ شرط یہ در طلاق چہ شرط بوزن زہ مرد عادل صیغہ
خلع یکبارتہ یہ تمہ سوا چہ بیہ بی زہ تمہ شرط رست آسہ زہ منافی مقتضای عقد چہ تہ تمہ
رست زہ موافق مقتضای عقد چہ لیس صحیح چہ زہ دیہ یا صیغہ خلع ہرگاہ پہیرک زہ پہیرہ بہ
یا زنانہ کرہ خیار شرط در عوض صحیح چہ زہ دیہ خلع کرم زہ ہرگاہ یک یزہ تی یتہ کنہ ہرگاہ
بینہ یا پہ ضامن ہزار دینار سینک یا دک مہ سا اس دینار دویم خلع کرہ ون شرط چہ زہ بالغ
تہ عاقل آسہ بیہ یا اختیار تہ یا قصد صحیح چہ خلع تس اگسنہ زہ حجراسک کرمت تس سفاہتہ تی عقلی
ملہ یا مفلسی تمہ اما عوض خلع کرنتہ کس تسلیم بیہ چہ صحیح از ولی نابالغ تسندہ کنہ تس عالمس نشتہ خلع

در خلع و مبارا

چهنه طلاق نه انان بیه از ذمی ته حربی شراب تے عوض آهسه تریم خلع کرنه آمتر زنانه سه چهنه وجه تس منز
چهه شرطازه بعقد دایمی آسه ته جایز آهسه تن در اموال تصرف کرن بیه آسه پاک از حیض ته نفاس تتت
پاکی منز آسه نه وطی سیمیت هرگاه مدخوله آسه بیه آسه درسن حیض ته شوهر آسس حاضر یا بر حکم حاضر ته کینه کو
بیه آسه کراهت زوجه سنه ده طرفه پیس هرگاه خلع کرس تسنده طرفه کراهت آسنه سوا صحیح چهنه هرگاه
طلاق دیس یمه عوض طلاق چهه رجعی عوض چهنه لازم صحیح چهه خلع تس زنانه هند. زه دخول چهنه کرمت بیه
حامله سند ز حیض تے آسه بیه گنه چهه خلع آسه ته رجا او وطی خلع کنیز چهه صحیح ته مولاس پٹھ چهه عوض لازم هرگاه
اذن آسس دیمت ننه روزه دری کنیز یت آزادی پته هیس خلع چهنه واجب هرگاه زنانه دیه لهنه
داخل کرن زه پیٹ سی زه ناخوشی آسی ده تسنز بلکه سنت چهه بعضی چهه به وجوب گیمت ثو زوم عوض تسنده
فدیه دیان سنه چهه تس چیز زه ملک آسنه زیاده تی آسه تمه ختنه زه تس وو تمت چهه ته مهره منزه ته بیه گنه منز
شرط چهه زه معلوم آسه مشاهده کرنه یا وصف کرنه تمه زنگه زه از جهالت نیره اندازه چهنه تت
کمی ته زیادتی منز هرگاه خلع کرن شراب فدیه تهاوت باطل چهه اما هرگاه خلع پته طلاق آسس دیمت
سه سپنه رجعی هرگاه در مرض الموت فدیه دیه صحیح چهه توت زه برابر مهر المثل چهه ته تمه زیاده از
ثلث مال بلکه از اصل مال چهه صحیح بنا بر اقوی صحیح چهه تن فدیه از زوجه ته تسند س وکیلس نشه بیه تس لهنه
زه ضامن سپنه تسنده اذنه هرگاه مول زنانه هند دیه طلاق ده ماس ته بری آسس تسنده مهره نشه طلاق
چهه رجعی صداقه نشه سپنه بری ته مول سپنه ضامن هرگاه معین فدیه پتس از قبض تلف سپنه زوجه
چهه ضامن تت مثلی یا قیمتس هرگاه عیب داره سپنه شوهرس واته زه ارش هیس یا رد کره یا کره مثل طلب
یا قیمت هرگاه دون تن اکسی فدیس پٹھ خلع کره دو نون پٹھ چهه برابر هرگاه زه زنانه دیه لهه
د طلاق بر هزار دینار اده دیه اکس طلاق تس واته نصف تمک هرگاه گذکه طلاق پته دویم زنانه
طلاق دیه رجعی چهه سه ته فدیه چهنه تس پٹھ کیاه. زه جواب پٹھ سوال پٹھ هرگاه دیه طلاق
ده مهه سا س دیناره عوض هرگاه فدیه خوش چهنه فدیه چهنه صحیح پس هرگاه طلاق دیس رجعی چهه
دویم باب چهه در احکام خلع خلع سیت سپنه زوجه باین پس هرگاه سه فدیه نشه پهیره طلب

کره تت حدّس منز جایز جیه سه سینه رجعی ته شوهرس واته رجوع کره هرگاه زوجه پهیره فدیه لشته ته شوهر
زانه بیت تا عدّه گذره قولاه جیه زه صحیح جیه رجوع زوجه نه رجوع زوج قولاه جیه زه یله شوهرس
رجوع واتینه رجوع زوجه ته جهینه صحیح یه قول جیه قوی زه صحیح جهینه رجوع زوجه مگر تت جایه زه شوهرس
واته رجوع جایز جهینه زوجه سندس کیلس خلع کرن مهرالمثل خته زرس ته شوهره سندس وکیلس تمه خته
کمس تهینده اِدنه سوا پس هرگاه زنانه هند وکیل فدیه زر کره فدیه جیه فاسد ته طلاق زه خلع پیته جیه رجعی
آسه نه وکیل سینه ضامن فدیه هرگاه وکیل شوهر بلمبر خلع کره یا طلاق دیکس سیٹے دونوی جیه باطل تمه
مبارات جیه مثل خلع در جمیع احکام بمیه سوا ازه بیته آسه کراهیت از هردو جا بیه اسنه فدیه
مهرالمثل خته زر واجب جیه تمه بیته طلاق یا جماع حلال جهینه شوهرس یا نه تمه خته زه لش نه
آسن ته صیغه تمک جیه بارئتک علیٰ کذا فانت طالق هرگاه بعوض بارئتک آبنتک یا
فاسختک دیه یا بیه کنایات صحیح جیه اوی زه اعتبار جیه بصیغه طلاق هرگاه اقتصار کره انت طالق
علیٰ کذا یا بکذا صحیح جیه ته شرط جیه ته سوری زه در خلع جیه شرط آسنه منزه شوهر بالغ ته عاقل بیه یا
آسن نه بانه تمه سوا جیه تریم نوع جیه ظهار تت منز جیه ز بحث اوّل در ارکان تم جیه ژور اوّل صیغه
سُ جیه زه دیه پنیه زنانه انتِ منّی کظهرِ امّی یعنی ژ ه جهک مه لشته جه مینه هند لشت هه یا دپس لشتی چپه
ماجه مینه هنده لشت هه هرگاه بجای انت هٰذه یا زوجتی یا فلانه دیه ته بجای منّی علیّ یا اذنی یا معی دیه
یا تت ته تراوه ته دیه انت کظهر امّی ظهار بیه بوقوع هرگاه بجای ظهر بطن یا شعر دیه وجهنه
وقوع بن هرگاه ظهار قصد کره هرگاه ته تراوه ته دیه کامّی ته قصد تعظیم کره ظهار واقع سپن سُنه خالی
از قوت شرط جیه ظهار بوقوع ینس بوزن ته زه گواه عادل یکوٹه بیه ته دینه ورزه قصد ظهار اسن
پس هرگاه ام صیغه قصد طلاق کره صحیح جهینه نه طلاق ته نه ظهار قولِ اقوی جیه زه ظهار سپنه واقع
شرط تهاوت هرگاه شرط تهاوه زمانه گذرن دُور جهینه زه ظهار سپنه واقع هرگاه شرط تهاوه
مشیتِ خدا معلوم نه آسنه مشیت تس نز جهینه ظهار صحیح مگر یله قصد تبرک آسن نه شرط هرگاه دیه
انتِ طالقٌ کظهرِ امّی ته تاکید طلاق آسن قصد کرمت طلاق سپنه واقع خاص یا پیٹھ دویم

قول

مظاہر یعنی ظہار کرن وٲلس شرط چھہ تس منز بالغ آسُن بیہ عاقل تہٕ با اختیار تہٕ قصد ظہار کرہ

بریم مظاہر منہا یعنی سہ زنانہ زٕ ظہار چھہ تس نسبت شرط چھہ زٕ سہ آسہ منکوحہ بیہ آسہ پاک از

حیض تہٕ نفاس بیہ بییِ زن منز یکی آسنہ سپنمرنت پاکی منز ہرگاہ شوہر حاضر یا در حکم حاضر آسہ زنانہ

آسہ در سنِ حیض بیہ سہ در عقدِ ابی آسنس منز چھہ زٕ قول قول اقوی چھہ تس کنیزہ منز زٕ ہمبک

آسس وطی سپنمنتہ واقع سپنہ در زنِ متعہ چھہ تأمل شوم مشتبہ بہا یعنی تس زنانہ سیت تشبیہ سپنہ

سہ چھاج باجماع اما بیہ محرم زنانہ سیت بنسب آسنس محرم یا برضاع بیہ ہشن گوہرش بیہ بیب

تہٕ ماس تہٕ بیہ ہمو سوا چھہ تشبیہ کرن چھہ زٕ قول قول بوقوع چھہ خالی از قوت ہرگاہ بغیر یاد بغیر ظہر

تشبیہ کرہ واقع سپنہ تشبیہ کرنہ سیت مالس تہٕ بالیس تہٕ ہشہ بوقوع بیہ ظہار ہرگاہ زنانہ

زود انتِ علیّ کظہرِ امّی واقع سپنہ دویم بحث ظہار چھہ حرام تمہ سیت چھہ حرام

وطی یتہ تان کفارہ دیہ بندہ آزاد کرنہ ہرگاہ عاجز آسہ دون رتن ہند روزہ ہرگاہ

تہٕ ہکہ نتہ شیٹھن مسکینن بیہ طعام کینہ دیچھہ ہمیت زٕ بوسہ دین تہٕ اتھہ لاگن آسنہ ہند اعضان

تہٕ چھہ حرام پس ہرگاہ وطی کرہ کفارہ دِنہ برونہ لازم گژھن زٕ کفارہ پس ہرگاہ وطی مکرر کرہ پت

وطیہ یا بیت چھہ کفارہ ہرگاہ در روزۂ کفارہ وطی کرہ دہلہ یا روتہ روزہ تہاوہ گدہ بیہ

نوہ بنابر احوط اما در وطی شبِ روزہ رتہ تہٕ اکہ دہ بیہ واجب آسن ہر نو روزہ تہاونہ چھہ معلوم

ظہار شرط منز چھہ وطی حرام یتہ تان شرط بیہ ہرگاہ کفارہ کو سارِ ینمو عاجز آسہ استغفار کرہ تہٕ اوطی

چھہ وطی نکرن کفارہ دِنہ برونہ واجب سپنہ کفارہ مکرر ادٕہ وطی کرنہ تہٕ قرار بیہ نہ تمہ بلکہ حرام چھہ وطی

کفارہ سوا پس ہرگاہ طلاقِ رجعی پس رجوع کرہ حرام چھہ وطی یتہ تان کفارہ دیہ ہرگاہ عدہ

بیہ نکاح کرہ تس طلاقِ باین پس عدس منز یا عدہ بیہ کرس نکاح کفارہ چھہ لازم ہرگاہ

منز اکاہ مرتد سپنہ یا مرہ یا مُل بیہ کنیزہ اسنہ منز یا بیس ہیوتہ عقد کرہ یا فسخ کفارہ سپنہ ساقط

زوجہ مظاہرہ ہرگاہ صبر کرہ اعتراض چھنہ بر زوج ہرگاہ صبر کرنہ حال ہیٚکن گنڈ ادِہ حاکم شرع سہ

کرہ شوہرس مختار کفارس تہٕ طلاقس منز تہٕ مہلت دِیس ترن رتن مرافعہ بیہ پس ہرگاہ بیہ مدت گنڈہ

اکاه کړنه اختیار حبس کړسي تو تنگ کړه تس پټ نهن ته چهن پټ تا ان کاه اختیار کړه جبر کړسته حاکم
معین اکس پټ نه طلاق دینه لسنده کنه هر گاه ظهار مکرر دو نه کفار هسینه مکرر هر گاه ډون زنان دینه اکنتین
علی یکلظهر امي پرت زنانه هسنده باپت چه کفاره مرد مظاهر پله زنانه پینه طلاق رجعي دینه پرن رجع
کړنه پرونه چهنه کفاره محسوب ډرم نوع چه ایلاء در لغت چه ملا مطلق سوگند شرعس منز قسم کړان پت میټ زه
وطي کړنه زنانه ډون رتن یا ده تت منز جهینه باب باب اول چه در ارکان تم چه ډوراه احالف

در ایلاء

یعني شه نه قسم کهیه در ایلا شرط چه زه آسیه بالغ ته عاقل ته مختار بیه کړه قصد ایلا ابنده تی آسیه یا ذمي
یا خصي یا مجبوب یا مریض یا مظاهر دویم محلوف علیه یعني پټ پټ قسم کهیه ایلاس منشه چه وطي زوجه
ترک کړن صریح تمکث چهیپي زه قسم کهیه ره پهنان کړنه حشفه در فرج زن خود بیه یه تت سه چه اما قسم
کهن ترک کړه تس جماع نه وطي مباشرت هر گاه قصد ایلاء کړه بوقوع بیه ایلا نه سه نه بوقوع اما هر گاه
قسم کهیه زه پهرپس تهاو نه لسندس سهرس سیت اکس شاندس پټ یا تس سیت زوزنه اکس گهس منز یا غایب
سپینه تس لسنه یا دوري کړه هر گاه قصد ایلا آسن خالی ار قوت چهنه ایلا بوقوع ین پته کمنه چهنه خالی از
ایلا بوقوع ین هر گاه شرطس اکس او یزان تهاوس هر گاه قسم کهیه مجامعت کړنه در حیض یا نفاس کهیه
کاه ضرر اه و اسا و نه باپت بلکه ته آسیه اصلاح باپت دوکه یا ارره باپت بیماره لسنه ایلا بینه نه بوقوع
بیه چه شرط زه آسنه آسس دخول اگر متت بعقد دایمي ایلا سپینه واقع متعه زنانه ته ملک یمین زنانه
پټ واقع چه سپیان آزاد زنانه پټ نه تس کنیزه پټ زه عقد آس سیټمیت بیه تس زنانه پټ زه طلاق
رجعي آسس تمت ترییم مخلوف به یعني بیه سیت قسم یاوان چه سه چه لفظ الله تعالی ته سوا سپینه دیع

در احکام ایلا

بیه یمینه یان آسیه واقع سپینه یله قصد کړه ډورم چه مدت سه چه زیاده ډورت یمي زه قسم کهیه زراه
کړسته وطي یا مقید کړه مدت اکه زه ډورت زیاده آسیه هر گاه قسم کهیه زه امس واتنه ورهس اکه پهره
سوا في الحال چهنه ایلا یله وطي کړه وطي بیته زوزه با آخر سال ډورت نیاده ایلا چه دویم باب چه
در احکام ایلا یله ایلاء واقع سپینه پس هر گاه زنانه صبر کړه اغزامناه چهنه هر گاه صبر کړنه گذراوه
امر پنن حاکم سه تهاوه اختیار تس پت منز زه رجوع پزن کړه ته دخول کړسي یا طلاق دیس ته مهلت

دیہ تس برانعہ پتہ ژون رٹ آنز انہ آہتن سہ مرد یا بندہ تہ زنانہ ازاد آسہ تن یا کنیز پس ہرگاہ مدت
گذرتہ سہ دلیس طلاق رجعی آسہ ہرگاہ زنانہ کن رجوع کرہ لازم سپنہ کفارہ پتس پتہ کفارہ چھ یی زہ
بندہ کرہ ازاد یا دیہ شہن مسکینن طعام یا پوشاک ہرگاہ عاجز سپنہ تراہ شیتھ ہر روزہ ہرگاہ یہ
مدت گژھت پونہ اکاہ اختیار کرن جس کرس تہ تنگ کرہ تس پتہ کھن تہ چن بیتا کاہ اختیار کرہ ہرگاہ
اہمال کرہ یت تان مدت ایلا گذرہ کفارہ سپنہ ساقط نہ حکم ایلا گژھ باطل ہرگاہ وطی کرہ سہوا آیا در حال
دیوانگی یا شبہہ ایلا سپنہ باطل نہ کفارہ چھنہ ہرگاہ آسہ ایلا پتہ مل سپیہ تہ ازاد کرس اوہ کرہ تس
تزویج ایلا گژھ باطل ایلاکہ تکرارہ سپنہ مکرر کفارہ ہرگاہ قسم کھیہ سپنن تہ زنانن کرنہ وطی
جایز چھ نہ ترن زنانن کرہ وطی پس سپنہ ایلا معین تہ ورمہ منزہ ہرگاہ تمو منزہ اکا ہمرہ وطی برونہ
ایلا سپنہ باطل یا نزم نوع چھ لعان تت منز چھ ترہ باب اول چھ تمکس سبس منز سہ چھ زہ امر اول چھ
دشنام دن عفیفہ اشنہ زنہ دخول سپنمت آس زنا سیت تہ مشاہدہ کرہ تنک دعوی اسہ تہ گواہ نہ
آسنت پس ہرگاہ زنا دشنام دیہ بیگانہ زنانہ یا پننہ زنانہ دعوای مشاہدہ آسنہ سوا تس پتہ چھ حد دوم
نہ لعان چھنہ تہ ہرگاہ زنانہ زنا مشہور آسہ یا تت پتہ آسہ گواہ نہ چھ حد واجب نہ چھ لعان ہرگاہ دشنام
دیہ تمہ زنا سیت زنہ نکاحہ برونہ آسہ لعان چھ نزد بعضی ہرگاہ مباشرتہ دشنام دیہ نہ چھ حد نہ لعان
دویم چھ انکار کرن تس شرس … زاو آسنہ بعقد دایی شہ رت گژھت دخولہ پتہ ورہس تان ہرگاہ
شبہہ رتہ تلم شراہ … قصور نفی سپنہ لعانہ سوا ہرگاہ در مدت حمل اختلاف کرن دخولہ پتہ لعان
کرن بلہ شرس اقرار کرہ تمون چھ تمہ پتہ واتنہ تس ہیٹ کرن ہرگاہ ہیٹ کرہ زہ چھ نہ لعان ہرگاہ
از مبارک باد فرزند جواب دیہ آمین یا انشاء اللہ اعتراف بہ فرزند چھ جایز چھنہ نفی ولد کرن
شبہہ یا بیت یا گمانہ اکہ یا اوی زہ تس بہ چھنہ دویم باب چھ در ارکان لعان تم چھ ترہ اول ملاعن یعنی
لعان ونون شرط چھ سہ آسہ بالغ تہ عاقل بیہ بینا در لعان دشنام بر زنانہ در نفی ولد بیہ تہ زانن بیقین
نہ بمحض گمان عادل خبردنہ یار زنانہ تسنز فاش ونہ شرط چھنہ سہ مسلمان تہ ازاد آسن دویم ملاعنہ
یعنی سہ زنانہ زنہ لعان چھ تس نسبت شرط چھ بالغ تہ رشیدا آسن سہ بیہ مدخولہ آسن بعقد دایی

کینژ و چینه دخول شرط اکر مت بته کنه چه شرط زچ ته زرآسته تریم صیغه سه چه تی زه مرد
زوره پهره اَشهدُ بِاللهِ اِنّي لَمِنَ الصّادِقِينَ فِي ما رميتها يعني گواهی دوان چھس بخدا
زه به چھس پر زیار ومنزه تت منز زه نسبت کرم امس اوه دپه لَعنَةُ اللهِ عَلَيَّ اِنْ كُنْتُ
مِنَ الكاذبين يعني لعنت خدا مه پیٹھ هرگاه اپز یار ومنز چھس لیه مرد یه ونه حد سینه تس
نشه ساقط ته واجب سینه زنانه پیٹھ اده یله زنانه ونه زوره پهره اَشهدُ بِاللهِ اِنَّهُ لَمِنَ الكاذبين
یعني گواهی چھس دوان بخدا یه چه اپز یار ومنزه اده دپه غَضَبُ اللهِ عَلَيَّ اِنْ كانَ مِنَ الصّادقين
یعني غضب خدا چه مه پیٹھ هرگاه یه پز یار ومنزه آسه حد سینه ساقط زنانه نشه ته
حرام ته سینه همیشه تس پیٹھ بیه چه واجب زه لفظ شهادت ونن بیه روزن مرد ته زنانه وتهدنه نزد
حاکم مرد کره ابتدا اده زنانه ته بترتیب ونن بیه کته گو بلفظ عربي هرگاه عاجز آسن ترجمه ونن بیه آسه
نزد حاکم یا تس اکس نشه زه لستنده کته چه مضبوط امه بایت بیه چه پُشنت زه حاکم به پشت لقبله ته مرد
روزه ایستاده حاکمس وچھن کنن ته زنانه کهوکن جماعت اکس حضور شهادت ته بیه ته لعن ته غضب برونه
پره وعظ تمن تریم باب چه در احکام لعان یله دوی لعان کرن حد سینه ساقط فرزند زهینه مردس نشه نه
زنانه نشه ته زنانه سینه حرام دایمی تس لیه هرگاه شهادت ونان نکول کره ته قسم کهینه نه یاد یه اپز ونم
تس پیٹھ سینه حد ثابت ته زنانه سینه حرام هرگاه زنانه اقرار کره یا قسم کهینه نه رجم کرن تس
حرام سینه هرگاه مرد بعد لعان دپ ته اپز ونم فرزند نیه میراث لستند ته سه نینه از فرزند میراث بینه
لستند خویش حرام آسن زنانه چه باقی هرگاه زنانه لعان پته اعتراف کره حد اه چینه تس پیٹھ
مگر یله ژور یهم کره اقرار نزد اکثر فقها و هرگاه زنانه گواه گذراوه لستندس بزنا دشنام دنس
مرد سینه منکر ثابت چه حد تس پیٹھ هرگاه زنانه زنا کره تس اقرار کره لعان بروته حد زوج سینه ساقط
ته حد زن سینه ثابت مگر یله ژوره پهره کره اقرار بیه زوجه تصدیق کرنه شوهرس در نفي ولد فرزند
زهینه لعان سوا هرگاه زنانه مره لعان برونه لعان سینه ساقط تس پیٹھ سینه حد ثابت لستنده تا وارث ستی
هرگاه تس لسبب دشنام بزنا حد کرن ته بیه دشنام حد سینه واجب بیه کتاب العتق سینه یه

در احکام لعان

پتره

در ذکر عیوب عنین

عربی ته فارسی کتابو منز معلوم کتاب نذر بیه عهد یمین بیه کفاره تت منز ترجمه مقصد اول چهه نذر ته
عهد تت منز چهه مقدمه ته زه باب مقدمه نذر چهه لازم کرن شخص طاعتاه پانس پٹھ بیه طریقه
در شرع آمت آسه بیه گنه چهه عهد اختلاف چهه یمین دون در صیغه ناذر چهه تس وَنن ییٚنِ گنیتره کره لازم پانس
پیٹھ منذور دیان چهه تت چیز نس زه پانس پیٹھ لازم باب اول چهه ذرنا ذرته صیغه نذر اما ناذر شرط
چهه تس منز زه بالغ ته عاقل آسه بیه مسلمان ته مختار بیه آسِس قصد بیه قدرت بر منذور بیه آسِ جایز التصرف
مالیات نذر کرِتس بیه بنده سندِس نذرس منز اذن آسن مولی سندِ بیه فرزنده سندس نذرس
مال سند اذن آسن هرگاه مول آسِس بنا بر احوط اقوی تے چهه ته شرط نه آسن بیه گنیه چهه در زوجه بلی قوی چهه
نکاح دایمی در زوجه یله نذر کره تی زه منافی تمتع نفس آسه زه حق شوهر چهه بر ونه تسند منع آمت
نذر سپینه منعقد بیه چهه شرط زه منذور نه آسه واجب نه حرام لیس لازم سپینه گنیه
نذر نهاد نه کنز تمیز دارتی آسه بیه نه نذر نهاد نه دیوانه بیه کافر اما یله مسلمان سپینه سنت چهه فاتر
تت بیه نذر نهاد نه باکراه نه مستی منز ته بیهوشی منز بیه نذر نهاد نه بنده آزادتی سپینه تمه پته
هرگاه مولی اجازه دیه لازم سپینه صیغه نذر چهه دو بیه قسمه اکھ سُنْ ه باشرط آسِه یتھی زه
ان شفی الله مریضی فلله علی صوم یوم یعنی هرگاه شفا دیه خدا بیمارس مینس اده چهه
خدا لیس مه پیٹھ روزه اکھ دنیچه بیه گنه چهه هرگاه دیه زه هرگاه روزی کره خدا مه فرزنداه
یا هرگاه زنا کره نه یا هرگاه نماز کره یا هرگاه کره اده خدا لیس چهه مه پیٹھ صدقه هزار دینار
بیاکھ دُیی زه شرط رُست آسِه مثل لله علی صوم یوم یعنی خدا لیس چهه مه پیٹھ اکھ دنیچه روزه گنیتره
چهه دیمت زه بیه صیغه سپینه نذر واقع هرگاه نذره پته دیه ان شاء الله یا هرگاه زید پته تی
لازم سپینه چیز اه لس پیٹھ شرط چهه در نذر باشرطی زه غرض آسِه شرط منز ژهاون نعمتاه
مال ته فرزنده یا ژلن زحمتاه بیماری ته ظلم یا آسِه غرض نفس پیٹھ رٹن فعل قبیح نشه مثل زنا تُرا
یا فعل مباح کره اژن یا چیر لس کرن یِن تت کارس پیٹھ زه جان آسِه شرعاً مثل
نماز ته روزه یا مباح کارس پیٹھ بهن ته وتهن یا آسِه غرض شکر یا بی زه دیه یله فرا ان

دایم نذر معلق [illegible]

تمام کرہ خدا ئیں چُھہ مِہ بیٹ زِہ صدقہ کرہ ساس دینار پزِہ زِہ تت کارس آسِہ صلاحیت سِکر
ندِی زِہ معصیتاہ آسِہ صحیح چھنہ نذر ہرگاہ غرض آسہ شرطہ نذر معصیتا گرن یا طاعتاہ ترک
کرن بیہ نِہ بی زِہ نذر کرِہ مباح کارس بیٹ تمہ حالہ زِہ اولی آسِہ گرن تِہ ہیس صحیح چھنہ بی نِہ دیہ
ہرگاہ بیہ زنامِہ رُوزی سپنہ یا ہرگاہ بیہ موِمن یار رن خدائیں چُھہ مِہ بیٹ زِہ صدقہ دِمہ ساس دِوِیم
باب چھہ مِنذور یعنی تت منزِ زِہ نذر سیت چھہ لازم سپنان تت منز چھہ شرطہ زِہ طاعتاہ
آسِہ زِہ نا ذرہ سندِہ تہہ بیہ مثل نماز نذر رُوزہ بیہ حج تہ قربان بیہ صدقہ تہ عتق بیہ جہاد تہ تجہیز
میت سنت آستن یا واجب کفائی یا واجب عینی بیتہ گنہ چھہ عیادت بیمارتہ زیارت قبور بیہ بدار
تس اکسِندِ زِہ سفرہ آسِہ آمت بعضیو چھہ دِمِت ہرگاہ نذر کرہ رُوزہ ماہِ رمضان واقع سپنہ
تکیاہ زِہ نذرہ سوا چھہ تمہ واجب قول اصح چھہ تی زِہ صحیح چھہ فایدہ چھہ کفارس منز منذور سپنہ
بجا انن لازم تمی سپنز تہ تموی صفرِ رُوزِہ نذر کرِہ ہن منزِ ونن بیا دیگر ہن بہ در حج تہ دراز قرائت
پرن ہش در نماز بیہ مضمضہ تہ استنشاق کرن بیہ وضوس منز اما مباح کار نذر کرن کھن بیہ تنگن بیہ
اقوی چھہ تی زِہ صحیح چھنہ یہ لازم سپنان چھہ نذرہ سیت تہ چھہ سٹاہ از انجملہ سپن ذکر کینہ اکھ
رُوزہ ہرگاہ رُوزہ نذر کرن ماہ تہ سال کرنہ ذکر اکھ ہیچہ رُوزہ چھہ بس ہرگاہ اکس رتس رُوزہ
دِرِنہ نذر کرِہ تہ پیا پی آسنہ لازم سپنہ پیا پی درنہ ہرگاہ نذر کرِہ زِہ پیا پی درہ رُوزہ تہ در
تمکس قضاس منز سپنہ واجب پیا پی درنہ ہرگاہ نذر کرہ معین دوہس اکس تہاوہ رُوزہ لازم
سپنہ قضای عید رمضان تہ عید قربان تہ واجب سپنہ قضای ایام حیض تہ بیماری بر قول اقر
بیہ بیہ رُوزہ کھیشِرِہ آسنس سفرس منز بیہ بلہ افطار کرہ منز ورہ قضا درہ تہ کفارہ دیہ بیہ
رُوزہ درہ مرتہ چھس محسوب چھہ ہرگاہ پیا پی تہاوہ نہ شرط کرمت آسِہ ہرگاہ تہ شرط کرمت
آسِس گُڈہ بیہ تہاوِہ رُوزہ گنیترو چھہ دِچھِتہ تہ کرہ ہرگاہ نصفہ آسِہ گنڈرمت ہرگاہ افطار
کُنہ عذرہ کرہ مثل حیض تہ بیماری بیہ سفر قضا ورہ محسوب چھہ بیہ تہاوِہ مرتہ چھس تہ کفارہ سپنہ
لازم ضروری سفر چھہ عذر ہرگاہ نذر کرِہ رُوزہ یک سال واجب سپنن بہ رت تہ تیت تہاونہ

سپننہ واجب تہ کم گژھن نہ تس ایام رمضان تہ دون عیدن ہند دہ ہرگاہ نذر کرہ روزہ تھاونہ
سفرہ بینکہ دہ زید واقع سپننہ ہرگاہ نذر کرہ نہ یہ دہ زید سفرہ بیہ ہمیشہ تھاوہ تمہ دہ روز
لازم سپننہ ہمیشہ تھاوہ تمہ دہ روزہ سدواتنکہ دہ سوا ہرگاہ کانژاہ سنت روزہ تھاونہ
منز دہ کرہ نذر زہ بیاریمی ہس تھاوہ روزہ لازم سپننہ ہرگاہ نذر کرہ بعضی دہس روزہ تھاونہ صحیح
چھنہ ہرگاہ کانژاہ نذر کرہ روزہ تھاونہ برسوارہ تہ زید بینکہ دہ ہمیشہ ادہ بیہ برس وار
دہ سنہ لازم سپننہ تس ہٹ برسوارہ روزہ تھاونہ خاص یا ہتہ واجب سپننہ قضا پنجنبہ
تہ برسوار قضا نہ در رمضان بیہ یا در عید یا حیض یا بیماری ہرگاہ تس ہٹ واجب سپننہ دون
ردروزہ تھاونہ بیاپی برسوارہ دیہ نذر چہ شرط تہ بیاپی تھاونہ ژھننہ تمہ تکیاہ زہ عذر چہ ہرگاہ
کانژاہ روزہ تمام وہر نذر کرہ لازم سپننہ تہ واجب چھنہ تس ہٹ روزہ ایام حیض تہ عید
رمضان بیہ ایام تشریق یا یہ منی آسہ بیہ ایام بیماری تہ سفر بلہ عمداً افطار کرہ کفارہ دیہ تہ
قضا چھنہ ہرگاہ غیر دہ کروزہ تھاونہ نذر کرہ واقع سپننہ ہرگاہ روزہ زمانن نذر کرہ پرزن
گژھن واجب روزہ عیین سپننہ ہرگاہ نذر کرہ روزہ تھاونہ اکس تس پیٹ صحیح چھیہ زہ
بیہ ہن دہن تھاوہ روزہ باقی روزہ تھاوہ بیس پیٹ تھاونہ سوا ہرگاہ کانہ مکروہ روزہ نذر تھا
لازم سپننہ دویم نماز ہرگاہ نذر کرہ نماز کرہ تہ رکعت کرنہ معین اک رکعت سپننہ واجب یعنی
اک رکعت چھہ لبس اما بعنوان نماز ندر کرہ بیہ گنہ ہرگاہ مراد موجب تقرب بہ خدا نذر کرہ چھی
یہ موجب تقرب سپننہ اک رکعت نماز ہش یا روزہ یک روز بیہ یا صدقہ گنہ چیز ہرگاہ نماز نذر
در کعبہ نذر کرہ کفایت کرنہ کرن سہ مسجد منز بلکہ یہ زہ در کعبہ کرہ تت ہرگاہ نذر کرہ زہ نماز
کرہ مسجد منز واجب بیہ ہرگاہ در نذر نماز یا مسجد معین کرہ لازم سپننہ ہرگاہ نماز زہ معین کرن
فلان مسجد منز کرہ تہ وقت تمک آسہ تنگ گومت تہ سہ آسہ تمہ مسجد نشہ دور بلیس جایہ کرہ سہ نماز
تہ کفارہ دیہ بنا بر احوط تہ کفارہ چھہ واجب تت صورتس منز زہ سوای عذر آسہ وقت تنگ
گومت بیہ ہرگاہ نذر کرہ نماز کرہ مکروہ وقتن منز لازم سپننہ تریم حج ہرگاہ نذر کرہ حج

نذر نماز

حج

هرگاه حج

کرہ پیادہ معین سپنہ زہ تمہ شہرہ پٹھہ زہ نذر چھس کرمت پیادہ گژھ کنیژ و چھہ دیمت متقاتہ
پتہ پس ہرگاہ قدرت آسَس سوار سپنہ گژھ پتہ کرہ حج معین آسنہ تتہ دیہ کفارہ ہرگاہ عاجز آسہ
سوار سپنہ بیہ درحج پیادہ ناوہ منز روزہ وتھدنہ بنا بر احوط بیہ ہرگاہ نذر کرہ فلان ورہ کرہ حج
تہ عاجز سپنہ قضا چھنہ ژورم مسجد ہرگاہ نذر کرہ زہ مسجد گژھہ واجب سپنہ مسجد گژھن تہ واجب
چھنہ تتہ زہ نماز کرہ تہ اعتکاف سپنہ پانژم عتق ہرگاہ نذر کرہ زہ آزاد کرن مسلمان بندہ
واجب چھنہ آزاد کرن بندہ مسلمان شرط آسن بلوغ تہ تند چھنہ معلوم ہرگاہ نذر کرہ بندہ کافر
آزاد کرن صحیح چھنہ ہرگاہ کافر معینی آزاد کرن نذر کرہ خلاف چھہ تہ تت منز ہرگاہ نذر کرہ بندہ آزاد کرن
جائز چھنہ آزاد کرن لوکٹ تہ بدہ صحیح تہ عیب دار ہرگاہ نذر کرہ زہ بندہ کنہنہ واجب چھنہ مگر ضرور ژوزہ
شیمی صدقہ ہرگاہ نذر صدقہ کرہ معین کرنہ سوا مقدار واجب چھنہ کم چیزاہ ہرگاہ مقدار اہ معین
کرہ یا معین کرہ جنساہ یا مستحقاہ یا کرہ وفا کرن نذرس معین جایہ منز یا معین وقتس اکس منز لازم
سپنہ ہرگاہ نذر کرہ زہ سوری مال کرہ صدقہ تہ تمہ ضرر گژھ ہنس گھوژہ قیمت کرستہ کم کم کرہ صدقہ
یت تان صدقہ سپنہ قیمتس برابر تتھ تہ واجب چھنہ کفارہ خلاف نذر کرنہ سببہ عمدا تہ پنہ
اختیارہ ہرگاہ منذورہ نشہ عاجز گژھہ ساقط سپنہ روایت چھہ زہ ہرگاہ کانژاہ روزہ
نذر کرہ تہ عاجز سپنہ تمہ پرت دہ کنہ دیہ خوراک اکس مذ صدقہ عہدس چھہ حکم نذر
صیغہ تمِک چھہ علیّ عہد اللہ یا عاھدت اللہ تعالی متی شفی مریضی ان اصوم
شہر یعنی عہد خدا چھہ میہ پٹھ یا عہد کرم یا خدا یس زہ ہرگاہ شفا بیہ بیمار مون تیلہ چھہ اکہ رتہ
روزہ پس ہرگاہ تہ یہ لازم ہیو ون پانس پٹھ عہدہ سیتھ واجب آسہ یا سنت یا قبیح ترک کرن
یا ترک مکروہ یا مباحاہ زہ برابر آسہ کرن تہ نہ کرن تہ دنیاس منز تہ آخرتس منز یا بہتر آسہ واجب سپنہ
ہرگاہ امہ خلاف تہ لازم سپنہ تس اکسنہ پانہ زہ عہد کرہ فعل حرام کرہ یا ترک واجب
ہرگاہ نذر یا عہد کرہ کرنس پٹھ مباح کارہ زہ اولی آسہ نہ کرن تہ دردین یا دنیا یا نذر یا عہد کرہ
مباح کارہ نہ کرنس پٹھ تہ اولی آسہ کرن تہ دردین یا دنیا اولی کرہ اختیار کفارہ چھنہ گینہ واقع
سپنہ کانہہ نذرہ منزہ تہ عہدہ منزہ لفظہ سوا نہ ظاہری قصدہ سیتھ شرطی چھہ قصد لفظس سیتھ

آسن پیس نذر او ته عهد او زه زمانه اکه سیت قید کرت آسیه واجب چه زه تت زمانیس منز
انن بجا تت پیس هرگاه یله عهد اترک کرن واجب سپنه قضا بیه کفاره هرگاه زمانه اکه سیت قید
کرت آسیه نه نذر یا عهد چه موسّع یه ته بجا انن تت نکه وه کینز و چه وچهت یلیه شرطا جو
سپننه مضیق سپننه بجا انن سه دوهم مقصد چه وریمن تت منز چه اک مقدّمة زه باب
مقدمه یمین ته حلفت ته سوگند چه بیک معنی ته چه قسم یاون خدائیتعالی سند ناوو سیت زه
خاص چه لس تحقیق کرنه باپت امراه زه احتمال خلاف آسن حالف چه لس وپان زه قسم یاوه
محلوف علیه چه وپان یت پت قسم یاون زه بجا انو ته مثل نماز ته روزه محلوف به چه وپان
یمه سیت قسم یاون خدایه سند ناوه منزه مو سوا حنث گو گنهگار در سوگند خلاف کرنه باپت
حانث گو گنهگار قسمس منز خلاف کرنه باپت باب اوّل چه در حالف ته محلوف به انا حالف
شرطا چه زه بالغ ته عاقل ته مختار آسیه بیه آسن قصد لفظه ته معنی یه کنه چه شرطا اذن
پدر و والد لس سیت بیه اذن شوهر در زوجه بیه اذن موالی در بنده بیه پی زه سفیه ته مفلس آسنه
قسم یاونس منز در مالیات لیس هرگاه قسم یاوه نابالغ یا دیوانه یا غضبناک زه پانس
زنانه رچهت یا آشن شوهره سنده اذنه رست بیه غیر فعل واجب حرام یه کنه فرزند
مالیس سیت تسنده اذنه سوا یا سهٔی زه یا کراه یاوه قسم یمن سارن پت سپننه کینزاه لازم
صحیح چه کافر سند قسم نکیاه زه تقرب بخدا چه نه شرط اتا محلوف به شرط چه زه لفظ الله
آسیه یا اسماء زه مخصوص چه لس مثل رحمن یا ناماه زه سه ونفس منز آسیه زر مراد سه مثل رب
ته خالق بیه رازق ته باری ته مثل اسم قادر ته سمیع بیه بصیر واقع سپنه قسم بجلال الله بیه بعظمة الله
بیه بکبریاء الله بیه باقسم بالله ته احلف بالله بیه به اقسمت بالله و حلفت بالله بیه اشهد بالله
بیه بعمر الله ته معنی سارن هنه چه زه قسم یاوان چهس خدایه سند انا یه اقسمت تنها واشهد تنها
واعزم بالله واقع سپننه یه کنه سپننه واقع قسم طلاقه سیت ته نه عتق سیت ته نه کعبه سیت
ته نه بقرآن ته نه نبی ته نه بحق الله یه کنه چه شرط زه تت سپننه انشاء الله بعد نیتره زن
قسم انه بکر قضای سوگندی چه باته تاته واو مثل والله و بالله و تالله بیه بکلمات قسم مثل بجلال الله

الیمین

شرطا

ته ایمن الله ته ایم الله بیه من الله ته م الله هرگاه قسم کهیه زه گره گمنزه هرگاه زید زه موقوف ته
معلق چه تسند سن شاه د نس هرگاه خواهش کره واقع سپنه هرگاه خواهش کرنه یا معلوم آسنه تسند حال
و نکه سبتبه یه تت هرچه واقع سپنبه بیه سپنه سوگند واقع پر چیز گذشته تت خلاف کرنه سپلنه کفاره
واجب عمداً یا دروغ سوگند کهیه بیه نه قسم زه کاتسیت کهیه مثل والله که یا به بیه چه شرط زه محلوف
علیه یعنی یت پټ قسم کهیه آسه اده وجب یا سنت یا ترک حرام یا مکروه یا مباحاه زه فعل ته
ترک تیک آسه برابر دروغ یاد نیا هرگاه یته آسنه پس هرگاه قسم کهیه زه کاراه واجب یا سنت
یا مباح بهتر کرنه یا قسم کهیه زه کاراه حرام یا مکروه یا مباح زه بهتر چهنه کره قسم سپغنه واقع یته
کنه هرگاه قسم کهیه امرسن اکس پټ زه ته کرسن آسه عاجز زه کهنه کرت دو هم باب
چه در محلوف علیه چه کنیه نوع اول عقد سره گو ایجاب قبول پس هرگاه قسم کهیه زه کنه یا
بخشه خلاص سپلنه کرد و لوی کرنه ته بیع صحیح سیت پس خلاف سپغنه به بیع فاسد بیه بیز زه یا به بیع
مشغول تت پس خلاص سپغنه کی زه وکیل بیع کره هرگاه قسم کهیه زه عمارت کرنه ته امر کره عمارت
کرنس حانث سپغنه منز واکثر بنا بر عرف ته عادت یته کنه هرگاه پادشاه قسم کهیه لا نیه اده کره فرمان
هرگاه قسم کهیه زه پس چیز زید کل هیه کهیه یا ولنه حانث سپغنه تحه چیز زه قبول کره به بخشش یا
بصلح یا بشفعه اخیه نه تحه زه زید ته عمر عیه یا بیم یا گرو تی ته هرگاه قسم کهیه زه کل بچه ته اده هیه
وکیل لسنه کل حانث سپغنه هرگاه وکیل سپنه ته کل هیه حانث سپنه دویم هم یا چه کهن ته چن
پس هرگاه قسم کهیه زه چهنه نه کښه آب حانث سپنه مگر سوری چهنه هرگاه قسم کهیه زه بیه
آب چهنه حانث سپنه تنکی کنیز اه چهنه هرگاه قسم کهیه وچهته ماز کهنه حانث سپنه
دو لوی کهنه یکو ته هرگاه قسم کهیه زه کهنه گله میراه حانث سپنه کهنه گله مرغ ته گاد هرگاه
قسم کهیه زه کهمنه حانث سپینه چنه ته تها و نه قند نه شکر آسن منز زه گله قسم کهنس منز و چه پټ
شیره تیک چنه سپنه حانث قسم کهنس منز پسر که سکنجبین چه سپنه حانث هرگاه قسم کهیه زه
یه ژت کهمه یگاه ته از کهیه یا تلف کرس لازم سپنه نس پټ کفاره تی تیه یکم یا چه گرس منز

هګر ڈن هرګاه قسم کهیه زه ګرس منز ګرځهنه پاس پټ کهینه سپنینه حانث هرګاه قسم کهیه بر

۴ کډه مت

بیرون خلاص سپنینه پاس پټ کهین هرګاه قسم کهیه زه در خانه روز نه میاه رور ته سپنیه حانث

پس هرګاه قسم یته نبر نیره خلاصی لبه هرګاه در نګی کره حانث سپنینه نبر نی آتسس عیال پنن

هرګانبر نیره ته پهیرت اژه اسباب خانه کډنه باپت حانث سپنینه قرو قرم چهه درصفت نه سبت

پس هرګاه قسم کهیه زه در خانه زید ګرځهنه حانث سپنینه ګرځهنه تت زه روزان چهه تته ته ملک

تسند چهنه ته حانث سپنه ګرځهنه کره تسند زه روزان چهنه تته هرګاه قسم کهیه زه تسنزه روزن

جایه منز ګرځهنه حانث سپنینه ګرځهنه تت زه مسکن تسند چهه باجاره یا عاریه نه تت ملکس منز زه

مسکن چهنه بیه نه تت مسکنس منز زه غصب کرنت چهس هرګاه قسم کهیه زه در خانه زید ګرځهنه یا کت

کرنه تسند سن خلاس سیت حرام چهه بیت تان ملک تسند چهه یله تسنده ملکه منزه نیره حرمت ګرژه

زایل هرګاه قسم بیه زه ولنه پیر سناه اده کره ژاورتت حانث سپنه یا نن هر چهه کلام هرګاه

دیه زه والیده ژه سیت کرنه کت اده دیه دور ګرځه نسه حانث سپنه پتمه کته ته حانث سپنینه لکهنه

بد اعضائے

اشاره کرنه هرګاه قسم کهیه زه کت کرنه قران پرنه سپنینه حانث هرګاه قسم کهیه زه زیدس کرنه سلام

یمین [illegible]

ته سلام کره تسس ور تاریکی زه پرزه تاوسنه حانث سپنینه بیه هرګاه جماعتس سلام کره زه ته آسه

اکاه تمن منز ته تسس کره نبر تمو منزه بلفظ یا نیت حانث سپنینه هرګاه نبر کرسنه حانث سپنینه شیمهی

در خصومت هرګاه قسم کهیه زه بندس لایه حد چوب راج سپنینه لایه تسس چوبه اکه بحسب عادت پس هرګاه

بضمن

تمکه خرره تسه ګهوژه کافی چهه زه اکه بده سیت مورن هنده یا اکه موره زه تت آسن شاخهای

بسیارته اکس اکس پټ ګنډن ته یکبار لاین شرط چهنه زه پیرت شاخاه واته تمو منزه تسندس

بدنس بیه چهه لمی دزه زه حده باپت یا تعزیره باپت آسه هرګاه ادب باپت آسه برای امر دنیا

اولی چهه زه عفو کره کینه کفاره چهنه هرګاه قسم کهیه زه پګاه واله تګه حق تسند اده نخش ته

خلاص سپنه قسمه نسه ته کفاره چهنه یته اکنه هرګاه حقدار مره اما هرګاه ویمت آسن زه حق تسند

دیه پره زه تسندن وارثن دیه خاتمه یله قسم کهیه زه فعل کرنه پترنه زه هرګز کرنه قبول کرن

دعوی تسند زه معین کرنت چهس اکس تاین هرګاه قسم کینه زه فعل کره اکه پهره چهه تسس لازم چهنه

ن کرہ تہ تنک سپنہ وقت تمک یلہ مرہ نمک گمان آسن ہرگاہ قسم کیہ زِ صدقہ کرہ مال پنن
ل چُھہ تت منز عین تہ دین ہرگاہ قسم کیہ گُنہ چیزہ تس اکسندہ باپت نہ گد ماگہ تسند گرہ گرہ
سن سوا بماکاہ ثُت ہرگاہ دپہ تسندی باپت زِہ پتہ اڑہ تسند گرہ تسندی باپت چُھہ زِہ اڑہ تسند
سندہ مرنہ برونہ زیور چُھہ شامل انگشتری تہ مختہ کفارہ چُھہ لازم سپنان قسمک مخالفت کرنہ سبت
انسند نعلینی آسنہ پتہ کیاہ ُسہ آسہ الاعنس اکس سوار سُہ لاغر اڑِہ تت گرس نہ سوارن چُھہ
گموشت زِہ تت اڑنہ تہ کفارہ چھنہ لازم سپنان باکراہ تہ مشراونہ تہ نہ زاننہ حکم تمک
مقصد چُھہ در کفارات تت اندر چُھہ زِہ باب باب اوّل چُھہ در اقسام تم چُھہ ترہ
ارہ مرتبہ بیہ کفارہ مخیرہ بیہ کفارہ جمع امّا مرتبہ چُھہ ترہ اوّل کفارہ ظہار دویم
ارہ قتل خطاء واجب چُھہ زِہ یمن دشون منز بندہ کرہ آزاد پس ہرگاہ تمہ عاجز آسہ دون رتن
و روزہ پیاپی ہرگاہ آزاد آسہ نتہ تہاوہ اکس رتس پیاپی ہرگاہ بندہ آسہ ہرگاہ تہ ہکنہ شیتھن
کینن دیہ طعام تریم کفارہ افطار قضای ماہ رمضان زوالہ پتہ واجب چُھہ تت منز زِہ دہن
کینن دیہ طعام ہرگاہ تمہ عاجز آسہ ترن دہن تہاوہ روزہ پیاپی امّا کفارہ مخیرہ پس سہ
زور اوّل کفارہ افساد روزہ ماہ رمضان دویم روزہ نذر تہ عہد بلکہ کفارہ مطلق نذر
عہد روزہ آسن یا بیہ کینہ بنابر اقوی واجب چھ دون منز آزاد کرن بندہ یا شیتھن مسکینن
عام دِن یا روزہ تہاونہ دون رتن پیاپی تریم کفارہ یمین دویم کفارہ نذر تہ عہد
قول بعضی واجب چھ پتہ آزاد کرن بندہ یا دہن مسکینن طعام یا پوشاک دِن ہرگاہ تر شویو نشہ
اجز آسہ پرت اکہ کنہ تر شویو منزہ تہاوہ ترن دہن روزہ پیاپی کفارہ جمع چُھہ دون چیزن
منز اک مارن مؤمن بعمد تہ ظلم بیہ تباہ کرنہ روزہ ماہ رمضان بحرام واجب چُھہ یمن منز بندہ آزاد
رن جہ روزہ تہاونہ دون رتن پیاپی بیہ شیتھن مسکینن طعام دِن پس اکاہ قسم کیہ بر
یزاری از خدا تہ رسول یا یکے از ائمہ علیہم السلام تہ خلاف کرہ تت واجب چھنہ تس تہ کفارہ
طہار اکثرن نشہ پس ہرگاہ عاجز آسہ کفارہ یمین سپنس لازم کینز و چُھہ دپمت زِہ گنہگار چُھہ

پټن کینه کفاره چهنه زنانه موی ژڅنس در مصیبت اقوی چهه زه کفاره باد رمضان چهه چن

کینږ و چهه ویمت کفاره ظهار کینږ و چهه ویمت زه گناهگار سینه کفاره چهنه لښ پټ

زنانه موی پټن کړه یا روی پټن زله مصیبتس منږ یا عروه ژڅه جامه پټن فرزند مړه یا آښن مړ

پټ سپنه کفاره یمین واجب سیں اکاه نکاح کړه زنانه اکس ر غړه ته چه اسینه لښ کفاره

آنگ پانړ صاع بس اکاه شنگه نماز خفتن کرنه پټ تاں بعد نصف شب گذره ته زهیر

روزه نیس اکاه روزه تهاد نه نذر کره ته عاجز آیه ته اکس مسکینس دوه یه طعام یس هر گاه

عاجز آیه صدقه کره یه زانه اقرب چهه یی زه پتم تر شوی چهه سنت دوه ... تت چیر س منږ کفاره

چهنه سیت تت منږ چهه تره بحث اقل چهه در عتق ته چهه واجب کفاره تربیه لښ اکس پټ زه

مالک بنده آیه یا مفلس لښنه س تابع آیست بنده س شرط چهه زه بنده آیه مسلمان یا بحکم مسلمان جا

چهنه آزاد کرن بچه در شکم بیه نه شرزه دوڼ کافر هنه آیه به بلوغ تی شږ ... آیه امان

اسلام اظهار آیست لښ و در چهنه زه مجزی چهه بنا آیست تټ زه اقوی چهه صحیح آسن اسلام

واهق زه قادر بر استدلال آیه شرط چهه      بنده مسلمان آسنس منږ اقرار آسن لښ تهاد تین نه نماز

کرن ته بیزاری از غیر اسلام ته شر چهه تابع اکس مالس ته باج منږ ته اسیر کره و لښ چهنه تابع جدا

مالس ته باج نښه جایز چهه آزاد کرن عیب دار بنده هرگاه شه عیب آزاد کرنک سبب آسینه بیه

آزاد کرن ولد زنا بیه بنده مدبر نقض تدبیر تی کرنه بیه مکاتب شروط بیه شه مکاتب فعلق زه کینه آز

از مال کتابت و اتنو ومت بنده اگر نخته یله مرن لښنه معلوم آسنه بیه ام ولد بیه بنده مرهون هرگاه

مرتهن از جازت دیه بیه شه بنده زه قتل خطاء آسس کر مت نه شه بنده زه ... آسس قتل کرمت بیه

چهه شرط در عتق زه خالی از عوض آیه پس هرگاه ... چهکت آزاد تدرزه پټ چهه یو تاه مجزی

چهنه کفاره کنه بیه چهه شرط نیت کفاره کرن بیه نیت قربه بیه معین کرن سبب کفاره یله سبب کفاره

ډیه یکیت آسن پس هرگاه تردد کره میان نذر ته ظهار صحیح چهنه هرگاه کبر مالس ... نیت آزادی

تښنر کره کفاره کنه چهنه محبوب نزد اکثر فقهاء دوه بحث چهه در صوم شه چهه واجب کفاره مرتبه

تمه چهه زه از عتق آیه عاجز هرگاه مالک بنده لښنه س خدمتس کرن محتاج آسمه یا لښنه س بهاس نفقه

پټن
کفاره موی ژڅن زنانو مصیبت

کفاره داسیں نذرون
... یمین ...

۱۲۰

در عتق

چنس
در صوم

...ت صحيح چهه روزه تس تحصيل كرنه بابت بنده كننه روزن جاى گره بيه ولنك جامه يه زياده
...تس كنِه تِه يله هر آنس از قوت يك شب ته روز تس تع عيالس تندس ته جايز چهنه روزه تله
...چهه واجب منز نيت كفاره كرن بيه معيّن كرن كمكه كفاره بابت تهاوه روزه پياپي تهاپنج
...آيت هر گاه شيردِه زنانه يا حامله افطار كره خوف آسنه پننس زوس پت يا شرس پت
...روزه پياپي تهاوه ژهننه پيه كنه هر گاه اكراه كرن تس هر افطار تن كهه بحث چهه طعام ته كسوه
...تس منز واجب چهه پرت اكس مسكينه سنده بابت اك مُد كيز و چهه وچهت زه مُد ته يلِه ته يكه اكه
...ديه از خوراك ميانه زه عيالن تنده چهه كهوان يا غالب خوراك بلد چهه كنكه منزه يا آته يا رچه
...زه جايز چهنه قيمت دن بيه نه مسكينن هنده شماره خته كمس كم تى آسنه در مقدار بيه نه تكرار اكس
...اكس كفاره منز مگر عذر ره اكه بيه نه شرن تنهاون جايز چهه لوك آسن بدن سيت هر گاه
...يارى شرى آسن دوْن كرن حساب اك بيه چهنه جايز بكافرن ته نه به ناصبى ته خارجى جايز دن مخا(لفن)
...ندن مستضعفن مؤمن نه آسن بيه چهه جايز شمار تس مسكينن هندس اتهاون يكوته ته جدا جدا
...فاسقن دين سنت چهه زه مؤمنن ته تهندن شورن ديو بيه آسه ژ ته سين اعلى تمك چهه ماز نه
...ميانه تمك سر كه كمتر تمك چهه تون اتها پوشش واجب چهه پرت فقيره سنده بابت اك جامه كنز و
...پت زه جامه ته جايز چهه چهلت آسه كلاه ته موزه چهنه محسوب كفاره غيبت چهه استغفار كرن تس
...سنده بابت زه غيبت تس كرمژ چهن بخنده آنكك كفاره چهه دپن اللهم لا تمقتني يعني
...يا رخدا يا مه تهاو دشمن ته از جمله اعدا مه كنز كفاره منصب دارى پادشاه ظالمه سنده كنه
...بى زه مسلمان باين هند حاجت كده كفاره مجلس چهه دپن سُبحانَ رَبِّكَ رَبِّ الْعِزَّةِ
...عَمَّا يَصِفُونَ وَسَلَامٌ عَلَى الْمُرْسَلِينَ وَالْحَمْدُ لِلَّهِ رَبِّ الْعَالَمِينَ خاتمه كفاره يمين
...ايلا چهه اكى منز و اكثر اعتبار عجز و قدرت چهه در كفاره مرتبه ادا كرنه وزه سه پس هر گاه عاجز سپنه
...عتق قادر آسنه پته روزه تهاوه هر گاه سه عاجز روزن منز بعتق قادر سپنه سنت چهه زه بعتق
...ره رجوع جايز چهنه كفاره دن تس زه واجب لنفقه پن چهن بيه نه شرس بكه تندس وليس ديه
...هر گاه بغير مستحق ديه عمداً نت كرنه اعتبار هر گاه نه زانت ديس ته پهرت هن آسه متعذر ته محسوب آسن چهنه

در كفاره طعام و كسوه

در كفاره غيبت

در كفاره ضد دين

در كفاره مجلس

چهه

ازاشکال ایس پٹ بسبب کفّاره واجب آئیه روزه تهاو ته ڈون رتن پهاپي ته آئیه عاجز

اردھن ڈیهن تهاوه روزه هرگاه ته بکنه صدقه ڈیه پرت ڈه باپت طعام اکٹهه هرگاه

عاجز آئیه استغفار کره اشا هرگاه واجب آهستن بهه بسبب کفارهٔ سوا ایس احوط چهه روزه تهاو

بیتوسر چهه هرگاه بالکل عاجز چهه صدقه ڈیه بلکه یه به کفارهٔ واجب تت منتره چهه احوط بجا لنن

بیسو رچهه هرگاه بیتو راز و تهو ڈیهو نته زیاده آئیه هرگاه نته ژر آسنه احتیاطاً کره تته بیه ڈیه

کروه چهه قسم باون کم بهیرس پٹ حرام چهه سوگند غموس ئه گو ایزه قسم کند رتیس امرس پٹ یت

یمین غموس اوی ڈیان زه بدٹ وان چهه صاحبس غیس ورگناه کنه چهه زه سوگند چهه واجب

یله ظالم کند ر نه لسن فسقه قسم سوا حرام چهه قسم باون به بیزاری خداتعالیٰ ته رسول بیه ائمه علیهم

هرگاه کفاره ڈیه خلاف کرنه برو نه محبوب چهه خلاف کرنه بته سپنه بیاکٹ کفاره لازم کتاب احیاء

موات موات چهه نهه زمینه زه کانسه آسنه تصرف نتن منتره معطل آسن پهیژه آبٹ هنه آسنه

یا غالب آسنه آب نتن پٹ یمه زمینه چهه ملکِ امام پس هرگاه مسلمان ناه نتن منتر آباد کرنه

تصرف کره مالک سپنه شته شرط اوّل یی زه هرگاه امام ظاهر آئیه آبادی کره اذنه تسند

تسنده غایب آسنکس زمانس منتریس آباد کره تت سی چهه اولی تصرف کرنس تت بیند

خته بیت تان آبادی تسنز باقی آئیه دویم مسلمانس اکسند ملک آسنه یا آسنه لسن اکنه

امامن چهه لسن بیت صلح کرمت پس هرگاه زمین موات کانسه هند ملک آئیه صحیح چهنه آباد کرن

مالکه سنده اذنه سوا مالک غایب آئیه تت آباد کرن ئه تسنده اذنه سوا چهه محل تامل ته دویم

آباد یس کره تت بیزه زه مسلمان آئیه پس هرگاه جهود آئیه ته امام دلیس اذن مجتهدن چهه تت

زه قول ذو دویم یی زه ییس اکس اراده زمین موات چهه بیزه لسن نه کاراه کره زه درعرف

ڈپن یه زمین کرن ییس کافی چهنه دیوار بندی ته سه بندی کرن تت زمین یا کنه گنده

کهن گنده ن تت تکیاه زه یم کرنه ملک لسن ئه بلکه اولی کرنس تصرف کره لسن تت هرگاه

سه زمین بارش یا مصالح یا تت هه بیه کنه بیس تره سی چهه اولی تسنده خته هرگاه تره وارث لسند

چهه اولی هرگاه سه زمین کنه ئه بیع چهنه صحیح بعضی از مجتهدین چهپی و نمان زه تت زمینه دیوار

در یمین غموس

کتاب احیاء موات

احیا

آبندی کرن ته کنه کنه ڈنه گیهن کنه ڈن چهه تت ملک کران یه قول چهنه خالی از قوت خلاف مشهور تی
پانژم یی زه زمین موات آسنه جای عبادت مثل عرفات ته مشعر ته منی شیٹھ بی زه جایاه آسنه
زه حضرت رسولن صلی الله علیه و آله آسه مسلمانن هنزه مصلحه باپت مخصوص کرمژ یته کنه بقیع زه
مهاجرن هند نخلستان اوسس مخصوص کرمُت چرا کرنه باپت چار پایان زکوٰة ته تصدقات ته جزیه
یته کنه چهه حکم تمن زمینن هند زه تم حضرتن آسه مقاطعه کرمت جاعز اکس سیت یته کیاه وادی
عقیق اوسک به بلال بن حارث چیزه اکه ژٹ دتمت ته کانسه اکُ از اصحاب ووسنه تصرف
کرمت تت ستم بی زه حریم عمارت یعنی گرد اگرد آبادی آسنه تکیاه زه در مباح چهه پرت حریس
حریماه نه چهه برچند قسم اوّل حریم خانه نه چهه توتاه زه یمک شین پیه تت پٹ بیه خاک ریز تک
بیه بیتس دو پیه پرناله کن پیه اژه نچ وت تت گرس وقیس حریم دیوارس چهه یی زه زمینه
وژهپیچ هرگاه خراب سپنه تیهِس حریم شهرس چهه زمین حوالی شهر سنه باپت تمه شهرک لوکٹ
گردونه باپت بیه خاک ریزی کرنه باپت بیه تنه کن نوکن هند چارو ای چرا کرنه جای و فوزیره چهه حریم
نهرس چهه ئچ وژهینک مقدار بیه وت پکنچ دو یه طرفه تت پانژم چهه حریم چاه زه وونٹن آسن
تمه منزه آب دوان نه چهه ژهجه ذرع پس هرگاه کانژاه یژه زه وونٹن آب ونه باپت کوراه
کهن تمن ژهجه ذرعن منز زانه گیهنت در بعضی روایات چهه آمت زه حضرت رسولن صلی الله علیه
واله چهه فرمومُت زه حریم چاه چهه در جاهلیت پانژه ذراع او سمتاه اسلام چهه پنژه ذراع شیم
چهه حریم جاهی زه وونٹه سیت چهس آب کڈان زراعت کرنه باپت تمه آبه نه چهه شیٹ ذراع ستم
حریم چشمه نه چهه در زمین نرم ساس ذراع ته در زمین سخت پانژهت ذراع پس بیس واتنه زه یت
مقدارس منز از زمین تت چشمس حوالی کڈه بیاک چشماه هرگاه تمه مقداره خته ژرس منز ته تت چشمس یا
قناتس ضرر آسه توته چهنه جایز اٹهم چهه حریم راه نه چهه در زمین موات ست ذراع یم حریم چهه سارٍ در زمین
موات ته در زمین معموره چهنه حریم سوا کی گامن بروته کنه چهه زمینه زراعتس لایق ته اثر آبادی ته
تجهیز ترو انهم تمن منز موجود آسن و ونین چهنه مالک کنی معلوم ته لوکٹ چهه تهند سن استاد سن منز مختلف گینه

چهه ونان فلان سنهن جيه ته کينه چهه ونان زه بيس فلان سنهن جاي چهه آتا اسه چهنه کانسه اکنده ونه
علم حاصل ٿين زمينن درپشت چهه صحرانشين کينهن ۽ چهه کينه زمينه تو زمينو منهن ۽ وليه مڙه ته وڏه
کينه چهک پڻ چراگاه قرار ڏڏه مڙه آتا ٿين منهن بيرو هم مالک چهنه آيا ٿيڙه زمين کڙه چهه ٿين کڙه
جواب تصرف تهند ٿين زمينن اندرسينه مالک سپنيه سيت ته مالک سپنيه سوا مثلاً خالص ٿينه ته
وتهنه ته زراعت کرنه بابت ڏونون هنده بابت کرو رجوع بحاکم شرع عادل آتا به داعي جيس ته اذن
ڏوان ٿين منهن تصرف غير مالکانه کره نس ڏوي زه ٿين زمينن منهن جيه آمڙ آبادي تجهير ته موات ته چهنه ٿين
مالک سپنين چهه مشکل خا تمه جيه ڏر مشترکات زان زه منافع مشترکه چهه پانهن قسم قسم اوّل چهه ڏت
فايده تمک چهه پکين تمه منهن لوک چهه شريک اک اکين تمع منهن پکنس جايز چهنه تمه منهن پکينه وراي تلن بياک
نفعاء زه پکونس ڏينه پکينه پس جايز چهنه ٿين تت منهن کننه ته هنه بابت تمه سوابيه کنه گاره بابت نگر
يله ڏت وسيع آسه ته پکه ڏنن دا تا ضرر هرگاه پانهنه ڏته ته متاع پڻ تهاوه تيي ته لس ز انه بياک هيت
اما هرگاه متاع پڻ ته تله ته قصد آسين زه بيه تي ميان مجتهدين چهه خلاف تت منهن اقرب چهه ٿي زه
حق تسندين باطل ڏتهنه سيت تمه جايه بياک بنا کران چهنه جايز هرگاه ڏته منهن کنه چيزه مثلن بوريا سه
کره هرگاه پکونن ضرر واتنا ڏنه جايز چهه هرگاه زه زن پکد ههٿ ٿين اکسي جايه ٿين اقرب چهه ٿي زه
چيزه تراون لس اکنده تاوه نيره سي چهه اولي زياده تيه بو و لو سوا زه تمو منهن جيه پکان حکم زمين موات
چهس هرت اکاه زانه تت منهن احداث کرت هرگاه پکه ڏنن ضرر وانه اما ت ڏته منهن زه جاغ اکيز
چهه مخصوص چيزاه زانه تت منهن احداث کهت نگر تهنده اذ نه ڏوئيم قسم چهه مسجد تهنده فايده چهه معلوم لس
اکاه تمه منهن جايا ڏه بيرو نه زه سي چهه اولي تت بنده خته هرگاه تمه جايه ڏته ته بيا کاه به تته ڏيم چهه
اولي تته هتس ههٿ ضوکرنه بابت ني هو تهمت آسه گرليه رفت پڻ آسين تت تهاو تته تريم قسم چهه
موقوفات عامه مثل مدرسه ته رباطه ته فايده تهنه چهه منزل کرن ٿين طالب علم ته قافله ته مشترک چهه ٿين
منهن پس اکاه ٿين جايز منهن حجرس اکين منهن ساکن سپنه سنهن اوارآسه روزنس تته سي چهه اولي بنده
خته يت تان تته چهه سته تته کڏن چهنه جايز ساه ني تته روزه هرگاه ڏقفن شرط آسنه کرمت مدتام

معیق

در بیان مشترکات

معین تکیاہ زِہ ہرگاہ تہ شرط کرمت سُہ مدت گذرت زانزن سُہ تہٖ نبر کڈتتہ کنہ زانزن تُبہ چھ
منزہ نبر کڈت ہرگاہ وقف کرہ وُن شرط کرمت آسِہ زِہ ساکن تِکٕ پیرہ زہ بطلبِ علم آسہ مشغول تہ
سہ آسنہ مشغول تت بیہ چھہ جایز زِہ ساکن حجرہ کرنہ کانسہ پانس شریک یتہ تان تت صفر پٹ آسہ
زِہ وقف کرہ وُن چُھہ شرط کرُمت نہ متعدد آسن چھنہ تم شرط کرُمت ہرگاہ تِمہ حجرہ ساکن نیرہ
حق تسند سپنہ تِمہ مکانہ منزہ باطِل آمّا ہرگاہ رخت تسند تتہ آسِہ حق تسند رسپنیا باطِل یا نہ
یت چھہ میانہ مجتہدین خلاف فتوی چھہ تیمر زہ ہرگاہ پھیرت نیکہ قصدہ رخت تتہ تھوومت آسِس
حق تسند سپننہ باطِل ژ دوٚدم قسم چھہ معدن تہ کانہ تِم چھہ دویہ قسمہ اوّل تِمہ کانہ زِہ نتی چھہ نہٕ
محتاج مخرج چھنہ مثل نون تہ نفط بیہ گندک تہ قیر تہ مومیائی بیہ سُرمہ تہ یاقوت تکیاہ زِہ یم چھہ مشترک
مسلمانن منز کینہ از مجتہدین چھہ مخصوص امام زمانس ہرگاہ کانسہ زِہ تمو منزہ بلہ منع زانہ نہ کرت مین
تس بیہ یتہ تان حاجت پور سپننہ بیاکھ زانسہ تلُت ہرگاہ زہ زن یا ژ بر وہ نہ گژھن تہ تلِنہ
ہرگاہ اجتماع تھند ممکن آسِہ آسنہ ممکن قرعہ تراون ہرگاہ باگرن ممکن آسہ مقدم چھہ بر قرعہ احتمال
قسمت تہ سبقت محتاج تہ چھہ ہرگاہ نمک زارکہ طرفہ کوراہ درزمین موات گھٕٹن تہ آب اَنن تُتی تہ
نون کرن مالک سپنن تت بیا کاہ چھنہ تت نولس مترشریک لس حصہ تِکیسا چھہ یا طنی کانہ زِہ محتاج
چھہ مخرج عمل مثل کان طلا تہ نقرہ بیہ شستر تہ مس تہ رصاص بیہ بلور تہ فیروزہ یتہ چھہ مشترک مسلمانن
منز کینہ از مجتہدین چھہ یم تہ مخصوص امام زمانس پس ہرگاہ کان ظاہر آسِہ احیاء کرنہ سیت سپننہ
مالِک تت ہرگاہ ظاہر آسنہ تہ شخصاہ کرہ ظاہر تت تہ احیاء کرس آسی تسندس ملکس منزتہ مالِک
سپنن تتہ کنہ ہرگاہ درزمین موات آسِہ احیاء کرنہ سپنہ تت مالِک ہرگاہ معادن زمینہ اکس منز
پیدہ گژھن زہ بایعن آسہ احیاء کرمژ مالک چھہ سُی خواہ ظاہر آسہ خواہ مخفی تہ متعلق چھہ احیاہ کرہ تس
امّا ہرگاہ احیاء کرنہ بروٚنہ ظاہر آسہ ملک تسند سپنہ ہرگاہ کوراہ گھٕٹتہ معدن واتناوس
سُہ اشتراک چھہ باقی تہ مسلمانن منز چھہ مشترک تہ مالک تِکٕ سپننہ پانژم قسم چھہ آب اوّل سُی
آب زِہ بانس یا حوضس اکس لدمت سُہ آب چھہ تسندی ملک زِہ حیازت کرمت چھس پس ہرگاہ باناہ

غصب کرہ تت بَرِہ مباح آبہ بیت بقصد حیازت مالِک آب چھنہ تہ جایز چھہ کھن سہ آب [illegible]
نِمہ کیرک آب زہ پننس مِلکس منز یا در زمین مباح گھنہ تکیاہ زہ یت صورژ منز پننہ تس
مالِک نسندہ اذن سِوا چھنہ کانسہ اکس تت منز تصرف جایز تہ کھن سہ آب تولِت تہ میلت
جایز با کراہت تہ کھن کیرک سوری آب چھنہ جایز تکیاہ زہ تسلیم کرُن چھہ متعذر ہرگاہ قدیمی کور
مژہ یِت آمت تہ کانژاہ گندس عرش مالِک تمک سپنہ ہرگاہ کانژاہ کوراہ در زمین مباح گھنہ نہ مالک سپنہ
قصدہ بلکہ نفع تلنہ باپت سیٗ چھہ اولی تت یمہ وزِہ تتہ آسِہ نفع تلنس تمہ نشہ کانسہ اکس چھہ مخصوص
ہرگاہ کانژاہ پننس مِلکس منز کوراہ گھنہ ہمسایس پننس زانہ منع کرت بیاک کور گھنہ لس ژ رشرن [illegible]
کیرہ چھہ شریعت تی کرِہ نمہ کیرک آب تت کیرس ترِیر چشمہ باران تہ آب انبار ایستادہ مباح زمین
منز نہ مالِک سپنیکہ رِدیہ مشترک چھہ مسلمانن منز تہ کانسہ اکس چھنہ مخصوص بس اکاہ تمو منز آب
مالک سپنہ تت ژ و دومہ یِجن کلّن ہند آب مثل نہر فرات تہ دجلۂ بغداد زہ مشترک چھہ مسلمانن منز
پانژمہ نوچھہ کلہ زہ مِلک آسنہ کانسہ ہند نمہ ہہ چھہ مسلمانن منز مشترک ہرگاہ آب تمک کم آسہ تہ
پوشنہ کدہ نیمہ آب سی زہ نزدیک دہمنہ آسِہ اَتمایہ چھہ درست تت صورژ منز زہ لیس و [illegible]
سابق آسنہ دراحیا نعتہ چھہ سہ مقدم استحقاقس منز تہ ہرگاہ آب زراعتہ باپت آسِہ آب رِن لس تا بند
نعلین ہرگاہ برای غیر درخت خرماہ آسِہ اب لسِن تا قدم درخت خرما باپت لسن تا ساق تمہ پتہ تراون
آب ہیتن کن زِہ متن زِہ چھہ آب تراون نمہ مقدارہ ژر زہ ونتہ آو واجب چھنیِ واتہ تتہ لس زہ
پیت چھہ پس ہرگاہ اولہ کینژاہ باقی روزنہ تمس چھہ حقا شیم چھہ مملوک کلتہ جویہ ہند
آب نیرِ جدا کرِژ آسِک از مباح تیہ کنہ کانسہ کلاہ مثلا از نہر فرات ژ نمژ آسِہ تمہ آبک مالِک سپنہ
یم اکھ تت کلہ منز کاراہ کرمت چھہ شریک چھہ تت منز بقدر کار خود منافع چھہ کار نہ نفقہ پس
ہرگاہ کینژ و نفقہ آسِہ زیادہ دتمت اتا عمل منز آسن برابر در حصہ چھہ برابر ہرگاہ آبک پوشکنہ بارن
تت پرت اکاہ نیہ پننس حصس یم شہ تہ نصیبس یمہ تت کتاب صید تہ ذبائح بیع اطعمہ تہ اشربہ
تت منز چھہ ترِہ باب باب اول چھہ در صید تت منز چھہ نہ فصل اول در آلت صید جایز چھہ شکار یمہ

آب

رہا تھارہ

ہتھارہ آسہِ از شمشیر تہ نیزہ بییہ تیر تہ کمان گلوہہ یعنی تفنگ لاینچہ کمان بییہ ہون تہ یوز زہ ہندی
چھس چیتا و پان بییہ پلنگ زہ بعربی چھس نمر دپان بییہ باز زہ پرنداہ چھہ شکاری مشہور
بییہ چرغ زِہ پرنداہ چھہ شکاری مشہور تہ معروف از جنس سیاہ چشم بییہ عقاب زہ پرنداہ چھہ شکار
سیاہ بییہ شاہین زِہ پرنداہ شکاری تہ زنندہ از جنس سیاہ چشم بییہ باشہ زہ پرنداہ چھہ شکاری از
جنس زرد چشم باز ہ خطہ لوک بییہ زال تہ والہ واش تہ تلہ زِہ جانور چھہ تت منز گیر سپنان بییہ یمو
سوایہ حیوان یوسیت شکار سپنہ ہرگاہ تس لبن زندگی برقرار آست واجب چھہ ذبح کرن تس
ہرگاہ ہتھارت نہ مورمت آسہِ حرام چھہ مگر یس آموختہ کرمت ہون مورمت آسہ یا تیز ہتھارن
مثل تیر تہ نیزہ بییہ شمشیرہ تہ یہ تت یِہ چھہ مارہ زہ حلال چھہ امّا آموختہ ہون معلوم سپنہ آموختگی تنہز
یلہ تس کینہ جایہ کُن روانہ کرن تہ گژھہ تورہ یلہ پٹ رٹنس تہ پت روزہ اکھ وقتن منز بییہ آسس نہ
عادت کھنس تہ زہ رٹہ اعتبار اہ چھہ تت زِہ یکبار کھییہ یا خون تسند چھییہ یا یہ ندرت پت رٹنہ نشہ روز
پت تہ یوسیت نیر نہ آموختہ آسنہ نشہِ نبر حلال چھہ تسند شکار نوہ شرطہ اَکھ یِی زہ مارہ تس زخم ہنہ تہ
زخم ونہ سیت محتمل چھہ زہ کفایت کرہ مرن تسند رٹنہ سیتی ہون تس مجروح تی کرنہ امّا احتیاط سپنہ
ترک پس ہرگاہ مرہ رنج تہ زحمتہ سیت تہ ہون پنہ تس حرام چھہ دویم یِی زہ کانتراہ سوزہ تس ہر شکار پس
ہرگاہ پانی گژھہ حلال چھہ کشتہ تسند مگر یلہ منز و تہ تس ہپٹ رٹہ تہ پت روزہ ادہ بییہ بر شکار تریم یِی زِہ
سوزن نہ آسہ حلال شکارہ بابت پس ہرگاہ تس تراوہ نہ شکارہ بابت یا تراوس حرام شکارہ بابت تہ
سہ واتہ حلال شکارس تہ مارہ تس حلال چھہ ہرگاہ شکاراہ اکھ قصدہ کرتہ ہون رٹہ بییس اکس یا تس رٹہ ؟
بیاک ہت یا کرِہ قصد یِدْ تہ سہ ژلہ تہ ہون رٹہ چھس نہ در سرکشی آسہ گومت حلال چھہ ژورم یِی زِہ
ہولس ہر شکار تراوہ ون آسہ عاقل نہ مسلمان یا بحکم مسلمان یا تمیز شرچہ پس ہرگاہ کافراہ تراوہ تس زمی
تی آسہِ حلال چھہ نہ یتہ کنہ چھہ دیوانہ تہ ناصبی بییہ خارجی ہرگاہ پیرتاکاہ مسلمانس کافرس منز ہونا ہ
تراوہ ہون مارن شکاراہ حرام چھہ یتہ کنہ چھہ ہرگاہ اکاہ ہون تراوہ بر شکار بیا کاہ لایس تیر یا دو کو
لائس تیر دونو یوسیت گژھہ مارہ مگر یلہ ہون یا تیر مسلمان یژ ربونہ تس یارہ پانژم یِی زہ نام خدا بییہ

سوزنه وزه هون پس هرگاه عمداً ترک کره حرام چه هرگاه فراموش کره حلال چهنچه تدارک کره
هون شکارس پاک نه ینه کنه چه هرگاه عمداً ترک کرته هون واتنه وزه دپه هرگاه بیاگاه وزه حلال
واجب چه زه نام خدا دپه باتعظیم مثل بسم الله بیه الله اکبر بیه سبحان الله حاشیه چه تقنس یی زه
باتعظیم استن چه ازباب احتیاط شیمری زه زخمه سیت مره پس هرگاه هون زخم دیس ته وزنه
کره پاڑست یاکه پٹه پیه یا آبس منز گرته ته تمه سیت ته مره کنی زخمه سیت هون سنده حرام چه سیتمی
یی زه نظره تله گرته هنه غیب یله زو اتسن هرقرار پس هرگاه غیب گرته ته وچهنه آچهو حرام چه
هون آستن استاده لتن پٹ یانه تکیاه زه بنه زه هونس ورای آسه یی هرگاه معلوم سنند
زه هونی چه مو رمت حلال چه آتهشم یی زه بدست یینه شه یله زو اتسن برقرار پس هرگاه تمه وزه
اتهه ییس واجب چه زه ذبح کرس بیه چه واجب واتهه وزه هون شکارس دوڑته برسر شکار گرته
هرگاه لتن در زندگی بنه ذبح کرس کینشه وچه دپمت زه هرگاه چیراه آسنه زه تمه سیت کرس ذبح
هونس تراوه یت لتس باره کینشه وچه دپمت زه زو قرار هت آسنک کمتر چه یی عمره ممکن آسنه زنده
روزه اوس دهس یی ته آسه کینشه وچه دپمت زه کمتر تمک چه یی زه آچه وڈه یا برزین گهرکچه
یا لتس حرکت دیه یه چه اقوی نوهمری زه شکار آسه سرکش وحشی آستن یا انسی پس زه
هرگاه هون حیوان غیر سرکش باره حلال چهنه هرگاه حیوانات انسیه وحشی سپنن یا حمله کرن ته
اتته ینه ته متعذر آسه ذبح کرن لمتن اده مارک هون باشرائط حلال چه شرط چهنه زه تعلیم زه
هون سنده آسه مسلمان ملکه شکار کره ون سنه مسلمان آستن چه شرط کینشه وچه دپمت زه
هرگاه مجوسن آسه تعلیم کرعرلتس کشته تسند چهنه حلال؛ حلال چه کهین یه سیاه هون تمام سیاه هون
شکاد کرمت آسه کینشه وچه منع کرمت روایت اکه باپت زه از امیرالمؤمنین علی بن ابیطالب علیه
الصلوة والسلام چهک کرعرزه فرمومت چس زه شکار لتند گهننه بیه یی زه رسول خدان صلی الله
علیه وآله چه امر کرمت سه بارلس ته بعد صحت روایت چه محمول برکراهیت بیه چه واجب هون ذبح
جای چهلن ته شنخن چه دپمت زه واجب چهنه سرچهلن تکیاه زه نه گهنس چه امر در کلام الله تعالی زه

کلوا مما ذکر اسم الله علیه مطلق امت بی ار بغیل اما تیر ته نیزه بیه شمشیر ته پرت آلاه
نیزه تت آسه پیکان اه ته شستر ته شکار سپنه ته سیت ماره حلال چه به عرض بی بر شکار پیه
زخم دیسنه اما تیر گز یعنی تیر بی پر ته پیکان بیه لیس تیراه زه تت منز آسنه پیکان ته شستر
بزه زه پوست ژه زخم وت ماره هرگاه پنهار شکار بیه ته مارس حلال چنه بیه چنه حلال
شکارس کن ته کمان کلوبه ماره کینز و چه و دیمت زه حرام چه کمان کلوبه اکثر چه
زه جایز چه لاین حرام تی چه گشه تمک یته کنه چه کینز و دیمت زه حرام چه لاین شکارس
تراه ژر بد آسه ته شکاره خته ته قول اقوی چه بی زه مکروه چه حلال چه یت شکارس تیر ته مانند
تیر ماره نو شرط اول بی زه ژه پوستس یا آسه شستراه تت منز دوهیم یا بی زه قصد کره پنهار
شکارس واتن پس هرگاه تیر یا شمشیر آهته منزه پیس ته شکارس کره زخمی ته مارس حلال چنه هرگاه ژ
رو تا در دام تهاوه یا شراکاه کیرس منز ته ته سیت گژه شکار ماره حرام چه تریم بی زه جنس
صید کره قصد پس هرگاه لاینک قصد کره شکارس لاینک کرنه ته شکاراه گژه ماره حلال چنه
یته کنه هرگاه قصد خوک کره ته بر آهو بیه یا گمان کره زه خوک چهته تیه آهو حلال چنه شرط چنه زه
قصد صید معین کره پس هرگاه ته کره ته خطا سپنه ته بیاک مره لمی جنه حلال چه هرگاه زه زن تیر
لاین ته اک کره قصد شکار نه ژه بیاک ته دوشون هنده تیره گژه شکار ماره حلال چنه دوهیم
بی زه نام خدا بیه لاینه وزه یا ته یته شکارس اته بروته هرگاه ته عمدا اتر کت کره حرام چه بی تی دیمت
ته حلال چه هرگاه شرومت آسیس پس هرگاه زه زن تیر لاین اکی بیه نام خدا ته دوشون
هنده تیره گژه شکار ماره حلال چنه پانژم بی زه تیر انداز آسه عاقل ته مسلمان یته کنه گو شیم بی زه
زخمه مره یت جایه آسه پس هرگاه بیه چیزه مره حرام چه ششم بی زه نظر ته گژنه غیب یته وزه
و آرسس بر قرار یته کنه گو هفتم بی زه بنه شکارس زو قرار بیت آست پس هرگاه زو بر قرار آست
تس واجب چه ذبح کرن پس پزه زه تیر واته وزه گژه جلد شکارس پت یت لیس ذبح کره تس
ته هرگاه زو بر قرار آست لیس ته ذبح کرسنه ته تراوس یت تان مره حرام چه ته معذور چنه بی زه

در شکار به تیر و نیزه و شمشیر

لاین

سیت آسِسنہ شراکٔ یا غلافہ منزہ نیرسنہ مباح چھنہ تہ یلہ جلد آسنہ گوشت تہ مردہ لبس بازو
برقرار نہ آسِت نو مریٔ زِہ شکار آسہ کش انسی حیوان بی آسہ ہرو نہ پس ہرگاہ تیر
لایہ جانور پوتس زہ زانہ ژلِت تہ مارِس حرام چھہ ہرگاہ بحیوان غیر کشس تیر لایہ حلال سپنہ
ذبحہ سوا شرط چھنہ زہ تیر انداز آسِہ اکیٔ پس ہرگاہ جماعتاہ تیر لاین باشرایط گذشتہ تہ سارنے
ہند و تیرو سپنہ شکار مارہ حلال چھہ تہ شرکت چھہ یمن منز جایز چھہ شکارس ژہ ٹکرہ کرن
بتیغ تہ شمشیرتہ دونوی ٹکرہ چھہ حلال دونوی قی حرکت کرن یا اکی یا کانہ اکاہ لرنہ
ازہر دو بیہ یمہ ورہ کانہ اکاہ آسنہ زو برقرار آسِت ہرگاہ اکِس منز زو برقرار آسِہ تس کرن ذبح
تہ بیاکٔ چھہ حرام تیہ کنہ پس ٹکراہ زہ شمشیرہ تہ نیرہ سیت کرہ شکارس جدا تہ باقی آسہ زو برقرار
آست سہ ٹکرہ چھہ حرام یا قیس ہزہ ذبح کرن ہرگاہ یمہ ذبحہ مرہ یا بحکم مردن واتہ سہ ٹکرہ تہ باقی
چھہ حلال سر ژتنہ سوایہی حکم چھہ ہرگاہ آموختہ ہون پارہ پارہ کرہ تس دویمہ فصل چھہ در
احکام شکار کروہ چھہ رانکِت حیوانات وحشی تہ جانور شکار کرن. بیہ پوت آلو منزہ تین
بیہ گاڈہ رٹنہ روز جمعہ نماز برونہ حرام چھہ شکار کرن تمو آلاتو زہ غصبی آسن مثل دام تہ تیر
بیہ شمشیرہ تہ ہون بیہ تمو سوا آما صید چھنہ حرام شکار سپنہ شکارس مالِک تہ مالِک آلہ
شکارِس پٹ چھہ اجرت آلہ شکار سپنہ مالِک ژورہ چیزہ اکِ بیہ شکار تسندس آلس منز
مثل دام بیہ زخمی کرنہ تس زہ بیہ دونہ نشہ یا چھنہ نشہ بیہ رٹنہ تہ آتہ سیت بیہ باطل کرنہ سرکشی
تسنز رٹنہ سیت تس ہون تہ یوز تہ بیہ تت ہیہ چھہ پس اکاہ تیر لایہ تت شکارس تصرف کانسہ
ہند چھنہ تت تہ اشر لِکٔ چھنہ مالِک سپنہ تت یلہ سرکشی نشہ بہرمت آسنہ اوہ ہرگاہ بیاکاہ
تس ہیہ مالِک سپنس ہرگاہ سرکشی نشہ پومت آسہ گڈکس دیہ پس اکاہ والہ واشِ لاگہ شکار پیہ تت منز
یمہ سہ والواشِ تتہ لبہ شکار آسِس منز رٹمت مالِک سپنس ہرگاہ والواشِ منز پتہ ژلہ مالِک سپنہ
والواشِ بی پانس سیت نیہ ہرگاہ بیاکاہ تس شکار کرہ سیٔ سپنس مالِک نہ والواشِہ دِل ہرگاہ
والواشِ سرکشی نشہ ترومت آسہ زہ اتھ سیت زانہ زن رٹ دِ والواشِہ وال سندہ پاں چھہ

هرگاه سُہ والو اشہ رٹت تھاوت ژلہ شکار سندہ ملکہ منزٕ نیرِ نہ تیٖہ کنہ چھہ هرگاه شکار راہ
اتھہ سیٖت رٹمت آسِس هرگاه سُہ ژلہ تکیاہ باطل سپننہ سیٖت سرکشی تمنز سپدِ ن مالِکٕ
تہ پتہ یِیس لتس رٕ تہ گڈ کِس شکارس دیہ پھیرت سُہ هرگاه شکار اتھہ ترا وہ لتس تہ تسندہ مِلکہ آسنہ لٕشہ
گذرہ اکثر فقہاء چھہ یتہ پٹھ زہ تسندہ مِلکہ منزٕ نیر نہ تہ بریتہ کنہ چھہ پرت آلاو زہ شکارس رٕ ٹپت
سرکشی نشہ زہ اتھہ سیٖت زانزن رٹت ہیون تہ یوز تہ عقاب تہ شاہین تہ تمہ سواسہ آلاو کرہ شکار
ملک مالکہ مالکٕ سپننہ کانژاہ شکارس یِی زہ تمنزہ زمین منز ہرہ پھٹ یا تسندس گرس منز کرہ
اوّل یا تسندہ اژہ یا گاڈ دیہ وُٹھہ تمنزہ ناوہ منز آتاوی لتس ہیننہ ختم هرگاه بیاکاه پتھین
کرہ تہ لتس رٕ تہ فعل حرام آسس کرہت تہ مالِکٕ سپنس هرگاه کانژاہ زمین اکس منز آب بند کرہ زہ گل
سپنہ یتہ شکار راہ تٹ واتِ تت منز بڈہ یا خانہ کرہ تیار زہ تت منز اژہ یا اولاہ کرِ تیار یا
زورقاہ ترا وہ آیس منز یتہ تت منز گاڈٕ دٹ ژھنہ خلاف چھکہ کرمت یتہ منز زہ تیی سیٖت
سپنیا مالِکٕ قول اقوی چھہ یی زہ مالِکٕ سپنہ لیس شکار راہ مِلکہ آسنک نشانہ آسنس تیہی زہ پَر
آسنس کڈمت یا زخماہ آسس یا خلخال آسس آہتس تہ گھرس شکار سپننہ مالِکٕ لتس تہ حرام چھہ شکار
کرن سُہ هرگاه مُلکی کوتر صحرائی کوترن سیٖت آسن حرام چھہ شکار تھند هرگاه کوتر اکہ برجہ بیین برجہ
ین برج او نکس مالکہ سندہ مِلکہ منزٕ نیر ننہ تہ مالِکٕ برج دوم سپننہ مالِکٕ تیٖہ کنہ چھہ زہ هرگاه وحشی
سپنن یتہ چھہ کینہ مسئلہ اوّل کونژاہ زہ شکارس اکس لایہ تیراہ تہ شُہ پیٖوہ لایہ لتس بیاکاه تیراہ تس پٹھ
چھہ تاوان تمِکہ زہ شکارس گو تلف گڈکہ سندہ باپت اوہ هرگاه گڈکسندہ تیرہ مرنہ تہ زو آسن رٕ قرار
ولہجب چھہ ذبح کرن لتس تہ پتہ یلہ بیاکاه تیر یا کن لایس تہ مرِ ذبح کرہ نہ حرام سپنہ دویمس تیرانداز پٹھ چھہ
نہ قیمت تسند کڈہ تاوان گڈکہ سندہ باپت هرگاه مروس تسندس قیمت آسنہ نہ گڈہ تاوان نقصان
هرگاه ذبح کرن لتس یین دویمہ یہ شکارس منز تلف کرہ تاوان تمِکہ کڈہ گڈکسندہ باپت هرگاه
زانہ ذبح کرن لبت تہ تیرانداز اوّل کرسند ذبح یتہ تان مرِ دویمس پٹھ چھہ زہ نصف قیمت تسند
آسِتہ بجراحت اوّل کڈہ تاوان گڈکسندہ باپت دویم هرگاه زہ زن شکارس اکس تیر لاین تہ سُہ لیہ

سپینہ

دونون هند زخم اده هرگاه دشویو تیرآسنک یکبار لایعت یا بن گله ژړن لتی حلال چه هرگله اک
ارکس ته تیر لویت ته کله ژړن لتی لبنبنه حرام چه تکیاه زه بنه زه دویم آسه مورت تمه ته زه ګډ کسنده
تیره آسه پومت زوبرقرار آست ګریله زانن زه ګډ کسند زخمه آسه مودمت یا تمکس حکس منز یایی زه
دویم سند زخم آسه اوسمت سه ته بروبه نه حلال چه یک اول چه درصورت اول ته دویم درصورت
دیم تی کیم هرگاه زه زن شکاراه پاون یکبار دوشون هند چه هرگاه اکی پو وتسندی چه خاص یا ته
هرگاه زانته زه کم پو وسه قرعه تراون ته احتمال چه یي زه دنوی آسن شریک تت منز هرگاه زخم ارکسند
بیه سنده چه آسته بهرو بیه یا اک پهٔرس پر بیاک ګهراده هکنه وپهت ته دوت دویم سند چه کنیژو
دیمت زه دلون هند چه ژوندو شکارین ګوکرشی منزه کډن سه زه تت سپنه زه آسان سپنه
رټن سه پس هرگاه لتس تیراه بیه ته آست هکه وپهت یا دوت تمه رنکه زه زانزن نه رټت ګرنا
جلد ګرهنه سیت یک سپنته لیسه جای زه تیر چه ته ذکر سینان سه حکم چه تیرسی خاص بلکه حربه تیر زه
بیه شمشیر ته یه تسه هچه تت حکس منز چه شریک یته ګو تمه حرام چه مرغ یا جانوراه زه سه آسیک نشانه
کرمت ته تیر یا نیزه لاین لتس یت مره بیه جانوراه زه زخمی آسیک کرمت رټت آسیک تهو ومت
یت مره دویم باب چه در تذکیه به ذبح ته نحر ته تمه ورای تت اندر چهه دوه فصل فصل اول چه
درارکان تم چه ژوو اول پس اکاه تذکیه کره هکش کرنه ته نحر کرنه شرط لتس منز زه عاقل آسه
بیه مسلمان یا در حکم مسلمان پس حلال چهنه یي کافر مورمت آسه از اهل کتاب آسه
بیه خارجین ته ناصبین بیه دیوانن ته یس مست آسه بیه بی تمیز نشر حلال چه لیس تمیزدار شرمور
بیه مسلمان زنانه در حیض ته نفاس بی آسه بیه زنازادن ته جنبن هرگاه مسلمان ته کافر شریک
سپنن حیوان مارنس منز حرام چه دویم چه کشته روا چه سر ژړن لتس حیوانن زه تمه چه آسه پاک حلال
آستن مازتسندیانه ته روا چهنه ژړن سر آدمی بیه سر سک ته خوک ته روا چه ژړن سر شیر ته پلنک بیه
یوز ته روباه ته یه لتس ته چه فایده یک چه پاک سپنن پوست ته ګوشت یت زه پاکی تسند
بو ستیح چه محتاج. باغت خلاف چه یم هوان مسنه چه ګیمت شل ها یت ته ینز بیه یت زه قول

کنه

چه

حیوان

منز

او

اقوی چھہ یی زہ رواچھہ تہ رواچھنہ تہ کرن درحشرات مثل موشن تہ سوسمار تہ مار تہ تیم چھہ اکھ تذکیه
تہ شرط چھہ زہ شستر واسہ تہ جایز چھنہ تذکیه مگر تمہ سیت قدرت آسِت تت پت پس ہرگاہ
گھوزہ زہ حیوان گھرزہ فوت تہ شستر وآلہ آسِنہ جایز چھہ اعضا ژٹن یمہ سیت بنہ از چوب تہ نی تہ
آبگینہ بیہ سنگ تیزہ تہ نم تہ دندہ دوٚد مرچھہ کیفیت ذبح تت منز چھہ تر واہ شرط اوٚل یی زہ
ژورن عضون ژٹن اکھ مری زہ گبن تہ چن وسنیح وت چھہ دوٚیم حلقوم زہ شاہ گھہ ژیح دیح
تہ والنح وت چھہ تریم تہ ژورم ودجان زہ رگہ چھہ آہارہ تہ بیار تن تہ خون چھہ منز نیران دوٚد تمو
یی زہ بہرہ کن ژٹن یمن ژورن رگن پس ہرگاہ پت کن ژٹنہ یمن ذبیحہ سپنہ حلال تہ کیہہ
یی ژٹنہ یمن ذیچھہ کن دوٚد فرمیی زہ بمولات ژٹہ یمن رگن پس ہرگاہ بمولات ژٹکنہ تہ تمہ
ساری ژٹہنہ بر ونہ مرہ حیوان بی شبہ چھہ حرام ہرگاہ تلہ مرنہ آمتا استقرار حیوۃ روزسنہ تونہ چھہ
محل اشکال بیہ خلاف زہ ہرگاہ بمولات ژٹان حیوۃ مستقرہ روزسنہ بی عیب چھہ حلال مراد
بمولات چھہ یلیتس موالات عرفی یعنی یی زہ یمہ ژور رگہ ژٹہ یتس پت تہ یکدفعہ بنظر عرف سوال
ذابح چھہ کنہ ودجان تہ بیخ زبان ژٹان تہ ہرچھہ جدا اگر ژٹہنہ یتہ یمن وسان اوٚدہ چھہ ذابح
ہرس کارسپنت ہور گھارت مری تہ حلقوم ژٹان حلال چھواہ یہ ذبیحہ یا حرام تکیاہ زہ ہر
ہور رژٹن چھنہ دستی میسر سپناں بیکاہ تہ چھہ محتاج زمانس اکس کم یا زیاد کنہ چھنہ تمہ حیوۃ مستقرہ روزان
کنہ چھہ سنہ آسن مشکوک سپناں جواب ہرگاہ موالات عرفی محقق چھہ تہ حیوۃ چھہ باقی مستقرہ
تنہ آسِنہ حلال چھہ پس مری تہ حلقوم ژٹنہ برونہ حرام چھہ مرنہ تہ آتا حیات روزسنہ بقرار ہرگاہ
یعنی زو کنہ جایہ نیرت ژٹس حلقوم تہ مری ہر ہور رٹت ہرگاہ ژٹنک لوت زمانہ گھرت زہ
عرفا یمنہ تہ دپنہ زہ یتس پت ژچن یمہ ژور رگہ محل اشکال چھہ ہرگاہ تتی زمانہ گوزہ عرفاً یتہ
دپنہ یتس پت ژچن تہ حلال چھہ پانژہ یی زہ یمن رگن ژورن ژٹہ ہنگنہ تلہ پس ہرگاہ تمہ بنہ ژٹہ
متصل سپنہ محل اشکال چھہ ژو نون رگن تی تتہ ژٹہ شیم یی زہ یمن ژورن رگن ژ پور سپن ہرگاہ
تموسنزہ نوزک پوسنہ ژٹنہ روزہ حلال سپنہ شرط چھنہ یم ژور عضو شکارس ژٹن بیدنہ در

حیوان سرکش یا تس حیوانس منز زہ کیرس آسہ گومت تیر آنہ گھش کرن تس بلکہ زخم دِلنس
شمشیرو سیت تہ نیزہ سیت نہ تیرہ سیت بیہ یہ تت ہُ چھ یٹ مارہ گھژہ تم زخمہ متہ آستنس کمش کرنچہ
جا یہ ہرگاہ وونناہ ژلہ واجب چھ نہ صبرن کرن یت تان اتھہ ییہ مگر یلہ کھوژن زہ ہلاک
سپنہ ستہم پی زہ ذبح بروننہ آسین و برقرار یعنی میاہ اتسنہ زو در امت مختصرہ سند پاٹ
عرزہ نی تی آسہ مگی ساعتہ ذبح سوا آٹھم رو یقبلہ کرن حیوان گھش کرنہ وزِہ تہ و ونت نحر
کرنہ وزِہ ہرگاہ تہ ممکن آسِہ ہرگاہ تہ ترانہ یا مشراوہ یا آسہ حیوان کیرس گومت یا بہ منز بند
گومت زہ رو بقبلہ ژانز نہ کرت تہ مارس حلال چھ پزہ زہ سر تہ سینہ تہ پیش کرون حیوان آسہ
رو بقبلہ فوٗھرِ پی زہ کمش کرنہ وزِہ ہیہ کڈہ بر زبان تام خدایتہ کنہ زہ دیہ بسم اللہ یا اللہ
اکبر یا اللہ تنہا ہرگاہ تلہ گڈہ ہینہ نام خدا عمدًا او بیحہ حرام ہرگاہ مشراوہ تہ حلال چھ دھم
پی زہ مرن تسند آسہ کمش کرہ تہ پس ہرگاہ کانژاہ کمش کرن بیا کاہ ژٹس شکم حلال چھ
ہرگاہ ذبح کرت مرنہ بروٗنہ شکم ژٹنس اقوی چھ زہ حلال چھ کھمہ پی زہ وونٹس کرو نحر
یمو شرطو بین حیوانن ذبح نحر کرہ پچ جای چھ دُباہ زہ وونٹس چھ پٹس تہ سینس منز نحر کرن
یمہ طریقہ زہ بڈون تت ذلپس تس حربہ یا شراک ذبح کرنچ جای چھ ہنگہ تلہ یتہ کنہ گوپر
ہرگاہ ذبح کرن لیس نحر کرن گژہ یا نحر کرن لیس ذبح کرن گژہ حرام سپنہ بہ کس پی زہ کمش
کرنہ پتہ کرِ حرکتاہ زہ دلالت کرہ زندہ اوسن یا خون معتدل دِیہ یعنی خون نیرس وگہ پا ٹھہ نہ قطرہ
قطرہ تہ پتیہ پاٹھہ اقوی چھ زہ شرط چھنہ زہ حرکت تہ کرہ خون معتدل نہ دیہ بلکہ اکاہ چھ کافی مو
منزہ حرکت گژہ کرن زندہ سنز حرکت نہ تنتیچ حرکت زہ مرنہ پتہ تہ چھ آسان بیہ پزہ زہ یہ علامت
سپنہ کمش کرہ نہ پتہ نہ کمش کرنہ بروٗنہ تکیاہ زہ کینژ و چھ شرط زو نمت زہ کینژاہ آسہ مذبوح زندہ
کھش کرنہ پتہ یدی زن سناہ کم آسہ باقی آسہ اگر تہ معلوم سپنہ تہ حرکت کرنہ سیت ذبح پتہ پس
ہرگاہ زانو زہ زویران سپنس عدکیہ دجس چھنہ ثمریہ چھ حق تہ ظاہر گژہ سپنہ یہ علامت کمش
کرنہ پتہ لس حیوانس منز زہ شک آسہ تسندس میالتس یا مولتس منز لیس سند موت معلوم آسہ مرکن کران

کرن

تہ خونِ معتدل دِن دینہ فایدہ یتہٕ کنہٕ یتھ زندہ آسُن معلوم آسہِ حرکت کرن یا خون معتدل
دِنچھنہ بکار دُیُم فصل چھِ کھشِ کرہ نکِن حکمن منز مکروہ چھِہ کھشِ کرن حیوانن رو تلہ با اختیار
بیہ روز جمعہ زوالہ برونہہ بیہ ژٹن مغز مہرہای پشت کرن تا جان دِنہ برونہ بیہ شراک
پہرن کھش کران یتہ ہیرم طرف ژٹہ کیز وچھہ دمت یم دنوی کار چھہ حرام بیہ مکروہ ذبح
کرن پیاک حیوان نو رکن وجہان بیہ حرام سر جدا کرن عمدا بیہ پوست والن سر وسپننہ
برونہ بیہ عضو جدا کرن لس کیز وچھہ دمت یم مکروہ یہ چھہ اقوی یتہٕ کنہ گردن پھٹرن بیہ گردن
پھٹرن لس یت جلد مرہ سنت چھہ تیر س تہ ژہا ولس فرجہ وزہ دونوی اَتھہ اَک کھر بند کرن
بیہ تھپ کرن تسندس ہیرس یا مولس یتہ تان سر وسپنہ گو و منزہ دونوی اَتھہ تہ دونوی کھر
کنڈن بیہ وونلس استادہ نحر کرن گنڈت اک اَتھہ تسند تسندس بغلس سیت تہ کھر دنوی
یلہ تھاوت لس بیہ جانور کھش کرت اَتھہ تراون بیہ چھہ سنت کھش کرن جلدی سان بیہ تمہ وزہ
شراک تیر کرن ہرگاہ جانور راہ ژلہ جایز چھہ تیر تہ نیزہ لایِن لس ذبح گاڈہ بند چھہ سہ آبہ منزہ کھارن
ہرگاہ آبہ منزہ کھارت بیہ آیس گژھہ تہ تتِ مرِہ حرام چھہ زالس منز تی آسہ شرط چھنہ زہ مسلمان آسہ
یس گاڈہ آبہ منزہ کھارہ ہرگاہ گاڈ کافرس اَتھہ لبن حلال چھنہ گریلہ اچھو وچھت آسک زندہ آبہ منزہ
گھارن یا زانن تہ وچھنہ رسوا ہرگاہ زالس منز گاڈہ مرن کینہ آبس منز کینہ آبہ نبر تہ مشتبہ اقرب چھہ
یِ زہ تمہ ساری چھہ حرام گاڈ زندہ کھن چھہ مباح بیہ کھن گاڈہ منزہ جدا کرن آبہ منزہ کھارن
پتہ آبس تی باقی تسند گژہ تہ زندہ سپنہ تہتہ مالوہ سند ذبح چھہ ژٹن سہ شرط چھنہ زہ مسلمان آسہ
یس لس ژٹہ ہرگاہ مود مت آسہ ژٹنہ برونہہ حلال چھنہ حرام آسہ یا لو کافرس اَتھہ لبن گرملیہ زانہ زہ
زندہ چھس ژٹمت ہرگاہ نیستان زالن ودمت مالو تمک چھنہ حلال قصدی آسس مالو زالنک
کرمت مالو چھنہ حلال تمہِ برونہ زہ وپہت ہکن ذبح بچہ درشکم مادر چھہ آنگی اعضا ذبح ماجہ تسنزہ
کرن اعضا نہ پورا آسنس گمیت حلال چھنہ ہرگاہ زو ژاست آسس تہ زندہ نیرہ نبر واجب چھہ
ذبح کرن تس ہرگاہ ماجہ ذبح کرنہ مرہ حلال چھہ بنابر اقوی جایز چھہ ہلِن مازہ زہ مسلمان مازہ زہ

منز بین سوال تمک کرن تہٖ چھ واجب نہ سنت معتقد حق تِنہٖ کنن وُول آسہِ تیٖہ کنہ ہرگاہ در ریت
مسلمان لبن ہرگاہ نہ بوح انداختہ لبن حلال چُھنہ کہن سہ گریلہ زانن زِہ مسلمانن چھس ذبح کرمت دوٕ
باب چھ کھنین تہٖ چینس منز تہت اندر چھ زٕہ فصل فصل اوّل چھ در احکام چیزہا اختیاری کس حالس منز
تم چھ پانژ قِسم اوّل چارپای خشکی حلال چھ شتر تہ تور تہ ژہا وُول رام حیوانو منز گاو خبگلی تہ جنگلے
تور تہ ژہا وُول بیہ آہو تہ گورخر مکروہ چھ گر تہ خر تہ استر خرہ سندہ خہ چھ استر زر مکروہ حرام چھ
ہون تہ بور بیہ خوک تہ ساری درندہ حیوان درندہ چھ نیش دار حیوان مثلاً تہ پلنگ تہ یوز بیہ
گرگ تہ لہ بیہ کفتار تہ شال تہ خرگوش بیہ ساری حشرات مثلاً مار تہ عقرب بیہ گگر تہ موش وغیرہ
بیہ سوسمار بیہ سنگ پشت تہ خارپشت بیہ سمور تہ سنجاب بیہ خز تہ جل دوئم قسم چھ پرندہ
جانورن منز چھ حرام سہ جانور زِہ چنگال آسس مثلاً باز تہ چرخ تہ عقاب بیہ شاہین تہ باشہ بیہ گا
تہ راتہ مُغل بیہ کاو پہت کاہ لس کانس سوا زِہ زراعتس منز چھ آسان بیہ کاو زِہ خاکستر
رنگ چھ زِہ یم زِہ چھ مکروہ بیہ چھ حرام طاوس تہ شب پرہ بیہ سگ چشم تہ ابابیل بیہ سہ جانور
زِہ تسند پر سند رٹن آسہِ تم وانہ خہ زیادہ وُپہنہ ورِزہ بیہ سہ جانور زِہ درشکم آسنہ لس
سنگدان تہ دانہ دان یعنی وانٹ تہ بُوس زِہ حلقہ بن چھ آسان ٹھیلہ بیہ آسنہ گدہ
پٹ کنڈ بڈ حلال چھ کوتر تہ قمری بیہ ماسوجہ تہ ککو بیہ تیہو تہ صعوہ بیہ کر ککر بیہ سہ جانور
زِہ پرواین تسند آسہ ژر تم سِد رٹنہ خہ بیا برابر یا آسہ لس انٹ یا بوس یا گدہ پٹ
آسس بڈ کنڈ مکروہ چھ فاختہ بیہ چکاوک تہ ہدہد بیہ پتو نر واکثر دریائی جانورن چھ
بری ہند حکم وُپہنکس تہ وانہ کس تہ باسکس کہر کہ کنڈ کس اعتبارس منز تیم قسم چھ
آبی حیوان حرام چھ تم ساری مگر سہ گاڈ زِہ فلس چھس رکھتی آسہِ بیہ چھ حرام سہ گاڈ زِہ مردہ
تہ آبس پٹ پیٹھ زِہ معلوم آسنہ زِہ آبہ نبر چھ موڑ کینژ و چھ دپت زِہ ہرگاہ مشتبہ سپنہ زِہ گاڈ
چھگہ مارِ رکنہ آبس منز چھ موڑ آبس منز تراون لس ہرگاہ تہر پٹ پیہ حرام چھ ہرگاہ بت کِن
پیہ مار مرچھ تہ حلال چھ ہرگاہ گاڈ درشکم ماہی مار مرلبن حلال چھ قسم چھ روان چیز تہ منز

در حیوان حلال

وحشی حیوانو منزہ

در حیوان حرام

در جانوران حرام

جانورن

چھ حرام شراب تہ یہ مستی انہ مثلن بوزتہ فقاع از خرما آستن یا عسل یا مویز یا زرت یا وُشکہ یلہٕ ژ تمک
تمک مستی انہ کم تمک تہ چھ حرام دچھ ورس یلہ جوش کھیہ تہ تلکُ پٹ سپنس چھ یت تمان نہ زہ ثلث
تمک جوش کھنہ ژمن یا سرکہ گژھنہ حلال چھ ہٕ شیرہٕ مویز تہ شیرہٕ خرما یت تان نہ مستی انہ بیہ چھ
مربی حلال بوی مست کنندہ فی نتہ منزہ ییہ حرام چھ خون رٕچھتہ سارنی حیوانا تن ہند بیہ خون لس
حیوانہ سندزہ خون جہندہ چھ ہنہ مثل وزغ تہ پش نتہ خونہٕ سوا زہ بہ تذکیہ یارنہ پتہ خون معتاد نیرنہ پتہ
چھ لس ماز منش وزان یکیاہ زہ سنہ خون چھ حلال دُ وس پرت حیوانسندس چھ تسندی حکم حلال تہ
حرام آتنس منزتہ مکروہ آتنس منز بیہ چھ ساری بول حرام سوای بول شتر برای شفا، بیہ لس چیزاہ روان
زہ نجس گژھ حرام چھ پاک کرنہ برونہ ہر گاہ پاک گژھ لس قابل آسہ مثل آب یتہ کنہ چھ حرام فضلہ ہای
حیوانات آدمی تہ غیر آدمی مثل آب ہن تہ بینی پاک فی چھ کینہ چھ وتان زہ رخصت سپنت چھ دار آب
دہن دختر تہ آب دہن شارب الخمر چھ پاک تت تان زہ متغیر بخمر گژھنہ حلال چھ سپنان شراب یلہ
سرکہ چھنس چیزاہ روان یا غیر روان تراونہ فی سرکہ سپنس نکہ بانہ تہ سپنہ پاک اما مکروہ چھ چیزاہ
تراون تت منز اما ہر گاہ بیاک نجساہ تت منز تراون سرکہ سپنہ سپنہ پاک تہ حلال گژھنہ ہر گاہ
سرکہ در خمر تراون زہ سوری سپنہ سرکہ پاک گژھ ہر گاہ خمر در سرکہ تراون پاک سپنہ باقی فی تہ خمرہ
منزہ سرکہ سپنہ پانُغُر قسم چھ خشک چیزن منز تہ منزہ چھ حرام یہ نجس یت تان نہ پاک سپنہ ہر گاہ پاک
گژھ لس قابل آسہ بیہ نبگہ بیہ پرت زہراہ قاتل اما یمک کم مارنہ مثل تریاک تہ سقمونیا تہ شحم حنظل جایہ چھ
کھن تہ تت تان زہ گمان سپنس نتہ مرنک یا مزاج فاسد گژھنک یا پھیرنک یتہ کنہ چھ حرام رب
تہ ژکھن سوای امام شہید حسین بن علی علیہما الصلوٰۃ والسلام اکٹ چھنہ پھلکہ مقدارہ بقصد شفا،
بیہ کل امتی برای نفع تتمہ تت منز کھینہ مسئلہ اق گ حیوانا زہ تسند ماز آسن کھوان نہ تخضاہ
کرہ وطی لس حرام سنہ حیوان تہ نسل تسند واجب چھ زالن سنہ حیوان یتہ کنہ در بحث حدود وندکور سپنہ
ہر گاہ یت تو راہ کھلس منز مشتبہ سپتہ تت کھلس کرن زہ چھلہ تہ قرعہ تراون یت تان اکی
روزہ خشتیہ حیوان جلال زہ عادت آسہ نس کرمت فضلہٕ آدمی کھنس حرام ماز تسند یٕ

حرام

در اینجا حرام و حلال

تان استبراء کرنس پتہ تاہ یمی زہ پاک علف دِلنس تت پتہ لس منز پتہ یمہ اسنبر وک چھہ وُ وُنٹس
ژیچہ دہ گو و وہ دہ کینژ وچھہ ترہ دہ دیمت یہ چھہ اوط تیرس چھہ دہ دہ کینژ چھہ دہ دیمت کینژ
ژداہ دہ بطکس تہ یہ لس ہۄ چھہ پانژہ گرکرن یہ یمن ہۄ چھہ ترہ دہ کینژ وچھہ دیمت پانژہ گاڑ
اکٹ دہ تہ رات بین تو تاہ زہ نجاست ہا کہن ژلہ لس ہرگاہ حیوانس اکس سورُ دُد دِیہ تہ ماز تسند
گژہ سخت حرام سپنہ لتسند ماز تہ لتسندہ نسلک ماز ہرگاہ سخت سپنیہ ماز مکروہ سپنہ سنت چھہ زہ ہتن
دہن دِن تس پاک علف یا دُو ہرگاہ کانسہ زنانہ ہند دُدچیہ تہ ماز گژہس سخت مکروہ چھہ ماز
تسند ہرگاہ شراب چیہ چھلن ماز تسند تہ کہن تہ تمہ ہٹول ہرت حیوانہ سند چھہ تابع لس حلال تہ
حرام آسنس منز بیہ مکروہ آسنس منز ہرگاہ شتبہ سپنہ کہن تہ زہ سر تہ پائین آسِتس اکِ اکس بیہ
دُو دہ حرام چھہ حلال گوشتہ منزہ پندہ چیز ذکر تہ فرج بیہ خایہ تہ طحال بیہ خون تہ سرگین
بیہ تلکبُت تہ بچہ دان بیہ مثانہ یعنی بول وان بیہ حرام مغز تہ زرد پی زہ گردن پٹہ چھہ یوان تہ
از پشت چھہ گذران بیہ غدود زہ مازستہ تہ پوستس منز چھہ آسان بیہ حدقہ تہ چشم زہ تمہ یت
چھم چیز با وُچھان یعنی مُنہ ہل بیہ خرزہ دماغ سنتہ چیز اہ کلس منز چھہ آسان ڈلوم تہ سخت چھہ ہلہ
ختہ بڈ بیہ ذات الاشاجع یعنی اصل انگشتان زہ متصل چھہ بعصب کفِ دست تہ یا مکروہ چھہ رگہ تہ
گردہ بیہ گوشہای دِل حرام چھہ مازا ہ زہ طحالس تل تہادت کرنس بریان ہرگاہ طحالس آسک
شگاف کرمت ہرگاہ شگاف کرمت آسہ سنہ یا ماز آسِہ تلہ بالا حرام چھنہ بیتہ کنہ سپنن حرام ہرگاہ
حلال گاڈہ تہ حرام گاڈہ یکوٹہ بریان کرن ہرگاہ حرام گاڈ بالای حلال گاڈ آسہ آنا ہرگاہ حلال
گاڈ بالای حرام گاڈ آسہ حرام چھنہ پانژ مباح چھہ مردہ سند بکار انن سہ چیز زہ زوچھنہ آسان
تت یمہ چھہ پندہ اڈجہ تہ دند بیہ سُم تہ ہٹنگ بیہ موٗن تہ موی تہ بغیر کمی شرط زہ ژٹن تت
یا چھلن نمک ماز ک طرف پرتہ چھہ تیہ کنہ بیہ ہٹول بیہ شہم پوست ولنہ آسِس آہت بیہ پنیر مایہ زہ
در شیر دان چھہ آسان بیہ دُدُو نیز و بعضی حرام چھہ بکار انن موی سک تہ خوک بیہ بیہ کینہ تہند
شیم حرام چھہ بکار انن پوست تہ ماز مکرک بیہ شہ چیز زہ زو آسِس آسان چرب ونبہ تہ یہ تمہ

سوا چھ برای روشنی چراغ تہ آسہ بیہ ژھ چیز زہ زندس کرن جدا جایز چھہ روشنی باپت بکار
انن روغناہ زہ نجس آسہ گومت نہ سقفس تل بلکہ زیر آسمان نبار احوط ہر گاہ گوشت مردہ
حلال کرنس بازس سیت میلہ تہ زانہ نہ تم اکھ اکس نشہ جدا کرت حرام چھ کھن سہ باز کینژ وچھہ دہمت
جایز چھہ کھنن تہ تمن زہ مردہ کھن چھہ روا تہاوان یلہ قصد کرہ کھن حلال کرمت بازستم
رساہ زہ کم خوناہ پیہ تت منز چش کھنہ سپنتہ پاک آمتا مازتہ کوفتہ تہ چھہ تہ یہ تت چھہ
یلہ چلنس حلال چھہ بیہ چھہ مشہور زہ یلہ ڈیگہ خونہ سوا بیاکھ نجاستاہ پیہ مثل شراب چھی حکم
چھس ہرگاہ کنہ چیز بین منز زہ غیر روان آسہ نجاستاہ پیہ مثل عسل تہ روغن تہ دوشاب بتہ تلن
نجاست تہ یہ تت سیت چھہ تہ تراوت ژہن باقی چھہ حلال بیہ ژٹاہ زہ نجس آیہ آڈرن نجہ
کرنہ سیت سپنتہ پاک گر یلہ سوختہ سپنا آتہش گروہ چھہ کھن تر زہ اتھہ لگمت اتھس جنبس حایض
تہ نفاس وار زنانہ ہند تہمت آست آلودہ گیہ منز پیہ لس اکنندہ زہ پرہیز چھتہ نجاستو نشہ بیہ
ایمن کرن شیرو تراوت ژھنہ لسن سی زہ حلال چھہ زنانن تت ملتان ژمنہ برو تہ فوم گروہ
چھہ شفار ژباڈن لمو گرم آبو نسہ زہ دور کوہستان چھہ آسان بیہ چار والیس مست کنندہ ون بیہ
شیرہ انگور سلف کھن دہمس جایز چھنہ بال غیر بی اذن کھن امتا یمہ گرہ زہ در کلام مجید ربانی چھہ
تمن منز کھنس اذن آمت تم چھہ گرہ زنانن تہ شرن ہند بیہ مالن تہ ماجن ہند بیہ باین تہ بین
ہند بیہ پترن تہ پتھرن ہند بیہ ماسن تہ ماسن ہند بیہ بنددن تہ دوستن ہند مباح چھہ
کھن تہ ہندہ اذنہ سوا یت تان تمن تہ ناخوش آسن معلوم آسنہ کینژ وچھہ شرط کرمت زہ گرہ تہند
گژھن پرزہ زہ تہندہ اذنہ سوا آسنہ خلاف کرمت چھکھ کھنس منز میوہ زہ وت لگہ تتہ کن اکثر چھیت
پٹ زہ مباح چھہ تہ جایز چھنہ چیزاہ تلن تتہ بیہ خراب کرن تہ بیہ قصد کرت گژھن تت کینژ وچھہ کھنس
منع کرمت روایژ اکہ موگہ تہ چھہ باحتیاط نزدیکر کینژ وچھہ دلمت پرزہ زہ تریہ پھرہ دیہ آواز باغ
وانس تہ اذن منگہ لس ہرگاہ جواب دیس عمل کرہ تتہ ہرگاہ جواب دیسنہ کھیہ یلہ ضرورت آسس
ہرگاہ بلکہ قیمت دیس ظاہر چھہ زہ رخصت چھہ تل زہ میوہ آسہ کلس پیٹھ یا پتھر پیومت ہرگاہ ودلمت

آئیسه یا زانه بیه زه مالک چه کهنس ناخوش اقرب چه بی زه حرام چه دو دیم باب چه کهنس
اضطرار که حاله حرام کهن چه جایز لس اکنده بابت زه لس آئسنه حلال طعام ته نه کهنه موگه کهوره
جان تلف گرده نس یا بیمار گرده نس یا بیماری طول کده نس یا علاج دشوار گرده نس یا ضعیف گرده نس
تربیت گرده نس یقنونشه بیته ته هلاک گرده نک بسبب آئسه یا ته ضروری سواری نشه عاجز گرده نس
کهوره مباح چهنه حرام کهن باغی سته چه سی زه بر امام عادل آئیس خروج کرمت بیه رهزنس یا
حرام مباح سینه واجب چه زه سیر کهنیه ته تجاوز کرنه تمه نشه زه سد رمق کرس گریه محتاج آئیسه سیر
کهنس لس اکند باٹ زه عاجز آئسه پیاده پکنس سیر کهنه سوا بیه آئسه مضطر پیاده پکنس رفیقن بیت
هرگاه برانت آئیس مباحاه بهم سینیچ سیر کهن چه ضرورت برنه حرام واجب چه زه ته کهنس منتر کره قصد
حفظ جان پس هرگاه قصد لذت ته خوشی کره حرام چه مباح کهن بیرت چیزاه زه ماره گرهینه
معصوم اندم کانزاه پس حلال چه شراب تشنگی بابت حرام نی چه برای هرگاه دوا آئسه شراب
بیه کینه سوای شراب هرگاه دوا آئسه شرابی یوت جایز چه تته کنه چه نبیذ نه باقی مسکرات
جایز چه ضرورت بابت اچهن لاکن چیزاه زه مسکراه آئسه تت منتر هرگاه طعام چند بهم
سینس ته بهار آئسنه مالکس منکه هرگاه سه ابار کرته دینه غصب کره پس هرگاه منع کره
ته جایز چه لس جنگ با مالک یله کهیه ته مالکس واته بها طلب کرن بلکه ثمن المثل پس
هرگاه بها آئیس واجب چه زه دیه پس هرگاه مالک زیاده منکه با قدرت چه واجب زه دیه هرگاه
مضطرس آئسه طعام بیگانه بیه مرده هرگاه مالک طعام دیس نه بهای موجود نسیه بوعده زه
تت آسه قادر تت پٹ واجب چه زه مرده تراوه نته چه مخیر میان مرده ته غصب تیره فصل
چه آداب منتر طعام کهنه کن ته آب چهنه کن ته رخت و لنه کن تت منتر چه ژور مطلب مطلب
اوّل چه بیان کرنه منتر طعام کهن ته تمه کن قسمن منتر زانهنره اقسام طعام چه پانتر اوّل
واجب کهن نه کینتراه زه تمه روزه رمق بیه کهن طعاماه زه ته نه کهنه واته ضرر بیه طعام واجب
النفقه بیه کفارات نهند طعام عاجز آسیت از عتق دو دیم حرام طعام نه زه تت منتر حس شراب

ٽيون طعام سنت ينوالڪ طعام هُو تہ پراوش هند طعام هُو بيو جو پهريت نيڪ طعام هُو
بيو ڪوس ختنہ ڪرہ نڪ طعام هُو ڇهيون ڇهنو مڪروہ مثل طعام ختنہ ڪرون زنان تہ طعام حنا تعزيہ
پانڃون مباح سو جهيمو طعام سواءِ زہ ونہ آيو اهنا آداب خوردن سنت جو اهي پهرين کهنہ
برو نہ تہ خشڪ نڪرن بد استعمال تکيا ءِ زہ آمت جو در حديث ائمہ معصومين سلام الله عليهم اجمعين
زہ بيت نان تري اٿس منهن آسنو ت طعام مس منهن جهيہ برڪت تہ ڪنہ اهي جهان کهنہ پنهو بيو خشڪ
ڪرن اهي بد استعمال بيو اٿهو پهرنڪ آب اڪسي بانس منهن سنبهرن بيو ڪڏہ اهي جهلن صاحب طعام
گڏ ڏنڪ دست پاڪ نہ وزہ تہ لتس وچن دست پاڪ ون ڏو ٻيو دست پاڪ نہ وزہ
دست پاڪ ون گڏہ لتس زہ صاحب طعام مس آسہ گهور ڪن تہ بصاحب طعام آخر و اٿاون
بيو نام خدا هُن گڏہ ني کهنہ وزہ طعام هيہ قسمہ آسہ پاڻي زہ وپہ بسم الله اوّله و آخره تہ جاءِ جيہ
نام خدا هيہ اڪاہ جماع ڪنہ بيتہ ڪنہ جهہ سنت فارغ سپننہ وزہ وپہ حمد خدا تہ گهنس منهن ڪرہ تڪرار
حمد تہ فارغ سپننہ پتہ وپہ الحمد لله الذي اطعمنا وسقانا وكفانا وأيّدنا وآوانا
وأنعم علينا وأفضل الحمد لله الذي يُطعِمُ ولا يُطعَمُ تہ ڪنہ جہ سنت وچنہ اهي کهن تہ
ڇن بيو تريوُ انگوُ کهن تہ کهنڪہ حالہ گهورس گهرس پٽ هُن هيہ ڪرہ اٿہ اهنس صاحب
طعام تہ سارن پتہ ترادہ کهن . . . . . . .

آدابِ خوردن
عملی

عنت چهہ بيہ سبزيہ با طعام اننَ تکياہ زہ در حديث چهہ آمت زہ حضرت

امیر المؤمنین علیہ السلام اوس تِتہٕ کنہ کران بیہ بعد طعام آس چھلُن بسعید یعنی بمشک زمین زِ بتر کی چھس
دپان تکمیاہ بزہ در حدیث آمت زہ دندہ دود چھُ دور کران تہ دہن چھ خوشبو کران تہ
رکت تہ چھ نافع تہ قوۃ جماع تہ چھ دوان بیہ طعام کھت دعا کرن صاحب طعامہ سند بابت
از حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ والہ چھ منقول زِ آنحضرت آس بعد طعام بصاحب طعام
اَطْعَمَ عِنْدَكُمُ الصَّائِمُوْنَ وَ اَكَلَ طَعَامَكُمُ الْاَبْرَارُ وَ صَلَّتْ عَلَيْكُمُ الْمَلَائِكَةُ الْ
بیہ حاضر کرن خلال برای مہمان طعام کھنہ پتہ بیہ خلال کرن طعام کھنہ پتہ تہ نبر کڈن
وندان رو دمت آسہ سمبرن یہ دردستار خوان پومت آسہ تہ تلہ تہ صحراس منز تہاوہ را
گوسفندی آسہ بیہ لِوہ کاسہ روایت چھ زہ یس کاسہ لِوہ زن آسس تت تِہ صدقہ کرمت
چھ روایت زہ یس اکاہ ژو چھ ٹکراہ لبہ تہ تت کھیہ لتندہ باپت چھ اکِ حسنہ ہرگاہ چھلت
تہ کھیس تس کت چھ تت حسنہ ترو چھ کال نکھن حضرت امام جعفر صادق علیہ السلام
یس اکاہ کال کھینہ بٹہ وارہ ہندہ شبہ تہ آتھوارہ ہندہ شبہ قوتاہ گرہ لتن زہ بہیرت
دہن سنت چھ زہ بڈ شنگہ سیر شکم تکیاہ زہ در حدیث آمت زہ ہرگاہ بڈ رات کت شنگہ
آسس سیر تہ بند زِ رالس کرہ نندر تہ بوی دہن سپنس جان بیہ کھن تمہ طعامہ منز زہ
خوان آسہ پومت تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت زہ لیست شغلیہ و فقہا چھہ تہ محتاجی چھ زایل کرن
تہ شر چھ زیادہ کران تہ مرض ذات الجنب چھ بر طرف کران بیہ مہمانس ضیافت کرن بیہ
منگنہ ترلیش تہندہ باپت اخ تہ ہرگاہ منگنہ آب وضو تہندہ باپت اخ بیہ مہمانس اعزاز
کرن بیہ سٹاہ مہمان گرہ انن تہ طعام دن تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت زِ سٹاہ
چھ موجب برکت طعام بیہ یہ گرہ حاضر آسہ مہمانہ سندہ باپت انن بیہ تکلف نکرن برای مہمان
ہرگاہ پانہ آمت آسہ تہ تکلف کرن ہرگاہ سہ انمت آسہ بیہ سٹاہ طعام رنن ہرگاہ مقدور
آسس تہ کم رنن ہرگاہ مقدور آرستہ بیہ گدہ نکہ دہ تہ دِ وچھ دہ پتر ہس تواضع تہ خوش
روئی کرن تہ یہ منگہ تہ لتس حاضر کرن تکیاہ زہ شرمیہ دہ چھ مثل عیال میزبان بیہ میزبان

مہمانس سیت طعام کھین بیہ قبول کرن دعوت مسلمان طعام کھنہ بایت بمسافت پنچ میل نی آسہ
اما ہر گاہ کافر طلب کرِہ لازم چھنہ اجابت کرن تس بیہ بخواہشِ عیال طعام کھین تکیاہ زہ در حدیث
چھہ آمت زہ مؤمن چھہ باشتہای عیال طعام کھوان تہ کافر باشتہای خود بیہ حاضر سپنند تیہ
ژٹ دستار خوانس پٹھ بلیس چیزس کرنہ انتظار تہ شروع کرہ کھیس سنز بیہ ژوچہ لوچہ کرِد تکیاہ زہ در حدیث
ژوچہ سیت چھہ برکتاہ بیہ نماز خفتن کرنہ پتہ چیزاہ کھین تکیاہ زہ تہ عادت پیغمبران علیہم السلام کھین
تمہ حدہ زہ ضرر کرہ تکیا زہ ہر گاہ چیزاہ کھومت آسہ تتہ پتہ ٹھ کھیہ بیہ کینہ چیز باعث امتلاء سپند تہ
بیمہ کرِہ ہِن مرض پیدہ در حدیث چھہ آمت زہ چیزاہ کھین پیر آسنکہ حالہ سپنان چھہ باعث مرض
تہ برص بیہ چھہ حرام تتہ ضیافتہ مجلس کرہِین زہ تس آسکنہ طلب کرِمت ہر گاہ آسنہ صاحب خانہ
چھہ راضی بیہ حرام طعام کھین تتہ مایدس منز زہ شراب چھن تتہ منز یا مست کنندہ کھین تہ چھن
بلکہ ہِن تتہ مایدس پٹھ چھہ حرام بیدی زن کینہ کھینہ بیہ طلا تہ نقرہ بانس کھین مکروہ چھہ از
طعام شکم پر کرن بیہ تکیہ کرِتھ طعام کھین بیہ ہر گاہ بعد طعام ڈکر یس سر بسوی آسمان کرن بیہ
طعام کھنہ وزہ تہ بین حالس منز مربع بہن تہ کیاہ زہ در حدیث چھہ آمت زہ مربع بہنس چھنہ خدا تعالیٰ
دوست تھاوان بیہ بخوہنن پالنس سیتہ نن ہر گاہ کنسی دعوت آسہ بیہ ہر گاہ معلوم آسہ
صاحب خانہ چھہ راضی نتہ چھہ حرام بیہ کھورہ اتھہ طعام کھین یا اختیار بیہ طعام کھین وتہ
پکان بیہ قبول کرن دعوت تمہ طعامک زہ گورن ہند دعوتنہ بایت آسک رخصت بیہ
شرکہ سیت ژٹ ژٹن یا نہ برکاسہ تھاون بیہ پاک کرن اوچ مازہ نتہ تکیاہ زہ در حدیث
چھہ آمت زہ جنن چھہ نصیباہ تتہ منز یمیس ہر گاہ سوری مازہ تمک کھین بیہ در خانہ پھتر
چھہ تتہ نن بیہ ہیرت دہ مازہ کھین تہ پرت دہ دویہ مرتبہ کھنس چھہ کراہت ژربیہ زیادہ از
چہل روز ماز کھین ترک کرن بیہ نیم پختہ ماز کھین بیہ بد گرسنہ راتکیت سماون بیہ فراخ دستے
کرن در معاش ہر گاہ مفلس آسنہ بیہ مہمانس خدمت کرن دین بیہ چیزاہ کالہ کھین تراون تکیاہ زہ
در حدیث چھہ آمت زہ تہ چھہ موجب خرابی بدن سپنان تیہ چھہ در حدیث آمت زہ لیس اکاہ

بنډ واره هنده شبه ته اتهواره هنده شبه چیزاه کهینه قوتاه گرزه لس نشه خلق شبانه روز بیه بیه
بدو انگشت طعام کهن باخیار بیه کنفره گوب بائن منز طعام کهن بیه خلال کرن بخوص درخت
بیونی ته ریحان تکیاه زه خلال کرن بانی ته ریحان چه سبب مرض جذام سپنان بیه کنه خلال
بچوب شاهسپرم ته آس ته گزنه انار ته آهین چه کروه بیه گاوده کهن تکیاه زه در حدیث آمت
سه کهن بدنس نبرراوان بیه نبرڈون گوچو سواته ڈون گوجه نبر سواکینه بیه گوشت قاق کهن
بیه گوشت گندیده کهن تکیاه زه ته چه باعث خرابی بدن سپنان بیه کهن چیزاه زه گلگرن آسه
کهومت دوکیم مطلب چه در بیان منافع طعامها و میوهاته طریق زه از حضرات ائمه معصومین
صلوات الله علیهم اجمعین چه منقول زانبزه نان جو از عادت پیغمبران ته قوت تهند ته در حدیث
چه آمت زه کنه شکلس منزبینه قرار گریس حرهناه زه تت آسه نبرکڈ بیه چه قوت پیغمبران
تان برنج در حدیث آمت برای مبطون چه یعنی یس اکس غایط آسه همیشه نبریوان نافع
دواهاته دباغت معده کره بیه ماز در حدیث چه آمت زه ماز کهن چه مازس در بدن زود
ته سید طعامها چه در دنیاته در آخرت ته حضرت رسول صلی الله علیه و آله آوس گوشت
گوسفند یژ دوست تهاوان ته گوشت قالیچه چه بدتر ماز و منزه تکیاه زه بجل بول چه
ته گلوماز چه زنگن قوی کران ته تلبس ووڈاوان گوشت قطاة از حضرت امام محمد باقر علیه
السلام چه منقول زه گوشت قطاة چه مبارک صاحب رقانس چه کباب تهند نافع
گوشت حباری از حضرت امام موسی کاظم علیه السلام چه منقول زه گوشت حباری چه
نافع بواسیرته درد پشت ته قوت باه چه و دوان بیه نیش ماز از حضرت امام محمد باقر علیه السلام
چه منقول زه گوشت ملیش چه شنوائی ته بینائی زیاده کران بیه هرسه در حدیث چه آمت
زه هرسس چه نفع واریاه ته بسبب قوت باه چه سپنان بیه تخم مرغ در حدیث چه آمت
سه کهنه چه سڈاه فرزند سپنان عسل چه شفاته بجاه هند زه بسبب بلغم آسه مسفر بریان
چه تشنگی بهناوان ته معدس چه قوت دوان ته شفا چه ستتن عرضن ته مسفر چه دلس

برنج
نان برنج
گوشت
گوسپند قطاة
حباری
ملیش
بیضه مرغ
عسل
عدس

نوزٕک کران بیہ اشتہٕ زیادہ کران کنکہ اوٹ بریان کرمت چہ طعام پیغمبران تہ کہن چہ
مازس کہاران تہ اتخوانن چہ سخت کران تہ قوت باہ چہ دوان پنیر ڈون گوجن بیت
در حدیث چہ آمت زہ دۄنوی چھ باہم شفا تہنا چہ پرت اکاہ مرض شکر چہ ساروی کینہ
نافع تہ ضرر چھنہ سرکہ تہ زیت چہ طعام انبیا آ تہ منفعت چھس ستاہ تکیاہ زہ ذہن چہ روشن
کران تہ عقل چہ زیادہ کران تہ صفراس چھ کم کران تہ دلس چہ زندہ تہاوان بیہ یم کم درشکم آدمی
آسن تہ تمن چہ ماران تہ شہوت زنان چہ برطرف کران بیہ چھہ زیتون بادن پھٹراوان
تہ روغن تمک چہ دوا خصوصًا در تابستان دُد سیاہ گیبہ ہند چھہ پڑ نافع سرخ گیبہ ہندہ
ختہ دُد سرخ گاوہند چھہ بہتر سیاہ گاو ہندہ ختہ دُد تہ عسل چھہ برای آب پشت نافع تہ
زنیان یعنی نانخواہ چہ طعام ہضم کران تمل چہ بہترین چیز ہا برای قطع بواسیر چنہ بریاین کرمت
چہ برای درد پشت نافع تہ ستتو پیغمبرو چہ دعا کرمت تت باقلا چھہ مغز ساق زیادہ کران
تہ ذبہ کران بیہ آب در دماغ زیادہ کران ہرگاہ باپوست کہن معدس کرہ دباغت لوبیا یعنی
راز مہ چہ بادن شکمہ منزہ ژلناوان مونگ چھہ مرض بہق زایل کران آل چہ باعث زیادتیِ
مغز دماغ پینان مویز سرخ پرت صبح کاجس اکوہ وانہ کہن چہ دفع کران مرضہا انجیر چہ شبیہ
ترین میوہ بہشتکین میون تہ کینژن مرضن چہ نافع تہ قطع بواسیر تہ نقرس چہ کران انار
چہ سید میوہا تہ حضرت رسولن صلی اللہ علیہ و آلہ چہ بہترین میوہا ویپت سیرس چہ گرسنہ کران
بہ گرسنس چہ سیر کران تہ پرت انارس منز چہ وانہ از بہشتاوی آسن کینہ حضرات از ائمہ معصومین
علیہم السلام تہنا سوری دین کہوان تہ دین پہل اندرم پوست ہت کہن چہ معدس دباغت کران
تہ وسوسہ شیطان چہ از دل دور کران ہرگاہ کانژاہ در روز جمعہ تمہ برونہ زہ کینژاہ کہیہ
اک دین کہیہ ژہ تجہ ہن دہن کرس دلس نورانی ہرگاہ زہ دین کہیہ شیتھن دہن ہرگاہ
ترہ دین کہیہ اکس ہتس تہ دہن لبہ از وسوسہ شیطان خلاصی تہ دود چوب انار چہ جانورن
ژلناوان سیب چہ نافع بابت زہر تہ سحر تہ دیوانگی تہ زیادتی بلغم بیہ چھہ کہن سہ نہ تہ بیر طرف

کران بم ثروت چہ نرگس جان کران ہرگاہ حاملہ زنانہ در حمل کھیہ سہ شرمس کرسن نیک رو
تہ غم کاسہ لیس تت ہمیشہ کھیہ تسند کلام سپنہ تمام حکمت تہ شجاعت انس امرو دیعنی ٹنگ ولس
چہ جلا دوان تہ معدس چہ دباغت کران خصوصاً یمہ وقتہ طعام کھومت آسن آلوچہ اففاگی
حرارت کران تہ صفراس چہ بہناوان تہ ٹک آلوچہ جوشش خون بہناوان تہ مرضس چہ لناوان
ترنج چہ طعام کھیہ پتہ نافع تہ حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ والہ آسن ترنج دوست تھاوان
سنجد چہ دباغت معدہ کران تہ بواسیر چہ زایل کران تہ زنگن چہ قوی کران تہ تقطیر بولس
چہ نافع کاسنی چہ امان از قولنج سخت ورق ٹک پرت ورقس چہ تمہ منزہ قطرہ از آب بہشت
تہ باہ چہ زیادہ کران تہ فرزندس چہ جان کران تت منز چہ ستتن مرضن ہند شفا
بادروج یعنی ریحان کوہی چہ سدس مژران تہ اشتہای طعام انان تہ سلس چہ برطرف
کران تہ ہضم طعام چہ کران تہ حضرت امیر المومنین علیہ السلام آسن تت دوست تھاوان
گندنا چہ سبز زبایت نافع ہرگاہ ترن ذہن کھن بوی دہنس کرہ خوش تہ بادہا کرہ دفع تہ
قطع بواسیر کرہ تہ امان چہ از جذام حضرت امیر المومنین علیہ السلام آسن تت نونس ست
کھوان کرفس چہ طعام الیاس تہ یوشع تہ لیسع پیغمبرن ہند تہ کھن چہ باعث زیادتی حافظہ
سینان تہ دلس چہ پاک کران تہ جنون تہ برص چہ برطرف کران نتر آسن دوست تھاوان
حضرت فاطمہ علیہا السلام کاہو چہ خونس صاف کران سداب چہ عقل ہرراوان
سلق یعنی برگ چقندر از حضرت امام بحق ناطق جعفر صادق علیہ السلام چہ منقول زہ
سہ چہ جذام دفع کران تہ شفای مرضہا چہ تہ استخوان چہ سخت کران سماروغ آب تمک
چہ شفای درد چشم بخ از حضرت امام جعفر صادق علیہ السلام چہ منقول زہ تت منز چہ ترہ
خصلتہ برکت تمک چہ باد باپھٹران تہ پراکندہ کران تہ مغز تمک چہ بول پکناوان تہ
مسول نمک چہ بلغم برطرف کران گزر چہ امان از قولنج تہ بواسیر تہ باہ چہ قوی کران
گلگج چہ جذام برطرف کران وانگن چہ مرض کاسان تہ طبیعتس چہ باصلاح انان

براں

پراَن چه قوت باه دوان ته بلغم چه ژمان ته پښتن چه سخت کران ته تبس چه زایل ؛
کران ته مرض و باسن هر طرف کران سعتر سه کهن چه پیش از طعام رطوبت ترن دفع کران
ی پیم مطلب چه چنگن ادا بن منز واجب چه دهن ډالن طلا ته نقره چه جای نشه هرگاه بانه
نقره کوب یا طلا کوب آب سه تیه کنه ونه آو سنت چه زه آب چینه وزه پره یه دعا اَلحَمدُ لِلّٰهِ
مُنَزِّلِ المَآءِ مِنَ السَّمَآءِ وَمُصَرِّفِ الاَمرِ کَیفَ یَشَآءُ بِسمِ اللّٰهِ خَیرِ الاَسمَآءِ آب چه ته
پره یه دعا اَلحَمدُ لِلّٰهِ الَّذِی سَقَانِی مَآءً عَذبًا وَلَم یَجعَلهُ مِلحًا اُجَاجًا بِذُنُوبِی اَلحَمدُ
لِلّٰهِ الَّذِی سَقَانِی وَاَروَانِی وَاَعطَانِی فَاَرضَانِی وَعَافَانِی وَکَفَانِی اَللّٰهُمَّ اجعَلنِی
مِمَّن تَسقِیهِ فِی المَعَادِ مِن حَوضِ مُحَمَّدٍ صَلَّی اللّٰهُ عَلَیهِ وَآلِهِ وَتُسعِدُهُ بِمُرَافَقَتِهِ
بِرَحمَتِكَ یَا اَرحَمَ الرَّاحِمِینَ بیه زه آبس بیه چیه آب د و نوی اتهو بیه چه آب تر یه
هرگاه آب غلام آسه ته اکی د ه چیه هرگاه آب د ه آزاد آسه ښتم چه لی زه آب چینه ژرم
تکیه آب ژرچن چه ماده جمیع مرضها بیه از نزدیک دسته کوزه ته از موضع شکسته چینه آب بیه
کره آب چکه وقته یا د حضرت امام حسین علیه السلام ته صلوات سوزه لس پټکه تسندن قاتلن کره
لعنت تکیاه زه هرگاه لس یاد کر ته تسندن قاتلن کره لعنت لچه حسنه بیه تسندس نامه عملس لکهنه
بیه لچه گناه سینه محو تسنده نامه عمله منزو ته لچه درجه بلند سینه روزی لس به پته چه در روایت
زه تهی آسه زه لچه بنده آسس آزاد کرمت ته حقتعالی کره لس خوشحال ته خاطر جمع محشور
در حلیه چه نان هرگاه تنه یه طریقه زه جان چه صَلَوَاتُ اللّٰهِ عَلَی الحُسَینِ وَاَهلِ بَیتِهِ
وَاَصحَابِهِ وَلَعنَةُ اللّٰهِ عَلَی قَتَلَةِ الحُسَینِ وَاَعدَائِهِ بیه چه مستحب چن سه آب زه
از ناودان کعبه چه وسان تکیاه زه سبب شفای بیماری ها چه تت هنر بیه چن آب زمزم یه زه
شفای بیماریها چه بیه چن آب باران تکیاه زه شفای بیماریها چه بیه آب زمزم بد یه زن بین
شهرن حرام چه طلا و نقره بانس آب چن کروه چه آب نیل مصر چن تکیاه زه در حدیث چه آمت زه
ته چه دلس باران بیه بیک دم آب چن هرگاه آب د ه غلام آسه بیه تر یه د ه آب چن هرگاه آب د

آزاد آسہ بیہ یکبار آب چن تہ نگلن تہ گیاہ زہ باعث مرض گباد چھہ سپنان سہ چھہ مرضہ ہاہ در گ
بیہ آب چن و تھیدنہ زو تلہ آماہ ہلہ پس مستحب چھہ ایستادہ چن بیہ نزدیک دستہ گوزہ تہ از حوض
شکستہ آب چن بیہ زر چن آب بیہ ڈوتہ کھن ڈوڈم مطلب چھہ آداب منز رخت
ولنکین تہ عمامہ گنڈنکن تہ واج بدست کرہ نکن بیہ کفش تہ موزہ تہ نعلین در پا کرہ نکن
چھہ زہ فصل فصل اول چھہ رخت ولنکن قسمن منز زانیزہ رخت ولنس پانس آرایش کر
باپت چھہ پانژ قسم اول واجب زنانہ جان رخت ولن. پانس ہرگاہ تند
شوہرس خوش کرہ بیہ رخت کرن ہہ والی پانس ہرگاہ باعث خوف تہ وبیم دشمن سپند
رخت سنت جان رخت کرن ہش زنانہ پننس شوہرہ سند باپت اول دفعہ بیہ جان ر
ولن ہہ مرد پننہ زنانہ ہندہ باپت بیہ جان رخت ولن ہہ برای تعظیم شرع بیہ رخت جا
ولن ہہ علماء برای تعظیم علم تہ کیم رخت حرام ابریشمی رخت ولن ہہ مرد در غیر جنگ تہ
سوا یتہ کنہ مذکور سپنہ ڈودم رخت مکروہ ولن ہش زنانہ جان رخت مگر دقتہ شو
یتہ گیاہ در بحث طلاق مذکور گو ہرگاہ ارادہ زینت کرتہ پانژم چھہ مباح سہ چھہ جان
ولن تمہ سوا ونہ آو تمیاہ زہ جان ولن چھہ مباح دویم فصل چھہ تت منز زہ رخت ولن
متعلق واجب چھہ زہ جامہ آسہ پاک نماز کرتہ وزہ تت منز گیاہ زہ در جامہ کحل چھہ نما
حرام چھہ مردن جامہ حریر خالص ولن در غیر جنگ ضرورتہ سوا بیہ چھہ حرام زنانن جامہ حریر ولن
در حالت احرام اظہر چھہ یہ زہ وقت نماز چھہ تمن حلال تہ چھہ بیہ حرام مردس تہ زنانہ ولن بکر پوس
بیہ ولن غصبی رخت بیہ جان رخت کرن بیگانہ زنانہ نیت زنا کرن تس سیت بیہ انگش
طلا در انگشت کرن مرد یتہ کنہ غیر انگشتری تہ بیہ صدق دلن کرہ سنت چھہ یتہ پلیس رخ
ولن تہ قیمتی آسہ باپت تجمل تہ زینت بیہی زہ سفید تہ سترک آسہ کمیلہ زہ در حدیث چھ
جامۂ پنیہ ولن چھہ لباس حضرت رسول صلی اللہ علیہ والہ بیہ ائمہ معصومین علیہم السلام بیہی زہ
آسہ بیہی زہ نز آسنہ تت انگجو خوتہ زیٹ بیہی زہ جامۂ خانہ آسس نیر نیر تمہ جامہ بیہو ا بیہ

والی

خالص

جامه نو ولنه وزه کرن پیاله آبه سیت پرته سورهٔ انّا انزلناه دوه تره لته ٹت پٹ ته
ون ته هناه چهکن ته منزه بر جامه تکیاه زه از حضرت امام جعفر صادق علیه السلام
منقول زه سبب فراخی نعمت چه سپنان یت تان ته جامک اثر باقی آسه بیه پرن جامه
ژهنه وزه یه دعا زه از محمد بن مسلم بسند صحیح از حضرت باقر علیه السلام چه روایت آر زه
یمن پر ژهم تس حضرتس زه یس نو جامه ژهنه کیاه کار کره فرمووک یه دعا پر زه اَللّٰهُمَّ اجْعَلْهُ
ثَوْبَ یُمْنٍ وَتُقًی وَبَرَکَةٍ اَللّٰهُمَّ ارْزُقْنِیْ فِیْهِ حُسْنَ عِبَادَتِكَ وَعَمَلًا بِطَاعَتِكَ
وَاَدَاءَ شُکْرِ نِعْمَتِكَ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِیْ کَسَانِیْ مَا اُوَارِیْ بِهٖ عَوْرَتِیْ وَاَتَجَمَّلُ بِهٖ
فِی النَّاسِ بیه پی زه دستار گنڈنه وزه پره یه دعا اَللّٰهُمَّ سَوِّمْنِیْ بِسِیْمَاءِ الْاِیْمَانِ
وَتَوِّجْنِیْ بِتَاجِ الْکَرَامَةِ وَقَلِّدْنِیْ حَبْلَ الْاِسْلَامِ وَلَا تَخْلَعْ رِبْقَةَ الْاِیْمَانِ مِنْ
عُنُقِیْ بیه پی زه دستار گنڈه وتهدنه تکیاه زه در حدیث چه بهت دستار گنڈه لس نهی آت
یی زه همیشه اتهاده تحت الحنک بیه پی زه زیر جامه ژهنه وزه پره یه دعا اَللّٰهُمَّ اسْتُرْ عَوْرَتِیْ
وَاٰمِنْ رَوْعَتِیْ وَاَعِفَّ فَرْجِیْ وَلَا تَجْعَلْ لِلشَّیْطَانِ فِیْهِ نَصِیْبًا وَلَا لَهٗ اِلَیَّ
اِلَیْكَ وُصُوْلًا فَیَصْنَعَ لِیَ الْمَکَائِدَ وَیُهَیِّجَنِیْ لِارْتِکَابِ مَحَارِمِكَ بیه پی زه زیر
جامه ژهنه رو بقبله بیه پی زه موزه ته کونش ته نعلین ژهنه بهت بیه پی زه نعلین ته موزه ژهنه
... وز انت منزه چهن گهوژ کهو ور کهره یرونه کڈنه وزه کڈه کڈه کهو ور کهر بیه پی زه نعلین
موزه ژهنه وزه پره یه دعا اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَوَطِّئْ قَدَمَیَّ فِی الدُّنْیَا
وَالْاٰخِرَةِ وَثَبِّتْهُمَا عَلَی الصِّرَاطِ یَوْمَ تَزِلُّ فِیْهِ الْاَقْدَامُ بیه پی زه نعلین ته موزه
کڈنه وزه پره یه دعا بِسْمِ اللّٰهِ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِیْ رَزَقَنِیْ مَا اُوَقِّیْ بِهٖ قَدَمَیَّ
مِنَ الْاَذٰی اَللّٰهُمَّ ثَبِّتْهُمَا عَلٰی صِرَاطِكَ وَلَا تُزِلَّهُمَا عَنْ صِرَاطِكَ السَّوِیِّ
بیه پی زه نعلین ته موزه زرد ژهنه تکیاه زه در حدیث چه آمت از حضرت امام جعفر صادق
علیه السلام زه فرمووک یس زه نعلین زرد ژهنه همیشه آسه خوشحال یت تان پیرانه بیه غمید

نعلین ژھنن تکیاہ زہ از حضرت امام جعفر صادق علیہ السلام چھ منقول زہ نعلین سفید یا
کانہ ژھنہ پرانہ بیت مان نہ مالاہ بدست یہ سہ لاگن والس تہ نعلین زرد چھ لباس پیغمبران
بیہ موزہ ژھنن بیہ پیراہن کتان ژھنن تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت زہ سُہ نال ژھنہ
ونس چھ فربہ گران بیہ واج اتھس ژھنن بیہ وچھنس اتھس ژھنن بیہ انگشتری عقیق
اتھس ژھنن تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت زہ امان چھ پرت بلایہ نشہ بیہ بیت واج
نگین یاقوت آسہ اتھس ژھنن تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت زہ افلاس چھ دور گران
بیہ بیت واج نگین فیروزہ آسہ اتھس ژھنن تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت زہ یس اکس واجیلہ اتھس
آسہ زہ نگین اَتھس فیروزہ زاہ سپنہ محتاج بیہ بیت واج نگین آسہ جزع یمانی یا بلور اتھس ژھنن
تکیاہ زہ خاصیت چھس شاہ نکروہ چھ سرخ موزہ ژھنن در حضر اتا نکروہ چھنہ در سفر بیہ سیاہ
نعلین ژھنن تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت اچھن چھ ضرر واتناوان بیہ غم چھ اتان
اما سیاہ کونش ژھنن چھنہ نکروہ بیہ مصور جامہ ولن تخصیص در نماز بیہ سیاہ جامہ ولن
تکیاہ زہ از حضرت امام جعفر صادق علیہ السلام چھ منقول زہ حقتعالان سوز وحی بیغمبرس
پیغمبر و منزہ زہ مومنن وپ زہ میون دشمنن ھند لباس م ولن یعنی جامہ سیاہ بیہ جامہ
ولن زہ تمہ آسہ انگشت نا تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت یس اکاہ جاماہ ولہ زہ تمہ جامہ سببہ
مشہور رُد اتہ مالی ولہ تس جاماہ از آتش دوزخ بیہ چھ نکروہ سرخ جامہ ژھنن مگر در عروسی بیہ جامہ
ژُھنن زہ زرد آسہ یا آسس رنگ بزعفران کرمت گرد رعروسی تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت
زموہ سہ آسن حضرت امام محمد باقر علیہ السلام زہ رنگ کرن جامسن بزعفران چھ خاصہ بنی امیہ
بیہ چھ در حدیث آمت زہ تم حضرتن اوس وقتہ اکہ زرد قبا و جمز عذر تمک ونک زہ تکیاہ
[illegible] کرژتمی باپت چھم زرد قبا و جمز بیہ چھ نکروہ اک کونش کھریا اک نعلین کھرژھنت وتہ تکین
یاک آسس سونہ باپت دتمت تکیاہ زہ در حدیث چھ آمت زہ یس دیک نعل وتہ پکہ ہرگاہ شیطان
ضرر واتناوہ تس کانسہ کرنہ ملامت مگر پانس ہنزس بیہ ششتر واج اتھس ژھنن بیہ دستار بست
گنڈن

گنڈن کتاب المیراث یتہ چھہ مقدمہ تہ کینہ فصل مقدمہ میراث چھہ مال اوہ مستحق چھہ سپنان تت کانژاہ کانژاہ مرنہ بہ نسب یا سبب یتہ کنہ تفصیل نکہ بیان سپنہ انشاء اللہ تعالیٰ میراث شوراتبدای اسلام بسو گند شخصاہ اوس بیس دپان خون موں چھہ خون چون تہ مال موں چھہ مال چون یاری وک یہ یاری ومہ تہ میراث نک یہ کنہ میراث بمہ زہ کنہ پس آسہ عقد سوگند یت میس پت گنڈن میراث آس اکت اکسندہ کنہ نوان نہ قرابتہ تہ آشنائی ہندہ سببہ یہ بابت آس آیہ نازل سپنمژ چھہ قول سبحانہ وتعالیٰ وَالَّذِينَ عَقَدَتْ أَيْمَانُكُمْ فَآتُوهُمْ نَصِيبَهُمْ تہ پتہ سپن منسوخ میراث نن سپن باسلام تہ ہجرت یلہ مسلمان اہ ہجرت کینہ اولاد روزہنس مہاجر تہ کینہ غیر مہاجر یس مہاجر اوس میراث اوس نوان یس مہاجر اوسنہ میراث اوسنہ نوان یہ معنی آس آیہ نازل سپنمژ چھہ قول حقتعالیٰ وَالَّذِينَ آمَنُوا وَلَمْ يُهَاجِرُوا مَا لَكُم مِّن وَلَايَتِهِم مِّن شَيْءٍ حَتَّىٰ يُهَاجِرُوا تہ پتہ گیہ یتہ منسوخ یمہ آیہ سیت زہ وَأُولُو الْأَرْحَامِ بَعْضُهُمْ أَوْلَىٰ بِبَعْضٍ تہ حقتعالیٰ ان سورۂ آیات میراث فصل اول دویہ چیزہ چھہ میراث نوان بہ نسب یا بہ سبب اول نسبی چھہ ترمرتبہ اول مول تہ ماج تہ ہیرم تمن بیہ اولاد تہ اولادن ہندا ولادیذی زن بنم آسن بلہ شخصاہ مرہ مارس سوا آسنہ یومنزہ کانہ سوری میراث ولتہ مالس یلہ یومنزہ ماجی یار آسر ثلث میراث واتہ تس بتعیین تہ تسمیہ بیہ نہ ثلث تہ نیہ سئی بردیلہ مول تہ ماج دونوی روزہ لنس تہ اولاد آسنہ ثلث میراث واتہ ماجہ تہ باقی مالس یلہ مالس تہ ماجہ زوجہ یا شوہر آسہ شوہر یا زنانہ نیہ نصیب پنن زہ بیان سپنہ تہ ماج نیہ ثلث میراث تہ باقی نیہ مول کم تی چھس دویہ ثلثہ یلنہ مول ماج آسن تہ اک کبر یا زر آسنس سوری میراث چھہ تہندی برابرن حصہ اک اکس یلہ اکی کور آسس پت کمن نہ گبر نصف میراث نیہ سہ بتسمیہ بیاک نصف بردیلہ زہ کورہ یا زرہ روزہ نس نہ ثلث میراث نن تہ بتسمیہ باقی نن نہ بردیلہ گبر تہ کورہ روزہ نس سمت گبر نیہ زہ حصہ تہ کور اک حصہ یلہ مالس تہ ماج سیت فردہ سند وگبرو منزہ کانژاہ آسہ پرت اکس واتہ مالس تہ ماجہ منزہ سندین میراث باقی واتہ گبرن تہ ہرگاہ کور تہ آسہ باقی منزہ نیہ گبر زہ حصہ کور اکھ حصہ یلہ پرت اکس سیت مالس تہ ماجہ منزہ اک کور روزہ

درمیراث زمرہ اول

زه ربع میراث زه ژور م حصه میراثک وانه بتسمیه د مالسن با ماجه باقی تره ربع واتن کوره تته کنه
یله مول یا ماج ته زه کوره یا ژره روزنس خمس میراث زه پانزم حصه میراثک گو واته مالسن یا ماجه ژور
خمس واتن کورن تته کنه یله مول ته ماج ته اک کو ر روزسن اک خمس واته مالسن اک خمس ماجه تره خمس
باقی واتن کوره یله مول ته ماج ته زه کوره یا ژره روزه نس زه سدس واتن مالسن ته ماجه پرت اکس
اک سدسن باقی ژور سدس زه ثلثا میراث چه واتن کورن برابر یله تمن سیت زنانه یا شوهر
آسه نقصان کره کورن هندس سهمس ته مالسندس سهمس ته ماجه هندس سهمس مسئله یلکه ماج ته مالسن سیت
نه بای یا اک بوی ته زه بنه یا ژور بنه روزه نس بایس ته بانن یدی زن تمن میراث واتنه ونکن
اتما ماجه هندس سهمس چه نقصان کران یته زه ماجه هندس ثلثس چه سدسس واتنا وان یمی شرط زه
زه مردس تم بای ته بنه آسن اکسی مالسن ته ماجه هندیا اکسی مال سند نه مال بن بن بیا آسیه مول زنده بیه
نکنه وارث سپننس یا تعاد ته مانع ابلی سپنه بیان انشاء الله تعالی مسئله یلیه اولاد آستنه
ولاون هند اولاد چه قایم مقام اولاد پرت اکاه نیه تموتنزه پننس مالسن یا ماجه هند نصیب تنیا آست
ته مالسن ماجه سیت ته زوجین سیت چه حاجب تمن نصیب اعلی نلنس ته مانع چه تمو ورای بین خویش
میراث نلنس بنا بر اصح اتما نزدیک تر میت آست نینه میراث سه زه بطنکن آسیه دو ورتس پس یک کره
بطنک آست نینه میراث دویمه بطنک پتن فرزند آست ننه میراث اولاد اولاد فرزند
فرزند آست چهنه وارث فرزنده سندس فرزنده سنده فرزند پس شر کوره نیه پنه ماجه نصیب نچو
آستن یا کورسن حصاه ماج نیهس زنده آست پانه سه یعنی نصف میراث بتسمیه ته نصف تمک
برد یا بتسمیه ته رد تره ربع یته اکنه گو یا نصف سهم ند کر هرگاه شر کوره هند اکه ژر آسن سی سهم ماجه هند
رتن یا کرت پانوان نچو نیه تمو منزه کوره هنده دوگن شر گبره نیه مال سند سهم زه نیهی سه زنده آست
پانه سه شر نچو آستن یا کورسن هرگاه تخضار پت روزسن کنسی نچو سند شر کل میراث چه سهم تسند هرگاه
مول ته ماج ته زنانه ته روزس فریضه هند ثلث چه باقی لس گبره سند سهم هرگاه گبره سند شراکه ژر آسن
آسن بیه نچو ته کوره مال سند نصیب نن یا کرت پانوان نچو نیه حصه کوره هنده دوگن هرگاه پته روزس

شر لونه

شریک شوي سنده ته شریکوره هغه شریک شوي سند نیه زه ثلث میراث اخلي آسه شریکور هغه اخلي ثلث ځکه چې یت سي "
آسن تت صورت منزه هر گاه ئمن سیت زوج یا زوجه آسه ئمن واته نصیب ادني یعني ربع یا ثمن ثلث
باقي واته کوره هغه سن شریک سه شریک شوي سند سن شریک سن واتن زه ثلث او لاد او لاد یا پدر و مادر میت چهه
شریک درمیراث تیه کنه پانه او لاد شریک آسه ئمن مسئله بڈش گبرسن چهه وجوبا مخصوص مال
سنده ترکه منزه پوشاک تسنده بده نک ته واچ تسنزیه تسنز شمشیر ته مصحف علاوه برین گرته
احتیاط ترک بیه ژور چیزه ته حبوه زانه لسن منز اکثر کتابه تهنزه بیه سلاح ته رحل بیه راحله تیه کنه
کرنه یه احتیاط ترک هرگاه حبوه سوا ماله روزسنه بنیه تیه گبر سفیه آسه یمي شرطه بد مذهب
آسنه بیه آسنه لسن خته بڈ گبر کانه هرگاه کور آسس بڈ حبوه دنه لسن هرگاه گبر کانه آسسنه
حبوه چهنه هرگاه بڈ گبر متعدد و آسنس شریک چهه اکس اکس در حبوه بیه یمي شرطه متهتسن آسنه
دین مستغرق یعني قرض برابر ترکه یا تمه ژیس هرگاه امس بڈس گبرسن خوش کره مسکلاوه حبوه
قرض منزه دیه یه تت برابر آسه پنه ماله منزه یمه چیز در حبوه ونه آي هرگاه تمو منزه چیزاه متعدد آسه
پس یس چیز بلفظ جمع آو ثیاب ته ته کسوه ته داخل چهه در حبوه یس چیز بلفظ واحد آو سیف ته
مصحف ته ته خاتم هغش اکي چهه داخل در حبوه احوط چهه در متعدد مراعاة احتیاط کرن راجح چهه
اختیار کرنه بابت سي اکث زه ژر آنسبت تیج لسن کن هرگاه سه برابر آسه اختیار کره اکاه وارث
بنابر اظهر داخل چهه در ثیابت کسوه عمامه ته کمربند بیه کلاه ته لباده بیه پوستین بیه یه تت ته چهه
او داخل چهنه در حبوه سه چیز زه مهیا چهس ونه بابت کرمت ته ولمت چهنه بلکه سه ته زه ولمت
چهس تجارت کره نکه قصده تمه سیت یته کنه موقوف چهه در حبوه آسن تت مصحف منز زه
مهیا کرمت آسه برای حرز ته برکت ته یه ئمن ته چهه ني زه باستعمال امنت آسه تم اکي زه حین
چهنه قرائت اقوی لي چهه خلاف تمک بلکه ظاهر چهه زه مصحف چهه تابع کره تمک تیه کنه شمشیر ته
چهه تابع حلیه ته کم ته تسمه تمک مسئله معلوم چهه زه بڈبب ته نان ه مال وه ته هند آستن یا ماچه
وته هند بوراثت ننه چیزاه مالسته ماچهنزه اکاه آست آمتا مستحب چها طعام کرن تمن تیهم

حبوه

در استحباب اطعام از میراث

ما شنده نه

فی آسمن د روجهی قوتی اقرب آسِت تهنده خته سدس اصل د نک بنا بر اصح یله زیاده آسه ماجه
بنه نصیب سدسه خته یتهی زه شخصاه مره پت رو زرس مول ته ماج بیه مال بڈ ببب ته مال نان
بیه ماج بڈ بب ته ماج تان پس هیت صور ژ منز نیه ماج اک ثلمث ته مول ژه ثلث پس مستحب چه
ماجه زه اطعام کره پنپس مالِس ته ماجه پنپه نصف نصیبه پنپه یعنی بسدس مِتن منز برابر بلکه هرگاه
موجود آسه تمومنزه اکی سدس چه لس کت مستحب چه مالس زه اطعام کره پنپس مالِس ته ماجه دون
ثلثن هنده ربع سیت زه چهه نه سدس اصل هر که نصفا نصف کرت متن منز برابه هرگاه تمو
منزه اکی موجود آرسس سدس چه لسں کِت تنه گنه هرگاه مالِس ته ماجه منزه اکمس سدس میراث
داته زیادتی سِواپیس واته زیاده سدسه خته مستحب چه زه صاحب زیادتی کره اطعام بسدس ثلثیس
مالِس ته ماجه نه سدسه وُول پس هرگاه پت روزنس مول ته ماج بیه زه بای هذه حاجب
سپنِن ماجه ثلث نزتس مستحب چه اطعام بسدس اصل بال سنده نصیبه منزه لسندسی مالِس ته
ماجه یا اکِس تمومنزه نه ماجه زه چهنه لس هیت فرضس منز سدسه سِواتیه کنه هرگاه پت روزنس
مول ته ماج بیه شوهر مستحب چه بسدس اصل کرن ماجه هنده نصیبه منزه حاجب چهنه تنه دسی
الِسی ماجه یا اکِس تمومنزه زه زنده آسه نه مال سنده نصیبه منزه زه چهنه لس فُرنکن سدس
سِوا هرگاه زیادتی از سدس بسدس اصل واتِه تیه کنه معتین چهه زه مستحب چه اطعام بسدس
کرن هرگاه زیادتی بسدس اصل واتِنه مستحب چهنه تمه اطعام کرن تیه کنه زه پت روزنس مول
ته ماج بیه اک کو ریا اکاه از والدین ته کینه کو زه زیادتی چهه فُرنکن خمس واحد ته سدس اصل
انا او چهه تمکت خلاف زه مستحب چه اقل امرین از سدس ته زیاده از سدس زه نقصان ابوین
آسنه بیه چهنه مستحب اطعام کرن بترابد از سدس اکثر فی آسه سدسه خته حاجب آسنه وزه
کمیاه زِه مالِس چهه تمه وزه پانژ شیومنزه ته مستحب چهنه ژور عطا کرن تمومنزه بلکه اکی کرنه بیه اطعام
سنه چه سدس اصل تیه کنه اطعام کرنه بیه در فرض مطابق خمس واحد یدی زن اقل چه از سدس
والله اعلم ... هر تبر چه بائی بنته بڈ بب ته نانه یلینه اکاه گڈ که مرتبه منزه آسه نه مول ته

زیادتی ... تنبیه

تنبیه

نہ ماج نہ فرزنداہ نہ فرزندِ فرزند میراث تسند وانہ دویمہ مرتبہ کِن وارثن پیس. یلہ شخصا
مرہ اکھ بوی یا کینہ بای روزنس پدری تہ مادری سوری میراث واتہ یمتن. یلہ اکھ
بنہ آسِس نصف میراث واتہ تس باقی تہ نیہ سِتی برفر. یلہ کینہ بنہ روزنس زِ تہ ثلث میراث
واتن یمتن باقی تِن تمہ برد. یلہ بای تہ بنہ روزنس پرت اکھ بایاہ نیہ دوکِن حصہ اکس بنہ
حصہ بندہ خہ قایم مقام چھہ یمن بای تہ بنہ پدری تنہا پیس دوراثت چھہ حکم ہیند پدری تہ مادری
باین تہ بنن ہند منفرد آسنس تہ کینہ آسنس منز اوْ میراث نینہ تمو منزہ اکاہ اکاہ آسہِ
پدری مادری بای تہ بنہ کورتی سُہ آسہِ. یلہ مادری بایاہ یا بنیاہ روزِس تنہا سُدس میراث
نیہ سُہ بفرض باقی تہ منیہ مُتی برد نخو آسِتن یا کور. یلہ مادری کینہ بای تہ بنہ روزنس ثلث
میراث واتہ یمتن بفرض باقی تِن تمہ برد پا توان با کرن برابر نخو آسِتن یا کور یا نخو تہ کور
یم بای تہ بنہ وارث آسن. یلہ تمو منزہ کینہ مادری آسن نہ پدری اکی آسِتن تس نیہ
سدس میراث بفرض متعدد آسِتن تِن ثلث باگرن پانوان برابر تِت پدری تہ
مادری باین تہ بنن ہند چھہ باقی سُہ چھہ پانتر سُدس یا زِ تہ ثلث اکی تی آسہِ یہ باقی نیہ نخو تہ
آسِت تہ کور آسِت تہ. ملی یلہ کور آسہِ سُہ خاص پانہ سُہ نصف نیہ فرضہ پانہ تہ باقی رد گرِت
خاص پانہ بنا بر اصح. بیہ یلہ پدری تہ مادری کینہ بنہ آسن یمتن واتن بفرض زِ تہ ثلث میراث
باقی تہ تِن تمہ برد بنا بر اصح. ہرگاہ باقی روزِ تہ یتہ کنہ باقی روزہ. یلہ شریک آسِک اکھ تہ
بوی یا بنہ مادری تنہا ہرگاہ یِم ساری نخو آسن پرت اکاہ نیہ تمہ باقیہ منزہ حصہ یمن برابر
ہرگاہ نخو تہ کورہ آسن پرت نخواہ نیہ کورہ دوکِن حصہ. بای تہ بنہ پدری تنہا چھہ قایم مقام پدری تہ
مادری موجود نہ آسِت تم رد کرنس تان یمتن پٹ خاص پانہ نہ مادری بنا بر اصح. یلہ زنانہ یا
شوہر یمتن سیت آسن تم تِن اعلیٰ نصیب ربع یا نصف باقی تِن بای تہ بنہ نقصان سپنہ پدری تہ
مادر باین تہ بنن ہندس نصیبس یا پدرین ہندس نہ مادرین ہندس. فائدہ: اللہ الحمد
یلہ شخصاہ وفات کرہ تہ کنی بذرب روزِس سوری میراث واتہ تس نیہ گنہ چھہ ہرگاہ تنہا زنان

روزنس ہیرم تی آسعہ بڈبب یا نان مال بڈبب آستن یا مال نان یا ماج بڈبب
یا ماج نان یلہ مال بڈبب تہ مال نان روزنس بڈبب نیہ زہ حصۃ تانن اک حصہ ہرگاہ
ماج بڈبب تہ ماج نان روزنس تومنزہ نیہ پرت اکاہ حصہ برابر بلبین یلہ بڈبب تہ تانن پدری تہ
مادری سارے روزنس مادرین واتہ ثلث میراث تہ باقی واتہ مال بڈببن تہ مال نانن یلہ تمن
سیت زوجہ یا شوہر روزہ تم نن نصیب اعلیٰ یعنی ربع یا نصف مادری بڈببن نانن واتہ سدس
یا ثلث باقی واتہ پدری بڈببس تانہ پس نقصان گرزہ یہند سے نصیبنن مادری بڈببن تانن ہندس
نصیبس

یم وارث زہ بیان سین پرت صنفاہ اقرب

کہ محروم العدس از میراث یلہ اک بومی یا کینہ بای مادری یا اک بنہ یا کینہ بنہ مادری بیہ مادری
بڈبب تہ نان یا اکاہ تومنزہ روزہ نس مادری بڈبب چہ مادری بومی تہ تہ نان چہ مادری بنہ
ہشن پس ثلث نن باگرت برابر تم یلہ مال بڈبب تہ نان یا اکاہ تومنزہ بیہ پدری تہ مادری ز
اک بومی یا کینہ بامی یا اک بنہ یا کینہ بنہ روزنس بڈبب چہ بالس تہ تہ نان چہ بنہ ہشن
مادرین چہ نصیب ثلث ہرگاہ تم آسن باقی نن باگرت باہم مرد نیہ حصہ زنانہ حصہ دوگن بڈبب
ہیرم تی آسعہ شریک چہ باین تہ بنن نان تہ نیہ کنہ باین تہ بنن ہند اولاد چہ قایم مقام تمن ہرگز نتر
منزتہ اجدادن ہنزہ شراکت منز پرت اکاہ نیہ تومنزہ پنس مالس تہ ماجہ ہند نصیب ادی آس تم مادری
تہا مردتہ زنانہ نیہ حصہ برابر یلہ شر پدری باین یا بنن ہند آسن مرد ہند نیہ حصہ تہنزہ زنانہ دوگن
تومیرص تبہ چہ پترتہ پیہ بیہ مام تہ ماسہ یمین چہ اولوا الارحام دپان یم نن میراث تمی وقتہ
زہ گژھہ مرتبک تہ دویمہ مرتبک آسنہ کانہ وارث یلہ ستحضاہ مرہ تہ کنی پتر روزنس سعی ریے
میراث واتہ لتس تیہ کنہ چھنہ زہ ہرگاہ کینہ پتر روزنس تیہ کنہ چھنہ زہ ہرگاہ اک پپروزس
یا ژرہ روزنس بیہ پترتہ پپ روزس پترواتن زہ حصہ تہ پپہ اک حصہ یلہ پدرتہ مادری پترتہ
پپ بیہ مادری یا پدری روزس پس مادری چھس لتس واتہ سدس ہرگاہ اکی آسنہ نتہ ثلث
ہرگاہ کینہ آسن مردتہ زنانہ نیہ حصہ برابر باقی میراث داتہ پدری تہ مادری پترستہ پپہ اکی اکت

نیہ سوری باقی کینہ آست نیہ مرد زنانہ دوکن حصہ پترتہ پُپ پدری چھہ محروم پدی مادری
موجود آسنہ ہرگاہ پدری تہ مادری موجود آسنہ قایم مقام چھہ یمن پدری تہندی حکم چھس
یلہ کنی مام روزس سوری میراث واتہ تس تیٔہ کنہ چھہ ہرگاہ کینہ مام روزنس یا اکھ ماس یا کینہ
ماسہ یدیم ماتہ ماسہ سمت آسن پترت اگاہ نیہ تیس برابر حصہ یلہ کینہ آسن مادری تہ کینہ پدری
مادری مام تہ ماس نیہ اکھ سدس یلہ کنی آسہ ہرگاہ کینہ آسن تہ ثلث نن مام نیہ ماس
برابر حصہ باقی میراث واتہ پدری ماس تہ ماسہ کنی آستن یا کینہ حصہ نن برابر تم پدری مام
تہ ماس نیتہ پدری تہ مادری آست یلنہ پدری تہ مادری آسہ مام تہ ماس پدری چھہ قایم
مقام یمن دراستحقاق قدر میراث یلہ پترتہ پُپ بیہ مام تہ ماسہ دونوی طایفہ روزنس
ماسن تہ ماسہ واتہ ثلث میراث کنی نی آسہ یا کینہ آسن باقی واتہ پترسی تہ پپہ کنی نی
آسہ پتر یا پُپ یلہ پدری تہ مادری بیہ مام تہ ماسہ بیہ مادری روزلس بیہ پترتہ پُپہ مادری
ماسن تہ ماسہ واتہ اکھ سدس ثلث ہرگاہ کنی آسہ ثلث ہرگاہ کینہ آسن برابر نیہ حصہ
مرد تہ زنانہ تہ باقی زہ ثلث واتن پدری تہ مادری ماسن ماسہ تہ پدریس واتنہ کینہ باقی
میراث واتہ پترن تہ پپہن یلہ پدری تہ مادری تہ پدری تنہا تہ مادری تنہا مام تہ ماسہ روزنس
مادریس واتہ سدس باقی میراث ہرگاہ کنی آسہ نہ تہ ثلث باقی ہرگاہ کینہ آسن باقی میراث واتہ
پدری تہ مادری پترسی تہ پپہ پدری تنہا نیتہ کینہ یلہ یمن روزس زنانہ یا شوہر تس نیہ نصیب اعلیٰ
ربع یا نصف مام تہ ماس نیہ ثلث میراث باقی واتہ پترسی پپہ شُر پترن تہ پپہن ہند بیہ
مامن تہ ماسن ہند چھہ قایم مقام ینن مالن تہ ماجن یلنہ تم آسن پترت اگاہ نیہ ینن
مالس یا ماجہ ہند نصیب کنی آستن یا کینہ پترت عرتیس منز چھہ اقرب محروم کران ابعدس
میراثہ نشہ مگر اجماعی مسئلس منز چھہ یہ اکھ صورت زہ شخصاہ مرہ پت روزس پلہ رنکیا پتر بیہ
پدری تہ مادری پترسند گبرس سوری میراث واتہ پدری تہ ملوریکا پترسندس گبرس تہ پدریکا پتر نیتہ
کیہ حکم اعمام تہ اخوال میت پدر میت یا مادر میت بیہ عمات پدر میت یا مادر میت بیہ خالات پدر تہ

در ورثہ اعمام وعمات

در ورثہ اخوال وخالات پدری

مادر میّت چھ حکم اعمام تہ اخوال میّت یلہِ تم آسن بیہ چھ اقرب محروم کران ابعدس میراثہ
نِشہِ تیتھِ سندِ پترن تہ پتھن بیہ مامن تہ ماسن شِرن ہند شرتی آسنک محروم چھ
کران پترن تہ پتھین بیہ مامن تہ ماسن میّتہ سندس مالس تہ ماچہ ہند میراثہ نِشہِ
یلہِ کانسہ وارثن منز جمع آسن زِہ سبب میراث نِنک زِہ دو نوی جہت چھ شریک
در میراث محروم تہ چھینہ کران سہ وارث نیہ دونوی سببو میراث پدری پتر بوی آہ زِہ
ماحتر بوی مادری تہ چھ یا مثل شوہر زِہ پتر بوی تہ چھ بیس پترسن ما بیس سیت یا ماترس
یا پتس سیت بیس ہرگاہ دویو سببو منزہ اکھ محروم آسہ کران تتہ بیس سہ وارث نیہ مانع
سببہ تہ سبب ممنوع مادری بوی ہہ زِہ سہ چھ پدری پترسند گبر تہ دوییم فصل چھ در
وارثان سببی میراث نِنک سبب چھ زِہ اکھ چھ زوجیت یعنی زنانہ تہ شوہر آسن یلہ میّتس
فرزند تہ فرزندِ آسنہ شوہرس واتہ نصف ہرگاہ فرزند یا فرزندِ فرزند آسس شوہرس واتہ
ربع تیتہ کینہ یلہ میّتس فرزند تہ فرزندِ فرزند آسنہ زنانہ واتہ ربع نتہ وا لس ثمن ہرگاہ میّتس شوہرس
سِوا وارثاہ آسنہ سوری میراث واتہ شوہرس اکھ نصف بتسمیہ بیاکھ برد ہرگاہ آشنہ
سِواہ وارثاہ آسنہ ربع میراث واتہ لس بین ترن ربعن منز چھ ترہ قول کینژو
چھ دپمت زِہ مال امامس چھ تہ کینژو چھ دپمت زِہ رد گژھن برن کرن کینژو چھ دپمت زِہ
ہرگاہ امام ظاہر آسہ تسندی مال چھ ہرگاہ غایب آسہ زنانہ ہند چھ اقوی چھ قول اول یلہ کینہ
زنانہ آسنہ سارنی واتہ اکھ ربع یا اکھ ثمن ژور تی آسن تتہ منز چھ شریک تمہ شوہر نیہ
آشنہ ہندہ طرفہ میراث آشن نیہ شوہرہ سندہ طرفہ میراث یلہ اکاہ مرہ تمو منزہ موتن دخول
کرتہ یا دخولہ بروننہ طلاق رجعی تی دتمت آسس ہرگاہ در عدہ آسہ شوہر نیہ زنانہ ہندہ ساریے
ترکہ منزہ میراث آشن بلکہ زمینہ منزہ میراث کینہ ژن تہ جایین تہ تہندن آلاتن گلین ہندہ
قیمتہ منزہ نیہ سہم پین منقولاتہ منزہ نیہ علیٰحدہ منزہ شر آسنتس امس شوہرہ سند یا نہ کینژو چھ
دپمت شوہر تسند آست نیہ ساری میراثک عین ہین وارثن ہند یا ٹھ ہرگاہ مرض موت زنانہ

کرہ دخول

کرِتھ دخول کرِنہ شوہرہ سندہ طرفہ تیہ میراث زنِ متعہ نینہ میراث مطلقاً یُدی زنن شرط کرِمت آسِیک
تہ بلی ہرگاہ شرط کرِنہ مقصود وصیت آسِہ محسوب سپنہ ثلثہ منزہ دویم سبب چھہ ولا تہ
ولا چھہ ترہ قسمہ اوّل چھہ ولاءِ عتق مُعتق زہ آزاد کرہ وُن چھہ پننِس آزاد کرِمت سند میراث
نیہ تریہ شرطہ اوّل یی زِہ آزاد آسِس تبرّعاً کرِمت یا آزاد کرُن سُہ واجب آسِنہ سوا تس پٹھ
دویم یی زِہ تبرّا آسِنہ کرِمت ضمانی جریرہ نشہ ضمانی جریرہ سپنہ بیان تریم یی زِہ وارثان
نسبی آسنہ بالکل تہ میتس ہرگاہ زنانہ یا شوہر آسِہ پیم چھنہ تِمہ پتہ زہ زنانہ یا شوہر نیہ نصیب اعلیٰ
ہِن تہ باقی واتِہ مُعتقس ہرگاہ مُعتق اکی آسِہ آ سُہ کینہ زن شریک چھہ تِم باہم درِ ولاء برحِصہ
۳ مرد آسِتن ساری یا زنانہ یا کینہ زنانہ یلہ آزاد کرہ وُن آسِہ ولاء ترِہ باولادِ ذکور وا ناث
ہرگاہ مرد آسِہ ییہ کیاہ مختار شیخ شہید رحمہ اللہ چھہ کیُتھ وجہ دِیمت شعر زہ کورِ آسن شریک
چھنہ تِتھ شعر یہ قول چھہ اقوی یلہ آزاد کرہ وُن زنانہ آسِہ زہ وفات چھس کرِمت آزاد کردہ شدہ
چھہ مال عصبہ یعنی تسندن پدری خویشن ہند نہ شرن ہندچ کو آسن یس اکاہ زِہ
خویش چھہ آزاد کرِ ولس باجہ وتہ بای ہیہ تہ بنہِ ہشہ پتر ہیہ تہ بِتِچہ ہشہ تہ مام ہیہ تہ ماسہ ہشہ بتِہ
تہ نانہِ ہشہ ز ساری واتن آزاد کرہ ولس باجہ وتہ خویش میراث آزاد کردہ شدہ نینہ
صحیح چھنہ ولاء کھن تہ بیعہ کرن تہ گرو تھاوُن بیعہ نہ در عقدِ بیع شرط کرن اما میراث نین ولاک
ییہ کنہ ونتہ آونہ جُز ولاء چھہ صحیح یعنی تبرُن از مولیٰ مادر بمولی پدر مثلاً غلاما ہ اَنہ آزاد زنانا ہ
بنکاح تہ شراہ زِہ وُکٔ میس ولاء تس شر سند چھہ تس آزاد زنانہ ہندِس مولی سند تہ یلہ غلامس
آزاد کرن منتقل سپنہ از مولی آن زن کہ مادر آن فرزند است بمولی پدر آن فرزند
یلہ مال سند مولی آسِنہ ولاء سپنہ بعصبہ مولی پدر منتقل یلہ عصبہ تہ آسنہ ولاء ترِہ
بمولی عصبہ مولی پدر یلہ مولی تہ عصبات بالکل آسنہ ولاء ترِہ بضامن جریرہ زِہ معلوم پیہ
یلہ ضامن جریرہ تہ آسِنہ با امام علیہ السلام سپنہ منتقل میراث تسندہ واتِنہ باجہ تستنزہ
دویم قسم چھہ ولاء ضامن جریرہ یمہ عقدہ تہ سببہ آسِس در زمانِ جاہلیت

ارث وارث سبقول

۳ رسد آزادی

درواثت ضامن جریرہ

میراث نوان نہ نسب یمہ باپتھ اسین درابتدای اسلام آیہ نازل کینہ کال
آس یمہ سببہ میراث نوان اوہ یلہ آیہ میراث قرابت نازل سپن تہ گیہ منسوخ یتہ کنہ دراو
کتاب میراث مذکور گو یمہ سببہ چھہ تل میراث نوان زہ بالکل آسنہ وارث نسبی معتق
عصبہ معتق تہ معتق معتق تہ آسنہ اما ہرگاہ زنانہ یا شوہر آسس تم نیہ پتہ نصیب اعلیٰ از
ضامن جریرہ — میراث باقی نیہ ضامن جریرہ چھہ بی زہ عقد کنندہ دپہ شخصس اکس نہ بالکل آسسنہ وارث
نسبی تہ آزاد اہ زہ سائبہ چھس دپان یہ صیغہ زہ خون چون چھہ خون سون جور اہ زہ روپ
گرہ مہ پٹھ چھہ گومت جنگ چون چھہ جنگ سون صلح چون چھہ صلح سون میراث ناکھ مہ کنہ میر
نمہ زہ کنہ پس تہ سائبہ دپہ قبول کرم یہ ولا تہ نیس ضامن جریرس نشہ مثلاً ہرگاہ تہ آسنہ
اولاد تسند بسبب عقد پدرس تہ مضمون سائبہ نیقہ نہ میراث مضمون تہ نیتہ ضامن جریرس
کنہ نگر یلہ تہ سائبہ آسہ دونوی طرفہ گنڈن عقد تتھ قسم چھہ ولاءِ امامت یلہ میتس وارث
نسبی تہ سببی بالکل آسنہ نگر زوجہ میراث تسند تہ اماس علیہ السلام یت منز صرف کرہ
اختیار چھس آما امیر المؤمنین علی مرتضیٰ علیہ الصلوٰۃ والسلام آسن باگران تہ تیریع گران
فرائض قرآن — تمہ میان فقرائ بلدہ میت ضعیفن تہ ہمساین تسند منز یلہ امام علیہ السلام غایب آسہ
جایز چھہ زہ باگرن تہ فقیرن تہ مسکینن منز نوع فروض معینہ یعنی نصیبہای
وارثان زہ در قرآن چھہ بیان سپن مت تہ نادہنہ آمت بنص قاطع تم چھہ شہ اقل
نصف — نصف زہ فرض تہ سہم شوہر چھہ یلہ میتس شر تہ فرزند فرزند بمہ کنہ طبقہ آسنہ بیہ چھہ فرض تہ سہم
اکس کور ہند یلہ لس سیت بیخو آسس بیہ چھہ فرض تہ سہم اکس بنہ ہند پدری تہ مادری یا پدری
ربع — مادر پدری نہ آسیت یلہ لس سیت بوی آسنہ تہ چھہ ربع یعنی زور ہم حصہ بیہ چھہ فرض
سہم شوہر یلہ میتس فرزند یا فرزند فرزند آسہ بیہ چھہ فرض تہ سہام اکس نانہ ہند یا کتھر ن یلہ
ثمن — یلہ میتس ولد یا ولد ولد آسنہ تیر ہمتی آسیہ تتھ کنہ چھہ ثمن یعنی آٹھم حصہ بیہ چھہ فرض تہ
ثلثان — سہم زوجہ یلہ میتس فرزند یا فرزند فرزند آسہ تہ دوہ چھہ ثلثان یعنی زہ حصہ ترین منز چھہ فرض

نصیب کینژن کورن ہندیلہ تمن منز نچو آسن ہیہ فرض تہ نصیب کینژن بینن ہند پدری
پدری پدر مادری نہ آسِت یلہ تمن بوی آسِہ پننہ چھہ ثلث یعنی تریم حِصہ یہ چھہ فرض تہ سہم
ہند حاجب نہ آسِت فرزند میت تہ فرزندِ فرزند تسند بیہ بای تسند بینہ کینہ گو بیہ مادری کینژن
ن یا کینژن بینن ہند بیت آسن تمن مرد تہ زنانہ چھت منز رحصہ برابر شیمس چھہ سدس یعنی
تم حِصہ یہ چھہ فرض تہ نصیب پرت اکسند مالس تہ ماجہ منزہ یلہ میتس فرزندہ یا فرزندہ فرزند آسِنہ تینہ سہم
ہندیلہ حاجب آسن پدر مادری یا پدری با یو منزہ بیہ سہم لس اکسند زہ مادری بوی یا بنہ آسِہ
فصل چھہ در موانع ارث تم چھہ ترہ قسم کفر تہ قتل تہ بندگی قسم اول چھہ بیان کرنس منز
کفر چھہ مانع میراث نتس کافر نینہ مسلمانسند میراث نزدیک تہ آسِہ اما کفر تسند چھنہ مانع تسند
مسلمان نتس پس ہرگاہ مسلمانا مرِہ تہ کافر نچواہ روز سوتہ لس کافرس آسِہ نچواہ مسلمان
تی چھہ کافر نچو اما نچو تسند زہ مسلمان چھہ میراث نینہ مسلمان بڈبیہ تسند یلہ مسلمان مرِہ تہ مسلمان
آسِنہ میراث تسند چھہ مالِ امام مسلمان نینہ از کافر ارث تہ مانع چھہ شریک سپنس
وارثن منز پس ہرگاہ کافراہ مرِہ تہ فرزند کافر روزس ہیہ پتر بوی مسلمان میراث لس کافرہ
ترہ لس پترس بایس ہرگاہ کافر مسلمان سپنہ ترکہ باگرنہ برونہ وارثن منز شریک سپنہ
مسلمان میراث نتس منز ہرگاہ در مرتبہ وارثِ مسلمان آسِہ ہرگاہ اولی تہ اقرب آسِہ سوری میراث
مسلمان آستن یا کافر ہرگاہ وارث اکی آسِہ یا باگرنہ تہ سپنہ مسلمان میتہ تسند
نینہ نہ شریک سپنہ لس اکس وارثس ساری مسلمان بنن اکِ اکس نشہ میراث اختلاف
مذہب آسِک یتہ تان نہ مسہ مذہب موذی بکفر آسِہ کافر بنن اکِ اکس نشہ میراث اختلاف
آسِک مرتد فطری گژہ یمی وزہ مارن تہ زنانہ تہاوس عدہ وفات ژوررتہ دہ
سپنیہ تہ باگرن میراث تسندن وارثن منز تہ توبہ سیت سپنہ یم احکام ساقط
مرتد غیر فطریس نشہ کرن توبہ طلب ہرگاہ توبہ کرہ تی چھہ مطلب نتہ مارنس تہ زنانہ
عدہ طلاق مالس کرہ نس قتل تہ قسمت ہرگاہ تیرنہ مرتبہ توبہ کرن تہ ژورم مرتبہ سپن

سدس

در موانع ارث

مانع کفر

یو

بیہ مرتدٌ ژورِمہ مرتبہ مارنس ہرگاہ زنانہ مرتدٌ سپنہ جلس کرہ لنس تہٕ نمازن ہندِہ وقتہ لاینس
یتہٕ تان توبہ کرہ مرتدٌ فطری تی آسہِ میراث ہوتدٌ نیہ مسلمان وارِث ہرگاہ سہ آسِنہ امامس واتہٕ
مرتدٌ نینہ میراث مسلمان دویم قسم چھہ قتل زہ منع ارث چھہ کران ہرگاہ قتل آسِہ بہ عمد تہٕ ظلم
ہرگاہ بخطا آسِہ دیہ منزہ نینہ میراث نہ وارِث نوہ قاتل چھہ آمتا باقی ترکہ منزہ نیہ میراث ہرگاہ
قتل شبہ عمد چھہ در قواعد الاحکام چھس حکم عمد دِنمت تت تہٕ در تحریر الاحکام چھس حکم خطا
دِنمت یہ چھہ اقوی میراث مقتول واتہٕ بغیر قاتل دورتی آسِہ سہ یا قاتل آسِس واسطہ ہرگاہ
دور وارث آسنہ امامس واتہٕ دیہ منزہ نن میراث تمہٕ وارث زہ مال سندکِن آسن آشنا
تس مرد آستن تم یا زنانہ تہٕ زنانہ تہٕ شوہر تہٕ نیہ تمہ منزہ میراث مادری بای تہٕ نیہ نِنِنہ دیہ منزہ
میراث تموسوا ماجہ و تہٕ ہندبیہ آشناو دِیہ منزہ میراث نِنس منز چھہ اشکال احتیاط کرنہ ترک تیہ
ہرگاہ مقتولس زہ عمداً آسِہ مارنہ آمت امامس سِوا وارثاہ آسِنہ امامس چھہنہ بخشن بلکہ
قصاص چھہ یا دیہ ہِن دِیہ منزہ کرن ادا قرض میت تہٕ وصیت تسنزہ قرضدارن واتہٕ نہ زہ
منع کرن وارثن قصاص ہنس تریم قسم چھہ بندگی تہٕ بندگی چھہ مانع میراث نِنس
از ہردو طرف زہ میراث نِنہ آزاد از بندہ تہٕ نہ بندہ از آزاد ہرگاہ وارث آزاد تہٕ بندہ
آسِہ میراث نیہ آزاد دورتی آسِہ ہرگاہ ترکہ باگرنہ برونہہ آزاد گو شریک سپنہ وارثس
ہرگاہ اکی مرتبہ آسن ہرگاہ اولی تہٕ اقرب آسِہ سوری میراث واتہٕ تس ہرگاہ وارثا کی آزاد
شریک سپننہ تس آزاد سپننہ تہٕ قسمتہ برونہہ تہٕ تیہٕ کنہ قسمتہ تیہ ہرگاہ شخصاہ مرہ تہٕ مملوک
وارثس سِواہ آسِتہ وارثاہ جبر کرن تس مملوکہ سندس مالکس نش زہ قیمت تسند زر
تس شخصہ سندہ ترکہ نش ہرگاہ سرکشی کرِہ تس نش کرن قہر زہ کنس یلہ آزاد گژھہ اِمہ مال
ہنہ باقی ترکہ تہٕ واتہٕ تس ہرگاہ ترکہ تسندِ قیمتہ ختہ کم آسِہ کینہ چھہ ونان مال ہنہ آمتا
محل اشکال چھہ میراث غلام تہٕ کنیز واتہٕ تہندس مولاس مدبر تہٕ ام ولد تہٕ مکاتب نِ
چیزاہ چھنہ آزاد گومت حکم بندہ صرف چھک ثرہم فصل چھہ بیان کرنس منز

مخرجهای سهام هرگاه در مسئله وارث آسہ صاحب نصف مخرج تمک چهه زه هرگاه وارث چهه
صاحب ثلث یا ثلثان تمک مخرج چهه تره هرگاه ربع چهه مخرج تمک چهه ژور هرگاه سدس چهه
مخرج چهه شه هرگاه ثمن چهه مخرج آٹهه هرگاه در فریضه چهه ربع ته سدس مخرج تمک چهه ۱۲
هرگاه ثمن ته سدس چهه مخرج چهه ژوه یله فریضه یعنی میراث سهمو خته کم آسہ یہ چهه وارثن منز
آسنه شوهر یا زوجه نقصان سینه کورن ته مادر پدری یا پدری بینن هندس سهمس مثلاً ؛
زنانا ناه مره پت روزس اک کور شوهر بیه والدین مخرج تینه ته شر چهه سهم شوهر زه ربع چهه
زه چهه سهم پدر زه سدس چهه بیه زه چهه سهم مادر ته پانژ باقی چهه کور کت فرض تسند
نصف آسست زه ہو منزه چهه ترشه پس کوره گو اک کم شوهر آسنه هرگاه کینه کوره ته
یم روزه تس مخرج سهام چهه ژوه شه سهم چهه نصیب شوهر زه ربع چهه ژور چهه نصیب پدر
زه سدس چهه بیه ژور واتن ماجه بیه ذه باقی واتن کورن فرض تهندا وس ثلثان
زه ثم چهه ژو ہو منزه شراه پس کورن گی شه نقصان شوهر آسنه یله فریضه آسہ وارثن
هندو سهمو خته نه باده زیادتی سینه رد بغیر زوج ته زوجه بر مادر چهنه رد یله اخوه آسن ته بر
اخوه مادری ته چهنه رد مثلاً کانسه روزه مول ته ماج ته اک کور هرگاه بای آسنهنه نصف دے اکور
ته سدس وانما لس ته سدس واته ماجه زیادتی سینه رد تن پٹ پانژ حصه کرت هرگاه بای آسن
هر یانه سینه رد مالس ته کوره پٹ ژور حصه کرت تر حصه کوره ته اک مالس ماجه واتنه ؛
سدس سهو اکینه تیس زه سبب چهه میراث نتکت اولی چهه زه دخترن لس پٹ تسند خته
زه اک سبب چهس پانژم فصل چهه در میراث ولد ملاعنه ته زنا بیه میراث حمل ته مفقود
الخبر یله زنانه ته شوهر باهم لعان کرن تتو شهر طور زه ینه جایه سین بیان میراث ولد ملاعنه
نیه تسنز ماج ته فرزند بیه زنانه یا شوهر رسته نیه تهند میراث اما نینه میراث پدر ملاعن ته
پدری خویشن هندیه نینه تم ته نینه تسند میراث یله مادر پدری یا پدری بای ته بینه روزه نس
ساری چهه برابر تسند سس میراثس منز مسئله زانی نینه زنا زاده سند میراث زانیه ته نینه ؛

تسند ميراث آشنا وزاني ته زانيه سند نئينه زنازاده سند ميراث زنازاده ته نئينه تهند
ميراث بلكه زنازاده سند ميراث واته اولادن ته شوهرس تسندس يا آشنه تسنهره رته نيه
تهند ميراث هرگاه تهو منزه كانه آسنه ميراث چهه مال امام مسئله حمل هرگاه زنده زوه ميراث
نيه نته نيه زنه بر ونه تهاون نصيب دو مذكر موجود احتياطا باقي وارث زه
فرض وال چهه پيزه زه پنن اقل نصيب نن ديه جنين يعني بچه زه ورشكم چهه واته مالس ته
ماجه بيه ليس متن نزديك چهه يا مالس مسئله ع الِ مفقود الخبر توت كال گذرت زه ممكن
چهه تهيلس كالس نه نده روزن پيزه زه باگرن وارثن منز تسندن ته اقوى چهه زه جايز چهه
قسمت تفحص كرنه پته تسند ژن ورهن ششم فصل چهه ورميراث خنثى سه چه انسانا
فرج مرد آسنك ته زنانه آسنك دونوى چهس هرگاه مردى هنده فرج كين اول بول
چهه كران ميراث زن دلس يله دونوى فرجو برابر بول كران چهه هرگاه مردى هنده فرجه
چهس بول ژهنان مرد آسنك حكم چهس زنانه آسنك حكم چهس هرگاه زنانه فرج كين
پته بول چهس ژهنان يله بول يكسان منزته ژهنه لس منزه برابر آسه تس چهه خنثى مشكل وپان
پس تس گژه نصف نصيب مذكر ته نصف نصيب مونث دن مثلا هرگاه شخصاد ره
ته نخواه روزس بيه خنثى هرگاه خنثى مذكر آسه زه سهم كرت بيه باگر نه ميراث تسنه هرگاه خنثى
مونث آسه ترِ كرت بيه باگرنه هرگاه خنثى مشكل آسه پس اكس فرضيس دن بيس منز ضرب دن
دن ضرب ترن منز يا ترن دون منز زه شه سپنن يمه پته دن حاصلس نه شه چهه
دون منز به اگر هن پانژ چهه نصيب خنثى ته ژت چهه نصيب پسر تكياه زه هرگاه يه خنثى مرد آسهے
بهو منزه واتهن شه تس هرگاه زنانه آسهي ژ ور سهم واتهنس پس نصف حصه
مردي ته زني چه شيو ته ژور و منز پانژ هرگاه آلت مردي ته زني آسنه قرعه گژه تراون هرگاه
مردي بابت قرعه نيره ميراث مردي نيه هرگاه قرعه زني نيره ميراث مونث نيه هرگاه شخص
اكس زه سرته زه بدن آسن هر يك ميان پيزه زه ننده ره وزه كرن آواز هرگاه دو كوے



در ميراث زاني و زانيه و ولد زنا

در ميراث حمل

در ميراث مفقود و غير آن

در ميراث خنثى

طريقه سهم

در میراث غرقی و مہدوم

یگوڑہ پیدا اگر اُہن میراث یک شخص نن ستمی فصل چہ در میراث غرقی تہ مہدوم ء
یعنی سی شخص زہ آبس بہٹہ یا دیوارس تل گرزہ تہ مریلہ زہ زن زہ اک اکسند وارث آسن
غرق گرہن یا مہدوم سپن میراث پرت اکسند واتہ بیس تو منزہ تس ہیں نشہ واتہ
تسندن زندہ وارثن آمانہ مالہ سوا زہ اک اکسند موروثی چہ مثلاً مول گو گبر بہت غرق مڑ
مول نیہ گبرہ سند میراث منزہ نصیب معین زہ چہس مالس نشہ واتہ تسندن زندہ وارثن گبرنہ
نیہ مالسند میراث تس نشہ واتہ زندہ وارثن تسندن اک اکسندہ مالہ منزہ نن میراث تہ تمہ مالہ
منزہ زہ اک اکسند وُدہ تمک بہ میراث نتہ بیہ تسلسل لازم بہ فیصلہ واتنہ زور شرطہ نن اک
اکسند میراث اوّل بی زہ دُنوں یا اکس آسہ حال گمیاہ زہ میراث اک اکس نشہ نن بننہ بی مال
دوئمی بی زہ پرت اگاہ آسہ بی سند وارث بیاک وارثاہ آسنہ تہندہ ختہ اولی تن ہم بی زہ
برونہ تہ پتہ مرن کالنسہ ہند آسنہ تمو منزہ معلوم بلکہ مشتبہ سپنہ برونہ تہ یکو تہ تہند قریب
بی زہ مرن تہند آسہ بسبب غرق یا بدم ہرگاہ مرن تہند آسہ بسبب قتل یا سوختن تہند سن میراث
نس اختلاف ہرگاہ تمو منزہ اکس زندہ وارث آسنہ تس بیس آسنہ واتہ میراث تسند زہ زندہ
وارث چہنہ تس زہ زندہ وارث چہس تس نشہ واتہ زندہ وارثن تسندن تہ مال تسند زہ
وارث چہس واتہ تس زہ وارث چہنہ تس نشہ واتہ اماس ہرگاہ کالنسہ اکس نہ زندہ وارث
چہنہ پرت اکسند مال واتہ تس بیس تس نشہ آٹھم فصل چہ در میراث مجوس تر قول چہ میراث

در میراث مجوس

نس منزا ز مجوس زہ آتش پرست چہ کہنز و چہ دہمت زہ بسبب صحیح نسبہ تہ فاسد نسبہ نن
کہنز و چہ دہمت بسبب صحیح نسبہ نن تہ فاسد کہنز و چہ دہمت صحیح نسبہ تہ فاسد بیہ صحیح نسبیہ
نن میراث اقوی چہ قول اول بسبب فاسد چہنہ ہی زہ بہ نکاح حرام زوہ در شرع
محمدی تہ تہندہ اعتقادہ آسہ حلال بیہ کنہ شخصاہ چنہ ماچہ یا بندہ کرہ نکاح تہ تمن زوہ
شراہ بیت صورتہ منزہ چہ فاسد ہم بسبب ہم نسب بر قول اول ہرگاہ مجوسی مرہ تہ باچ زن زرس
زہ زوجہ تہ چہس نصیب دوری تہ نصیب فی تہ نیہ ہرگاہ میراث تمہ چہنہ زہ مانع چہنہ بیہ چہنہ

میراث نیٚنٛس بچھ مانع نیہ میراث ہ بیہ چھہ یتہ کیاہ مجوسی مرد ہ کوراہ روزِس زہ کورہ
ہنز کورہ ہ چھس نصیب و خترنیہ زہ مانع چھ نصیب و ختر دختری باپت اما غیر مجوسی از کفار
چھہ یُس ہ ہرگاہ تسندس مذہبس منز جائز آسہ نکاح محرمات یلہ تم بحکام شرع محمدی مرافعہ
کرن تمن پٹھ موافق کتاب اللہ تہ سنت نبی اللہ پزہ آسن کتاب القضاء والشهادات
یتہ چھ ہ فصل فصل اول چھ در تعریف تہ صفات قاضی قضا چھہ ولایت شرعی بر حکم تہ
بر مصالح عامہ امام سندہ طرفہ شرط چھ زہ قاضی آسہ بالغ تہ عاقل بیہ مرد تہ مؤمن تہ عادل بیہ
مستقل ورفتوی تہ پاک زادہ پیس درست چھنہ قاضی نابالغ ہ دیوانہ بیہ زنانہ تہ کافر تہ
غیر امامی بیہ فاسق تہ ولد الزنا تہ جاہل پزر زہ قوت آسِس علم زہ ہکت آسِس استنباط کرہ نس
تہ کڈنس پٹھ یہ از مسایل فروع فقہی تس ہیٹھ وار دیپنہ بیہ آسِس قوت اجتہاد تہ فتوی کافی
چھنہ تس فتوای علما زہ تقلید کرہ بی اوف امام چھنہ قضا درست اما یلہ امام غائب آسہ صحیح تہ
نافذ چھ قاضی رٹن فقیہ امامی یتہ صفات مذکورہ آسنس واجب بشنوی چھہ قضیہ گذراون
تس تہ حکم تسند چھ حکم قاضی زہ از طرف امام چھ منصوب خاص یتھ ہرگاہ مدعی دیہ
دعوی گذراوتمس قاضیس اکس تہ مدعی علیہ دپہ بیس قاضیس گذراو ویہ و قتہ کینہ قاضی آسن
از جانب امام اختیار چھ مدعیس آتہ در غیبت امام ہرگاہ نزاع کرن اکھ دپہ تمس فقیہس
گذراو و بیاکھ دپہ بیٚس گذراو ویس اعلم آسہ تس گذراون بیہ چھہ واجب نصب کرن
قاضی ہر ست بلدس منز تہ ہر مردم چھ زہ قضیہ پنن گذراون تس ہرگاہ سرکشی کرن تہ
قضیہ گذراون نہ تس امام کرہ تمہ شہر کین لوکن سیت مقاتلہ تہ کارزار یتہ تان مطیع
قاضی سپنن معزول سپنہ قاضی بیہ دیوانگی تہ فسق بیہ بیہوشی سیت ہ تہ فراموشیہ زہ
نسیان سپنس غالب بیہ بوفات امام معاشر تہ روزی قاضی زہ محتاج آسیہ بیت
المال منزہ چھ و فصل دویم فصل چھہ در آداب قضا کینہ چھہ تمو منزہ مستحب کینہ چھ واجب
اما مستحبہ اول چھ زہ یت شہرس قاضی وات قصد مسجد جامع کرہ زہ رکعت کرہ نماز

نت منز يِتھ كياه ليس اكاه كُنہ شھرس واتہ يہ حكم چھس بيه كره از حق سبحانہ تعالى طلب
توفيق تہ عظمت تہ يارى دويم درميان شهر كره محكمة برابر آسيه آمد رفت مردم برونہ
كُن تس تريم زِ معزول قاضين ہنيه دفتر تہ محضر تہ تمسكهاى حقوق مردم بيه حجتهاى
مردم ژورم يى زِ از اهل شهر كره معلوم تيكين لوكن منز كس كياه چھ از علم تہ صلاح تہ تمہ
سِوا بيه كره لوكن اعلام زِ سارى بيمن درجاى معيّن زِ نشان عهد قضا پرك تہ تم بوزن
پانژم يى زِ اوّل كرِ توجّه محبوسن هنزه پرسش كن زِ كونہ چھ نظلم حبس تہ كونہ بحق شيم
يى زِ نظر كرِ شرن تہ ديوانن هندن مالن منز بيه وصيژن تہ وقفن منز تہ يم تصرف بخلاف
شرع كرمت آسيه يا بياقت امانت آسسنہ تہ تت منز آسس دخل كرمت ضامن كرسن يم سيت تہ
از عهدهٔ ضمانى نيره نېرسشتم چھ يى زِ كتاب محكمة تهاوِ بيه عرضكيان تہ مترجمان تہ شرط چھ زِ
سارى آسن عادل آتھم يى زِ درجاى فراخ كرِ محكمة هرگاه مسجد وسيع آسيه مباح چھك تهو ومت
پشت بقبلہ تہ كينژ وچھ دمت رو بقبلہ نوم يى زِ در احسن هيئت گرِ گمره پتہ تھكيه يا وقار تہ
تمكين بيه شاه منبسط تہ خنده روى آسنہ زِ نزع وال كرِ نہ اعتبار تس ژُريت زكرت تہ آ
زِ مانع سپنہ نزاع والن اثبات تہ حجت بر پا كرنس بيه آسسنہ مشغول دل غضبس تہ گرسنگى
تہ تشنگى تہ زيادى شادى تہ غمس تہ داوس منز دهم يى زِ حكم كرِ نہ ورِ زِ كره مشاوره با علماء
فقهاويت هرگاه خطا آسيه تنبيه كرنس نع يى زِ تقليد تهنز كرِ كهم يى زِ ترغيب كرِ خصمن در
صلح هرگاه قبول كرِ نہ حكم جزم كرِ بام يى زِ گوهن كرِ جدا جدا يت تان گواهى دِن تتى زِ
شك تہ گمان تهنزه گواهى منز آسيه بيه ديه پنہ يمن يُت اَپز گواهى دِ نہ تو اوهم يى زِ ليس
اكاه لس نشہ اقرار كرِ كنہ چيزس از حدود الله لس ديه يمہ اقراره نشہ پشيانى تہ تاويل كرِ
يتہ كياه پيغمبرن صلى الله عليه وآلہ چھ كرمت ژود اهم چھ يى زِ بهناوه زِ خصم برابر پانس جائز
چھ دونوى روزن استاده ني زِ اك آسيه استاده بياك بهت اگر يه اك آسہ مسلمان
بياك كافر پنداهم يى زِ دربان تہ حاجب تهاونہ در وقت قضا رو ابيه كرتہ پتہ يانہ

حکمس وائه حکم کره التماسه تسندی زه تسنده بابت کرهی هُمری زه یله کنه حکمس پټ زه
کرمت آسس آگاه سپنه زه باطل چه نقض ته ابطال کره تت کهُمری زه که حجت تس اکس
پټ زه اقرار کرن یله خصم تسند التماس کره ته بهار کاغذ دن بیت المال منزه هرگاه ته میسر ژ
آسنه ر طمس چه هُمری زه جبر کره تس وپټ زه حکم چه تس پټ کرمت یت از حق محکوم نیره
هرگاه بهانه و نه حق ادا کره تس منز نگر یله مفلس آسه زه تا وقت یسار دنس مهلت مسئله قاضی
سنده بابت چه زه بعلم خود کره عمل ح ر حقوق الله ته در حقوق الناس هرگاه عالم آسنه ته قضیه بابت
منگه گواه ته بظن ته گمان کرنه حکم نگر یه گو هو سیت کره حکم هرگاه قاضی زانه گواهن زه عادل چه
بتعدیل ته تزکیه چهنه احتیاج هرگاه فاسق آسن رد کره شهادت تهنز هرگاه زانکنه واجب چه زه
تزکیه منگه سکوت فی کره خصم تسند ته شرط چه زه معدل ته مزکی زه زن آسن قاضی کره تمن ۂ
تعریف گواهان اصل ته خصمین ته کیاه زه شاید میان گواهان اصل ته مدعی آسه شرکت یا تمن
منزه مدعی علیه آسه عداوت بیه معدل ته مزکی دن شهادت یه صیغه زه فلانی زه گواه چه
عدل ته مقبول الشهادت چهنه در عدالت چهنه حاجت سبب بیان کره نگ در جرح چه سبب
بیان کرن واجب یمی یست زه جارحان ونن فلان کس چهنه مقبول الشهادت شراب چهنه
یا زنا کرنه یا بسبب عداوت دنیوی یا یه سوا بیه کینه تو یه فصل (۳) در تعریف مدعی ته مدعی علیه
مدعی چه سی زه ژهیه یست تراون تس یا دعوای خلاف اصل ته ظاهر کره ته مدعی علیه چه
مقابل یت مثلاً شخصاه کره دعوی بر زید زه ده روپیه ڈیل دارک یه سه شخص چه مدعی کمیاه
زه هرگاه ژهیه کره سه پهنه حاله چه جواب منکف نه بیه چه دعوی تسند خلاف اصل ته ظاهر کمیاه
زه اصل ته ظاهر چهیی زه زید س آسته ذمه کانه چیز ته زید زه منکر چه مدعی علیه چه کمیاه زه
هرگاه ژهیه کره تراونه بلکه جواب حق منگن تس ته کت تسنز چه موافق ته ظاهر تکمیاه زه اصل
ته ظاهر چهیی زه تس چهنه کینه ذمه اوی زه پیغمبرن صلی الله علیه واله چه فرمووت البینة علی
المدعی والیمین علی المدعی علیه یعنی گواه چه در دعوی بر مدعی ته سوگند چه بر مدعی

تعریف مدعی و مدعی علیه

اصل

علیہ تہ مدار اکثر قضا چھ یت پٹھ اَتھ دعوی لتس آسنہ سُند زِ امانت چھُس سپرد کرمت
ہرگاہ صاحب امانس دِیہ زِ پھیرتھ ترم زِ مدعی تی در دعوای رد چھ احتیاج بگواہ چھنہ تہ لتس
کنہ چھ سوگند قبول یتھ ادم رغبت کرن امانت رٹنس منز تہ شرط چھ زِ مدعی آسہ عاقل تہ
بالغ ییہ کرہ دعوی پننہ باپت یا لتس اکسندہ باپت زِ تسند چھ ولی یا وکیل یا وصی تہ ولی چھ مول
تہ مال تسند مول حاکس چھُ جایز زِ برای غایب کرہ دعوی تہ سوگند گواہ گذراون گر ییہ مدعی
علیہ دعوای ابرا یا بیع کرہ برحاشیہ چھ زِ یت صورژ منز تہ چھنہ باہم تکیاہ زِ دعوی چھ بیاکھ چھنہ
یکو ہا گر ییہ دعوی آسہ برمیت یا برغایب یا برطفل تہ دیوانہ حاشیہ چھ ییتہ زِ در دعوی برغایب
تہ طفل تہ دیوانہ چھ تائل ییتہ دونوی گذراون چھ ییتہ گذراونک زِ گواہ گذراونہ ییتہ گییہ
قسم تہ مسئلہ شروع چھ دعوی برغایب تہ گواہ بوزنہ ییہ حکم کرن تس پٹھ دور آستن یا
نزدیک اَتھ ہرگاہ در مجلس حکم آسہ حکم لتس ہیٹھ چھنہ درست مگر ییہ اعلام کرن لتس ییہ
بعد حکم ییہ غایب حاضر سپنہ لتس وَاتہ دفع تہ جرح ییہ چھ حکم برغایب در حقوق الناس ژ
در حقوق اللہ مسئلہ بعد تحریر دعوی تہ التماس مدعی گژھہ از مدعی علیہ جواب منگن تہ ہرگاہ
ژھیپہ کرن کنہ آفژ مکہ مقصود تسند گژھہ بفہم انن ہرگاہ ژھیپہ کرہ بعناد جلس گژھہ
کُرن یت تان جواب دِیہ ہرگاہ اقرار کرہ قاضی کرہ لازم لتس ادا کرن حق از زِ اقرار ؛
کرن تت ہرگاہ انکار کرہ مدعی علیہ مدعی سندس حقس تہ قاضی آسنہ عالم تت دِیہ بمدعی
ییلہ زانہ گواہ چھیہ ہرگاہ دِیہ گواہ چھنہ بوزناوہ لتس زِ بر مدعی علیہ چھ سوگند ہرگاہ اختیار
کرِ مدعی سوگند کھن مدعی علیہ قاضی دِینہ سوگند لتس بی اذن مدعی ییلہ باذن مدعی
علیہس سوگند دِتن دعوی گویا باطل کہ ییہ دعوی کرہ تہ تت پٹ گواہ گذراوہ مسموع چھنہ
ییلہ سوگند کھنہ نشہ مدعی علیہ پت ہیچہ سنت چھُرزِ حاکم دِیہ ترییہ پھیرہ ہرگاہ قسم کھیک نہ
کرتہ زِ ناکل تہ سوگند کرہ رد بمدعی ایس ہرگاہ احتراز کرن تہ مدعی کیو قسم تمہ پتہ کرہ حاکم
حکم بر مدعی علیہ فرو ہرگہ فصل چھ دریمین جای سوگند چھ مجلس حکم گر ییلہ عذر اوہ آسہ

دریمین

یعنی زہ

یتھی زِہ بیمار آسہ یا آسہ ستر دار زنانہ زِہ نبر چھنہ نیران پس حاکم دیہ اذن زِہ پننہ جایِ کہین
قسم شرط چھہ زِہ توجہ کرن یتہ دعوای صحیح آسہ تہ مطابق دعوی تہ انکار آسہ اَتا ہرگاہ دپہ وزم
چھنہ دِتمت یا کنمت چھنہ در جواب تہ در سوگند دپہ تسلیم چھنہ ہرپٹ لازم یا دپہ دادنی
چھنہ ژِہ کُن یا حقدار چھکنہ کنہ چیزس ہرپٹ سوگند چھہ درست بیہ چھنہ درست سوگند
مگر بناموہای خدای تعالیٰ مثلِ واللہِ وباللہِ وتاللہِ والرحمٰن تہ سوگند کہین بکتابہای خدا
تہ انبیا تہ اِمامان چھنہ درست سنت چھہ زِہ سوگند مغلظہ دِن در حقوق تہ در مال نِہ ژ
ربع مثقال طلا داتہ مغلظہ سپنہ سوگند تر تیہ چھہ اکہ بقول یتھی زِہ دپہ واللہِ الذی لا
الٰہ الا ھو الرحمٰن الرحیم الطالب الغالب الضار النافع المدرک المہلک الذی
یعلم من السر ما یعلمہ من العلانیۃ بیہ بمکان یتھی زِہ کہیہ سوگند در کعبہ مبارکہ
یا در مشاہد مقدسہ یا در محرابِ مساجد بیہ بزمان یتھی زِہ سوگند کہیہ در روزِ جمعہ تہ عید بعد از
عصر مشکل چھہ زِہ کافرس دِن یا اعتقاد خود قسم بلکہ بناموہای خدا دِنس تہ تغلیظ کرن تہ کہوزہ
ناون گلس دِن باشارہ سوگند ہمیشہ گژھہ بر قطع تہ جزم سوگند کہین مگر یلہ قسم کہیہ بیسند پس
کارس پیٹھ کرنس منز یا پنن غلام خیانت کرنس منز یت صورژ منز چھہ سوگند بر نفی علم شلا چھہ
بابت مورثہ زانتہ قرض چھس دِتمت یا چھنہ زانان زِہ مین غلامن چھہ یہ خیانت کرمژ
تہ سوگند چھنہ در حدود تہ تہمتہ یس اکاہ دعوی کرِہ تت مالس زِہ کانسہ ہند اتھہ آسنہ تت پٹ
ظلم گژھہ کرن تس مدعی سندہ بابت ہرگاہ متنازعہ آسنہ ہرگاہ مالہ تہ یلکاہ دون ہند پس
اتھس منز آسہ تہ پرت اکس آسہ دعوی زِہ سوری چھہ مین تہ گواہ آسنہ تم دونوی چھہ برابر تت
مالس تہ یکِس منز اما پرت اکس چھہ سوگند تس پیس پٹ ہرگاہ اکسند سی اتھس منز آسہ
تہ منزہ تس اکسند چھہ تہ سوگند کہیہ تسندہ بابت زِہ اتھس منز چھنہ تس ہرگاہ اتھس منز
آسہ تہ ترمیس یود دویو خصمو سوا تس اکسند چھہ زِہ سہ تریم دپہ تس پیس واتہ سوگند دِن
ہرگاہ دونوں خصمن تصدیق کرن دونوی چھہ برابر تتھ ملکیتہ منز پرت اکس واتہ تس ژ

بیس سوگند دِن ہرگاہ دۆنون خصمن تکذیب کرُن سہ مال گژھہ تس ترٛمیس اتھ تھاوُن
پیرت اکِس کیت چھہ تس ترٛمیس پٮ۪ٹھ سوگند ہرگاہ زِہ بینہ تعاض کرن تہ پیرت خصماہ کذ راوہ
بہ تدعای گواہ حکم کرن تِنہٖ. باپتھ زِہ مال چھہ تس اتھ مگر یلہ مال آسہ تس اَتھہ گواہ تسند دِن
گواہی بسبب موافق دعوای صاحب گواہان خارج یعنی تس خصمہ سُند زِہ صاحب چھہ مطلق آسُن
یت صورژ منز گژھہ حکم کرُن تسندی باپت زِہ مال چھہ تس اتھہ ہرگاہ دۆنون ہندِہ باپت بسبب
گواہی دِن حکم چھہ برای خارج ہرگاہ دۆنوی خصم صاحب ید آسن تت مالس منز حکم گژھہ کرُن
پیرت خصمہ سندہ باپت زِہ بیس خصمس چھہ اَتھس منز ہرگاہ در ید ثالث آسہ حکم گژھہ کرُن تس خصمہ سندہ
باپت زِہ گواہ تسند چھہ ژ رتہ یژ عادل ہرگاہ در عدالت گژھتہ برابر آسن قرعہ پٕرِہ تراون بیس
خصم زِہ قرعہ نیرِہ تسندہ ناوہ سوگند کھیہ بیس خصمہ سندہ باپت تہ حکم گژھہ کرن برای صاحب قرعہ ہرگاہ
صاحب قرعہ از سوگند پتہ ہیہ خصم تسند کھیہ سوگند تہ مال تیہ ہرگاہ دۆنوی سوگند کھینہ مال گژھہ تمن
منز باگرُن نوع یت صورژ منز زِہ تعارض گواہان سپنہ گواہ پیرتہ خصمہ سند خواہ داخل
آستن یا خارج خواہ مال دِ ید ثالث آستن زِہ یژ عادل آسن یا ژ مرجح چھہ حاشیہ
چھُہ یتہ زِہ رجوع بمرجح در غیر صورت زِہ در ید ثالث آسہ محلّ تامل چھہ معنی گواہی بسبب
یی زِہ گواہی کرہ زِہ یہ مال فلانکس مثلاً مل چھس ہمت یا بمیراث چھس وتمت یا خانہ زاد
چھس یا بخشمت چھک تس زِہ گواہ چھہ بربیک گواہ متقدم مطلقاً تعارض چھنہ تمن منز
ہرگاہ بجای دۆ گواہ قاضی نافذ الحکم خبر بحکم خود کرِہ یا زِہ گواہ عادل زِہ گواہ تھاومت
آسنس پننس حکمس پٮ۪ٹھ گواہی دِن ممنوع چھہ پانژم فصل چھہ در شہادت تہ یت منز
چھہ زِہ مطلب اوّل در صفات شاہد شرط چھہ در گواہ شر چیز اکھ یی زِہ بالغ آسہ
دویم زِہ عاقل آسہ تریم زِہ باایمان آسہ ژورم زِہ عادل آسہ پانژم زِہ تہم آسہ نہ
شیم پاک زاد آسہ بیس نابالغن ہنز گواہی چھنہ درست مگر یلہ دۆہ ہر آسن در جرحات
دۆیہ شرط اکھ یی زِہ بیش از شہادت آسنہ جدا جدا گیمت بیاکھ یی زِہ سمن تھند

سہ تہٕ براَمرِ مباح نہ حرام ییٚہ کنہٕ چھہٕ بنا براں طرٕ زٕہ بیاکھ شاہد آسنہٕ تہٕ اخذ کرنہٕ ییہٕ باقول کلام
یشان بیہٕ گواہی دیوانہ تہٕ مانند دیوانہ چھنہٕ درست تہٕ قبول چھنہٕ شہادتِ کفار مگر شہادتِ
ذمہٕ در وصیت بحالِ ہمی شرط زٕہ مسلمانانِ عادل آسنہٕ تہٕ قبول چھنہٕ شہادتِ غیر امامی
فرقو منز مسلمانن ہندٕ وتہٕ مسلمان آسن سپنہٕ ثابت ترٕ یو چیزو باقرار تہٕ یا بگواہ تہٕ بعلم
حاکم تہٕ قبول چھنہٕ شہادت فاسق مگر یلہٕ توبہ کرِہ تہٕ عادل سپنہٕ تہٕ عدالت چھہٕ کیفیتاہ راسخ نفسس منز
باعث چھنہٕ ملازمت تقوی تہٕ مروت ہمہ مرتبہ زٕہ گناہان کبیرہ کرنہٕ تہٕ بر صغیر کرنہٕ اصرار تہٕ قبول چھنہٕ
گواہی تسنز زٕہ متہم آسہٕ تہمت ہند کینہٕ اسباب چھی زٕہ تت گواہی منز آسہٕ جر نفع یا دفع ضرر آسہٕ
زٕہ مورثس مینس دت فلان زخم تکیاہ زٕہ سہٕ کرِہ واجب مال زٕہ مورث مرنہٕ وات امس
بیہٕ بیٚہی زٕہ شریک کرِہ برای شریک خود گواہی تت چیزس منز زٕہ شرکت چھک تت منز بیہٕ بیٚہی زٕہ
دیہٕ گواہی تت چیزس منز زٕہ وصی چھہٕ تت منز بیہٕ بیٚہی زٕہ وکیل کرِہ گواہی پننس موکل سند بابت
بیٚہی زٕہ عاقلہ کرن گواہی زٕہ گواہان جنایت خطا چھہٕ مجروح از اسباب تہمت چھہٕ شہادت دشمن
دشمن زٕہ عداوت دنیایی آسک ہمہ مرتبہ زٕہ بسود تہٕ فرح تہٕ سپدن ملول تہٕ غمگین تہٕ بریان تہٕ ملالت
سپدن شاد تہٕ خرم تہٕ شراک اکنہٕ آسن ژ باڈان ادہٕ یہٕ صفت دونون آسک کانسہٕ اکِسنز
چھنہٕ مسموع لتن بیس پتہٕ ہرگاہ یہٕ صفت اکسی منز آسہٕ تہٕ طرفی گواہی چھنہٕ درست اما عداوت
کرنہٕ مضرت در شہادت ییٚہ کنہٕ گواہی عدو بپرای عدو تہٕ قرب نسب چھنہٕ موجب تہمت تہٕ قبول
شہادت پدر برای پسر تہٕ بعکس تہٕ بیہٕ بایتہٕ گواہی باینندہ بایت بیہٕ زوجہ برای زوج تہٕ بعکس
گواہی برای دوست ساری چھہٕ قبول قبول چھنہٕ شہادت گدایان زٕہ اتہٕ چھہٕ پرت اکِس برونکن
زکران بیہٕ شہادتِ طفیلن زٕہ دینہٕ چھہٕ دعوتن حاضر سپنان بیہٕ چھنہٕ قبول لتن اکِسنز شہادت زٕہ
ت منگنہٕ برونہٕ دیہٕ شہادت تکیاہ زٕہ موجب تہمت چھہٕ اما در حقوق اللہ یا در مصالح عامہ
ف قطرن تہٕ کدلن پتہٕ تہٕ ییٚہ تت تہٕ بہٕ لیس مسموع چھہٕ منگنہٕ برونہٕ تہٕ قبول چھنہٕ شہادت ولد زناہ
چھہٕ شہادت بندہ مگر یلہٕ پننس خواجس پتہٕ دیہٕ زٕہ قبول چھنہٕ [illegible] مطلب چھہٕ در باقی مسایل،
ت اول بی زٕہ [illegible] چھنہٕ گواہی دن مگر یلہٕ یقین آسس تت چیزس تکیاہ زٕہ پیغمبر صلی اللہ

علیہ والہٖ فرمووُمت ہرگاہ مثل آفتاب سۆ چیز زانان چھو گواہی دیونہٕ مہ دیو گواہی کافی چھہ استفاض
نوٚن چیزن منز درنسبتہٕ ملکٕ مطلق بیہ وقف تہٕ نکاح بیہ موت تہٕ ولایت بیہ ولاتہٕ عتق تہٕ
رِق تہٕ مراد باستفاضہ چھہ خبر دِن جماعتاہ ز حاصل آسہ سِہنان ظنٕ غالب زٕ نزدیک بعلم چھہ
کینژ و چھہ وُنیمت زٕ موجب علم سپنہٕ تہٕ خالی از قوت چھنہ قول این لعض یلہ استفاضہ تہٕ یدٕ تصرف
سۆ زٕ منتہای امکان چھہ پس گوہس سپنہٕ جزم بملکیت حاصل گواہی دیہ ہرگاہ اکاہ موتبر تو منز آسہ نہٕ
گواہی بملکیت دِت ہرگاہ علم حاصل سپنہٕ نہٕ چھہ مشکل بلکہ گواہی ہمی ترن ہنز اما یلہ ملک کانسہ
ہندس اتھس منز آسہ استفاضہ کرنہٕ تت یدس سیتۍ معارضہ بلکہ ید چھہ اقوی تہٕ مرجح بیہ چھنہ شہادت
جایز مگر یلہ یاد آسس گواہی تہٕ خالی نوشتہٕ گواہی دِن چھنہ جایز امن نی آسہ تمہ خطکہ ترزیرگ دویم
شرط چھہ زِ شہادت دنہ وِزِ کرہ بلفظ شہادت تلفظ تہٕ دِیہ انا اشہد بکذا و انا شاہد بکذا ژ
یعنی گواہی دِوان چھس یا بہٕ چھس گواہ ہرگاہ دیہ زانان چھس بیقین یا خبر دوان چھس از علم ژ
مسموع چھنہٕ یت شرطس پٹھ چھہ حاشیہ زٕ مشروط آسن شہادت یمہ شرطہ چھنہ معلوم بیہ چھہ
شرط زٕ شہادت آسہ موافق دعوی تہٕ پرت شاہداہ آسہ بیس شاہدس موافق یعنی کن تہٕ در لفظ
چھنہ موافقت شرط اده ہرگاہ شاہداہ شہادت دیہ زٕ غصب چھس کرمت بیاکھ دیہ گواہی زٕ
نوٚن بقہر تہٕ ظلم مسموع ہرگاہ اکاہ گواہی دیہ زٕ کنمت چھس بیاکھ دیہ کنس کرمت چھس اقرار قبول
چھنہ تہٕ جایز چھنہ شاہدس شہادت پنن کہتھ یلہ عالم آسہ تہٕ گواہی دِتہٕ واتنہ ضرر تتھ صاحب حق ہرگاہ
ژہاڈن کنہ امرس پٹھ گواہ روز نہ باپتھ واجب کفائی چھہ گواہ سپنن بیہ دینہ گواہی لتس بِ
زٕ ناننہ مگر یلہ تعریف کرن لتس تہٕ عادل چھہ تہٕ جایز چھنہ نظر کرن بروٚی زنان گواہی باپتھ
بنا بر احوط در غیر حال ضرورت مسوغہ تہٕ گواہی دِنکاح تہٕ کنہ عقدس منز چھنہ شرط بلکہ سنت چھہ
خصوصاً در نکاح تہٕ رجعت تہٕ بیع تہٕ کنہ دِیہ دین اما در وقوع طلاق چھہ شرط بیہ ہرگاہ تندس
دیہ مہ چھنہ گواہ تہٕ یتہٕ کرہ حاضر مسموع چھہ شاید یاد آسس پومت یا زونت آسینہ یتہ
چھنہ گواہ یتہٕ کنہ ہرگاہ گواہ دیہ گواہی چھہ متہ ادہ دیہ گواہی مسموع چھہ شاید فراموش آسہس

کرِتھ

کروشتۍ ییم چہ در تفصیل حقوق کینہ حق چھہ زِ ثابت سپننہ مگر ژُون مردن ہنزہ گواہی
سیتٕ سُہ چہ لواطہ تہ سُحاقہ کانہ حق چھہ زِ ثابت سپننہ مگر گواہی سیتٕ ژُون مردن
ہنزہ یا ترّن مردن یا دُون زنانن ہنز سہ چھہ زنای موجب رجم آما یس زنا موجب جلد
چھہ ثابت سپننہ سہ گواہی سیتٕ دُون مردن تہ ژُون زنانن ہنزہ تہ کینہ حق چھہ زِ ثابت
سپننہ مگر بگواہی دُو مردُ سہ چھہ وطی بہیمہ تہ دزدی بیہ شراب چین تہ ردّہ بیہ دشنام بزنا
زہ قذف چس رُ پان بیہ طلاق تہ رجعہ بیہ عدّہ تہ خلع بیہ وکالت تہ وصایت بیہ
نسب تہ ہلاک بیہ جنایت زِ ہ موجب قود آسہ بیہ عتق تہ ولا بیہ تدبیر تہ کتابت غلام تہ کنیز
بیہ بلوغ تہ جرح تہ تعدیل بیہ عفو از قصاص ضابطہ یتہ بی زِ ہ یہ از حقوق آدمیان آسہ نہ آسہ
مال نہ آسہ مقصود بمہ منزہ مال کانہ حق چھہ زِ ثابت سپننہ گواہی سیتٕ دُو مردن ہنزہ یا اکس
مردس تہ دُون زنانن ہنزہ یا اکس مردہ سنزہ یا دُون ہنزہ تہ سوگندہ سیتٕ سُہ چھہ چیزاہ زِ ہ
مال آسہ یا آسہ مقصود تمہ منزہ مال مثل قتل خطا بیہ عقود تہ معاوضات مثل بیع تہ اجارہ تہ
فسخ تہ عقود بیہ مثل دیون تہ قرض تہ غصب بیہ حقوق اموال مثل خیار تہ اجل بیہ شفعہ تہ وقف
خاص بیہ ہرگاہ حق آسہ مشتمل بر حق اللہ سبحانہ وتعالی مثل دزدی اموال تہ اسباب دنیوی تمہ سپننہ
ثابت بگواہان ظاہری العدالہ زِ ہ اثبات مال کرن آما قطع سپننہ ثابت کانہ حق چھہ زِ ہ
ثابت سپنان چھہ مردن ہنزہ گواہی سیتٕ یا تنہا زنانن ہنزہ یا مردن سیتٕ سُہ چھہ بی زِ ہ دشوار
آسہ مردن ہنزہ اطلاع تتہ پیٹھ غالبا مثل ولادت آواز بچہ زِ ہ از شکم نیرہ بیہ زنانن ہند باطنی
عیب تہ رضاع کانہ حق چھہ زِ ہ ثابت سپنان چھہ اکس زنانہ ہنزہ گواہی سیتٕ سُہ چھہ وصیت بمال
تہ آواز بچہ زِ ہ از شکم نیرہ پس اکس زنانِ ہنزہ گواہی سیتٕ سپنہ ثابت ربع وصیت تہ ربع
میراث تہ دُون زنانن ہنزہ نصف تہ ترّن زنانن ہنزہ ترہ ربع ژُون ہنزہ تمام سوگندہ سوا
ہرگاہ با گواہی دُو زن سوگند کھیہ تمام سپننہ ثابت فروع چھہ در شہادت بر شہادت مقبول نہ
سپنہ چھہ گواہی گواہی پیٹھ در دیون تہ اموال تہ تمامی حقوق الناس نہ در حدود حقوق اللہ تہ کافی

در تفصیل حقوق

چُھنہ دیو عادِلو نتہ کم بر ہر شاہد اصل ہرگاہ زٕ عادِل دٕونوٚن اصلی شاہدن پیٹھ شہادت کرن
مقبول چھہ بیہ چھہ شہادت بر شہادت ہتی وزہ مسموع زٕ متعذّر آسہ حاضر سپدنٕ شاہد اصل
بسبب موت یا غایب آسنہ یا بیمار آسنہ تہ یمین نہ چھہ ہرگاہ شاہد اصل انکار شہادت فرع
کرہ پیش از حکم شہادت فرع سپنہ مردود تہ شہادت فرع بر فرع زٕ تِیم شہادت چھہ مسموع چھنہ
بلکہ اکہ مرتبہ چھہ جایز پانژم چھہ ہرگاہ گواہ حکم کرنہ بروٚنٹھ پھیرہ گواہی نشہ حکم کرنہ تہ ہرگاہ بعد حکم
پھیرہ تہ نقض تہ ابطال حکم زانتہ نہ کرت بلکہ گواہ زٕ پھیرِت چھہ غرامت تہ تاوان گژھہ اما
در حدود کرنہ حکم جاری ہرگاہ کذب تِمہ زٕ ویر گواہان ثابت سپنہ تہ مال محکوم بہ آسہ موجود پننس
صاحبس کرن رد ہرگاہ تلف گومت آسہ یا آسہ رد کرن متعذر گواہان گژھن ضامنی
ہرگاہ گواہان قتل بعد از قصاص ویٛن زٕ بخطا دژ گواہی غرامت تہ تاوان دیہ گژھن پننہ مالہ نزٕ
ہرگاہ ویٛن قصداً عمداً دژ دروغ شہادت ولی مقتول کرِ قصاص تمن یا نیرِن تہو منزٕ تہ بعضی
دیگر کرِ دِیہ جنایت رد تمن بعض کین ہرگاہ بیہ کینہ پھِرٕ رد کرن دِیہ منزٕ ولی قصاص پورہ وہ
مثلاً ترٛیو دروغ گو ہیو منزٕ کرِ دٕون قصاص اما پھیرِت اکھ کیاہ چھہ ثلث جنایت کرمت
تَوی چھہ پھیرِت اکس پیٹھ ثلث دِیہ پس ولیس دِیہ کاملہ ہیت نصفا پھِرٕ کرن رد اکس ژ
مقتول سندن وارثن نصفاہ بیس مقتول سندن وارثن تہ از شاہد دروغ زندہ ثلث دِیہ
ہیت پھِرٕ تمن وارثن رد کرن یعنی پورثہ ہر دوٚ مقتول پھیرِت اکس سندن وارثن پھِرٕ نصف ثلث
دِن ہرگاہ گواہی دِیہ شخصاہ ژور کرنس تہ اتھ ژٹن لس شخصس تتہ پتہ ویٛن گواہ اسہ کر
تو تیم تہ ژور چھہ بیاکھ دِیہ وست آ شخص گژھن تہ قبول چھنہ تھند قول لس بینس حقس منز
تمہ واجب چھہ تعزیر شاہد زور تہ دروغ تہ آس اکس گژھہ لس ہیان بازار تہ محلہ تہ پننہ
قبیلہ منز تہ تعزیر تھند چھہ برای حاکم شیم فصل چھہ در حد و زِنا ــ زِنا چھہ حرام او سمت
سارنی پیغمبرن ہندس شریعتس تہ دینس منز از جملۂ مقاصد خمسہ ضروریہ چھہ زٕ سارنی پیغمبرن ہ
ہندس شریعتس تہ دینس منز چھہ راچھہ تہ تعزیر تمک چھہ واجب اوسمت مقاصد خمسہ چھہ اکھ دین

بیاکھ نفس بیاکھ مال بیاکھ نسب بیاکھ عقل زہ پانژون ہنز راچھ چھِہ ساری شریعتن ہنہ ملتن پیغمبرن ہندن منز آسمژ اتھ دینچ راچھ چھِہ عبادات تہ زہ شریعتس منز چھِہ بیان سپنمژ تہ حفظ نفس چھِہ بقصاص زہ در شریعت چھِہ آمت حفظ نسب چھِہ بنکاح تہ تکو تابعو سیت بیہ باجرای حدود از جملۂ حدود چھِہ حدِ زنا تہ حفظ مال چھِہ شرعی عقد و سیت تہ حرام آسنہ سیت غصبس دزدی در مال مردم تہ حفظ عقل چھِہ حرام کرنہ شراب تہ باقی مسکرات تہ جاری کرنہ حد تہ تعزیر تم چھوہ ولس پٹ تہ یتہ تفصلس منز چھِہ کینہ مسئلہ اوّل یہ زہ زنا زہ موجب حد چھِہ نی چھِہ زہ اندر ژانہ انسان ذکر پنن بفرج زن زہ حرام چھس خواہ بر ونہ خواہ پتہ یمہ سواہ زہ دو عقدِ شرعی آسہ تس یا در شبہ عقد تہ ملوکی یمی شرط زہ بالغ تہ عاقل آسہ بیہ عالم حرام آسنس تہ بیہ آسہ پننہ اختیارہ پس ہرگاہ نابالغ یا دیوانہ آسہ تہ یا عالم آسنہ تہ حرام آسنس تہ یا اکراہ کرنس تت پٹ تس سپننہ بر زنا حد واجب ہرگاہ بیگانہ زنانہ تس پٹ مشتبہ سپنمہ تہ نذانہ تہ کرہ وطی تس مردس پٹ زہ زانہ حد چھنہ اتھ زنانہ زہ زانان آس تس پٹ چھِہ واجب حد ہرگاہ دعوی کرہ زہ یہ زنانہ زہ وطی کرمس نہ وجہ پنن چھِہ نکاح شرعی یا شبہ محتملہ کرمس وطی ساقط سپنہ حد یتہ تکہ احتمال آسہ تکیاہ زہ حدود چھِہ شبہ سان ساقط ہرگاہ زنانہ اکس زہ وینہ آسہ بیہ خدس عدس منز نکاح کرہ تہ عالم آسہ یعنی تہ دخول کرہ حد چھِہ واجب ہرگاہ دعوی کرہ زہ عالم او مسنہ تہ حرام آسنس حد چھِہ ساقط و ہمی زنا سپنہ ثابت اکہ یتہ دیو چیزو منزہ باقرار یا بہ بینہ ہرگاہ اہل اقرار ژور لٹہ اقرار کرہ بزنا حد سپنہ واجب اما بہ بینہ یلہ ژور مرد عادل یا ترہ مرد تہ زہ زنانہ بزنا گواہی دن ثابت سپنہ ہرگاہ زہ مرد تہ ژور زنانہ گواہی دن حد رجم چھنہ اتھ جلد سپنہ ثابت معنی جلد رجم سپنہ بیان بیہ شہادت اک مرد یا زنانہ چھنہ یتہ قبول بیمارتی زنانہ آسن بیہ ہرگاہ زناک گواہ ژور مرد وختہ یا ترو مرد وتہ دو زنانو ختہ یا دو مرد تہ ژور زنا تو ختہ یتہ کم گواہی دن سارن زہ حد افتراء دن بیہ چھِہ شرط زہ ساری آسن در شہادت متفق معاینہ وچھنس منز یتہ کنہ میل چھِہ در سرمہ دان تہ سارن صفتن منز چھِہ گواہن اتفاق آسن شرط ہرگاہ

انکار کرہ اقرارس اکسِ نہ موجب جلد چھہ حد سپنہ ساقط امّا ہرگاہ موجب رجم آسہ
ساقط سپنہ ہرگاہ اقرار بزنا ژوٗر لٹہ کرِن تہ پتہ کرن توبہ مخیّر چھہ امام زِ حد کرس یا کرسنہ
ہرگاہ گواہی دِنہ پتہ گوٗہان توبہ کرہ حد چھہ واجب ہرگاہ بیّنہ بیہ پاک کرنہ بہرونہ توبہ کرہ حد چھہ ساقط
تعمیر یسِ زنا کرِہ ماجہ پننہ سیت یا تس سیت زِ حرام چھس نسب یا رضاع یا بزوجہ
پدر یا ذمّی کافر کرہ مسلمان زنانہ سیت یا بزورتہ اکراہ کرہ کانسہ زنانہ سیت زنا یمن سارن
صورژن منز چھہ زانی واجب القتل خواہ محصن آسہ یا نہ خواہ آزاد آسہ یا نہ خواہ مسلمان آسہ
یا کافر امّا زِ ناکرہ وُن بغیر محرمات نسبی تہ رضاعی ہرگاہ محصن آسہ تہ محصن چھہ سُہ زِ یس
آسہ فرج حلال بعقد نکاح دایمی یا بملک زِ صحبتس شامس زنانہ وانتِ تت ہرگاہ بنکاح متعہ
آسس نو جب احسان چھنہ بیہ آسہ عاقل تہ یہ محصن ہرگاہ بازنِ عاقلہ تہ بالغہ زِ ناکرہ ہت
تازیانہ پیرہ لسن ون ادہ رجم کرن یتہ کنہ محصنہ زنانہ زِ تازیانہ دِنہ پتہ یرس رجم کرن
تہ گاہ بندہ آزاد سپنہ زنا پتہ چھنہ رجم تگریلہ آزائی بندہ وقتہ زِنا کرہ ہرگاہ محصنہ زنانہ
کانسہ نابالغس سیت زِ ناکرِہ حد کرلس ہرگاہ بادیوانہ زنا کرہ رجم کرن لس ہرگاہ زانی
محصن آسنہ جلد کرہ لسن تازیانہ سیت تہ مست کاسنس تہ پننہ شہرہ سوزہ لسن نعبت
ورہس اتا برزن تہ بندہ چھنہ مست کاسُن تہ شہر منزہ اخراج کرن ہرگاہ تکرار زنا کرہ
اکہ حدہ ژرِ چھنہ ہرگاہ ژوٗیمہ حدہ پتہ زنا کرِہ مارہ لسن تہ کینژو چھہ ویمت ترِیمہ حدہ
پتہ مارلس یہ قول چھہ احوط زنانہ تہ چھہ حکم مرد امّا غلام یا کنیز زِ زِ ناکرِہ حد ہند چھہ
پانژہ خواہ محصن آسن خواہ محصن آسنہ ہرگاہ تم حدو پتہ زنا کرن اقوی چھہ آٹھم پتہ تمن
پٹ اجرای قتل کرن ژو وُہم ہرگاہ ذمّی کافرو منزہ زنا کرن حاکمس واتہ بر پا کرن حد تمن
پٹ یا سوزکُ ہم ملتن نشہ زہ تم کرن حد بر پا تمن پٹ برزنِ حاملہ چھنہ اقامۂ حد یت
تان خلاص گژھہ تہ شرلسند سپنہ مستغنی لس نشہ بیہ کرنہ اقامۂ حد بر بیمار تہ مستحاضہ ہرگاہ
مستحق رجم آسہ رجم کرن ہرگاہ مصلحت تقاضاہ کرہ زِ بیمارس لاین جلد بیمارہ منز ...

شاخاکہِ سیت زِہ تت منز آسہ ہت تازیانہ حدّ لاینس یکبارتہ در شدّتِ سرماہ گرماگرنہ
اقامۂ حدّ تہ در زمین نزدیکی کفّارتہ آعدای دین کرنہ اقامۂ حدّ زِہ غیرت کرت سپنہ ملحق
تمن زناکرہ ؤن زِہ پناہ نیہ بحرم مکہ یا بحرم حضرت مصطفیٰ صلوات اللّٰہ علیہ والہ زِہ مدینہ
چھہ یا بحرم ائمہ ہدی زِہ مشاہد مقدسہ چھہ لس پٹ کرنہ تمن جاین اقامۂ حدّ بلکہ در طعام تہ
آب کرہ لس تنگی یت تان تتہِ نیرہ تہ تمہ پتہ لاینس حدّ ہرگاہ تتی زنا کرمت آسن حدّ لاین چھس
تہ جایز ہرگاہ جلد تہ رجم دؤنوی برزانی جمع گژھن اوّل لاینس جلد اَدہ کرنس رجم طریق رجم چھہ
یہی زِہ مرد زانیس کرن درد ولہ تاکمر دفن تہ زنانہ تابسینہ تہ لاینس لوچہ کنہ پرت طرفہ یت تہ
دستی مرنہ تہ تہہس لاینس نہ تیزہ کنہ لاین زِہ مرہ تہ رجمہ برونہ فرماون زِہ غسل کرہ تہ مرنہ پتہ
کرہ لسن نماز تہ دفن کرہ لس ہرگاہ رجم کران دولہ منزہ زانی یا زانیہ ژلہ ہرگاہ زنا تسند چھہ
گوہو ثابت کومت پھیرت انہ لس تتی رجم کرنس ہرگاہ باقرار چھہ ثابت گومت تہ درد وا
چھہ کنہ آمژہ تس یہ والنسنہ تت منز کدہ کرن گواہ بنیاد رجم یہ زنا گوہو سیتے ثابت
گومت ہرگاہ باقرار آسہ ثابت گومت امام کرہ بہ رجم ابتدا اَمادر اقامت جلد ہرگاہ تازیانہ تہ
لایان ژلہ پھیرت انس تہ تمام لاینس گوہو سیت آستن ثابت گومت یا باقرار اَما طریق جلد
چھہ یہی زِہ مرد زانیس کرن برہنہ تہ ہت تازیانہ لاینس محکم تہ تہہس تہ فرجس لاینہ ہرگاہ زن
زانیہ آسہ ہت لاینس تازیانہ پننس جامنز و لت یس در زمان تہ مکان شریف زنا
کرہ زیادہ برصد تازیانہ لاینس یہ حاکم مصلحت زانہ ششم فصل چھہ در حدود لواطہ تہ
ساحقہ تہ قیادہ لواطہ چھہ از اعظم گناہان کبیرہ تہ قبیح چھہ زنا ختہ تکیاہ زِہ حق سبحانہ تہ
وتعالیٰ ان کراکہِ حرمتہ باپت امت عظیمہ ہلاک تہ حضرت رسالتن صلی اللّٰہ علیہ والہ وسلم
چھہ فرمومت لعن اللّٰہ من عمل عمل قوم لوط اَسہ نوبت تہ لواطہ سپنہ ثابت یہ
سیت زنا سپنہ ثابت اَما در بینیہ پزن ژور مرد آسن ہرگاہ فاعل در مفعول ایقاب کرہ
یعنی ذکر پنن ورد بر مفعول اند ژانہ مخیر چھہ امام زِہ مارہ لس برجم یا بشمشیر دیس کردن یا بیرہ

سیت

در حدود و دیات
سیاحقہ

دِیس بن برت یا دُیس ژہنس پٹ یا زالہ لستی جاینز چُہ زہ مار نہ پتہ زالس یُدی زن
مفعول نابالغ تہ دیوانہ آسہ ہرگاہ دیوانہ یا نابالغ عاقلس اکس لواطہ کرہ دُونون کرن
ادب تہ عاقلس کرن قتل ہرگاہ غلام دعوی کرہ زہ خواجن لستند کرلس سیت لواطہ باکراہ
زورہ حد سپنہ ساقط ہرگاہ دعوی کرنہ قتل کرن لس ہرگاہ کافراہ ذمّی مسلمانس سیت لواطہ
کرہ قتل کرنس یُدی زن ایقاب آسنہ کرمت فاعل تہ مفعول پنزہ یکوٹہ مارن ہرگاہ
لواطہ بایقاب۔ آسنہ بلکہ درمیان رانہای مفعول کرن ہت تازیانہ دِنس آزاد آستن
یا بندہ فاعل آستن یا مفعول ہرگاہ تبکرار تہ کنہ کرہ ترن لٹن تان تازیانہ لاینس ژُورمہ مرتبہ
مارہ نس ہرگاہ زہ اجنبی وُرنس تل برہنہ شنگن ترہ تازیانہ تا نمنمت تازیانہ لاینک
تعزیرہ باپت تہ ہرگاہ تبکرار لس تعزر کرہ ترمیہ مرتبہ لایس حد یُس اکاہ نچوس اکس
شہوتہ کن بوسہ کرہ تعزیر کرن لس مسئلہ مُساحقہ گوتی زہ زنانہ کہ فرج پنن بیس
زنانہ ہندس فرجس تت چہ حکم زِنا ہت تازیانہ لاینس منزتہ یمہ سیت زنا چھہ ثابت
سپنان تمہ سیت سپنہ مساحقہ ثابت تہ ثابت سپننہ پتہ لاین ہت تازیانہ ہم فاعلس
ہم مفعولس آزاد آستن یا بندہ ہرگاہ تبکرار حد لاینس ژُورمہ مرتبہ کرنس قتل بینہ برُہ
سپنہ توبہ سیت حد ساقط پتہ کنہ در لواطہ سپنہ ساقط تہ گوہن ہنزہ گواہی پتہ سپننہ نہ
ساقط ہرگاہ زہ زنانہ برہنہ اکسی وُرلس تل یا ہم آسن دُونون کرن تعزیر ہرگاہ دُویہ
پھرہ تعزیر آسیک کرمت ادہ لاینک حد مسئلہ قوادچہ لس دیان زِہ مردس چہ
یا زن جمع کران یا مردس کینہ نچوس سیت کرہ کیدی گری تمہ پتہ زِہ گواہی دُو مرد عادل
یا دُویہ مرتبہ اقرار کرنہ ثابت سپنہ پانژہ شتت تازیانہ دِنس تہ مستہ کارنس تہ غرتبس سنغرنس
خصوصًا یلہ تہ شغل پنن آسس ہرو دُنت ا ۷ ہم فصل چہ در حد قذف پس اکاہ زہ نہ
عاقل تہ بالغ آسہ بہ بالغ عاقل آزاد مسلمان اہل صلاح تہ عفت دیہ ای زنا کرہ ونہ حد قذف
تسند لاینہ ہشیت تازیانہ آزاد آستن قاذف یا بندہ ہرگاہ پننس نچوس زِہ قائل چھہ نہ

در حد قذف

تسندس نچو آسنس یا قائل چھنہ اتا شرعاً چھ ملحق گومت لتس ویپس ژ ہ چھکنہ نچو موت
یا بیسندس نچو ‌نس دپہ زہ پننس یا لسند نچو چھکنہ حد قذف سپنس واجب ہر گاہ دپہ
ای پسر زانی یا زانیہ حد چھ تسندس ملس تہ یا جہ ہندہ بابت زِ ہ طلب کرن ہر گاہ دپہ
ای شوہر زانیہ یا برادر زانیہ تہ یا پسر زانیہ طلب کرن حد قذف چھ لتس اکسند حق تمہِ نا کرن
منسوب لتس نہ حق مخاطب ہر گاہ دپہ بفلان زن چھی زنا کرمت یا فلان کری بواطہ زہ
زہ حد قذف سپنن واجب اک برای فاعل تہ بیاک برای مفعول اتا بر حاشیہ چھ فرماون
وجوب حد برای منسوب الیہ چھ محل اشکال پس قول زہ موجب ناخوشی مخاطب چھ
تمہ بابت چھ تعزیر لازم مثلاً کا زِسہ صالح مسلم یہ یا فاسق یا شارب الخمر یا زانہِ پننہ دپہ
زہ لیکھ کور بیہ تہ چھ تعزیر واجب ہر گاہ بہ نا بالغ تہ مشہور بزنا قذف کرہ یا مول نچو‌س
قذف کرہ ہر گاہ جماعت اکس قذف کرہ ہر گاہ ساری سمت حد قذف ژ ہ اوُنہ آہی اک
حد چھ ہر گاہ جدا جداین پرت اکس کِت یزہ حدِ قذف اہ تہ ثابت سپنہ حد قذف اقرار
کرنہ دو یہ لٹہ عاقل تہ بالغ یا گواہی دنہ زہ عادل ہر گاہ قاذف نا بالغ تہ مجنون آسہ
تعزیر کرنس تہ حد قذف نن بمیراث یتہ کنہ مالس نن اتا شوہرس تہ زنانہ چھنہ تمہ منزہ میراث
ہر گاہ وارثاہ عفو کرہ بیس کِت چھ زِہ منگہ حد باتمام ہر گاہ حد قذف بکرر لاین ژورہ
لٹہ کرنس قتل ہر گاہ زہ زن اک اکس قذف کرن حد چھ پرت اکس نشہ ساقط دون
کرن تعزیر بیا کاہ زہ سب مصطفی صلی اللہ علیہ والہ وسلم یا اکس ائمہ ہدی کرہ قتل
کرن تس بوزہ ونس چھ حلال سہ مارن ہر گاہ از مضرت امن آسہ بیہ تہ چھ قتل
تسندِ زہ دعوای نبوت کرہ واجب بیہ کرن قتل لتس اکس زہ دپہ زہ زانان چھنہ
محمد مصطفی صلی اللہ علیہ والہ وسلم چھواہ صادق کنہ کاذب تہ ساحر ہر گاہ مسلمان
آسہ مارہ لنس ہر گاہ کافر آسہ تعزیر کرنس نوم فصل چھ در حد مسکرات یس
کاہ چیزاہ چیہ تہ کھیہ زہ مستی کرہ یا فقاع چھیہ: شیرہ جوشیدہ ژمان زمنہ برہ منہ

یا پدر زانیہ

۴ زہ

از اشتغال ... جوشیدہ وجوب حد در شیرہ ... خالی

کافر آستن

جوش کہنہ پتہ پننہ اختیارہ تہ عالم آسنہ بحریم بیہ آسہ عاقل تہ بالغ پزہ زہ حد لاینس
شیت تازیانہ ہر پشت تہ دۆ نون پھکن بر ہنہ تہ بتہہسن تہ فرجس لاینسندہ تہ ہشیاری
پتہ لاین حد بندہ آستن خواہ آزاد آستن تہ نن یا پاٹھہ چیہ ہرگاہ مکرر حد لاینس ژورمہ
لہ ہرنس قتل ہرگاہ شراب چیہ حلال زانہ کافر تہ مرتد سپنہ تہ تعزیر کرن لتس زہ سوای شراب
مسکراتو منو زانہ حلال ہرگاہ بتیہ قایم سپننہ برونہ توبہ کرہ حد سپنہ ساقط تہ بعد بتیہ سپنہ
ساقط محل تامل چھہ زہ ہرگاہ بعد اقرار توبہ کرہ امام چھہ مخیر زہ حد لایہ یا لاینہ تہ ثابت سپنہ بگواہی
دۆ عادل یا اقرار کرنہ دۆ یہ پھرہ یلہ از اہل اقرار آسہ ہرگاہ سکراہ کھیہ تہ زانہ زہ مستی
کرہ وان چھہ یا زانہ حرام چھہ حد چھہ ساقط ییں گاہ حلال زانہ تی زہ اجماع چھہ حرام آسنس
پٹ ہرگاہ تہ اجماعی آسنس علم آسس مارنس تہ ہرگاہ حرام زانت کھیہ تعزیر کرنس ہرگاہ کانہ ناہ
تہ تعزیرات برہ بی تقصیر تریہ چھسنہ ہرگاہ معلوم سپنہ زہ گواہ آسن فاسق تیہ
در حدود

کینہ

چھہ در بیت امال دهم فصل چھہ در حد سرقہ یعنی در حد دزدی شرط چھہ در قطع سارق
زہ عاقل تہ بالغ آسہ شبہ تہ شرکت آسسنہ بیہ قرار ن حرز تہ حرز چھہ مکانا زہ پنہان آسہ بقفل
یا بستن دروازہ تمک یا بدفن بدلہ حرز چھہ بہ عرف ہر باتہ از شارع چھنہ بر تعیین حرز
نصاہ آمت بیہ چھہ شرط زہ آسہ بقدر نصاب زہ اکھ ربع مثقال طلا چھہ یعنی مثقال
شرعی زہ اژدہ نخود چھہ قیمت تمک کڈھ حرز ...نہ پننہ پانہ ژہا یہ پاٹھہ تہ جمع سپنہ پتہ شرائط
ژورس ژٹن ژور انجیہ دچھنس آہتس ہرگاہ بیہ ژور کرہ کھور گہر ژٹنس از مفصل قدم گڈ
تہاونس انا خالی از اشکال چھنہ بلکہ احوط چھہ زہ تامیان قدم ژٹنس ہرگاہ تریہ لٹہ ژورکرہ
زندانس لہ دنس زہ ہمیشہ آسہ تہ ت ہرگاہ در زندان تہ ژورکرہ قتل کرنس ہرگاہ مکرر ژورکرہ
حد دزدی سپنہ سوا اکھ حد چھہ کافی ہرگاہ نابالغاہ یا دیوانہ ژورکرہ تعزیر کرن تہ غلام زہ پننس
خوبہ سنس مال نیہ ژور زہ اتھہ ژٹنہ ہرگاہ عزو نہ پان پانن چیزن یا جارہ وتمت یا زوجہ یا زوج
یا مہمان ژور کرہ اتھہ ژٹن تمن شرائط جمع آسنہ پتہ یہ ژورن بومت چھہ لتس مہن تہ صاحبس دن

در سیعدود
دزدی

ہرگاہ ژور کرِن تمہ جایہ یُن گژھُن لوکن ہند چھہ تت منز سٹاہ مثل مسجد تہ حمام اتھہ ژٹن چھنہ
ہرگاہ چندہ منزہ تہ از آستین زہ نن چھہ چیراہ نن ژورہ قطع چھنہ تہ ہرگاہ پنہان آسہ
تہ قطع چھہ یس اکاہ کفن نیہ ژورہ اتھہ ژٹنس تہ قطع کرِن بایع مملوک تہ آزدس زہ باہم کنک
تہ تیہ کنہ ہرگاہ آزادس تہماکنہ ہرگاہ قبرہ پراٹہ تہ کفتس نیہ ژورہ حد کرِنس ہرگاہ کفنس
ژور نیہ تعزیر کرہ نس ہرگاہ مکرر دزدی کرہ تہ از سلطان سپنہ حد تہ تعزیر تسند فوت جایز
چھہ قتل تہ دزدی سپنہ ثابت گواہی دِنہ زہ عادل یا اقرار کرِنہ دویہ لٹہ یلہ از اہل اقرار آسہ
امّا در ضمان مال چھہ اکھ اقرار کافی تہ گواہی دِنہ اکھ عادل باسوگند تہ چھہ کافی ہرگاہ ژور بینہ
قایم کرِنہ برونہ توبہ کرہ قطع ید کرن سپنہ لس نشہ ساقط نہ بینہ پتہ ہرگاہ توبہ کرہ اقرار کرِنہ پتہ
امامس چھہ اختیار یت منز زہ حد سرقہ کرہ جاری یا کرِنہ امّا محل اشکال چھہ ہرگاہ زہ زن
اکھ نصاب زہ قیمت تِمک چھہ ربع دینار شرعی از طلا ژورہ نن قطع ید چھنہ گریلہ ہرت
اکِسند نصیب بنصاب قطع واتہ مسئلہ ژورس اتھہ ژٹن چھہ موقوف یت پیٹ زہ
مرافعہ تہ دعوی کرہ صاحب مال ہرگاہ کرِنہ امام کرِنہ قطع ہرگاہ صاحب مال عفو کرہ یا بخشہ
تس چھنہ قطع ہرگاہ مرافعہ برونہ آسہ تہ ہرگاہ پتہ آسہ ساقط چھنہ مسئلہ ژورہ نلس منز
مال زہ بنصاب قطع آسہ وقمت واجب چھہ قطع اکہ دفعہ آستن یا بدفعات امّا ہرگاہ
صدق وحدت عرفی کرِنہ اشکال چھہ مسئلہ ہرگاہ مول از مال ولد ژورہ نیہ تہ قطع چھنہ
امّا ہرگاہ ولد از مال والد ژور نیہ قطع چھہ مسئلہ یدی زن اکاہ دیوا تھو منزہ شل آسہ
یا کھو ور اتھہ آسہ نہ وچھن اتھہ ژٹنس ہرگاہ تس وچھن اتھہ اوسمت چھنہ کھوور اتھہ ژٹنس
کینژ وچھہ دیُت کھوو رکھر تسند ژٹن کھم فصل چھہ در حد محارب تہ غیر محارب محارب چھہ
تس وپان زہ برہنہ کرہ سلاح کھو ژہ تا ونہ بایت رو ٹلہ یا ڈہلہ دریاس منز یا دریا نبر شہرس منز یا
شہرہ نبر در معمور یا ویران مرد آسہ یا زنانہ بخیر چھہ امام علیہ السلام در حد محارب یت منز قتل
کرِس یا دارس لدِس یا وچھن اتھہ ژٹن یا کھوو رکھر ژٹن یا از شہر کڈِس گریلہ کانہ اہ آسس مارمت

اوہ پیزہ ستہ مارن ہرگاہ تمہ برونہ زِہ محاربس انن بدست توبہ کرِہ حد سپنہ ساقط اما حقوق
مردم دین ہرگاہ قدرت لبنہ پتہ تس بدست آمت آسہ توبہ کرہ حد سپننہ ساقط تہ یلہ تس اخراج کرن
پرت شہرس نکہِ امام زہ کانٹر اہ کرنہ معاملہ تس سیت تہ مصاحبت کرنہ یت اکہ شہرہ بیس
شہرس گژہ یت تان توبہ کرِہ ژورس چھہ حکم محارب مالہ نشہِ کرنس دفع ہرگاہ منجر بقتل
سپنہ خون چھس ہدر تہ ہرگاہ مکابرہ کرِہ بر زنای زنی یا بر لواطۂ پسری یمن چھہ جایز زہ
پانس نشہِ کرن دفع ہرگاہ منجر سپنہ سہ شخص مارہ گژہ تس خون چھس ہدر یس اگاہ کانسہ
ہندگرہ بغالب سلوکی اژہ زجر کرنس ہرگاہ پت یہ نہ یہ نس تلف گژہ از مال تہ اعضا ہدر چھہ
تہ تعزیر کرن محتالس زہ حیلہ کرون چھہ بر اموال مسلمانان بمکر تہ فریب تہ تزویر کتابتہا تہ رشتہا سلطانی
دروغ تہ گواہی دروغ عقوبت کرن تمہ زِہ رای حاکم چھہ یہ یمہ قبیلہ رمت آسن یم رہنس اٹ
اٹ کڈنس مسایل اول ہرگاہ بالغ کانسہ حیوانس وطی کرِہ تعزیر کرہ نس اد سہ حیوان ماکول
اللحم آسہِ حرام چھہ ماز تسندہ تہ تسندہ شکٹ مازتہ ذبح کرنس تہ زالنس اد وہ دیہ واطی قیمت
تسند مالکس تاوان ہرگاہ سہ حیوان کہلس منز رشتیہ سپنہ تمہ رنکہ زہ تمیز زانہ کرت تت کہلس
گژہن زِہ نصف کرن اد قرعہ تراون یس نصف زِہ قرعہ آو تت پٹ زِہ نصف کرنس
قرعہ تراونی کرن یت تان اکس پٹ قرعہ پیہ ہرگاہ سہ حیوان غیر ماکول اللحم آسہِ مثل اپ
تہ استر تہ خر زہ عادۃً چھنہ ماز تہند کہوان شہرہ منزہ کڈنس تہ بیس شہرس منز کننس تہ قیمت تسند
دن بواطی غارم بنا بر اقوی کینژ وچھہ دیمت زِہ مالکس دن تہ کینژ وچھہ دیمت زِہ بہا تسند
کرن صدقہ تکیاہ زہ بہا چھہ مالکن از واطی یکبار نومت تہ وطی حیوانات سپنان چھہ ثابت
بشہادت دو عادل یا اقرار کرنہ دویہ لٹہ تہ بعید چھنہ کافی چھہ یک دفعہ ہرگاہ تعزیر واطی حیوان
دویہ لٹہ تکرار سپنہ ژور مرتبہ کرہ نس قتل مسئلہ زنا کرہ ونس تہ لواطہ کرہ ونس مردن
چھہ حکم زنا تہ لواطۂ زندگان تہ در حد تہ احصان چھہ یتہ عقوبت ژور مسئلہ یس منی انہ اتہ
سیت تعزیر کرنس تہ ثابت سپنان چھہ بگواہی دو عادل یا اقرار کرنہ یکنوبت مسئلہ

در وطی حیوانات

ازلس

انسانس واتہِ زہ مالہ تہ جانہ تہ حرلیہٕ نشہِ کرہ دفع تس اکِس زہ قصد تندرکرِہ بقدرِ طاقت
تہ قدرت خود تہ واجب چھہ باسانی مرتبہ مرتبہ ہرگاہ دفع کرن برتبہٕ آسان میسر سپننہ دفع
کرس بدشواری ہرگاہ بمرتبہٕ قتلی واتہِ خون چھس ہدر بہم فصل چھہ در حدمرتد مرتد چھہ
تس دپان زہ اسلامہ نشہِ پھیرہ کفرس کن سہ چھہ زہ قسم یا چھہ مرتدِ فطری زہ زامت چھہ
بفطرت اسلام تمہِ پتہ سپن مرتد پس یمہ قسمہ مرتدس چھنہ ظاہراً توبہ قبول بلکہ در حال چھہ قتل واجب
زنانہ چھس مرتد سپننکہِ وقتہ پتہ باین عدہٕ وفات تھاوہ تہ اموال مرتدِن تندن
وارثن باکرت دویم قسم چھہ یہی زہ کافری نشہِ چھہ مسلمان گومت ادہ سپنہ مرتد اَمس
چھہ مرتد غیر فطری تہ مرتد ملی دپان تس دپن توبہ کرن ہرگاہ توبہ کرن تہ مسلمان سپن تہ
خلاص گو ہرگاہ بوزننہ باسلام پھیرن مارہ نس پیش از قتل چھہ تس نشہِ توبہ طلب کرن واجب
زنانہ رٹس از وقت ارتداد عدہٕ طلاق براموال تھاونس حجر ہرگاہ توبہ کرن تہ مسلمان
سپن مال چھہ تسندی تہ ہرگاہ عدہٕ زن گومت چھنہ اولی چھہ پننہ زنانہ ہرگاہ مسلمان سپننہ
تہ مارہ نس بیامرہ مال تسند واتن مسلمان وارثن اناہرگاہ زنانہ مرتد گژھہ قتل چھنہ مطلقا
فطری آستن یا غیر فطری بلکہ دایم کرنس حبس تہ در اوقات نماز لاینس ہرگاہ توبہ کرن تہ
مسلمان کیہ خلاص سپن تتمہ ردہ گو اسلام ژہنن عاقلس تہ بالغس نشہِ بفعل مثلِ
سجدہ کرن برای بت تہ صنم تہ آفتابہ تہ باقی مخلوقاتس یہ مصحف لاین پلیدین منزبیہ یس کار راہ
صریح چھہ در استہزاء یا بقول باعتقاد یا بعناد یا باستہزاء یس اکاہ اعتقاد کرہ حلال آسنس چیزاہ
زہ سہ حرام آسنس پت چھہ اجماع زانت اجماعس بی شبہ چھہ مرتد سہ یس سب خدا کرہ کافر
سپنہِ یس اکاہ استہزاء کرہ خداس یا تسندن آیاتن یا تسندن رسولن یا تسند کتابن
کافر تہ مرتد سپنہ بجدہ کرتن خواہ بہزل سہ شخص تہ زہ سب اماماں علیہم السلام کرہ کتاب در
قصاص تہ دیہ یتہ چھہ کینہ فصل فصل اول چھہ در قتل سہ چھہ ترہ قسم یا چھہ قتل عمد سہ بحاتراہ
مارن قصد کرت سہ مار تمک یا چھہ قصدہ پننہ تمہ کارک زہ غالبا مارہ سہ گار قصد قتل تنہ

در حد مرتد

کتاب القصاص والدیات

کرمت آسس یا قتل شبیہ عمد سہ چھُہ تی زِہ عمداً کرِہ کاراد تہ مارہ گژھہ تِہ کانژاہ بخطار نہ آسہ سہ مارہ نَتہ قصد نہ آسہ سُہ کار قاتل غالباً یتہ کنہ لایان چھہ تادیبہ باپت پسِ مرِہ مِی تادیبہ یا چھہ قتل خطای محض سُہ چھُہ تی زِہ خطا کرن ہیم در فعل تہ ہیم در قصد یتہ کنہ زِہ تیر لایُن ہیرندس اکِس انسانس اکِس آ و تہ مورُن سہ اقسام جراح تہ چھہ ترِہ قسم ثابت سپنہ قصاص گژھ کِہ قسمہ باپت زِہ عمد چھہ یلہ بالغس تہ عاقلس نِشہ صادر سپنہ سُہ قتل عمد تہ نفس معصوماہ زِہ واجب آسنہ اُو سمت شرعاً مارُن زِہ مکافی قاتل چھُہ اوہ پانہ سپنتن مباشر قتل یعنی پانہ کرتن کار قتل یتہ کنہ زہ سر ژٹُن تہ ذبح کرس یا ہٹ چیرس تہ خفہ کرس یا بتسبیب یتہ کنہ زِہ مارس تیر تہ کنِہ لاینہ بیہ تُورِ تہ عصا مگر چھا وَنہ یا سہس نِشہ لاینہ زِہ تان کڈس یمن صورژن منز چھُہ قصاص تہ داخل سپنان چھہ قصاص تہ دِیہ طرف در قصاص تہ یا دیہ نفس ہیرت اکاہ چھنہ علیحدہ تہ ہرگاہ زخم دتنس اِدہ مورُن ہرگاہ متفرق چھہ قصاص طرف تہ گژھس کرن قصاص نفس تہ مثلاً ژٹن تنداہتہ تہ کن تہ یا نست تہ اُنگجہ ژٹنس ادہ مورُن یمن صورژن منز چھنہ قصاص طرف تہ جراحت داخل در قصاص نفس ہرگاہ متفرق آسنہ تیہی زِہ اَہتہ ژٹنس یعنی اکی ضربہ ادہ مورُن داخل چھہ در قصاص نفس تہ ز مسئلہ چھنہ خالی از اشکال اقوی تی تے چھہ زِہ وننہ آو متنس منز ہرگاہ زورتہ اکراہ کرن شخص اکس پیٹھ زِہ کانسہ مارہ قصاص چھُہ تس شخص پیٹھ زِہ مو تم زورہ تہ اکراہ کرُونس پیٹھ چھہ حبس ابدی یہی حکم چھہ زِہ ہرگاہ گرِہ شخص اکس زِہ کانسہ مارہ قصاص چھہ بر مامور قاتل تہ آمرس پیٹھ زِہ فرمو ومت چھُن چھہ زندان دایمی غلام تی آسہ نگرہس تہ آمرہ سند نگر لیہ یمن صورژن منز قاتل آسہ طفل یا دیوانہ زِہ قصاص چھُہ بر نگرِہ تہ آمر نکیاہ زِہ دیوانُس چھُہ حکم آلہ قتل ہرگاہ اک زُن شخص اکس رٹہ بیاک مارس تہ بیاک آسہ نگاہبان تہ ناظر قاتلس مارن شرایط قصاص تحقیق کرت . رٹونس لدن در حبس دایمی وچھونس کرن کور

دویم فصل چھہ در شرایط قصاص تہ یلہ پانژ شرط میان قاتل تہ مقتول ہیم سپنن قصاص

جهه جايز اول حريت يعني يله قاتل آزاد آسه شرط جهه آزادي مقتول هرگاه مقتول
بنده آسه مكاتب يه مستولده يه مدبر آسه قاتل زه آزاد جهه تسنده بابت مارنه بلكه
قيمت روز قتل سپنه واجب يمي شرط زقيمت غلام گذرنه از ديه مرد آزاد يه قيمت كنيز
گذرنه از ديه زن آزاد يه قيمت غلام ذمي گذرنه از ديه ذمي يه قيمت كنيز ذميه گذرنه
از ديه ذميه يه آزادس مارن آزاده سنده باپت يه آزاد مردس جهنه قصاص آزاد زنانه
هنده باپت مگر زنانه هند آوليا رون لس مرده سند نصف ديه مرده سندن اوليان
هرگاه ولي زن نصف ديه با وليا مرد دينه يا آسه مرد فقير بار نسنه بلكه زنانه هند ديه
هنس بيت هد رسپنه خون زنانه هند آزاد زنانه جهه آزاد زنانه هنده باپت قصاص
واجب يه آزاد زنانه مارن آزاد مرده سنده باپت قصاصه پته جهنه زيادتي ديه مرد
آزاد وليا زن هن بلكه يمي قصاص جهه يه هنئوس يه زنانه منز جهه قصاص اطراف
جراحات پس هرگاه زنانه اكه مرده سنه واطرافو يه عضو منزه مثل اهته يه كهرته گوش يه
بيني يه چشم يه ٹمه سوا جنايت كرنت آسه تهني عضون جهه زنانه قصاص كرن يه رجوع
جهنه زيادتي بابت هرگاه مردس زنانه هنده باپت قصاص كرن رو زيادتي ديه
جهنه گريه ٹمه طرفك ديه به ثلث ديه مرد آزاد واه تت صورت منز جهه ديه اطراف زن نصف
ديه اطراف مرد مردس جهه قصاص هن ٹمي زنانه زه زنانه هنده طرفه سپنه رو تفاوت
ٹيس مثلاً هرگاه مرد زنانه هنزه ترٛه انگجه ژهٹ مردس جهه ترٛه انگجه ژٹنه قصاصه باپت جايز
نكياه زه به ثلث ديه مرد جهنه و وٹمت اما هرگاه مرد زنانه هنزه ژور انگجه ژٹ مردس ژٹنه
ٹمه گريله رو ديه دو انگشت مرد كره به حكم جهه تيل زه زنانه هنزه ژور انگجه آسنس اكي ضربه
ژچمزه يه هرگاه ژٹ يه كيته ضربه ژچمزه آسنس زنانه جهه حقدار چهن ژن انگجن هندس وليس
يا به قصاص چهار انگشت مرد غلامس جهه غلامس يه كنيزه هنده بابت قصاص جايز
كنيز جهه قصاص كنيزه يه غلام سنده باپت اما هرگاه قيمت بنده قاتل از بنده مقتول

قصاص اطراف

زیاده آیسه مقتول سندس ستیدس چه اختیار زه قاتلس ماره ته زیادتی قیمت دیه بیشید
قاتل یا بقدر قیمت مقتول رڅه از قاتل بو بندگی ته بایک سپنه هرگاه بنده آزاده ماره
بخیر چه ولی خون آزاد زه لس بندس ماره یا پنځ بنده کرس بنده سندس مولیس چنه
اختیار در مخالفت هرگاه بنده آزادس اکس جراحت دیه قیمت بنده برابر چه یا
زیاده آزادس واته زه مارس یا کرس بنده پنځ هرگاه قیمت بنده از دیه جراحت
زیاده آیسه بقدر دیه جراحت کره از بنده استرقاق یا
بیع کننه ته بها منزه دیه دیه جراحت ته لس بنده سندس مولیس چه جایز زه بقدر دیه
جراحت دیه بیغه ماله منزه ته لس ره خلاص هرگاه بنده چنس مولیس ماره ولیس واته
زه مارس هرگاه غلام غلامس اکس خطا ماره قاتله سندس مولیس واته زه قیمت سند دیه
مقتول سندس مولیس خلاص کرس یا بجنس ویس مقتول سندس مولیس هرگاه قیمت
قاتل زیاده چه ته چه سندس مولی سند هرگاه نقصان چس مقتول سنده قیمه خته قاتل
سند مولی کده ضمانی نیچ ته مکاتب مشروط هرگاه مولاه چیزاه چننه وتمت از مقاطعه آزادی آیسه
حکم بنده صرف چهس هرگاه بندس اکس کنیزاه آزاد آیسه هرگاه سه آزاده ماره نو
قصاص چه نکه سعی کره از قیمت حصه آزادی لس بنده سند قیمت دیه بحصه ته کنن سند
نصیب بندگی دلن بقیمت آن بنده بحصه یا بقدر حصه آن بنده مقتول لس قاتل ره
بنده بندگی حصه منزه کرن استرقاق مثلاً هرگاه ثلث سند چه آزاد ته ثلثان سند
چه بنده ثلث قیمت مقتول بر نصیب آزادی ته ثلثان قیمت او بر حصه بندگی منزه
قیمت کرن هرگاه بخطا مورثت آیسن لس مقتول سند ثلث قیمت چه بر امام زه نو
عاقله لس چه ته مولی ته ثلثانک چه مخیریت منز زه حصه ثلثان بندگی دیه بیغه ماله منزه
ته خلاص کرس یا کره بقدر حصه بندگی تسلیم هرگاه مرد آزاد زه ته زنانه آزاد ماره لس
دوه ماره دوه زنانه بنده خونه بایت هرگاه بنده زه ازاله ماره پیاپی هرگاه

هرگاه بنده مجروح آزاد را جراحت

هرگاه بنده را قصاص ...

برای مقتول اول تسند داولیاو آسنه استرقاق تسند کرمت مشترک چه میان اولیای
هردو مقتول هرگاه برای اولیاء مقتول اول حکم چه سینمت یا توجه استرقاق کرمت
زاده کرن دویم قتل پس قاتل چه از آن اولیاء مقتول دویم دوهم چه اسلام
از شرایط قصاص تیرم چه از شرایط قصاص مولٔ آسن هرگاه مول آسه مارس مارنه
نوسنده بایت بلکه واجب چنه دیه یا کفاره تعزیر ته کرن هرگاه فرزند مارس ماره
قصاص چه اما ماج مارن فرزند مارنه بایت چه جایز ژورم عقل هرگاه دیوانه یا نابالغ
کانسه ماره قصاص چنه بلکه از عاقلهٔ ایشان هن دیه کیاه زه عمد تهند چه خطاء در خطاء
چه دیه بر عاقله ته معنی عاقله سینه بیان هرگاه بالغاه نابالغس ماره لشته مارن بقصاص
هرگاه عاقلاه دیوانس ماره دیه سینه واجب نگر یه تسند وتهت ین پانس لشه دفع کره ته
بی قتل سینه دفع تسند یتسر ته یت صورژ منر چه لتس دیوانه سند خون هدر ته جنایت نابینایی
چه حکم بینا پانژم چه از شرایط قصاص یی زه مقتول آسه معصوم الدم ته هرگاه مرتداه یا
کانژاو زه شرعن چه قتل تسند مباح کرمت ماره قصاص چنه تیر بعد فصل چه در اشتراک
هرگاه شریک سینه در قتل آزاد ته مسلمان مقتول سند س ولیس واته زه سارن ماره تمه چه
زه پرت اکس دیه زیادتی دیه مثلاً هرگاه تر یو زنواکاه آسه مورمت پرت اک چه ثلث
جنایت کرمت پیزه زه مارنه برونه دیه پرت اکس زه ثلث دیه زه دیه کامله چه وارثن
ترنون کت هرگاه کینژن ماره یمنه مارن قدر جنایت پنن دن وارثن تسندن زه
مورمت چمک مثلا هرگاه تر یو قاتو منره اکس ماره بیه زه زن کرن رد زه ثلث دیه
تسندن وارثن ته برولی مقتول چنه کینه هرگاه دون زنن ماره لیس زنده چه ثلث
دیه دیه تهندن وارثن بیه زه ثلث دیه ثمنی ولی مقتول یی حکم چه در جنایت اطراف
اعضا هرگاه زه زنانه مرداه مارن دوشون مارن ته رد دیه چنه ته هرگاه زنانه دو دیه زره
آسن ساری نمانژک مارت تمه پته زه زیاتی دیه دن تهندن وارثن ته مقتول سند س

هم سینه بنیت
حکم از اول
به مقتول

ولیس چه جایز زه تمو زنانو منتره مارِه کینژئ ته یمه ته نده روزنه ته قدر جنایت پنن رن
هرگاه شریک سینه مرداه ته زنا ناه مرداه ماره لنس منتر مقتول سندس ولیس واته زه دونون
مارِه تمه پته زه رد کره فاضل دیه بورثه مرد جایز چه لتس زه مردس ماره کنسی ته زنانه دیه دیه پنن
مرده سند وارثن ته جایز چه لتس تنانه ماره ته نصف دیه هیه مردس هرگاه شریک سپنه ته
آزاداه ته بنده آه آزاد ماره لنس منتر مقتول سندس ولیس واته زه دونون ماره تمه پته
زنه نصف دیه کره رد بورثه آزاد بیه تمه زه یه قیمت بنده زه زیاده چه تسندس جنایتس
پت رد کره بمولای بنده یله از دیه آزاد گذرنه هرگاه آزادس کنسی ماره بنده سند مولی
کره نصف دیه رد لتس آزاده سندن وارثن یا کره تسلیم لمتن بنده بجنس یت پنن
بنده کره لنس هرگاه لتس بنده سند قیمت از نصف دیه متجاوز آسه ته زیادتی چه مال مولی
بنده هرگاه بندس مارِه آزاد کره رد بمولائی بنده یه از نصف دیه زیاده چه هرگاه در قیمت
عبد زیادتی از نصف دیه آسه پس هرگاه از نصف دیه آن آزاد چیزاه زیاده آسه
بنده سنده زیادتی قیمته خته سه دن باولیار مقتول هرگاه شریک سپنه بنداته زنا ناه آزاداه
ماره لنس منتر مقتول سندس ولیس چه دوشون هند قتل جایز هرگاه قیمت بنده زیاده
آسه تسنده جرمه خته ولی کره رد لتس بنده سندس مولاس سه زیادتی یله از دیه آزاد ته
گذرنه ته جایز چه لتس زه کمی زنانه ماره ته بندس ته پننه بنده گی منتر هرگاه مل تسند تسندس
جرسن لوت چه یاکمتر هرگاه زیاده آسه زیادتی چه مال مولای بنده ته هرگاه بندس ماره ته مل
تسند چه تسندس جرسن لوت یاکمتر ولی مقتولس کت چه زه نصف دیه هیه زنانه هرگاه
قیمت بنده از نصف دیه زیاده چه زه زنانه هتک بنده سندس دن زیادتی هرگاه چیزاه
هره مال ورثه مقتول اول چه ژدر فصل چه بیان کرنس منتر چیزاه زه قتل کره ثابت
سه چه تره چیز اول اقرار کافی چه اک اقرار در اثبات قتل یلدا از اہل اقرار آسه هرگاه
اقرار کرن کانتراه ماره لنس زه عمداً مورم بیا کاه کره اقرار زه مه موره گد گد

پھیرہ پننہ اقرارہ نسبت صورژ منز چھ قصاص ساقط دیہ چھ ثابت در بیت المال
ہرگاہ اکاہ اقرار کرہ عمداً مورم تہ بیا کاہ کرہ اقرار زہ بخطا مورم ولی مقتولس چھ زہ
باور کرہ بیس خوش کرس تس بیس سیت چھنہ کار دوشوی چھ بینہ قتل عمد زہ موجب
قصاص چھ ثابت سپنہ بدو مرد عادل اتہ تس قتل زہ موجب دیہ چھ مثل شجہ عمد یا خطا
یا جراحت زہ موجب مال چھ ثابت سپنہ بیک گواہ عادل تہ سوگند یا بیک مرد عادل
تہ دو زنِ عادلہ تتہ چھ قسامہ تہ ثابت سپنہ یا لوث تہ بی لوث لوث گو علامتا
زہ سہ آسِت سپنہ ظن بصدقِ مدعی قتل تیتی زہ اک گواہ عادل دیہ گواہی یا
وچھک مرداہ زہ سلاح تسند چھ خونین برسر کشتہ یا مارت وچھک کانژاہ کانسہ
ہندس گرس منز یا بت محلس منز زہ جد اچھ شہرہ نسہ غیر اہل محلہ چھنہ تت یوان تہ گہران
یا اوس مہمان کنہ جماعتہ ہند تہ مارت بیک لوث چھ یلہ مظنہ عداوت پرت جایہ آسہ
ہرگاہ دون گامن منز کشتہ وچھک لوث چھ تت گامس کت زہ ژر نزدیک چھ ہرگاہ
دون گامن منز مسافت تس مرس تان برابر آسہ دونوی گام چھ مساوی در لوث تہ ثابت
سپننہ لوث شہادت دِنہ اکث واسِق تہ نابالغ تہ کافر ہرگاہ جماعتاہ فاسقو منزہ یا زنانو
منزہ خبر دیہ حاصل سپنہ ظن تہندس صدقس تہ تمو چھنہ اتفاق بر کذب کرمت لوث
سپنہ ثابت اما ہرگاہ جماعتاہ کافرن منز یا شرن منز خبر دیہ لوث سپننہ مگر یلہ بحدِ تواتر
زہ موجب یقین چھ واتہ ہرگاہ شخصاہ مورمت بیک در صحراء یا لشکر گاہ یا در بازار
یا در راہ یا در جامعِ عظیم تہ یا کدلس اکس پٹ زہ تمہ چھ تران بانہ در خام لوث چھنہ
بلکہ دیہ چھ در بیت المال تہ قول مقتول زہ حیاتہ وزہ دیہ زہ بہ چھس فلان مورمت
لوث چھنہ تہ یلہ لوث آسہ دعوی تہ اثبات تسندہ قتلک چھ سارنی دعوان تہ اما یکہ
لوث آسہ مقتولسند مرد ولیس واتہ زہ اثبات دعوی کرہ لوث آسِت یمی زہ سہ قوم
پنن پنت گھین پانژاہ سوگند ہرگاہ مدعیس قوم آسہ یا روزن پت تمہ سوگند گھنہ

نِسنہ مکرر دۄ سوگند مدّعیس پٮ۪ٹھ بعد از وعظ ہرگاہ مدّعی تہ سوگند کھینہ منکر قتل
قوم پنُن ہیٚت کھن پانژاہ سوگند پنہ بری آسنہ ہرگاہ منکرس قوم آسِنہ لسِن پٮ۪ٹھ
کرن نگر پانژاہ سوگند ہرگاہ سوگند کھینہ الزام دِن لسِن دعوی ثابت آسنہ یلہ سوگند
قسامہ مدّعی کھیہ ثابت سپنہ قتل تہ ہرگاہ بعمد علیٰ چھُہ اُوسمت واجب سپنہ قصاص ہرگاہ شبیہ
عمد یا بخطا چھُہ اُوسمت لازِم سپنہ دِیہ وعدِ و قسامہ چھہ پانژاہ سوگند در عمد تہ خطا
وعمد خطا چھُہ مِثل عمد آنا دِ ورحنہ کافی آسُن ہیٚرہ در غیر عمد تہ قسامہ در اعضا زِہ
بموجب دِیہ چھہ ثابت چھُہ سپنان آنا مِتن عضوون منز زِہ دِیہ نفس چھُہ تمن اندر
مثل مینی تہ ذکر تِہ چھُہ قسامہ مثل نفس پانژاہ سوگند ہرگاہ از دِیہ نفس کم آسِہ تمی
نسبتہ کرن قسامہ منزہ کم تہ سوگندس کرہ حاکم مغلظ بزمان تہ مکان تہ قولِ کثرت
یمینس منز پانژم فصل چھُہ در کیفیت قصاص قتل عمد چھُہ موجب قصاص نگر یہ صلح
بر دِیہ کرن تہ قصاص چھُنہ جایز نگر شمشیر سیت زِہ گردن دِنس مو رمت آسِہ قاتلن
مقتول با نواع عذاب تہ باہل قصاص کرنہ ضمان سرایت مثلاً شخصاہ ژ ہٹ کانسہ مند
اتھ موجب شرع لسِن شخصہ سند اتھہ تہ ژٹنہ بہ تقصیر سوا کرہ جراحت وست سرایت مرہ
سُہ شخص سُہ زِہ بی تقصیر چھُہ ضامن چھنہ لسِن نہ بسرایت جراحت مرہ ہرگاہ مستحق قصاص
جماعتاہ آسِہ موقوف چھہ قصاص ہُن یت پٮ۪ٹھ زِہ ساری سمن ہرگاہ کینہ تمہ جماعژ
منزہ دِیہ منگن تہ قاتل دِیہ دِیہ باقی جماعژ واتہ قصاص ہُن تمہ بیہ رد کرن بر ورثہ نژ
قاتل نصیب لسِن اکِس زِہ دِیہ ژٹن از قاتل یہی حکم چھُہ ہرگاہ تمہ جماعژ منزہ کینہ
نصیب پنُن عفو کرن تہ بخشن زِہ باقی جماعژ واتہ قصاص کرن تِمہ بیہ زِہ نصیب
بخشندہ دِن قاتلس دِیہ منزہ ہرگاہ قاتل مرِہ تسندہ قصاص برو نہ دِیہ ہین تسندِ ترکہ
منزہ یہ چھُہ تت صورژ منز زِہ قاتل آسِہ ژلنہ پتہ از قصاص موُدمت آنا تت صورژ
منز موت آسِہ ژلنہ سِوا ایس خالی از اشکال چھُنہ ہرگاہ شخصاہ موُرن زِہ اتھہ ژٹند اوس

بسبب قصاص ژٔنٹ یا دست مقطوع عکۍ دیہ آسِس قطع کرونس تہٕ مقتولسندِس
ولیس وا نہٕ قصاص قاتلس کرن تہٕ یتہ زہ رد کرہ قاتلس دیہ ید مقتول ہرگاہ مقتول
مقطوع الید آسہ او سمت ہ قصاص آسنہ سوا یا تہٕ سواہ زہ دیٔہ ید مقطوع خود آسِس نومت
قصاص کرن قاتلس دیہ رد کرنہ سوا قاعدہ ثابت سپنہ قصاص در اطراف تہٕ جراحتس
اکِندہ بابت زہ ثابت سپنا حق لس قصاص در نفس تہٕ مردہ سندہ بابت ہن زنانہ قصاص
کینہ رؤ سپننہ سوا اتا زنانہ ہندہ بابت ہن مردس قصاص دیہ رد کرنہ سان یلہ از ثلث دیہ
گذرہ یتہ کنہ یمہ بیرونہ بیان سپن مسئلہ شرط چھہ در قصاص اطراف عضو سالم آسن

مسئلہ

یس صحیح تہٕ سالم ژٔن ہ ناقص عضوہ بدل چھنہ جایز اتا عضو مثل شل ژٔٹن تہٕ قصاص
عضو صحیح چھہ جایز گر یلہ اہل خبرہ حکم کرن زہ قطع عضو شل کرہ سرایت ہلاکت نفس تلہ
سپنہ دیہ قطع عضو اجب قطع در جراحات چھہ برابر آسن مساحت بطول تہٕ عرض معتبر نہٕ ژولا
نمباہ زہ اعضا چھہ تفاوت در فربہی تہٕ لاغری بلکہ معتبر چھہ نام آن جراحت شل موضحہ زہ بیان
سپنہ یت چیزس منز تعزیر نفس یا طرف چھنہ قصاص سپنہ ثابت تہٕ قصاص چھنہ تت چیزس منز
زہ تیز پیتھ ژور گوٚنت تت منز مثل ماموم تہٕ جائفہ تہٕ بیہ اعضا یتہ کنہ بیان کرنہ ییہ در فصل
و ہم مسلمانس ہنہ قصاص ذمی سندہ بابت تہٕ آزادس ہنہ غلام سندہ بابت تہٕ قطع بینی زہ فوتہ

بو کرت

بوئیدن چھس زانِنہ کرت لسندہ بابت زہ بوئیدن چھنہ بیہ زانِنہ قصاص آسن
کنس شنواس زرہ کنہ بابت اتا ذکر صحیحس برای ذکر عنین چھنہ قطع جایز ہرگاہ اکھ ریک
چشم صحیح چشم سلیم کانِس شخصس گنڈہ لتۍ اعورہ سندس چشم صحیحس چشم سلیم بابت
کرن قصاص یتہ محل مساوی آسہ ہرگاہ شرس اکس دند پھٹرن ورہس تام کرن
انتظار ہرگاہ دند بیا آسن امشس ہس ہرگاہ نو آسنہ قصاص چھہ ہرگاہ کانسہ اہ جنایہ
کرہ تہٕ التجا نیہ بحرم مکہ تہٕ مدینہ مشاہد مقدسہ در خوردن تہٕ پوشیدنی دِلنس تنگی یتہ تہٕ نیرہ نہ
تمہ پتہ کرن قصاص ہرگاہ جنایت تمن منز کہ حاین منز کرت آسس تمی منز کرن قصاص

تکیہ ناوہ حرمت لحق جاین ہند چھُسنہ رُچھیت ہرگاہ گژھ کانسہ اتھہ ژٕن ادہ ژٕھن
بیس انگجہ لتس اکِسندہ بابت زِہ گژھ اتھہ لتس کرن لتس بیس دہ دِیَہ انگشت ہرگاہ
گژھ ژٕن انگج کانسہ ادہ ژٕن اتھہ بیس برای صاحبِ انگشت کرن گژھ قصاص
دِیتہ برای صاحب یدمہ انگجہ ہندہ دِیَہ تہ دِیہ برای صاحب یدِ شیتم فصل چھُہ در
بیان دِیَۂ نفس واجب چھہ در قتل نفس ہرگاہ سُہ قتل بخطا یا بشبیہ عمد آسہ تہ یعنی
شبیہ عمد تہ خطا چھہ بی زِہ در اول کتاب قصاص سپن بیان تہ در قتل بعمد چھہ قصاص
واجب سپنان تہ دِیَہ چھُہ نگر برضای ہرد و طرف تہ دِیۂ مرد آزاد مسلمان چھُہ در قتل عمد
اکاہ از شش نوع یا صد شتر یا ژٕہ ہت گو دیا زِہ ہت حلہ زِہ پیرت حلہ زِہ جامہ
از بردِ یمنی تہ یا ساس دینار از طلاتہ اک شرعی دینار چھہ اک مثقالِ شرعی یادہ
ساسن دہ ریمہ از نقرہ یا ہزار گوسفند تہ قاتل زِہ مجرم چھہ مخیر چھہ دِلس منز پیرت اکاہ یو
شیو منزہ تہ دِیۂ شبیہ عمد چھہ مثل عمد یم ذنومی دیہ چھہ در مالِ قاتل تہ دِیۂ عمد پنزہ اکس
در ہسن منز دِن تہ دِیۂ شبیہ عمد دُون ورہن منز تہ دیۂ خطا چھہ بر عاقلۂ قاتل ورقدر چھہ
مثلِ دِیۂ عمد اما ترن ورہن منز پنزہ دِن تہ ترنوی دِیہ چھہ ورقد ربرابرس اختلاف
چھہ یمن منز در قدر و زمان چھہ بیہ در صفات سالِ شتر اما ہرگاہ قتل در شہر اللہ الحرام
پھومت آسہ زِہ ذی القعدہ تہ ذی الحجہ تہ محرم چھہ بیہ رجب تہ یا در حرم اللہ زِہ مکہ چھہ
یا در حرم رسول اللہ زِہ مدینہ چھہ تہ یا در مشہد یکی از ائمہ علیہم السلام واقع سپنمت آسہ
دِیۂ مغلظہ چھہ یعنی اک دیۂ کاملہ تہ ثلث دیۂ سپنہ واجب تہ تغلیظ چھنہ در دیۂ اطراف تہ زنانہ
ہندہ دیۂ چھہ نصفے دیۂ مرد تہ شیو نوع منزہ زِہ بیان گی تہ دیۂ ذمی زِہ یہود تہ نصاری تہ
مجوس چھہ اتھہ درہم نقرہ چھہ تہ دیۂ زنِ ذمیہ ژور ہت درہم تہ دیۂ غلام چھُہ مل تسند
یت تام از دیۂ آزاد گذرنہ ہرگاہ گذرہ بقدر دیۂ آزاد دِن زیادہ دِ ننہ تہ دیۂ کنیز چھہ
مل تسند گر یلہ گذرہ از دیۂ زن آزاد ہرگاہ تمہ گذرہ دیۂ زنِ آزاد دِن تہ دیۂ اعضای

ژٕن قصاص

دیۂ نفس چھہ

منزہ

بندہ چھُ نسبتِ قیمت تسند یُس عضواہ آزادس منز چھُ موجب دیتہ کامل تسندس بندس تق چھ واجب کران قیمت کامل تسند مثلاً ہرگاہ غلامس اکس تہ یا نہ ژٹن غلامس دیتہ تام قیمت اتہ مولاس غلامسندس چھُ جایز تل قیمت رٹن زِ ہ لتس غلامس دیہ جانیس بجنس یا رٹس بعوض ہمہ عضوک دیہ چھہ دیۂ کاملہ نتہ کم غلامس منہ کرن بحساب قیمت تہ نسبتہ تحچہ اعتبار بہ کینہ زہ آزادس منز چھکنہ دیہ تمک بیان کرمت غلامس منز چھُ ارش نقصان قیمت تسند جنایت بند چھُ تسندس رقبس متعلق نہ تسندس مولاس اتہ تسندس مولاس کیت چھ زہ مکلاوہ لتس یمی زہ ارش جنایت تسند دیہ ستم

فصل چھُ بیان کرنس منز تی زہ موجب ضمان دیہ چھ تہ چھ زہ چیز اوکُ چھُ مباشرت یمی زہ تسندہ قصدہ سوا سپنہ تلفاہ یا سپنہ جنایتاہ واقع ییتھی زہ طبیباہ کرہ بیمارس اکس معالجہ تہ علاج تسندہ سپنہ بیمار تلف یا پیہ نندرہ منز کانسہ پٹ تہ تلف سپنہ یمن دونون صورژن منز سپنہ دیہ لازم گڈہ چھُ صورژ منتر ازلِ خود دویمہ صورژ منز ازعاقلہ بیہ ییتھی زہ کلس پٹ ہیہ متاعاہ تہ پھٹہ یا پیہ کانسہ پٹ تہ بارہ لتس یا نہ چھان کرس کینہ عضوس یا زخماہ دیس ضمان متاع تہ جنایت گڈہ ہرگاہ ہیہ پیہ کانسہ پٹ تہ مرہ سہ ضمانی تسندہ دیچ گڈہ ہرگاہ لوی لتس پٹ ضمانی چھ لتس پٹ زِ ہ اوین ہرگاہ تریہ زن شریک سپنن دیواراہ والنس ادہ پیہ دیوار تھوتریو منزہ کس پٹ تہ مرہ تمن دون پٹ سپنہ تسندہ دیہ منزہ زہ ثلث واجب لیس اگاہ ترتیب کانسہ نتہ جایہ گڈہ ضامن چھ لتس ییت تان سہ تت جایہ واتہ ییت حکم چھُ کرمت حضرت باقر علیہ السلام مگر یہ ثابت سپنہ یا نہ چھُ مودمت یا بی چھُ ورمت، دویم چھ بسبب ییتھی زہ کوراہ کھنہ سخصاہ بیندس ملکس منز تہ تت منز پیہ کانسہ اہ تہ مرہ یا بی زہ شراکاہ کرہ ایستادہ یا بی زہ وتہ پٹ تراوہ کنیژاہ کھرڈاہ یمہ یمن سارن منہ سپنہ دیہ واجب یلہ کانسہ اہ تاف گھرژہ یمہ موجب دیہ چھنہ ہرگاہ کانسہ

در بیان موجب ضمان

بِلکس منز کرِہ ہرگاہ کانٛہ کانِسہٕ ہُندِ گرٕ تِہندہ اذنہٕ گژھہ تہٕ ہُون تِہند ولیس زخم سُہ اذن دِہ چھِہ ضامِن ہرگاہ بی اذن گژھہ سُہ صاحب خانہ چھِنہٕ ضامِن یلہٕ اکاہ کانِسہٕ حیوانس سوار سپنہ ضامِن چھہ تِس حیوانس خاینتھ نہٕ کرِہ آہتہ سیت تہٕ گژھہ سیتہ تہٕ یلہ کانِسہٕ پٹ پیہ تہٕ تلفاہ سپنہ ضمان کڈِنہٕ پیہی چھہ زہ ہرگاہ تِس حیوانس اایہ تمہ لاینہ کرِہ حیوان کینٛژاہ تلف ہرگاہ بیاکاہ لاییس ضمان چھہ تِس بلیس پٹہ ہرگاہ زہ زٕن سوار سپنہ ضمان چھہ دُونون پٹ برابر ہرگاہ مالِک تِس حیوانہٕ ہمراہ چھہ ضمان چھہٕ مالک نہٕ برابر ہرگاہ نگہبانی تہٕ ضبط آن حیوان بسوار ہوکول آسہٕ ہرگاہ سوارس ہرت دِیہ مالِک چھہ ضامِن ہرگاہ تِہندہ رم کرِہ ناونہٕ تہٕ آسہٕ نہٕ چھِنہٕ ضامن ہرگاہ مباشر تہٕ سبب جمع گژھن ضمانی مباشر پیٚتھی زہ اکھ شخص کھن کوراہ بی لوی کانٛہ تت کیرس منز ضمانی چھہ تِس پٹ زہ لوی تم تت منز آمت۔ فصل چھہ در دِیۂ اعضا جنایت کرنہٕ چھہ بر موی سر تہٕ ریش تت زہ بیہ ہینہ دِیۂ کامِلہ واجب سپنان خواہ کثیف آسہٕ خواہ خفیف خواہ بُڈان ہند آسہٕ خواہ جوانن ہند ہرگاہ بیہ ارش چھہ تہٕ جنایت کرِہ تِس منز بر موی سر زنانہ چھہ دِیہ تِہند ہرگاہ بیہ ہینہ تہٕ ہرگاہ بیہ ہیس مہر المثل تِہند کڈہ ضمان تہٕ دُونون بُمن منز چھہ پانٛژاہ دینار شرعی طِلا اچھ والن ہندس جنایتس منز چھہ ارش بدِتھن ہین موین منز چھہ ارش ہرت اکس منز چھہ دِیوا چھو منزہ نِصف دِیۂ کامِلہ ہرت اکس ٹار و منزہ ربع دِیہ آسن چھہ محل تاتل آتا در چشم صحیح یک چشم چھہ دِیۂ کامِلہ ہرگاہ پیدایش نی آسن یا آسس از طرف خدا اکھ چشم کان کیٚژ تہٕ در چشم معیب اعور چھہ ثلث دِیہ تہٕ در بینی چھہ دِیۂ کامِلہ تہٕ در نرمی بینی تہٕ چھہ دِیۂ کامِلہ ہرگاہ بینی پھٹہ تہٕ فاسِد کرِہ دِیہ چھہ دِیۂ کامِلہ ہرگاہ بی عیب سدہ ہت دینارہ طلا دِیہ دِیہ ہرگاہ شل کرِہ زہ ثلث دِیۂ بینی سپنہ واجب تہٕ در روثہ زہ دُونکھوان

بابن چھہ

دیۂ گوشن

مابین چھُہ نصفِ دیہ چھہ تہ پرت منخرس منز چھُہ نصفِ دیہ آتا نز رحجۃ الاسلام دام ظلہ چھُہ محل تامل منخر چھُہ سوراخ بینی پرت کنہ بابت چھہ نصفِ دیہ در بعضی از گوشش ہیزہ ممکن اجزان پٹ حساب کرن تہ در نرمۂ گوشش چھُہ ثلثِ دیہ کنس سوراخ کرین بلکہ پارہ کرہ نس تت چھُہ ثلثِ دیہ یہ مسئلہ چھُہ نز د حجۃ الاسلام دام ظلہ محلِ تامل

دیۂ لب

دونون وُٹھن منز چھُہ دیۂ کاملہ بی اشکال آتا پرت اکس منز چھُہ نصفِ یا تفاوت محل اشکال چھُہ تمسِن بعضیس چھُہ تمکہ حساب تقسوم در زبان صحیح چھُہ یا زبان طفلِ دیہ

دیۂ زبان

کاملہ ہرگاہ بعضی زبان قطع کرہ برحروف تہجی زہ آہٹو وہ حرف چھہ پزہ باگرن تہ باگرُن ہیزہ دیہ تمن حرفن پٹ ہرگاہ ژداہ حرف زانِنہ ونت نصف دیہ دِلیس ہرگاہ شت حرف آسلنس باطل کرمت ربع دیہ سپنہ واجب تہ در زبان لال چھُہ ثلثِ دیہ

دیۂ دندان

سارن دندن منز چھُہ دیہ کاملہ آہٹو وہو دندو منزہ چھہ بہ مقادیم پرت اکس منز چھہ تمو منزہ دیہ پانژاہ دینار شرعی شراہ چھہ تمو منزہ موخر زہ دیہ پرت اکس چھُہ پنیژہ دینار در دندان زیاد چھُہ ارش سیاہ کرنس منز پرت دنداہ چھُہ دیہ زہ ثلث تمن دندن ہندہ دیک پہاٹو لنس منز تہ اگر اوہ لنس منز پرت دنداہ چھُہ ملیہ بیہ زہ ثلث تمن دندن ہند آتا مشکل چھُہ تہ بعید ارش لوکسندن دندن زہ وُنہ آسنسنہ درآمت چھہ ارش یلہ تت جایہ بیہ دند ایس ہرگاہ دند آسلنس دویمہ لٹہ آمت حکم تہند چھہ حکم آہٹو وہن دندن ہند زہ برونہ سپن بیان گردن پھٹرنس منز چھُہ

دیۂ گردن

دیۂ کاملہ تمہ زنگہ زہ کینہ طرفس کن زانِنہ التفات کرت یا بی زہ گردن کرنس تہر زہ

دیۂ سینہ

متعذر سپنہ کینژاہ بن والن دیۂ کاملہ چھُہ ہرگاہ یہ جنایت زایل سپنہ مستحق تہ ارش چھُہ دیۂ لحیین زہ زہ استخوان چھہ ہنگنہ سیت اک اکس ملاقات کرت دیۂ کاملہ چھُہ ہرگاہ دندونشہ جدا آسہ شرن ہند یا ہٹہ تہ تسند یا ہٹہ زہ دند چھنہ ہرگاہ بادندان آسہ زہ دیہ سپنن واجب رہر دست چھُہ نصفِ دیۂ کاملہ شل کرنس

دیهٔ دست

دیهٔ انگشت

دیهٔ پشت

دیهٔ شکستن پشت

دیهٔ پستان

دیهٔ خصیتین دیهٔ ذکر دیهٔ حشفه دیهٔ پستان

دیهٔ فرج زن دیهٔ افضای زن

منز چه زه ثلث دیهٔ دست در دست شل چه ثلث دیهٔ دست سلیم ته دیهٔ دست زاید ثلث دیهٔ دست
اصلی آسٔن مشکل بعید چه ارش پرت انگجه هند دیه چه عشر دیهٔ کامله پرت انگجه هند دیه
چه مقسوم ممکن ترن گنډن پٹ آتا نهٔک دیه چه مقسوم دون گندن پٹ دیهٔ ؛
انگشت زاید چه ثلث دیهٔ انگشت اصلی دیهٔ انگشت شل ته چه دیهٔ انگشت صحیح پرت
انگجیاه شل کرٔنک دیه چه زه ثلث دیهٔ انگشت پرت خمس منز چه ده دینار شرعی رطلا
هرگاه کهنه یا کهٔ سیاه هرگاه سفید کهٔ پانژ دینار چه ته دیهٔ شکستن پشت چه دیهٔ کامله
ته دیهٔ کامله چه پلهٔ ہل کرٔ پشت یا آتھی گوسن زهٔ بهنسن پٹ چه قادر هرگاه صحیح سپن
ثلث دیهٔ سینه واجب آتا یه چه نزد حجة الاسلام دام ظله محل اشکال ته هرگاه میان
پشت پهٔڑن ته زنگه زهٔ قوت پکنهٔ ته جماع کرٔنک رود ته زهٔ دیهٔ سپن واجب
ته ژٹنس منز مغز پشت چه دیهٔ کامله ته در پستان زن چه نصف دیهٔ ستند ته دیهٔ
سر پستان ته چه حکم دیهٔ پستان آتا خالی از اشکال چه هرگاه شیر بجنایت منقطع گو
یا بدشواری وسهٔ واجب سپنه ارش ته در هر دو سر پستان مرد چه دیهٔ کامله کینژ و ومت
چه ثمن دیهٔ مسئله چه محل تردد ته در ذکر چه دیهٔ کامله پیر و جوان ته کودک سندس
ذکر سن ته خواجه سرایس چه اکی حکم ته در حشفه ته چه دیهٔ کامله حشفه چه سر ذکر تت تان زه
برای سنت کرٔک قطع در ذکر عنین چه ثلث دیهٔ ته خالی از اشکال چه ته در خصیتین -
چه دیهٔ کامله پرت خصیس منز چه نصف دیهٔ هرگاه شخصاه کار اکرٔ زهٔ کانسر بدن
خصیتین ته چه دیه چه ژو رهت دینار شرعی هرگاه نفخ تهند آیمس ته زنگه زه زنگه ژ
گژهنس دور دو تهاوهٔ ته قادر آسنه پکنس دیه چه آٹهٔ هت دینار واجب در
هر کبی از فرج زن چه دیهٔ نصف دیهٔ زن در افضای زن چه دیهٔ تسند زه پانژ هت
دینار چه ومعنی افضای چه کینژ و ومت مخرج حیض ته غایط سپنن اکی یعنی پشین دوس
زن کینژ و چه ومت زهٔ مخرج حیض ته بول اکی کرن یله شوهر نه تا نه بالغ آسنه پته ؛

١٠٠١

افضا کړی دی چی څوک یو ناشی قبل از بلوغ افضا کړه ضامن د دیې ته مهر تسند چه سره حرام
لس بټ حرام ابدی اتا دی حرمت ابدی چه تا قتل مرش تان اکاه نمو منږه چه
نفقهٔ زن واجب لس هر گاه بیگانه افضا کړه با اکراه مهر ته دیه سپنه واجب ته
هر گاه برضای زن افضا کړه دیهٔ یوت سپنه واجب هر گاه زنانه با کراه افضا
کړه با کره آست ارش بکارت ته سپنه لازم ته در پایها پرت اکک چه نصف دیه
ته دیهٔ انگشتهای پایها چه مثل انگشتهای دستها پرت زنگه ته پرت ران منږ چه
نصف دیهٔ کامله پهٹر لس منږ چه پرت لړه کانیاه زه قریب بدل چه پنځړه ۲۵
دینار شرعی دیه ته پهٹر لس منږ پرت لړه کانیا زه قریب بهر دو باز و چه ده دینار
شرعی چه دیه ته پهٹر لس منږ بعصوص زه تن استخوان بجوالی د بر چه دیهٔ کامله چه
بله فوت آسنه ترا دلس غایط ته سفل پهٹر لس عجان زه میان دبر ته خصیه
چه زه ننزانه رچیت بول نه غایط نه کرت تم دیهٔ کامله چه پرت اهر نچ منږ چه یله بهته
نه گنډ لس بی عیب ثلث دینار شرعی دیه لیس دو شیزه گی با کره با نگشت ثلثه
بته کنه زه مثانس لستند سی کړه با نگشت پاره زه زانته بول رچیت لس زنانه
هند دیه سپنس واجب با مهر المثل یس آکاه کانسه منږ یډ لته دیه ته وکس
نت تان زه حدث کړه پنلس زیر جامس منږ یډ لستنر ډگن بقصاص یا دیه
ثلث دیه ته حکومت کرفتن چه موچه پهٹر لس منږ کنه بنیچ اډج چه دیه خمس دیه
تمه بندک هر گاه اصلاح کړه هس بی عیب دیه چه ثور خمس دیه تمه اډجه هند پهنک
ته در موضحهٔ گردن استخوان چه ربع دیهٔ تمک پهٹنک سره دکس منږ چه ثلث دیه
عضو دیه هر گاه بلو جان بی عیب ثور خمس دیهٔ تمکه دگنک چه دیه جدا کړلس منږ
استخوان عضوه منږه تمه مرتبه زه معطل سپنه سره عضو زه ثلث دیهٔ تمه عضوک چه
هر گاه بله بی عیب ثوی خمس دیهٔ سره استخوان جدا کړنک چه دیه نوم مفصل چه دربیان

دیه پایها
دیه استخوان پهلو
دیه بعصوص
دیه عجان
دیه ازالهٔ
دیه بکارت
دیه کوزنی
دیه شکستن استخوان

دیهٔ منافع یه باطل کرنگ عقل بر طرف کره نس منز چه تمام دیهٔ نقصان کره نس منز عقل
چه ارش یه حاکم صلاح اته هرگاه عقل سیه واجب چهنه دیه بلکه ارش چه ثابت آنا بعید
چهنه واجب آسن دیه هرگاه بحکم اهل خبره زایل گیم آسه ته عود تمک آسه تهنه جدیدهٔ
خدا در ابطال سمع یعنی شنوائی یک گوش چه نصف دیهٔ کامله ته کنه در ابطال شنوائی
هر دو گوش چه تمام دیه هرگاه نقصان کره در شنوائی یک گوش قیاس سنپه بمیں
کنس سیت تر دیه بن یه تفاوت هنده حسابه زه دونون هنره مسافت منز چه از
مسافت سمع ناقص تر سمع صحیح کامل هرگاه نقصان کره دونون شنوائین
قیاس چه تسندس هم سنره شنوائی پٹ ہمی حسابه رتن دیه هرگاه دونوی
گوش ثڈه ته دونوی سمع بر طرف کره زه دیهٔ کامله سپنن واجب زایل
کره نس منز روشنی هر چشمی چه نصف دیهٔ کامله ته در نقصان روشنی یک
چشم سپنه واجب دیه بحساب تفاوت آن چشم بیں روشن چشم سیت در
قرب ته بعد مسافت نسبت به هر چشم هرگاه دونون اچهن نقصان گومت
آسه بر چشمهای بینائی کرن قیاس زه یم سن آسن هرگاه یمن صورتن منز
اختلاف سپنه رفع نزاع سپنه بقسامه ته قوت بوئیدن زائل کره نس منز چه دیهٔ
کامله هرگاه بینی ثڈه ته قوت بینی ته کره زائل واجب سپنن زه دیه ته در نقص
بوئیدن سپنه ارش لازم زایل کره نس منز قوهٔ ذائقه چه دیهٔ کامله ته تمکس نقصان
منز چه ارش تر در ابطال قوهٔ انزال در حال جماع چه دیهٔ کامله در جنایت سلس البول
چه دیهٔ کامله ته در ابطال صوت چه دیهٔ کامله دهم فصل چه زخمن هندن
دیتن منز شجاج چه دیان تمن جراحتن زه در سر آسن بیه بر روی تت چه آهه قسم
حارصه ته دامیه ته متلاحمه ته سمحاق ته موضحه ته هاشمه ته منقله ته مامومه حارصه
گوسی زه پوست ثڈه تمک دیه چه اک شتر ته دامیه گوسی زه میاه وسه مازس منز

دیهٔ ابطال منافع
دیهٔ ابطال و نقصان عقل
دیهٔ ابطال سمع
دیهٔ ابطال روشنی چشم
دیهٔ ابطال قوت بوئیدن
دیهٔ کامله
دیهٔ دامیه

نکل

تمک دِ دیه چه زه شتر ته متلاحمه چه سی زِه ستاه وِسِه مازِس منز تمک چه تره
شتر سِمحاق چه سی زِه مازس منز وسِه توت زه تت پردس واته زِه بر استخوان چه
تمک دِ دیه چه ژو شتر ته اتا موضحه چه سی زِه نن کره سفیدی استخوان تمک دِ دیه چه
پانژ شتر ته آتا هاشمه چه سی زِه پهتره استخوان تمک دِ دیه چه دَه شتر اتا منقله
چه سی زِه استخوانن آسِه ینه جایه حرکت کرمژ دِ دیه تمک چه پنداه شتر ته آما
ما مومه چه سی زِه و ومت آسِه بام دماغ یعنی تت پردس زه مغز سر چه تت منز
اتا پرده آسنه ژهمت تمک دِ دیه چه ثلث دیه کامله تیه کنه ی چه دِ دیه جایفه زِه
واته بجوف یمه جه آسِه اتا دِ دیه نافذه زِه در اندرون بینی چه دِ دیه تمک چه ثلث
دیه کامله هرگاه بلِه تمک دِ دیه چه خمس دیه کامله هرگاه نفوذ کره اکس منز از سوراخ
بینی توت زه باندرون پرده بینی واتِه تمک دِ دیه چه عُشر دیه کامله ته اتا کب یا پهاه
وِنس منز تت زه وند گرهن نن واجب چه ثلث دیه کامله هرگاه بله خمس دِ دیه چه
لازم پیرت اکس وهس منز چه نصفاه اما یله نفوذ کره کنه چنیرس منز از اطراف ته
اعضا تمک دِ دیه چه هت دینار شرعی هرگاه در مرد آسِه ته دیه اصل آن اعضو آسنه
کمتر از صد دینار اتا در نافذه زِه در اعضای زن آسِه یا آسِه مردس تت عضوس زه
دیه اصل آن عضو چه از صد دینار کمتر مراعات احتیاط سینه بصلح ته اتا دِ دیه سرخ کردن
روی چه تها پروسیت ڈد دینار ته سبز کره نس منز چه دِ دیه تر دینار ته سیاه کرنس
منز چه شه دینار هرگاه یمتر صغر ته تغیر در بدن آسِه نصف دِ دیه تمک زِه در روی
چه واجب چنه دیه شجاج سر ته روی چه برابر اتا هرگاه در بدن آسِه دیه تمک چه
به نسبت دیه آن عضو زه جراحت چه تت منز از دیه سر مثلا درهارصه دست چه
پانژ دینار ییه کنه در سر چه دَه دینار تکیاه زِه دِ دیه یکدست چه نصف دیه سر
پیرت عضوس چه برین قیاس زان در هاشمه ته منقله ته مومه ته جایفه چنه قصاص

دیه متلاحمه / دیه سمحاق / دیه موضحه / دیه هاشمه / دیه منقله / دیه مامومه / دیه جایفه / دیه نافذه / دیه نافذه بینی / دیه طپانچه / دیه شجاج

تکیاه زِه ممن منز چه تعزیر مقرر آماس چه جایز در هاشمه ته منقله کره بقدر موضحه قصاص
ته زیادتی باپت نیه دیه ته تس واتنه زه قصاص کره در موضحه بسمحاق ته زاید نیه تکیاه
زِه قصاص بجنایت چه ممکن ته هرگاه ڈونوی اتفاق کرن جایز چه ته مساوی چه
مرد ته زنانه در دیه ته در قصاص هرگاه از ثلث دیه کمتر آسه یه جنایت ثلث دیه واته
ته زنانه چه آسان دیه زن نصف دیه مرد قاعده پس جزاء زِه مروس چه تت منز
تمام دیه مقرر زنانه کت ته چه تت منز تمام دیه مقرر بیهی چه ڈمی ته اتا از غلام چه تمام قیمت او
مقرریت منز زه مروس چه تت منز دیه معین مثل نصف دیه زنانه چه تمی نسبر
دیه مقرر از نصف دیه خود ته ڈمیتس نینه دیجه نسبتر ته غلامس ته کنیزه پنیس قیمتس نسبت
هرگاه دیه مقدر ته معین آسنه در آزاد چه ارش ته حکومت مقرر ته معنی ارش ته
حکومت در آزاد چه بی زه تس کره بنده فرض هرگاه صحیح آسهی ته یه جنایت آسه ملتنه
مثلاً ڈه دینار لیه یه جنایت آست لیه نو دینار پس واجب سپین در جنایت
آزاد عشر دیه آزاد پس بنده چه اصل ته مدار در ارش بیه کنه حر چه اصل در مقدر
ته معین دیه هرگاه مجروح بنده تسنده جراحه باپت چنه در آزاد دیه مقدر ته
معین تسند نقصان قیمت دیه جانی ته امام ولی ته وارث تسند زه ولی
چهنه یا کره قصاص یا هیه دیه اتا عفو کرنه کهم فصل چه در دیه جنین هرگاه
نطفه تراوه ماج ید منزه تمک دیه چه وه دینار ته دیه علقه زه خون پاره چه ژچه
دینار ته دیه مضغه زه گوشت پاراه چه شیت دینار چه دیه بچه زه استخوان گرفته
آسه شیت دینار چه ته خلقت تسنز تمام گیمژ آسه ته زو آسنه ژامت دیه تسند چه
هٹت دینار ته مذکر ته مونث چه برابر ته دیه جنین ڈمی چه عشر تسند سِ مال سُند ته دیه
جنین مملوک چه تسنزه ماجه هنده دیک عشر زه مملوک آسه مذکر ته مونث برابر هرگاه
تس بچس منز زو آسه ژامت دیه کامله سپنه واجب در مذکر ته مونث نصف هرگاه حامله

در دیه جنین

زنانہ مارن تہ در شکم مریس بچہ تس سیت تس زنانہ ہند دیہ دِن بیہ تس جنین
سند دیہ ہرگاہ معلوم آسہِ نذکر چھیہ یا مؤنث چھہ نصف دیہ نذکر تہ نصف دیہ مؤنث
دِن برای جنین تہ ہرگاہ زنانہ پانہ قصد کرہ تہ بچہ پنن تراوِہ از شکم بر زن چھہ زہ دیہ
تسند دیہ وارثن تسندن تہ پانس چھنہ تتھ منز نصیب میراث نیہ دیہ جنین
سنہ اکھ زہ وارث مال چھہ الاقرب فالاقرب تہ دیہ جراحات تہ اعضا تسند چھہ نسبت
دیہ او ہرگاہ حامل لاین تہ جنین تراون زندہ تہ ادہ مود تی تراونہ قصاص چھہ جائز
ہرگاہ عمداً آسہ تہ ہرگاہ عمداً آسہِ نہ دیہ سپنہ واجب ژھنس منز سر میت آزاد مسلمان
چھہ دیہ ہتھ دینار شرعی ژھنس منز جوارح تہ اعضا تسند چھہ تسندہ دیکہ حسابہ
دیہ یتہ کنہ چھہ تسندس جراحتن تہ شجاجس منز تسندہ دیکہ نسبت یہ دیہ یزہ در وجوہ
بِر تہ خیرات صرف کرن او ہرگاہ میت مدیون آستہ ترکہ آسِہ نہ یا بقدر وفای
دین آسِہ نہ تسندس یزہ صرف کرن ۔ ہم فصل چھہ در جنایتیکہ ہر حیوان سپنہ
واقع یُس اکاہ حیوان ماکول اللحم تلف کرہ تہ ذکیہ سیت تس ہٹ ارش زِہ مالکس
دیہ و معنی ارش چھہ تفاوت تمہ قیمچ زہ زندہ اوس بیہ تمہ قیمچ زہ چھس مارتھ ہرگاہ
بی تذکیہ مارس تس ہٹ چھہ قیمت روز اتلاف بلکہ روز اداء قابل تذکیہ
آسنہ واجب چھہ قیمت مانند سگ شکاری زِہ قیمت چھس ژتجہ درہم تہ سگ
گوسفند و خانہ چھہ وہ درہم و سگ زراعت چھنہ بعید تسند قیمت سپنہ واجب
آسن تہ قیمت جنین حیوان چھہ عشر قیمت تسند تہ سپنہ واجب آتا خالی از
اشکال چھنہ تہ بعید چھنہ رجوع کرن تسندس قیمس تراٹھ ہم فصل چھہ در عاقلہ
برونہ سپن معلوم دیہ قتل خطا چھہ بر عاقلہ تہ عاقلہ چھہ قاتلس سند عصبہ تہ معتق
تسندہ تہ ضامن جریرہ تسند تہ امام تہ بترتیب زہ وننہ آو اتا عصبہ قاتل چھہ تم زہ نزدیک
چھہ تس بسبب پدر تہ مادر یا بسبب پدر تہ بسبب مادر یای ہہ تہ پتر ہہ تہ شر ہہند تہ آیا

قائلسند شرتہ چھ درعاقلہ محل تامّل چھ تہ قاتل چھنہ درعاقلہ تہ زنانہ تہ چھنہ درنہ
عصبہ تہ عاقلہ تہ دیوانہ تہ نابالغ چھنہ درعاقلہ تہ عاقلہ دننہ درقتل بعمد دیہ تہ
بندس تہ چھنہ عاقلہ تہ دیہ موضحہ ختہ چھنہ کم برعاقلہ تہ ہرگاہ قاتل اقرار کرہ زہ
بخطا چھن مورمت یا بصلح کرن دیہ مقرّر برعاقلہ چھنہ دیہ لازم ہرگاہ انسان دٕ
پانس جنایت کرہ یا پننس حیوانس برعاقلہ چھنہ کینہ تہ بخطا اموال تلف کرنس
منز چھنہ برعاقلہ کینہ تہ عاقلہ ذمی چھ امام ہرگاہ مال آسنہ نکیاہ زہ جزیہ چھ دیون
تہ قسمت کرن دیہ براقرب فالاقرب یت تان نزدیکن پٹ ویہ دورن پٹ
تراونہ تہ قسمت برعاقلہ چھ رای امام یاتس نزہ امامن آسہ ہموہمو بایت نصب
کرمت یلہ عاقلہ دیہ دن رجوع برجانی کرنہ ہرگاہ ازعاقلہ عصبہ چیزاہ زیادہ روزہ
از موالی تہ معتقان ہن تہ ازموالی موالی تہ ہرگاہ ازہمہ عاقلہ زیادہ روزہ برامام
چھ سہ زیادتی تہ ہرگاہ عاقلہ دیہ ختہ زیادہ آسن بحصہ ایشان کرن تقسیم ہرگاہ
عاقلہ آسنہ ازبیت المال تہ آسنہ چیزاہ دیہ چھ جانی سندہ مالہ منزہ ہرگاہ
جانیس تہ مال آسنہ امامس ہن فقیرس ہنہ چیزاہ نز ۱۴۳ ہم فصل چھ
درکفارہ قتل ہرگاہ قتل عمد آسہ واجب سپنہ کفارہ تہ چھ بندہ آزاد نہ
کرن تہ شیٹھ مسکینن طعام دن تہ دون رتن روزہ تھاونہ ہرگاہ
قتل بخطا آسہ کفارہ بترتیب اوّل بندہ آزاد کرن ہرگاہ متہ سپنیہ ہرگاہ
میسر سپنہ روزہ دو ماہ چھ ہرگاہ میسر سپنہ شیٹھ مسکینن اطعام
چھ یتہ چھ تفصیلاہ طالب کرہ تت بیہ جایہ معلوم قد وقع الفراغ بفضل اللہ
من ترجمۃ معاملات منہاج الصلاح فی رابعۃ عشر من ربیع الاوّل
سنہ ۱۳۰۲ والحمد للہ رب العالمین وصلی اللہ علیٰ سید المرسلین
والہ واولادہ اجمعین برحمتک یا ارحم الراحمین ۹ ۵ ۵ ۹



مطبوعہ مفید عام سٹیم پریس لاہور

# خاتمة الطبع

سپاس فزون از وهم و قیاس معبودے را سزاست که بقدرت کامله و حکمت شامله وجود بنی نوع انسان
خاکی بنیان از اخلاط اربعه خلق فرموده و بمقتضاے وما خلقت الجن و الانس الا لیعبدون در عبادت
و معرفت خویش مکلف نموده تا ثمرهٔ فواید آن بیش از پیش باحوالش عاید و بتعمیل اوامر و نواهی مورد
فیوضات نامتناهی او بوده خیر و برکت امور معاد و معاش و قرب و منزلتش بحسن سعی و تلاش طاعات
و عبادات او سبحانه جل شانه زاید گردد بنا برین در هر عصرے از اعصار و بهر دورے از ادوار
جمیع عباد هر امصار و بلاد را بارسال رسل و تنزیل کتب طریق رشاد نشان داده و ابواب اوامر و
نواهی کماهی بر روے جهانیان کشاده تا بر جادهٔ مستقیم قدم نهاده طریق بندگی و آداب حق پرستندگی
بجا آرند و متاع زندگی خود را به کجروی و نافرمانی در معرض زیان نیارند برائے تکمیل این مطلب و تتمیم
این مقصد باعث ایجاد ارض و سما و سبب آفرینش آدم و حوا خاتم نبوت و خاتمه رساله رسالت
سرور دوسرا شافع روز جزا احمد مصطفی که درود نامحدود و صلوات نامعدود بر روح پاک آن مقصود
لولاک باد باحسن وجه مخلوق شرق و غرب عالم را با کتاب و معجزات فرستاده و ادیان و صحایف انبیاے
سلف منسوخ نموده و بندگان خود را باطاعت و فرمانبرداری و امر فرموده بعد انقراض زمان نبوتش
بلافصل ائمه اثنا عشر صلوات الله و سلامه علیهم که اول شان مظهر العجائب و مظهر الغرائب علی ابن ابیطالب

و آخر شان سمی جد جو د مهدی آخر الزمان است عجل الله فرجہ کہ بعد دیگرے خلیفہ و جانشین او قرار داده عالم و عالمیانرا از خس و خاشاک شک و شبهہ پاک ساخت و فرقہ ناجیہ را بانعام این نعمت عظمی و باکرام چنین موهبت کبرے انواع انواع بنواخت فلہ الحمد ولہ الشکر چون زمانہ امامت منقطع گردید و غیبت کبری بهمرسید علمای اعلام و فقهای کرام در استحکام حبل المتین دین مبین سید المرسلین و در انتشار فتاوی و احادیث ائمہ طاهرین صلوات الله علیهم اجمعین کوشش بلیغ بجان و مال فرموده تبلیغ احکام حقہ بعامہ رعایا و کافہ برایا کما حقہ نمودند و از سجنجل دلهای عالمیان زنگ جهالت و ضلالت بمصقلہ هدایت زدودند۔ اغتشاشے کہ بعد انقطاع زمانہ نبوت در دین حق رو داده اگر نہ حضرات علما اعلی الله فی الجنۃ مقامهم در دفع و رفع شبهاتش جد و جهد میفرمودند صدق و کذب آن بر جهان و جهانیان روشن و مبرهن نمیشد فجزاهم الله احسن الجزاء کہ بار تکلیف بر دوش برداشتہ همگی همت والا نهمت خود ها در رهنمائی مردم مبذول داشتند و تخم هدایت و پیروی دین حق در مزرع قلوب شان بہ نکوترین وجهے و زیباترین صورتے کاشتند۔ طرفے از اطراف و کنفے از اکناف باقی نمانده کہ وجود پیشوائے دران موجود نباشد قطع نظر از عرب و عجم امصار هند و سند هیچ بلدے بلا ذوات بابرکات پیشوایان دین و رهنمایان شرع متین نمانده سیما خطہ دلپذیر کشمیر همیشہ در ازمنہ سابقہ و لاحقہ از فیض وجود مسعود عاقبت محمود حضرات علما و فقها بهره یاب و شرف اندوز بوده۔ هر صاحب علمی فراخور استطاعت و استعداد علم هدایت برافراختہ در عصر خود بمقتضای

صلاح وقت در نشر احکام شریعت غرا و محافظت ملت بیضا بدل و جان کوشیده است و در پے فکر و ذکر خدمت شریعت و ترویج دین چشم از دنیا و ما فیها پوشیده نور اللہ مضاجعہم ورفع اللہ فی اعلی علیین درجاتہم۔ با اینہمہ گر مجو شیعہای مروجان دین رسالہ از رسائل عملیات و مسئلہ از مسائل صوم و صلوٰۃ بزبان اہل بلد زیب تحریر نیافتہ و نور ظہور نمعنی بر دلہاے کافۂ مقلدین نتافتہ الحمد للہ والمنہ فی زماننا ہذا بتائیدات ربانی و توفیقات یزدانی جناب محامد انتساب تورع و تقدس اکتساب قدسے خطاب و قدوسی مآب عالم با عمل و زاہد بے بدل قدوۃ الصلحاء و زبدۃ الاتقیاء حافظ شریعت غراے مصطفوی و ناصر ملت بیضاے مرتضوی فخر الحاج جناب السید محمد الموسوی نشر اللہ علی المتدینین ظل برکاتہ وزاد فی عمرہ ومد فی توفیقاتہ مسائل ضروریہ اصول و فروع از رسائل عملیۂ عربے و فارسی بطرز دلپذیر بزبان اہل خطۂ کشمیر در سلک تحریر درآوردہ معراج صلاح و منہاج فلاح نامیدند و بنظر اشرف بندگان ذیشان رفیع المکان سرکار شریعتمدار ظل اللہ فی العالم مولنا جناب آقا سید محمد کاظم صاحب طبا طبائی مد ظلہم العالی گذرانیدند و در پیشگاہ سرکار ممدوح الشان منظور شدہ جمیع مقلدین بعمل نمودن آن ماذون فرمودند فلہذا بنابر استفادہ اہل کشمیر بصرف زر کثیر و بذل مبلغ خطیر طبع فرمودہ در برادران دینی و اخلاء روحانی شایع نمودند پس مومنین متدینین را لازم و محتم است

که قدر این گوهر گران بها و منزلت این دُرّ ثمین پر از نور و ضیا بدل و جان دانسته

از تعلیم و تعلّم آن بهره یاب شوند و در پی نکته چینی نروند که ارباب انصاف و

اصحاب معرّا از اعتساف میدانند که جناب مؤلف بچه اندازه در تالیف

و ترتیب این کتاب کمیاب خون جگر خورده است و تا چه حد

محنت و مشقت بکار برده الله تعالی بتفضّلات خویش

سایهٔ بلند پایه اش بر مفارق هر بیگانه و خویش مخلّد و مستدام

دارا د و وجود مسعودش از جمیع بلیّات زمان

و مکروهات دوران مصون و مامون

داشته بمرتبهٔ بلند رسانا د

بحق من هو خیر العباد

و آله الامجاد

